# انہار

گوڈنیک چھاپ ۱۹۹۷ء
کتابت معراج تُرکوی

شعبۂ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل سرینگر

# ترتیب

# پیش لفظ

اہارُک یہ خاص شُمارٕ چھُ تمن مقالن پیٹھ مشتمل یِم ۱۹۹۶ء کہ سالانہ سیمنارٕ خاطرٕ تیار آسہِ کرناوِنہٕ آمتہٕ۔ تمہٕ سیمنارٕ خاطرٕ اوس ڈیپارٹمنٹل کمیٹی "مشرقی ادبی جمالیات" بطورِ موضوع ژورمُت۔ یہ شُمارٕ چھُ اہارکین تمن خاص نمبرن ہند تسلسُل قایِم تھوان یمن منز تدریسی اہمیتُک مواد ژٕھرِتھ سٕہ کاشرِ ادبہٕ کین قدردانن خاص کٔرِتھ اَمہٕ کین طالبِ علمن تام کم کھوتہٕ کم قیمتس پیٹھ واتناونُک سنز سپدان رُود۔ میے چھُ اَمہِ کتھِ ہُند اطمینان حاصل زِ گُذشتہ ستن اَٹھن وریین دوران اگرچہ مختلف مشکلاتو تہٕ حالاتو کٔرِ کامہِ تہٕ علمی تہٕ ادبی پروگرام تکمیل پذیر کرناوُن سہل اوس نہٕ باسان تاہم رُود سون تدریسی کیتھ اِشاعتی عملہٕ پیش نظر اہداف پوٗرٕ کرنس منز میے ستہِ احساسِ ذمہ داری سان سرگرمِ عمل۔ یمہٕ کِس نتیجس منز کاشُر شعبہٕ میانہٕ سربراہی ہِندس کِنہِ ورِیس تام اولین اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ پی ایچ ڈی تہٕ ایم فِل سکالر سندیاب کرناونس منز تہٕ کامیاب گو تہٕ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ عنوانن پیٹھ کتابہٕ تہٕ اہارٕکی مختلف خاص شُمارٕ تہٕ شایع کرناوِتھ ہیوٗک۔ اہارکین یِتھین خاص شُمارن منز چھُ لکہٕ ادب نمبر، کاشرِ ادبُک ژوداہم ہِنداہم صدی نمبر، شیخ العالمؒ تہٕ مہجور نمبر، حبہ خوتوٗن، روٗپہ بھوانی تہٕ اَرنہٕ مال نمبر، محموٗد گامی نمبر، سر جارج گریرسن نمبر، نعتیہ ادب نمبر تہٕ زیرِ نظر مشرقی شعری جمالیات نمبر شامل۔ یہ کتھ آس سانہٕ باپتھ مزید اطمینانُچ زِ یمن خاص نمبرن پیٹھ سٹھاہ پذیرایی تہٕ قبولیت حاصل۔ بلکہ آو یمو منز کینژن ہندی نوٚی ایڈیشن چھاپ کرنُک تہٕ اَسہِ وِزِ وِزِ اصرار کرنہٕ۔ یِتھے پُرزور اصرارس

تحت چھُ کاشُر شعبہ لغتیہ ادبک اکھ تازٕ ایڈیشن تہٕ زیرِ نظر نمبرس ستیٚ چھاپنک سُنز کران، شعبکو تدریسی تہٕ اشاعتی پروگرام بخیر و خوبی تکمیل پذیر کرناونس منز یُس عملی تعاوُن تہٕ اتھ واس میے گُذشتہٕ پانژو وایس چانسلرو خاص کٔرتھ موجوٗد وایس چانسلر پروفیسر محمد لٰیسین قادری صٲبن دیُت بہٕ چھُس تمہٕ خاطرٕ تہٕند انتہائی ممنوٗن تہٕ شُکر گُذار۔ یلکِہ یُس حصہٕ محترم قادری صٲبن میانہٕ عرصہٕ ملازمتُک آخری وری اژنہٕ پتہٕ منعقد سپدن وٲلِس یادگار سالانہٕ سیمنارس تہٕ امہٕ کِس "کاشرِس زبان وادبس پیٹھ فارسی اثرات" عنوانس لول بٔرنہٕ زنگہِ ادا کوٚرُ تہ روز تتھ سیمنارس منز شمولیت کرن والین سارنے دانشورن ہندین دِلن منز ہمیشہ روشن۔

زیرِ نظر انہارس منز ییتہٕ اُسہٕ مِنُن یہٕ تدریسی ارادہ شکلو مُت چھُ زِ ادبی جمالیاتس متعلق مغربی مُفکرن ہندی افکار تہٕ گژھی پرن والین تام واتنہٕ یتھ زَن تمن مشرقی ادبی اقدارن ہنز تفہیم تقابلی آیہٕ سہل بنتھ ہیکہِ تہٕ چھیے اُسہٕ امہٕ کتھِ ہنز تہٕ صدقدلانہٕ کوشش کرمٕژ زِ کاشرِ شعرو ادب کین عربی، فارسی تہٕ سنسکرت ہوین نژبن قدیم تہٕ عظیم آگرن ہندِ حوالہٕ تہٕ گوژھ ادبی جمالیاتُک تہٕ ادبی اخلاقیاتُک شعوٗر واضح تر بنتھ ہیکُن۔ چوٗنکہِ میے چھیے پانس بُنیادی وابستگی فارسی زبان و ادبس ستیٚ گُذشتہٕ ژورو دہلیو پیٹھ روزمٕژ لہٰذا پیوو میے بیٚیو فاضل مقالہٕ نگارو کھوتہٕ مقدار کنہِ ژوٚرُے یہن مواد پرن والین کیُت بہم کرُن۔ اکھ یہٕ مقصد ملحوظ تھوٚتھ زِ صدی وادن ایرانِ صغیر ناوہٕ زانہٕ آمتہٕ خطہٕ کشمیرکی نومی سنجیدٕ قٲری تہٕ گژھی مِنُن تہذیبی سرمایہٕ زانتھ ایران کین رومی، سعدی، حافظ تہٕ صایب ہوین عظیم تہٕ نمایندٕ شاعرن ہندین جمالیاتی افکارن تیتی محرم سپدنی ییتی محرم تم اُکس حُسنِ ظنس تحت برصغیر کین غنی، میرؔ، غالب تہٕ اقبال ہوین عظیم شاعرن ہندین افکارن آسہٕ گژھن، دوٚیم یہٕ مقصد ملحوظ تھوٚتھ زِ فارسی زبان وادبہٕ نشہٕ روز افزوٗں بیگانہٕ بنن وٲلی کاشرِ گژھی تو تہٕ امہٕ کتھِ ہُند اندازٕ سہل پاٹھی لاگتھ ہیکن زِ عالمگیر عظمت و شہرت بٔییہ مقبوٗلیت لبن والین مشرقی دبستان کین ہمین گاشہٕ منارن کُس ضابطہٕ اخلاق چھُ شاعری منز پرژرُن تہٕ شرافت یا جمال تہٕ کمال

پھانچھلاو ناوان اوسمُت ۔ یمن دوٕن مقصدن تحتے زیٹھیو خطبۂ استقبالیہٕ ہس تہٕ راد تہٕ
میانس شامِل شمارٕہ مقالس تہٕ ۔ یتھند پانٛ ناپنے زیچھر اختیار کرنگ اکھ جواز چھُ پتہٕ زِ
" لذید بود حکایت دراز تر گفتم ۔ بہ یژھ کاشرس شعبس منز کام کرن کرن والین
پننن سارنے رفیقن خاص کرِتھ تدریسی تہٕ اشاعتی پروگرامن ستی والستہٕ دوستن اکہِ اکہِ
ناو ہیتھ تمہِ علمی تعاونُک تہٕ والہانہ احترامُک شکریہ کرُن یُس تم ڈریہ وادن میے پیش
کران رُودی ۔ یم چھِ کاشرِ شعبکی نوٕی سربراہ بنَن والی ذہین و فہیم پروفیسر شوق صاب،
ڈاکٹر شاد رمضان صاب، محمد شفیع سمبلی صاب، ڈاکٹر مجروح رشید صاب، قاضی ظہور صاب
تہٕ معراج زرکوی صاب ۔ میے چھے وومید زِ یم تھاون ییٚتہِ پور تہٕ یتھی پروگرام باعمل انس
منز باہم علمی تعاونُک تھوٚد جذبہٕ تہٕ خلوص قایم ۔

مرغوب

# خُطبۂ اِستقبالیہ

پروفیسر مرغوب بانہالی

علم وادبس آے کانچھن والیو بزرگ رفیقو، جواں سال محققو تہ عزیز شاگردو!

السلام علیکم

حسبِ معمول چھُ اَسہِ یُہُک سالانہ سیمنار تہ سرد موسمس منز تتھ شیٹھ نیارس منز منعقد کرُن پیوان یَیلہِ بے بتھ کیٹھ کوشش پرتھ باہوش پننہ سیاہ دلی ہند اہر بہناونہ خاطرِ ساری زور آزماوان چھُ۔ مگر اللہ تعالیٰ سُند فضل وکرم تہ علم وآگہی والین دوستن ہُند علی اشتراک رُود اَسہِ نظرن تل یَیمہِ کِنہ اَسہِ پنُن پیشِ نظر پروگرام مختلف مشکلاتو باوجود ملتوی کرنس من پوٗرہ۔

اَسہِ چھُ امہِ کتھِ ہند احساس زِ سیمنارِ خاطرِ تزارنہ آمُت موضوع یُوتاہ دلچسپ باسان چھُ تیُوتے چھُ یہ تکنیکی تہ مشکل نوعیتُک تہِ مگر مشکلے نیست کہ آسان نشود۔ یتھ کالہ پیٹھہ ازتام سرزمینِ مشرقس منز بارسس آمتہِ ادبیات کس نناظرس منز تخلیقی عناصرن ہُند کُنشش کرن وول دِلنوازجمال زیرِ بحث انُن گوو شعروادبچہ عالمگیر دلکشی ہُندس راز وَنُن یتھ کُن اکھ نوٗرانی اشارِ یہ فرمانِ رسوٗلِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم تہِ کران چھُ زِ "اللہُ جمیلٌ و یُحِبُّ الجمال تہ بیاکھ عرفانی اشارِ مولانا حاؔلی ہیُو اردوٗک صفِ اوّلک نقاد یہ وٗنتھ کران چھُ زِ ؎

ہے جستجو کہ خوب سے ہے خوب تر کہاں

اب دیکھئے ٹھہرتی ہے جا کر نظر کہاں

خواتین وحضرات جستجوٗے جمال یَیلہِ تحقیقی علمہِ ہُند شعوٗرِ جمال بنان چھُ، سہ چھُ شعرو

ادبس منز تِمن حکمت کین خزانن ہنز پُراسرار کوٚنژ تہٕ لبان یِمن ہُند بلیغ ذکر خُدایی مشیتُک تعارف کُنْتُ کَنْزاً کَانَ مَخْفِیاً وَنِتھ کرن وٲلۍ انسانِ کامل اِنَّ مِنَ الشِّعرِ لَحِکْمَۃ وَنِتھ تحت کوٚرمُت چھُ۔ یعنے یہِ وَنِتھ زِ بے شک چھِ شاعری منز حکمت و عرفانکۍ لعل و جواہر ژ گُپھتھ آسان۔ وارُ سُنو اکھ اِنتہایی سہل تہٕ ساد مگر انتہایی اہم تہٕ عظیم فرمانس "بے شک چھِ شاعری منز حکمت و عرفانکۍ لعل و جواہرتہٕ گُپھتھ آسان"۔ بحث چھُنہٕ یہِ زِ حکمت و عرفان کیا گوو؟ بحث چھُ یہِ زِ یَتھ حکمتس بابتہٕ حق تعالیٰ یہِ وَنِتھ تھِکناوِ " مَنْ یُّؤْتَ الْحِکْمَۃَ فَقَدْ اُوْتِیَ خَیْراً کَثِیْراً " یعنے یس مے حکمت عطا کٔرتس کوٚرُم بوٚڈ بار تہٕ خاص احسان" تہٕ اَتھ حکمتِس خاص رمزو کنایو سٟتۍ زٲژھرن واجنۍ شاعری کمو خاص بیمانو سٟتۍ چھِ یتھ کالہٕ پیٹھٕ انزام سرِ کھر کرنہٕ آمژ۔ بلکہ چھُ اَمہٕ بحثُک اکھ حصہٕ یتہٕ زِ انسٲنی دِلن حظ تہٕ فرحت بخشن وٲلۍ کم تخلیقی عنصُر چھِ شعر و ادبس منز عالمگیر آیہٕ قابلِ اعتنا زانٕنۍ لایق تہٕ کم علاقٲیی تہٕ وقتی آیہٕ ناقابلِ اعتنا زانٕنۍ لایق۔ بلکہ یتہٕ زِ کم چھِ حقیقتاً لسانیاتی تہٕ اسلوبیاتی اہمیتکۍ تہٕ کم چھِ فن شناسی ہندِس نتیجس منز تِمو شعر ناشناسو زور تنقیدس پُشرمتۍ یم پرٛزِ پاٹھۍ شاعری تہٕ تگنک انعام پانس نقاد وَنناوِتھ ہیوان چھِ۔ سُ تہٕ سہل پاٹھۍ ژٕ ہیٚنہٕ یتہٕ والین تذکرٕ نویسن اُکھ۔ خیر کتھ چھیہٕ عظیم شعر و ادکہٕ سنجیدٕ بحثیچ پکان امکہٕ عظمتُک احساس پوچھر لبناوتہٕ خاطرٕ ژھ بہ تہٕند توجہ بٔنیس اُکس حدیث شریفس کُن پھِرن یَتھ منز آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم پننین برگزید صُحابن کُن یہِ فرماوان چھِ زِ ہیٚچھناوِو لوکہ بٔنۍ اولاد شعر فہمی ہندۍ آداب یُتھ زن تِمن زورِ کلام لبنتھ ہیکن یُس تِمن حقس تاییدہٕ تہٕ باطلس تردید کرنس منز مدد کٔرتھ پرٕنتھ تہٕ اعتمادس پوچھر دِیہٕ۔ اَمہٕ نبوی فرمانکۍ تہہ دار تہٕ شاندار الفاظ چھِ یِم:۔

" عَلِّمُوْا اَوْلَادَکُمُ الشِّعْرَ فَاِنَّہٗ یَنْطِقُ اللِّسَان " تہٕ اُکۍ فارسی شاعرن چھےٚ اَمہٕ حدیث پاککہٕ ذریعہٕ زٕشاندہی منز انٕنہٕ آمژ افادیت شعریمن لفظن منز سیاق و سباق

ہیتھ پیش کرمژ:۔

؎ گفت پیغمبر کہ اے اصحابِ من  شعر آموزید بااہلِ خویشتن

زانکہ مے گردد زباںہا زو فصیح  شعر سازد طبعِ مردم را ملیح

افکارن ہندِ تعمیری تہٕ بُلند آسنہٕ علاوہ بیٛیہٕ موضوعس کہِ حکمت مآب آسنہٕ علاوہ کم چیز چھِ کلامس فنی تہٕ ہیتی لحاظہٕ فصیح، بلیغ تہٕ ملیح یا حسین تہٕ جمیل بناوان۔ یُہے چھُ جمالیاتُک بُنیادی بحث۔ اَتھ بحثس منز چھِ قدیم یونانی فلسفیو تہٕ جدید مغربی مفکرو تہٕ حصہٕ ہیوٚتمُت تہٕ قدیم عجمی دانشورو علاوہ جدید مشرقی عالمو تہٕ۔ کینژو سیٚدسیوٚد تہٕ کینژو درگہٕ پاٹھۍ۔ بہرحال ساناہ اَزیکہِ سیمنارُک موضوع یُس تہُنزٕ بینہ پٹھ لیکھتھ وُچھمُت آسہِ چھُ "مشرقی ادبی جمالیات" ترٚین لفظن ہنٛز ترکیبہٕ پٹھ مشتمل یہ عنوان چھُ سہٕ جہات یا ترٚین سطحن ہند بحث منگن وول توے چھُ اسہٕ یہ کم ازکم سہٕ روزہٕ بناوُن پیومُت۔ موضوع کیو ترٚیو لفظو منز چھُ گوڈنیُک لفظ "مشرقی" یہ لفظ چھُ سانہٕ تمہِ خاص مقصدچ نشاندہی کران یَتھ تحت اَسی مشرقچن عربی، فارسی، سنسکرت کاشُر تہٕ اُردو ہشن بجن زبانن ہندسہ جمالیاتی شعورس مرکزِ توجہ چھِ بناوُن یژھان یُس تمِن پانژن ڈٕلین دوران اغیار پسند مشرقی عالمو تہٕ نقادو محض امہِ وجہ کنہِ گال کھاتس ترٛاوُد تہٕ نظرانداز کوٚر، تکیاز تہندین اعصابن پٹھ اوس ترقی پسند مغربی نقادن ہند تنقیدی شعور مسحور تہٕ مغلوب کرنہٕ کہِ حدس تام سوار۔ اَتھ مسحوریتس تہٕ مغلوبیتس چھے دِنَن دِنۍ ضروری یُتھ زن سانہِن جوانسال نقادن تہٕ مغرب زدہ گی ہنز۔ سوے وُنِل اُچھن پھرنہٕ بیوسہٕ کینژن خام سامکارن مشرقی ادبی سرمایس پرنے تہٕ ستنے ثانوی درجُک سرمایہ ونناوان چھے۔ سیمنارکہِ موضوعُک دوٚیِم لفظ چھُ "ادبی" یہ لفظ چھُ سانِس پیشِ نظر مطالعس تہٕ بحثس اکہِ حسابہٕ حدبندی کران تہٕ گوو یتھ کنہِ زِ اَسہِ چھُ مشرقی زبانن ہندِس ادبی سرمایس پرکھاونس منز مدد کرن وألس تنقیدی شعورس تام میتھے جمالیات زیرِ بحث انُن حالانکہ موضوعُک یہ ترٛیِم لفظ "جمالیات" چھُ فلسفہٕ

تہٕ نفسیات ہوٚن بیوٚن علمی شعبن ہُند تہٕ باضابطاکھ اہم شاخ زانن٘ہٕ یِوان، لہٰذا کرو تہٕ اُسی اَمہٕ کہن آوٕلین فلسفیانہٕ رمزن پیٹھ زیادٕ بحث البتہٕ پننین قابلِ قدر ترٚھن پیشِ نظر بحثس منز۔ حصہٕ ہنگ وُتُش دِنہٕ خاطرٕ کرٕ بہٕ تیٚتھو خطبۂ استقبالیہ ہس منز تمن بروٚنٹھ کنہٕ کینژن نتھین اقتباسن ہنز اکھ سوٚنزل تہٕ پیش یوسہٕ جمالیات یا اِستھیٹکس AESTHETICS اِصطلاحس متعلق مغرب ومشرق کہن فلسفیٚن تہٕ نقادن ہنزن راین ہُند عکس ہاوِ۔ اگرچہ جمالیات لفظ حکیم سقراطنی ہمکال یونانی دانشور ڈیمو کرایٹس تٕہنزٕ عبارتن منز اکھس خاص معنیس تحت ورتوومُت اوس اما پوٚز یہ اوس (IDEALISM) آیڈیلِ ازمُک عظیم علمبردار تہٕ سقراطن قابل صدافتخار شاگرد افلاطونن یٚمی اِصلاح معاشرُک تہٕ ادبی تنقیدُک بانی کار ٹھۄتھ جمالیاتچ حیثیت باضابطہٕ پاٹھۍ مُشخص کرٕ تہٕ یٚمی پننین (REPUBLIC) ریپبلک تہٕ (PHAEDRUS) فایڈرس ناوچن کتابن منز۔ قدرِ جمال کہن مختلف پہلوٕوٚن تہٕ اصوٗلن ہنز نشاندہی کرنچہِ کوٗشش دِس تُل۔ قدرِ جمالس متعلق اوس افلاطونُن بُنیادی تصوٗر یہ زِ یتھ نامکمل کاینانس منز ہیکو نہٕ اُسی حُسنِ کامل ہرگز لٔبتھ تکیازِ یہ فناپذیر کاینات چھےٚ نٔز کہٕ بقولِ تمی سٕندِ کانہٕ کھوتہٕ ماورا عالم مثالچ محض اکھ زھاے تہٕ اصلہٕ کس یتھ نقلس کوٚمہٕ کرن والین ہنز۔ ناقص نظرٕ ہیکن نہٕ سہٕ حُسنِ ازل پرزناوتھ یُس بہرطوراہ نتہٕ دوٗر تہٕ مستور چھُ۔ یہ کتھ ورٕ ژھناوٕنچ چھنہٕ یتہٕ کُنہ گنجایش زِ افلاطونس پتہٕ کمہٕ قسمُک بحث کوٚر جمالیاتس پیٹھ ارسطو، ہیراکلیٹس، ایپی کورس تہٕ سوفوکلیز ہِوو یوٗنانی مفکرو البتہٕ کرٕ بہٕ فلاطونس نہٕ تمہٕ روٗلگ ذکر ہنا تفصیلہٕ سان یٚمہٕ سترٕ تمہٕ افلاطونُن تصوٗرِ جمال بِسیار جہات یا کثیرالابعاد بناوان بناوان قدیم ابراہیمی عقیدس نکھ واتوو۔ خاطر تہٕ دِنہٕ بہٕ کینژ منظہٕ پتہٕ۔ گوڈٕ ہُ تھوو اُسی یہ کتھ ذہنس منز زِ ماضی قریب کیو مغربی

مفکرو منز چھُ یہ جرمن فلاسفر بام گارٹن آسان یُس ۱۷۳۹ عیسوی یس أندی لکھی جمالیات یعنی AESTHETICS لفظ بطور اکھ اِصطلاح ورتاوان چھُ۔ تہٕ چھ اُتھ اصطلاحس تمہٕ حسین معنے یا شعورکہ حکمتہٕ خاطرٕ ورتاوس منز انان ییٚمیُک اِدراک بذریعہ حواسِ خمسہ ممکن آسہٕ۔ ہیگل چھُ جمالیات لفظس فلسفہٕ تہٕ فنونِ لطیفہٕ کِہن معنین منز ورتاوان ییٚلہِ زن ہیٚچل ین تہٕ شیفیسٹری ناوکی بیٚیہ زِ یوٗرپی مفکر ایستھیٹِکس لفظس اخلاقیات کِس مفہومس منز بروٗ ے کار اُنتھ "جمالیاتی وجدانیت" ناوُک اکھ باضابطہٕ اخلاقی دبستان قایم کران چھِ۔ تم چھِ حسِ جمالیس پیٚٹھ حسِ اخلاق وضع کران اُتھی پسِ منظرس منز چھُ شیفیسٹری ونُد یہ قول سیٹھاہ پذیرائی تہٕ شہرت لبان زِ "حسُن یا جمال چھُ کُنہِ چیزس منز تمہٕ کِہن اجزاہن اندر ہم آہنگی تناسُب تہٕ ہشر آسُک ناو۔ حسُنُک تناسب تہٕ ہشرے چھُ پزرُک حامِل بنیتھ ہیکان۔ یُتھ جایہ حسُنس تہٕ پزرس یا جمالس تہٕ صداقتس میُل سپدِ تتی ہیکہِ رٔژر یا خٲر پھٲلِتھ۔"

ولیم نایٹ (WILLIAM KNIGHT) چھُ جمالیاتس اکھ غٲر مُعین فلسفیانہٕ تفاعل تہٕ اکھ مبہم حِسِ اِدراک زانان تٔوے چھُ وَنان:

"THE WORD AESTHETIC IS NOT A PARTICULAR HAPPY ONE, IT IS OFTEN VAGUELY USED IN PHILOSOPHY AS WELL AS IN ORDINARY SPEECH"

برنا ڈبوسن گایٹ (BERNAD BOSANGUET) چھُ جمالیاتس فلسفُک اکھ باضابطہٕ شاخ قرار دِوان تہٕ ونان

" AESTHETIC THEORY IS A BRANCH OF PHILOSOPHY"

امابوٗز چارلس مورن (CHARLES MAURN) چھُ پننہِ کتابہِ "AESTHETIC AND PSYCHOLOGY" منز جمالیاتس نفسیاتُک اکھ شاخ زانِتھ وکالت کران۔

مگر اطالوی فلسفی کروچے (CRUCE) چھ ادبی تنقیدس منز شعورِ جمالچ کارکردگی تہٕ اِفادیت زیرِ بحث اُنِتھ جمالیاتس اظہار دیانگ اکھ شعبۂ علم زانگ نظریہ EXPRESSION ناوٕ پیش کرِتھ جمالیاتس " THE SCIENCE OF EXPRESSION " ناو کران۔ والٹر پیٹر تہٕ آسکر وایلڈس نِکھ باپتھ باوجود چھ کروچے سُند نظریہ ژکہ فن اکھ اِلہام ( INTUITION ) زانگ نظریہ۔ چنانچہ چھ سُہ وَنان زِ فنچ تخلیقی عمل چھےٚ تیٚلی اِلہامُک درجہ نِبتھ ہکان ییلہِ سو فنکار پنُنِ شعورچ محض گرتہٕ گرائے بنِتھ بجایہ تَسُندِس رٕوحس تہٕ اندرونس وہ لسنس انِچ پوشہٕ وٕنی کارکردگی بنِہ۔ کروچے چھ تخلیقی عمل ہُندی ژور منزل طے کرن وٲلس پزتھ الہامس حقیقی اظہار زانگ قٲیِل نِبتھ وَنان زِ اکھ پختہ کار فنکار چھ زندگی ہُند سوٗن مطالعہ کرنہ پتہٕ پننٕ تجربہ تہٕ مشاہدٕ ہتھ جمال آفرین تخیلٕ تہٕ اِلہامہٕ کہ بدولتہ کامیابی سان پیش کران، یُس تَسُندِس اظہارس جمالیاتی حظ بخش تہٕ فرحت آفرین بنٲنگ حقدار تہٕ بناوان چھُ۔

کروچے سُند نظریۂ جمال چھُ مقصد پسندی ہُند مخالف آسنہٕ باوجود تہٕ

آتے ہیں غیب سے یہ مضامین خیال میں۔ عقیدٕ تھونہٕ باوجود پروفیسر سید قطب شہید سُندس تتھ نظریۂ فنس واریاہ نِکھ باسان یُس تمہ "التصویر الفنی فی القرآن" ناوٕ چہ کتابہٕ اَنہِ رٕس پیٹھ پیش چھُ کوٗرمُت تَسُندِ اقتباسُک اُردو ترجمہ چھُ امہِ کتابہٕ ہندِس مترجم پروفیسر حریری سُندِن لفظن منزٕ پیش "قرآنی اِصطلاح کی روشنی میں نُدرتِ ادا، حُسنِ تعبیر اور زورِ بیان کا نام فن ہے ان میں سے کوئی چیز بھی اِس امر کی مقتضی نہیں کہ اِس کی اساس محض خیال کی اُپج اور ذہنی اختراع پر قایم کی جائے"۔ کانٹ (KANT) سُند نظریہ چھُ شیفٹسبری ہندِس نظریۂ اخلاقس نِکھ باسان ییلہِ سُہ وَنان چھُ

AESTHETICS CONCERN WITH PERCEPTION OF VALUES

کیسیرر (CASSIRER) چھُ وزن تہٕ آہنگ جِن ہیٚتِھن منز مختلف تخلیقی عناصر تناسب

سان باہم رلِتھ منزٕ تجربُک تہٕ فنُک جمال گُبتھ آسُن کتھ وَنان ۔ والٹر پیٹر چھُ جمالیاتی تنقیدُک اکھ سربرآوردہ ترجمان ۔ تَسُند اکھ اقتباسُک ترجمہ چھُ پروفیسر حامدی کاشمیری ہندِ اُردو لفظن منز پیش" جمالیات کے سچے طالب علم کا مقصد یہ ہے کہ وہ حُسن کی تعریف انتہائی تجریدی انداز میں نہیں بلکہ انتہائی ٹھوس لفظوں میں کرے وہ اس کا کوئی آفاقی فارمولا نہیں بلکہ ایک ایسا (انفرادی) فارمولا ڈھونڈھے جو اُس کے کسی مخصوص مظہر کو مکمل طریقے سے پیش کرے ۔ کسی بھی سچی تنقید کا صحیح طور پر یہ مقصد بتایا گیا ہے کہ وہ کسی معروض کو اُس کی اپنی اصلیت کے ساتھ دیکھے ۔ اور جمالیاتی تنقید میں کسی معروض کو اُس کی اپنی اصلیت کے ساتھ دیکھنے کی طرف پہلا قدم یہ ہے کہ ہم اپنے تاثر کو اس کی اصلیت کے ساتھ جان لیں ۔ اسے الگ کر کے دیکھیں اور اُسے واضح طور پر محسوس کریں ۔ ۔ ۔ ۔ ایک جمالیاتی نقاد اُن تمام مظاہر جن سے اس کا تعلق ہے ، کو ایسی قوتوں سے تعبیر کر سکتا ہے جو مسرت خیز احساسات پیدا کر سکتی ہیں ۔"

ڈاکٹر قاضی عبیدالرحمٰن ہاشمی چھُ ارسطو ہندِس نظریۂ جمالس کُن اشارٕ کٕرتھ لیکھان "یوْدوے تنقیدُک کانہہ دبستان (یا سکول آف تھاٹ) فن پارس منز جمال آسنس تہٕ سُہ تلاش کرنس انکار چُھنہٕ کران اما پوز باہمی اختلافُک بنیادی وجہ چھُ یتھٕ زِ ینہٕ وجوٗدٕ زٕنگی کتھ حصس منز چھُ فن پارُک جمال قرار کران ۔ یعنے یہ زِ فن پارچ قرارگاہ چھا اَمِچ ہیئت کنہٕ اَمیُک موضوع یا مواد آسان ؟" یہ اختلاف ارسطو ہندِ وقتہٕ پیٹھٕ از تام اکھ یا بیٚیس شکلہِ منز برابر جاری آسُن کتھ کران چھُ ہاشمی کلایو بل ( Clive Bell ) سُند حوالہٕ دِتھ فن پارُک یا شعرُک جمال زیرِ بحث اَنِن وِز قدرِ جمال ورأے تمام اقدار بالائے طاق تھوٚنہٕ پیٚنچ کتھ وَنان یوْدوے زن شاعری بارٕسَس اَنِنس منز قدرِ جمالہٕ علاوٕ عُمرانی تہٕ سماجی اقدارن ہُندہٕ تہٕ اَتھ منز برابر حصہٕ آسان چھُ ۔ بریڈلے ( Bradley ) تہٕ چھُ واحد قابلِ توجہ چیز قدرِ جمال زانٕنچ وکالت کران تہٕ وَنان زِ فن پارُک جمال چھُ خود مُکتفی وجود تھوان یَمہٕ کِنیٚ سُہ نہٕ

حقیقی دُنیاہُک حصہٕ آسان چھُو بلکہ نہ تمیُک نقل۔
جانِتھ چھُ فن پارُک جمال وُنِتھ تمہِ کُلّی تاثرٕچ کتھ کران یتھ منز بقولِ تمہِ سندٕ "موضوع تہٕ ہیئت"
دونوے جذب چھِ گژھان۔

بہرحال جمالیاتس متعلق مختلف مغربی نقادن ہندی کیہنہ بیان بڑونٹھ کُن انِنہٕ پتہٕ
یژھ بہٕ فلاطیونس سُند ذِکر مزید کینژن ژھٕہن اِلتواہس منز۔ تراوُن یُتھ زن فارسی جمال شناسو
برونٹھ کینژن سنسکرت جمال شناسن کُن تہٕ مختصر اشارٕ کرنہٕ ییہ۔ اَمہِ حقیقتہٕ باوجود زِ اُطلبوٗ
العِلمَ وَلوکان فی الصّین ہِنٛزِ اِرشادچہِ روشنی منز چھُ شاردا رسم خطکو پاٹھۍ سنسکرت
جمالیات کین ماہرن ہند علم تہٕ سبٹھاہ دوٗر افتادہٕ تہٕ دوٗر از کار باسان۔ سنسکرتس منز چھِے
جمالیات کِس جذبس سیتارٕچن تارن منز شوٗنگتھ تمن سازن سۭتۍ تشبیہہ دِنہٕ آمٕژ ییمن مضرابکۍ
پاٹھۍ جمالُک جلوہ بیدار کران تہٕ بروے کار انان چھِ۔ فن پارُک سُہ عنصر یُس جمال شناسی ہند جذبہٕ
وُزناوان چھُ تتھ چھُ "وِبھاو" وَننہٕ یوان تہٕ اَمہِ عنصرُک یُس ردِعمل یا تاثرٕ پرن والی ہندِس دِلس
منز پادٕ چھُ گژھان۔ تتھ چھُ "اَنُوبھاو" ناو کرنہٕ آمُت۔ اَتھ تاثرس حظ تُلنچہِ عملِ چھُ "سنچاری بھاو"
ناو تھونہٕ آمُت۔ یُس پتہٕ سِتھای بھاوکین اَتھن مستقل جذبی لول گَننہٕ رنگہٕ بارسس انان
چھُ۔ ییمن سارِنے جذبن ہندِ جمالیاتُک حاصل مطالعہٕ چھُ "رس"۔ یُس بقولِ پروفیسر کاشی ناتھ
درنفسیاتی عمل تہٕ جسمانی ردِعمل دوشونی ہند جوہر چھُ۔ یہے رس گوو جمال شناسی ہندُ سُہ
جوہر یُس کینژن گونن یا تخلیقی پرزرن ہنز نشاندہی کرنُک تقاضہٕ چھُ کران تِکیازِ گونے چھِ
مجموعی طور اکھ اَکِس سۭتۍ رٔلِتھ شعرس اکھ لافانی حُسن بخشان۔ النکار چھُ فن پارِس گرتس
زیرِ بحث انان۔ تہٕ گونن ہنز پارٕ زان سہل بناوان۔ البتہ یہِ سہل یا مشکل بناونس منز
چھِے "ریتی" یا لفظٕ ترتیبہٕ تہٕ خاص اہمیت حاصل۔ کاشرِ سنسکرت نقادو چھِے
شاعری (یا ادبی فنکاری) کُلہم پاٹھۍ اکھ ترٛٹھ حسین مہرنِۍ مانٛزِ ہیمِ سُند مارِ مۆند وجود

ژٲرِی مَتھ الفاظ چھ ۔ مگر تِمن لفظن ہُند معنے یا النکار چھُ تِسُند خاص گہنہٕ تہٕ زیور ۔ اُمِس مہرِنیٖ
ہِندی مدہ مٲتی پوٗری ترٲوِنی گیہِ لفظ ترتیب یا ریٖتی ییٖلہِ زن اٰمی سُند باوصف اظہار شعریات
یا گون چھ ییٚمی سُند لب ولہجہٕ دِوان چھُ تہٕ ییٚمی سُند اندروٗن "رس" چھ ۔ کٲشِر ہِندِس سنسکرت
جمالیاتس پیٹھ تہٕ چھِ اسہِ اکھ زٕ مقالہٕ مُتوقع ۔ یہِ چھُ تِہنٛد محض اکھ پیشگی عکس ۔

مختلف فلسفن تہٕ علوم وفنون ییٚس اکتسابِ فیض ژٕہ داہمہِ صدی تام غرقِ جہالت روٗدی متھ
مغربن یا یوٗرپن عرب عالمن تہٕ مسلمان فلسفی ین نِش کوٚرمُت چھُ، تہٕ آو علمی اِرتقاءکس ناوس
پیٹھ رسہٕ رسہٕ مُشراوہنہٕ ۔ مشرقس نِش مغربچہِ اثر پذیری ہندو تذکرو ییتی چھےٚ قدیم کتب خانن ہنز
المارِ ازتہٕ بُرِتھ تِمن علمی خزانن کُن سرسری اشارہٕ کرُن تہٕ چھُنہٕ ییٚتہِ لِس ممکن لہٰذا کرٕ بہٕ حسبِ
وعدٕ فلاطیونس ناوکس قدیم یوٗنانی مفکر سنٛز تیٚتھ اثر پذیری کُن اشارہٕ کرنس پیٹھ اکتفا یتھ منز
ابراہیمی اعتقادچ زیرین لہر یہوٗدی تہٕ مسیحی تثلیثچ شکار چھنہٕ سپدِتھ ہیچھ ۔ ییٚمہٕ کِنی تِسُند نظریۂ
جمال بنُن رووُمُت سرمایہ زانیتھ فارسی زبانی ہندو عظیم صوٗفی شاعرو ییٚتر پاٹھی قبوٗل کوٚرمُت
چھُ ۔ ولیسے چھیہ یہ قبوٗل کرنہٕ ورٲے تہٕ قندِ فارسیس منز داییرنہٕ آمژ جمال شناسی اکثر بجوٗ
زبانو کھوتہٕ سرس چنانچہ چھ اُچی خود اعتمادی شیخ سعدی وننوومُت ۔

؎ در حدیثِ من و حُسنِ تو نیفزاید کس　　حد ہمین بود سخنگوئی و زیبائی را

افلاطوٗن سُند نظریۂ جمال بنیہ ہن پیچیدٕ بناون وٲلی فلاطیونسن چھ ابراہیمی عقیدۂ توحید کس
منظر میثاقس اِستفادٕ کرِتھ جمالیاتک یہ نظریہ پیش کوٚرمُت زِ روحِ آدم چھُ زیرٕ تہٕ آبہٕ کِس
یِتھ دُنیہس منز آشکار گژھنہٕ برونٹھے جلوٕ دِتھ حُسنِ ازلن ہنُن گرویدٕ تہٕ مشتاق بنوومُت
ییٚمہٕ کِنی سون اجتماعی روٗح یتھ عالمس منز کانہہ تہٕ حسین ہیکروٗ چھتھ مُتاثر چھُ گژھان ۔ گویا
حُسنِ فطرت کین نظارن تہٕ شاہکارن ہندِس زمینی جمالس منز ۔ روشن مجاز کین ژانگین گیتہٕ ریٖچی
بنیتھ چھ دراصل آسمانی حسنک فریفتہٕ انسانی روٗح تیتھی ازلی حُسنس تہٕ بالا ہنزس بعضے وٕنی دوان
بعضے تہدار بادتھ کران تہٕ بعضے باوزٕ ہندین رمزن گرہ کُشائی کران ۔ یہ چھُ اُدی بے فلاطیونس

سُند نظریہ جمال یا وِہ زمیک اعلان کرنہٕ ورٲے حض خلیلسٕ رٕنٛز مستعار ینوٗمُت نظریہٕ نورِ ازل یُتھ پیٹھ بُتھِ "نو فلاطونیت" ناوٕک اکھ باضابطہ دِبستان مشرقس منز وحدۃ الوجوٗدی قبوٗل عام لبان چھُ۔ اَتھی دِبستانس سٍتۍ وابستہٕ شعورِ جمال چھُ صوٗفیانہٕ سوچَس تیوٗتاہ مُتاثر کران زِ مولانا شبلی نعمانی ہوس نظر بازس تہٕ چھے مجازہٕ تہٕ حقیقت کِہن رمزن وُچھتھ یتھ بیانس پذیرٲیی کرنٕ پیوان زِ "تصوف برائے شعر گفتن خوب است"۔ تصوفٕک حوالہٕ چھُ فارسی شاعری منز جمالیاتکۍ فنی عنصر بسیار مگر تِم فنکاری سان ورتاوٕنی یوت ہیکہٕ شعرس دلنواز بناوتھ یوٗت کال نہٕ تِم فکر بلندس یا حکمت و بصیرتس رمز و کنایہ کِس لباسس منز پارنکۍ آداب یِچھِن یہ کتھ ملحوظ تھوٗتھ زِ ع
برہنہ سخن نگفتن کمالِ گویایی است۔ مگر اَمہٕ خاطرٕ چھُ فارسیٖ تہٕ سخن فہمی ہندۍ آداب یِنٛچھتھ صاحب دل بنُن لازمی ورنہ چھُ اَمہٕ رندی ہندۍ آداب نہٕ یِنٛچھِن وٲلِس اَتھ عرفانٕکِس مسوالس منز قدم تھاواٲنی یہ بوزُن پیوان

ع چو بشنوی سخنِ اہلِ دل مگو کہ خطاست  سخن شناس نہٕ اِی جانِ من خطا اینجاست

فارسی جمالیات کِہن فنی عنصرن ہِندِ بدولتہٕ یا بالفاظِ دگر جمال پرور تشبیہو، ابلاغ نواز استعارو حیاپسند ابہامو، اِلہام، تجنیس حُسنِ تعلیل تہٕ مراعاۃ النظیرٕ ہشو صنعژو بیٚیہٕ تکرار، اضداد تہٕ سیاقۃ الاعداد ہشو نازُک آرایشو سٍتۍ مالامال گومُت فارسی شعر و ادب چھُ واقعاً اکھ تیُتھ تھٕہ درتھہٕ الہامی دفترِ عرفان بنیو مُت یُس برزمین تہٕ نو کتہٕ فہمن سیرِ نہٕ افلاک چھُ کرناوان تہٕ یُس پریتھ عظیم فارسی شاعر سُند ترجمان بنتھ حافظس یہ اعلان تہٕ چھُ کرناوان زِ

بیا و معرفت از من شنو کہ در سُخنم  زفیضِ روحِ قدسُ نکتہ اِستعادت رفت

الہامی فیضچ تحسین کاری چھیہٕ فارسیٖ رٕنٛز تہٕ الہام شناسی تہٕ رمز آشنایی ہنز متقاضی۔ شعرکہٕ باطنی جمالک یا الہامی جمالک نوٗر باگرن وول عظیم فارسی شعر و ادب چھُ وجدانی بصیرتہٕ وول نقد و نظر اختیار کرناونکۍ اصوٗل تہٕ پانے مرتب کران یُہے خود مجوزہ طرزِ نقد و نظر چھُ فارسی شاعرس ونناوان۔

؎ بلبل از فیضِ گُل آموخت سخن ورنہ نبود　　این ہمہ قول و غزل تعبیہ در منقارش

فیضِ گُل ہِشہ جمالیاتی تحریکہ ستی پُر جمال اظہار بارسس ینچ بُنیادی اہمیت واجبی کتھ وَن

دائرس یتھ شعرس منز چھِ دوئمہ مصرعکہ ژور لفظ تہٕ جمالیات کین ژورن اہارن ہنز نشاندہی

کران۔ ژور لفظ چھِ قول، غزل، تعبیہ تہٕ منقار۔ قول ڈُنتھ چھُ قولِ فیصل یا قولِ مردان جان دار

واجبہٕ بلند آہنگی ہُند جمال، غزل ڈُنتھ چھُ نسوانی لہجکہ ملائم اظہارک جمال تعبیہ ڈُنتھ چھُ شاعرانہٕ لفظہٕ

ترتیبہٕ ہُند جمال تہٕ منقار ڈُنتھ چھُ مجموعی شاعرانہٕ صنعتگری ہُند جمال نشاندہی منز اَنہٕ آمُت۔

غزلہٕ ہند پریتھ شعر جمالچ اکھ مکمل تہٕ خود مُستکفی معنوی اِکایی بناون وول فیضِ گُل یا فیض جبریل

چھُ فارسیک طُرہٕ امتیاز گویا فارسی شعر و ادبکہ جمالیاتُک اہم ترین نوکتہٕ چھُ شاعر تہٕ قاری سُند

رہٕ مشترکہ امارتس تمن الہامچہ رمز شناسی ناوچہ خاص کھوچہ پٹھ پابہٕ نیر نہٕ خاطر گنان چھُ۔ جمال

شناسی ہنز اَمہٕ کھوچہٕ ہنز واضح نشاندہی چھُ مولانا رومیؒ سُند یہٕ شعر تہٕ کران ؎

بس قیامت شو قیامت را ببین　　دیدن ہر چیز را شرط است این

ایرانیَن ہنز اَمہٕ پُراسرار جمال شناسی تہٕ تحسین کاری ہنز بُنیاد چھِ سیٹھاہ پرانی۔ اَتھ چھیہٕ اہورامزداہس

کُن منسوب تیتھ یکتا پرستانہٕ عقیدس ستی واٹھ دِنچ تہٕ گنجائش یتھ تحت قدیم ایرانی برصغیرس

کُن لار کرن والین دوئی پرست آرین ہیٹھ غالب یتھ زرتشتی اصولِ سہ گانہ (یعنے پندار نیک

گفتارِ نیک تہٕ کردارِ نیک) یا نناوان چھ تہٕ پتہٕ مانی ہندس فنس یو چھر دِوان پتہٕ اسلامی تصوفس

لل کھوّل کران چھ۔ تحریری طور تہٕ چھُ ایرانیَن ہند ذوقِ جمال کہُہ صدی منز سُخن شناسی ہندِس

کماس ہیٹھ اوسُمت۔ مثالہٕ پاٹھی گر بہ ۴۷۵ ہجری سنس منز مرتب کرنہٕ آمتہٕ قابوس نامُک

اکھ لوکٹ اقتباس پیش "باید کہ مرد سخن گوئی و سخن دان باشد۔ اما تو ای پسر سخن گوی باش دروغ

گوی مباش۔ خویش را براست گوئی معروف کُن۔ تا اگر وقتے بضرورت دروغ گوئی از تو بزیرند۔

وہر چہ گوئی راست گوئی ولکن راست بدرونم ماند مگوی" اَتھ اقتباس منز بُتھ دروغِ مقبول یعنے

قابلِ قبول فنکارانہ اپزٕ راستہِ نامقبول کھو تہٕ بہتر قرار دیُن تہٕ یہ ناطِق فتویٰ صادر کرُن زٕ "پس از راست گفتن نامعقول بپرہیز" چھُ فارسی جمالیاتک روح برونٛہہ کُن انان آیندٕ صدٕین دوران چھُ فارسی سخن شناسن ہُند شعورِ جمال نہ صرف جمالیاتچہِ زٕہ سطحہِ حُسن آفرینی تہٕ حُسن شناسی ہندر آیہٕ تسلیم کران بلکہ حُسنِ زبان تہٕ خاص پاٹھۍ حُسنِ ترتیبِ الفاظ ملحوظ تھوٚونٛ کتھ کولرج ہندِ Best words in Best order آیہٕ ونان تہٕ اتھ منز حُسنِ تخیل حُسنِ محاورٕ تہٕ حُسنِ ابہام آسنٛچ وکالت تہٕ کران مثالہٕ پاٹھۍ نظامی سمرقندی ہُند چہار مقالس منز رٕژ شاعری ہنز نشاندہی یمن لفظن منز کرنٕ "شاعری صناعتی است کہ شاعر بدان صناعت اِتساقِ مقدماتِ موہومہ کندو اِلتیامِ قیاساتِ منتجہ"۔ تخیل چہِ تجسیم کاری ہنز ہونرمندی قرار دنہٕ پتہٕ شاعری منز خاص لفظ ترتیب (اتساق) ستۍ ژارنہٕ آمژ ہیٚژر ہندی تقاضہٕ ملحوظ تھوٚوتھ (تخلیقی زبانۍ ہندی نوٚو اِمکان روشن کرُن (التیام) چھُ خاص جمالیاتی شعور ظاہر کران۔ اپرٕ آئین ہند جمالیاتی شعورٕچ یہ کتھ کُس ہیکہِ نظر انداز کرِتھ زٕ فارسی یس منز رٕاَیج گژھن واجبن تمام شعری ہیٚژن بییہِ تخیُّل و محاکات ہِشن اصطلاحن بییہِ صنایع و بدایع ہِشن تمام فنی آرائشن ہُند آگُر چھُ ژکہِ عربی زبانۍ ہُند شعر وادبٕ آسان یُس قرآنچہِ آسمانی فصاحژ زیرِ سایہ قداوار تہٕ صحت مند بنیومُت چھُ آسان۔ حالانکہ عربی شاعری ہُند معیارِ جمال چھُ اَکس محدوٗد معنیس منز دورِ جہالت چہِ فحاشی تہٕ سبعِ مُعلقات ہِشن جاہلانہ تخلیقن منز نظر ینہٕ واجنہٕ اخلاق سوز بےحیائی باوجود قبل از اسلام تہٕ جذبات انگیزی تہٕ اثر آفرینی لحاظ تیوٚتاہ قداور تہٕ بااثر بنیومُت آسان زٕ بے مثال منصف مزاج تہٕ عدل پرور آخری پیغمبر برحقؐ چھ اَتھ ہنٛدٕ ہدف تنقید بناون وزِ بمصداق EVEN DEVIL MUST BE GIVEN HIS DUE اَمہِ کُس فنی جمالس ہیٚژر پاٹھۍ ملحوظ تھوان یتھٕ پاٹھۍ زٕ امراء القیس ہُند مضرِ اخلاق تہٕ حقدارِ جہنم موضوع یا فکری پہلوٗ رد کرن وزِ تہٕ چھِ آنحضورؐ تس اشعر الشعراء یعنے بہترین شاعر تسلیم کران تہٕ فرماوان اشعر الشعراء و قایدھم الی النار اَتی پیٚٹھٕ پھیٚے مشرقس اندر اَکس فنی تخلیقہِ منز فن تہٕ فکر ناوکۍ زٕ بٔڈۍ تہٕ مستقل شعبہ ملحوٗظ تھوٚونٛ روایت قایم گژھان۔ پتہٕ چھُ دربارِ نبوٗیؐ یس منز یہ رجز یہ شاعری تہٕ حماسہ

سرائی ہندِ زورِ کلامک توڑ کرنہٕ خاطر مبنی برالہام زورِ کلامُک سلسلہ شروٗع سپدان چنانچہِ چھ بأ ٹاس تُرکی بہ تُرکی حقُک موکھہ پرٕتھ دِنہٕ وألی یعنے حسان بن ثابتؓ تہٕ عبداللہ بن رواحہؓ ہوی پوٗختہٕ فنی شعوٗر تھوٗن وألی برگزیدہ صحابہ یہِ کأم انجام دِتھ نبویؐ اِنعامتن قابلِ ثابت گژھان۔ آیندہٕ صدین دوران چھِ اخلاق آموز عارفانہٕ کلامکو جمالیأتی عناصر تہٕ علم وادبکی باقے شعبہٕ سیٹھاہ تیزی سان پھانپھلان تہٕ نہ صرف ایران بلکہ سورُے یوٗرپ چھُ تمہِ ستی مستفید گژھان۔ یتہٕ ییٚن علوم و فنوٗنن عربی ادب وحکمتکی اُستاد رازی، فارابی، ابن سینا، ابنِ رُشد، عمرِ خیام المُعری، الغزالی، ابنِ باجہ، ابن ماجہ، الکندی، البیروٗنی، ابنِ عربی تہٕ ابنِ خلدوٗن ہوی عظیم قلمکار تہٕ مُفکر گوڈ بران چھِ تمیک معیارِ جمال چھُ نوٚین نوٚین جمالیأتی اقدارن کاڈ کڈناوان تہٕ عربن ہندِس تنقیدی شعوٗرس کُل عالمس منز امتیاز لبناوان۔ ایران چھُ ہوٚبہوٚ تمے اقدارِ جمال پننٕ ادبی سرمایہٕ پرکھاوںہٕ خاطر اختیار کران البتہٕ اسلأمی احسانأتن ہُند اعتراف کرنس منز ہمیشہ مُتعصب تہٕ بخیل ثأبت گومُت سہٕ یوٗرپ چھُنہٕ اکیٚک ٹاکارہ اقرار کران زِ علمِ ہیئت، علمِ ریاضی، علمِ جغرافیہ، علمِ طب، علمِ نجوٗم، علمِ تاریخ نوٚیسی، فلسفہٕ، شأعری، فنِ تعمیر تہٕ باقے شعروادبس منز کوتاہ زبردست دیُت چھُ مسلمانن ہُند تہٕ یوٗرپس یُس ڈُہمہٕ صدی تام واریاہ رنگہٕ پسماندہ تہٕ پتھ کھورِ اوس روٗدمُت۔ بہٕ کرہٕ اتھ سلسلس منز پروفیسر ڈوزی ہندِ تاریخ مسلمانانِ اُندُلس کہِ اُردو ترجمُک فقط اکھ لوکٹ اقتباس پیش۔ سہٕ چھُ مسجدِ قرطبہ وأنِس اُندُلُس کِس ڈُہمہٕ صدی ہندِس قرطبہ شہرس متعلق لیکھان۔ ”اس شہر میں ہر قسم کے علوم وفنون کی تعلیم دی جاتی تھی۔ ابتدائی مدارس اعلیٰ درجہ کے موجود تھے۔ اور بہ کثرت تھے یہ وہ زمانہ تھا کہ عیسوی یورپ میں سوائے پادریوں کے یا ایسے لوگوں کے جو حکومت کے بڑے عہدے رکھتے تھے سب ناخواندہ ہوتے تھے لیکن اُندلس کے مُسلمانوں میں تقریباً ہر متنفس پڑھا لکھا ہوتا تھا۔“

اَکِس تخلیقہٕ ہندِس پرٕتھ لفظس تہٕ لفظہٕ ترتیبس منز گیٚتھ حُسن وُٹھہٕ نلاونکی تہٕ زیرِ بحث

اَنٕکۍ یِم پیمانہٕ عرب نقادو مُرتب یا وضع کٔرۍ تیٚ کٔرۍ عالمِ اسلام کیو باقی ملکن منز روزن والیو زبانٛو
تہٕ اکثر پأٹھۍ اختیار۔ اَتھ حدس تام زِ تمہِ ملکن ہٕنزن زبانن منز تہٕ آیہٕ عروض، قوافی، وزن تہٕ بحر
پرکھاونکۍ معیار تام تہندِ بے اثرس تحت بارسس۔ اَمہِ صحت مند علاقٕ کڈنو ایرانکہ تہٕ برصغیرک
فنِ شعر کاڈ، اَتھ حدس تام زِ عربی بلیغ اِظہارن ہندی پأٹھۍ۔ ہیٚژن اَکھ بے فارسی یا اُردو
مِصرعس منز تہٕ فکری تہٕ فنی عنصرن ہنز سونزلہٕ پأدٕ گژھنہٕ۔ کأیناتہٕ کین مختلف رُبانی جمال
نُمانِشانن تہٕ آیت اللہ ہن ہندِس تناظرس منز چھِ شاعر سُند اکھ اکھ مصرعہ تہٕ بعضے اکھ اکھ دُبیلہٕ
معانی برونٹھ کُن انان۔ مثلاً دنیہک مختصر ترین تعارُف کرناونہٕ زٕنگی خیام سُند ع
این کہنہ رباط راکہ عالم نام است وُنُن، میر سُند ع آنکھ ہو تو آئینہ خانہ ہے دہر وُنُن، حافظ سُند ع
کہ این عجوز عروس ہزار داماد است وُنُن، غالب سُند ع بزم داغِ طرب و باغ نشاطِ پر رنگ وُنُن تہٕ اقبال سُند
یہ دُنیا دعوتِ دیدار ہے فرزندِ آدم کو وُنُن تہٕ شیخ العالمؒ سُند ع "یتھ دُنیہس مانچھ تأکس وٕپہہ ترأوِتھ" وُنُن
مگر تأکارِ آثارن ہند جمال تہٕ نیلہِ اظہارک ابہام بنان چھُ نہ چھ واریاہن واجبی تہٕ غیر واجبی تأویلن
زأیُن دِوان تی چھِ شعریاتچ تہٕ جمالیاتچ کتھ کرن ورِ سأنی اکثر مغربہٕ نشہٕ مرغوب گأمتی اہم اردو نقاد
تہٕ کران۔ چنانچہ چھِ مغربس زیرِ اثر مشرقس منز ماضی قریب بیٹھ از تام رأیج پیدی متین تمن اَٹھن دہن
تنقیدی دبستانن سِتۍ وابستہٕ بیشتر نقادن ہند اَمہِ رنگہٕ سطحی فن شناس بنُن جیر انان یمن دبستانن اُسی
یِم ناو دِوان چھِ۔ عمرانی تنقید، رومانی تنقید، تاثراتی تنقید، موضوعی تنقید، جمالیاتی تنقید، مارکسی تنقید
نفسیاتی تنقید، لسانیاتی تنقید تہٕ ہیتی تنقید۔ پروفیسر حامدی کاشمیری ہنز اِکتشافی تنقید تہٕ چھےٚ کٔرنہٕ
حدس تام مجھِ ترأونی لایق۔ کینژن کأشرن نقادن تہٕ اُردو نقادن ہندِ طرفہٕ ابہام تہٕ استعارہٕ ہوِن شعریاتن
صحیح توجہہ نہٕ کٔرِتھ ہیکنک تہٕ کینژن فن پارن ہندِس کلہم جمالس احاطہٕ نہٕ کٔرِتھ ہیکنک اندازٕ کرناونہٕ
خأطرٕ ہیکن درجن وادہ مثالہٕ پیش کرنہٕ یتھ مگر تہٕ کرٕنچ چھنہٕ یتہٕ تس کانہہ گنجأیش۔
خطبۂ اِستقبالیہ موکلناونہٕ تہٕ سارنے پرزھین وَرٕ تھِ وأنجِہ استقبال کرنہٕ برونٹھ یِژھ بہٕ جمالیات

اصطلاحس متعلق کینژن اُردو نقادن ہندی لوکچ لوکچ اقتباس تہٕ پیش کرٕنی مگر اکھ اقتباس ہتا بوڈٕ
پہن تکیاز سُہ چھُ جمالیات اصطلاحٕ ایستھے تکس لفظک ناقص تہٕ ناکفی ترجمہ آسنس دلالت کران۔ یہ
اقتباس چھُ مجنوں گورکھپوری ہند تاریخ جمالیات منز ماخوذ۔ سُہ چھُ لیکھان۔

" انگریزی زبان میں AESTHETICS جمالیات سے کہیں زیادہ جامع اور بلیغ ہے۔
AESTHETICS کے لغوی معنی ہر اُس چیز کے ہیں جس کا تعلق حس سے اور بالخصوص حسِ لطیف سے
ہو۔ اس اعتبار سے اگر اُردو میں ترجمہ کیا جائے تو AESTHETICS کیلئے "حسیات" یا "وجدانیات"
یا "ذوقیات" بہترین اصطلاح ہو مگر "حسیات" سے یہ مغالطہ ہوتا ہے کہ یہ نفسیات کی کوئی شاخ ہے
جس کا تعلق انسان کی قوت حس اور اُس کے محسوسات سے ہے۔ وجدانیات سے ذہن معاً تصوف
کی طرف مائل ہو جاتا ہے اور قیاساً اُس سے القائی یا حالی کیفیات کے معنی نکلتے ہیں۔ ذوقیات
کچھ غیر واضح اصطلاح ہو کر رہ جاتی ہے۔ AESTHETICS کا موضوع "حسن اور فنون لطیفہ" ہے...
اِسی رعایت سے عربی اور اُردو میں ـــــ اِس کا ترجمہ جمالیات کیا گیا۔"

ترقی پسند اختر اُرینوی چھُ ونان۔ "حسن و لطافت آرٹ کی جان ہے ... ترقی پسندی کے
معنی اندھی حقیقت نگاری نہیں، ترقی پسندی میں مثالیت اور تخیل کی بھی سخت ضرورت ہے۔
ادب کو ناقد و مفسر حیات ہونا چاہیئے۔"[۹]

جمالیاتی تنقیدس اسلوبیاتی مطالعہ زانن وول ڈاکٹر سلیم اختر چھُ لیکھان " میرے خیال میں
اُردو میں بحیثیت ایک دبستان جمالیاتی تنقید کبھی بھی نہیں رہی۔ .. جنہیں رومانی نقاد کہا جاتا ہے
انہی میں بعض اوقات جمالیاتی تنقید کے اثرات کا مطالعہ بھی کیا جاسکتا ہے۔ نیاز فتح پوری کی تنقید کو
اردو میں جمالیاتی تنقید کا سب سے اہم اور اچھا نمونہ قرار دیا جاسکتا ہے۔ انہوں نے اپنے تنقیدی
مسلک کی یوں وضاحت کی ہے "جب میں کسی شاعر کے کلام پر انتقادی نگاہ ڈالتا ہوں تو اس سے
بحث نہیں کرتا کہ اُس کے جذبات کیسے ہیں۔ بلکہ صرف یہ کہ اُس نے اُن کے اظہار کرنے میں کیا

اسلوب اختیار کیا وہ ذہنِ سامع تک اُس کو پہنچانے میں کامیاب ہوا یا نہیں" ذاتی رائے پیش کران چھُ ڈاکٹر سلیم اختر جمالیاتی تنقیدکس دبستانس از محض اکہِ یادگار آثارِ صنادیدُک درجہ حاصل آسنس متعلق لیکھان "جمالیاتی تنقید کو پائیدار اساس پر اُستوار کرنے کی کوشش نہ کی گئی۔ اِس کا کُل سرمایہ تاثرات، احساسات وِجدان اور جمالیاتی حس ایسی اصطلاحات ہیں جن کے مفاہیم میں کسی طرح کی قطعیت نہیں پیدا کی جاسکی..... یہ اصطلاحات اپنی پُراسرار شاعرانہ دلکشی سے عاری ہو کر کچھ اور ہی نظر آنے لگیں.... چنانچہ آج تنقید کا یہ دبستان فعال نہیں رہا بلکہ اب محض اِسے تاریخی حیثیت حاصل ہے۔" یمہِ اقتباس کہِ گاشس تل پرزیا اَسہِ عربی فارسی دبستانکۍ پٲٹھۍ کٲشیرِ منز پنھ کالہِ کین آنند وردھن، ابھنو گپُت تہٕ ممٹھ ہوین سنسکرت نقادن ہُند جمالیاتی دبستان تہٕ محض اکھ تاریخی یادگار زانُن کیہٕ امہِ کس مطالعس چھےٚ از تہٕ نقادن کنہِ ترٛٹھ اہمیت یِتھ تہنزِ نظرِ منز قدیم یونانی دبستانس یا جدید مغربی دبستانس چھےٚ بہرحال یِتھ سیمنارس منز ییٚن یمن دوشونی دبستانن ہندِ رد و قبولچ معیار پرکھاون والۍ مقالہٕ ضرور پرنہٕ۔ یم کینہہ کتھ عرض کرِتھ چھُس بہٕ بنہٕ تہٕ پننین رفقاے کارن ہندِ طرفہٕ تہٕ ہہ سارنے صدِ قدلانہٕ اِستقبال کران تہٕ مقالہٕ نگار خواتین وحضراتن ہندی خیالات بوزنُک تہٕ زیرِ بحث اننُک دعوت دِوان۔ والسّلام۔

# مشرقی جمالیاتکی بُنیادی تصوُرات

پروفیسر مرغوب بانہالی

ؔ درسخن دُر ببایدت سُفتن — ورنہ گنگی بہ از سُخن گفتن

( یا پتہ ہیچھ شاعری منز موختہ ژومُن — نتہ چھے کجر بہتر بلی شانہ ہنہ کھوتہ

فارسی زبانٕی منز معنوی شاعرن ہُند سرتاج مانہٕ آمتس حکیم سنائی ہوس اُکس عظیم فارسی شاعرسٕند تنقیدی شعورک آینہ ہاون وول یہ شعر چھُ امہِ کتھہٕ ہنز نشاندہی کران زِ بہترین شعرن گوڈ موختہ ژومُن۔ مگر اکھ تنقیدی اصوُل زانہٕ یینہٕ رٔنگ " چھُ سیٹھا پُر اعتمادی سان دِنہٕ آمت یہ بیان واضح باسنہٕ باوجوُد اکھ پرژھ۔ تکیازِ اُسی ہیکو نہٕ قطعیت سان وُنِہ یہ وُنِتھ زِ شعرگوئی ہُند حوالہ کتھ علمِ یا تخلیقی علمِ ہندِس کتھ حصس پیٹھ موختہ ژومُن ناو کرُن ؟ یا یِہ اَتھ بیانس منز چھا تتھ بُنیادی نوکتس، حکمتس، تجربس یا معنیس ژُر اہمیت دِنہٕ آمژ یُس شعرک روُح بنان چھُ ؟ کیٛنہٕ تمہِ نوکتہٕ کہِ جمالیاتی ضروُرتہٕ مطابق بہترین ژُر آر پتہٕ قایم کرنہٕ آمژ لفظ ترتیبہٕ ہنز تتھ موختہ مالِہ چھیہٕ ژُر اہمیت یوس شعرک جسم تہٕ خارجی وجوُد بنان چھیہٕ۔ کیٛنہٕ یہ چھیہٕ انسانی روُحکہِ تہٕ جسمکہِ پُراسرار امتزاجکی پانٹھ معنہٕ کہِ تہٕ لفظکہِ پُراسرار امتزاجچ اہمیت محسوس کرنچ وکالت۔ فارسی زبانٕی ہندس اولین اہم شاعر روُدکی ہندس عظمتس خراج عقیدت پیش کرن وول مشہوُرِ عالم شاعر خاقانی تہٕ چھُ تسُند امتیاز یہے اکھ کتھ قرار دوان زِ روُدکی اوس موختہ ژومبان تسُند شعر چھُ۔ ؔ

روُدکی آنکہ دُر ہمے سُفتے — مدح سامانیان ہمے گفتے

حافظس تہٕ چھُ پننُ پان دُنیہکہِ سارِوے کھوتہٕ بجہِ عزت افزائی ہُند مُستحق محض امہِ کتھہِ خاطرٕ باسان زِ تمُو ژومب موختہ غزلگوئی منز۔ ؔ

غزل گفتی و دُر سُفتی بیا و خوش بخوان حافظ — کہ بر نظم تو افشاند فلک عقدِ ثریا را

اگر اَسی اَمہِ پتھ تہٕ پکن یُتھو تیلہِ وُچھون اَسی گوڈنچہِ صدی عیسوی ہندِس اَندی کچھس منز گزریومت ایرانکہِ عظیم تہٕ قدیم ساسانی دوٗرک تصوٗر جمال یعنے نوشیروانِ عادلس بڈونٹھ اکھ پرزلوٗن حکمران بہرام گور بییہ تیس ساعزِ جواب قدیم فارسی بولن واجنہ دِلارام ناوچ پرجمال کینزریس کُن فارسی زبانی ہند اولین مشہوٗر تذکرۃ الشعراء لیکھن وول دولت شاہِ سمرقندی تہٕ گوڈنک پہلوی یا فارسی شعر منسوٗب زانان چھُ۔ تتھ شعرس متعلق محققانہ آیہ کیہنہ ونیخ نہ چھیہ ییتہِ تس گنجایش تہٕ نہ ضروٗرت۔ البتہ چھُ اتھ کتھ سنٗز زرِ یہ اہم تذکرہ نویس کم شاعرانہ گون چھُ تس خاتونہ کُن منسوٗب کران اتھ سنٗز پتہ لگہِ اَسہِ اَمہِ کتھہِ ہند اکھ سرسری باس زِ تس شاعرِس اندر کمن صفاتن ہند آسُن اوس قدیم ایرانیین منز مطلوٗب تہٕ محبوٗب زانہ یوان۔ زبانو زبانی یمن لگہِ رلوایتن اتھ معاملس منز استفادہ کرن وول تذکرہ نویس دولت شاہ چھُ شاعر بہرام گورس تحریکِ شعر دِنہ واجنہ تہٕ برجستہ جوابی مصرعہ ونٗن واجنہ خاتونہ متعلق لیکھان "اورادلارام چنگی می گفتہ اند و آن منظورہ ظریفہ و نکتہ دان و راست طبع و موزون حرکات بود و بہرام بر آن کنیزک عاشق بود"۔ کشیرِ ہندِس لگہِ رلوایتن منز محض اکھ گرٗیسی کورا اَستھ زونہ ہند حبہ خاتوٗن بننکہِ تہٕ حرمچہِ بیگم صاٗبہ کھوتہٕ حاکمِ کشمیر یوسف شاہ زِنس منظوٗرِ نظر بننکہِ واقعہکی پاٹھی چھِ دلارام ہندِ منظوٗرِ نظر بننکی زورِ امتیازی گون یمہِ آیہ گنزرہِ نہ آمتی علہ تس منز آس ظرافت ۲؎ تس منز آس نکتہ داٗنی ۳؎ تس منز آس شاعرانہ طبیعتہ روانی ۴؎ بییہ آس تہنزن حرکژن منز تہٕ موزوٗنی باسان۔ وارِہ شنو تذکرہ نویس چھُنہ تہندِ جسمانی حسنک بظاہر کہنی ذکر کران۔ یعنے زِ چھُنہ ونان تس اَسی نستہِ خنجرِ، ہُمہ ونجر، سرو قد، زونہ ہُتھ، روپہ تن، بنگالی زلف تہٕ وُچھکی قبہ بیترِ۔ تکیاز بقولِ صاٰیب ؎ نمے کنند نظر عارفان بحسنِ مجاز سراب آب شمردن شبوتِ بدطلبی است

ظاہر بینن ہندی کنی ہنکہِ ہے سو فقط یموے جیزو سپتی بہراس منظوٗرِ نظر بنتھ یا تحریک شعر دِتھ مگر کتھ چھِنے برعکس تہٕ تہٕ چھُ صاٰیبے ونان ؎ از نشاطِ اہلِ دل ظاہر پرستان غافل اند۔ پیٹھ چھیہ موخیتہ زِ وہمنکی پاٹھی یمن زورن گونن یا جمالیاتی عنصرن ہنزِ نشاندہی تہٕ کُنہ حدس تام پرزِ نژ جاپے

مثلاً ظرافت یعنی چہ؟ نکتہ دانی یعنی چہ؟ راست طبعی یعنی چہ؟ تہٕ موزوٗن حرکات یعنی چہ؟ استفہامیہ نِشانہٕ (؟) بروٚنٹھ ورتاونہٕ آمتی زِ لفظ چھِ فارسی پاٹھۍ یہِ مفہوم تھاوان زِ یتھ کیا چھُ اییک معنے؟

یِمن بیتین سوالن اکھ بلیغ تہٕ فکرانگیز مُشترکہ جواب دِنہٕ خاطرٕ یا اڈ ہن جواب دِنہٕ خاطرٕ کرٕ بہٕ حافظ شیرازیؒ سُند سُہ شعر پیش یُس اہلِ رازن تہٕ صاحب دِلن ہنٛز نظرِ حُسنِ صوٗرتس منٛز حُسنِ سیرتُک مُتلاشی چھُ بناوان۔ یُس اَتھ نظر مانچھ تُلرِ ہندی پاٹھۍ پوشچہِ رنگدارِی ہُند جوہر ولوٗرُ یتھ تُلناوان چھُ گویاتی چھُ اعلیٰ ترین مشرقی ذوق جمالُک محرم راز حافظ تہٕ ونان سہ

حُسنِ مہرویان مجلس گرچہ دِل میبُرد و دین بحثِ ما در لُطفِ طبع و خوبیٔ اخلاق بود

I قدرِ جمال تہٕ مذہبی معیارِ حُسن :- یِمن تہٕ یِتھین واریاہن دلچسپ سوالن ہندی نوٗرانی جواب لبنہٕ خاطرٕ پیٚیہِ اسہٕ قابلِ صد افتخار اسلافن ہندِس تنقیدی شعوٗرس نکھ پرٕتھ پیشگی رائے تہٕ ذہنی تٔھاے منٲوِتھ یُس باادب پاٹھۍ گرٕ ھیٚنۍ وَتھ رٹنۍ۔ مگر اسلافن ہندِ تنقیدی شعوٗرُک عرفان لبنہٕ غرضہٕ چھُ لازمی ادبیات ایرانکہِ دلبستانِ جمالکۍ اصوٗل مرتب کرن والین عنصر المعالی نظامی عروضی تہٕ قیس رازی ہوین اہم نقادن ہنٛز نکتہ دانی سنٛز بلکہ چھُ تمہٕ تہٕ بروٚنٹھ ایرانی شعر و ادبس منٛز خوٚنکۍ پاٹھۍ گردش کرن وول یہِ اجتماعی شعوٗرِ جمال گوڈٕ زٲنِس تھوٗن لازمی زِ یا پہٕ جمیل اُستھ بہمہ وجوہ جمال پسند بنیمتس کُنِس تہٕ قدرت کاملہ وٲلِس خالق حیات و کائنات سُند لا ابتدا تہٕ لا انتہا (یا لاثانی تہٕ لافانی) جمال چھُ ازلہٕ پیٹھ ابد تام بکمالِ ربوٗبیت پرتوفگن تہٕ سُے پرتو چھُ فانی چیزن منٛز۔ بغرضِ خاص تغیر پرور۔ ایرانکہِ عظیم صوٗفیانہٕ ادبُک یہِ حاوی موضوع چھُ اَتھ عظیم شاعری ہنٛز۔ اکھ زیرین لہر یتھ واریاہ اَدلی تہٕ زاوٕلی فلسفیانہٕ کیو عارفانہٕ بحث برونہہ یکہِ ناوان روٗدمُت۔ خاص کرِتھ چھُ ایرانس منٛز عرفانی شاعری ہُند آخری نوٗرِ مُنار تہٕ خاتم الشعراء تسلیم کرنہٕ آمُت مولانا جامیؒ اَتھ پرتوِ جمالس نظمو علاوہ نثرس منٛز تہٕ حسین و جمیل باوتھ کران مثلاً بعضے یِتھی جُملہ لیکھتھ۔ "جمیل علی الاطلاق ذوالجلال والافضال است۔ ہر جمال و کمال کہ در جمیع مراتب ظاہر است۔ پرتو جمال و کمال اوست" یعنے

حقیقی تہٕ قایم بالذات صاحب جمال چھُ زِکہٕ کُن معبوٗد یُس جمالہٕ ملاوٕ جلالچن تمام فضیلژن ہُند آگُر تہٕ چھُ۔ چنانچہ یِتھ کاہہٕ کایناتی حُسن یا حیاتیاتی کمال (ییُس مختلف چیزن منز۔ کینژس وقتس مختلف دٕرِی تہٕ درجہ برٲوِتھ ظاہر چھُ سپدان سُہ) چھُ تہندی لافانی جمالک تہٕ کمالک پرتو آسان۔" یہ پرتوُک یُہے تصور چھُ مشرقی ادبس خاص کٔرِتھ فارسی شاعری وحدۃ الوجودُک اکھ دلکش گلدستہ بناونک محرک بنیوٗمُت۔ مگر یہ کتھ چھےٚ کاہہٕ خلط مبحث کرنُک اجازت دِوان زِ ایرانس منز۔ ماوٚن اشاعت اسلامہٕ پتہٕ اُمہ وحدۃ الوجودی دبستان خیالنہٕ عرفانس پس پردٕ ایرانی تصوفُک سُہ طوٗفان بارسس یُمہ بُدھ متی عدم تشدد، زرتشتی سوز آتشین، ویدانتی ربُّ النوّع تہٕ مسیحی تثلیث کِہن مختلف حلوٗلِ جمال والین عقیدن تحت اسلامُک عقیدِ توحید تل زِھن یوٚژھ یہ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ اسلام کِس توحیدی عقیدس زیر نہٕ کٔرِتھ ہیکہٕ کِس نتیجس منز۔ بیوٚد خاص ایرانی تصوفُک سُہ عرفان صاحب نظرن حقیقی عرفانکہٕ زور ستےٚ رد کوٚرن یُس مدنی منافقن ہندی پاٹھۍ اسلامی تصوفس ستۍ رلہٕ وُن باسنہٕ باوجود بالکل بدوٚن تصوراتن وُنھبو دِتھ سازش کران اوس۔ مشرقی ادبی جمالیات کِس تناظرس منز۔ چھےٚ اَتھ بحثس دوبارٕ تلُنچ مولانا جامینٕ گنجایش چھےٚ تھوٚمژ۔ بیلہٕ تمۍ فارسی زبانۍ ہندِس اولین عظیم صوفی شاعر بابا طاہر عریانن پاٹھۍ سہ عرفانِ جمال شوٚد نہٕ صاف آسنس انتہائی لول بوٚر یُس عرفانِ جمال قضا و قدر، موت و حیات بیٚیہ زٕوٚن تہٕ آفتاب ہوِی ساری جمالیاتی پیکر خدایی جمالکی نشانہٕ تہٕ آیات زانِتھ و نان اوس۔

قضا رمزے زِ چشمانِ خمارش قدر سرّے زِ زُلفِ مُشکبارش

مہ و مہر آیتے زان روی زیبا نکویان جہان آئینہ دارش

**II پرتوِ جمالکہ حوالہٕ دِیُن اہمیت :**۔ رنگہٕ بجایہٕ خوشبوئی اہمیت دِتھ چھُ فارسی نثرچہ شہکار گلستانہٕ منز۔ شیخ سعدی گلابُک جمال گوڈنچہ لۍ ستمہ صدی ہجری دوران کیمیائی عملہٕ ناوکران یوسہ بنین تہٕ بنس ہنکس حصہٕ دار بناوان چھےٚ یوسہ عمل سنگ پارہٕ چھُہ لگنکی پاٹھۍ بتھر پیمتس میز زٕجہ ہوس اُکس ناچیزس۔ مہ پیکرِ عطر بناوِتھ گلا بسے ہیوٚ اکھ مُشکدار پیکرِ جمال بناوان چھےٚ تہٕ تس اَتھ تہٕ جمالک

یہ اعتراف کرناوان چھنے زِ سہ جمالِ ہمنشین درمن اثرکرد   وگرنہ من ہمان خاکم کہ بودم
اُکس لافانی پیکرِ جماس مقابلہ تمام حسین وجمیل چیز فانی آسنگ خاص نکتہ چھ مشرقی ادبیاتک نمایاں
پہلو درینٹھی انان ۔ مثلاً خود مولانا جامیؒ بند بن پیٹھین شعرن منز ؎

آہنگِ جمالِ جاودانی کردم   حُسنی کہ نہ جاودان، ازان بیزارم
دل دری این وآن نہ نیکوست تُرا   یک دل داری بس است یک دوست تُرا
اے دردل تو ہزار مُشکل زِ ہمہ   دل رابہ یکی سُپار وبِگسل زہمہ

مولانا جامیؒ پیندی کیہنہ نثری جملہ تہ چھ مُقفیٰ تہ مُسجع آسنہ باوجود اکھ موضوعس نفیس
باوتھ کران مثلاً یمن جُملن منز :-

★ دل از ہمہ برکن ودر خُدای بندواز ہمہ بگسل وباخدا پیوند
★ اوست کہ ہمیشہ بود وباشد وچہرہ بقایش راغبار ہیچ حادثہ نخراشد

یم چھ قدر جمال تہ پرتوِ جمال قابلِ فہم بناون وأکی تیٚے رمز یمن کُن شیخ سعدیؒ ین یمہ آیہ تہ اشارہ
چھُ کورمُت آسان ۔

؎ برگِ درختانِ سبز درنظرِ ہوشیار   ہرورقش دفترے است معرفتِ کردگار

یا یتھ شعرس منز ؎

ہرکس بہ زبانے صفتِ وصفِ توگوید   بُلبل بہ غزل خوانی وقمری بہ ترانہ

اُردو شاعری منز چھ پرتوِ جمالک تہ جلوہ جمالک بہترین تہ بھرپور اظہار جگر مراد آبادی پنز
تتھ غزلِہ منز سپدمُت یمکی با نشرط شعر پیش کرنہ روٚس کتھ اڈ پیٚچ روزِ ؎

جلوہ بقدرِ ظرفِ نظر دیکھتے رہے   کیا دیکھتے ہم اُن کو مگر دیکھتے رہے
اس سے غرض نہیں وہ کدھر دیکھتے رہے   ہم دیکھتے رہے وہ جدھر دیکھتے رہے

اُن کی حریمِ ناز کہاں اور ہم کہاں　　نقش و نگارِ حلقۂ در دیکھتے رہے

لاکھ آفتاب بام سے ہو کر گزر گئے　　بیٹھے ہم انتظارِ سحر دیکھتے رہے

ہر لحظہ شانِ حُسن بدلتی رہی جگر　　ہر آن ہم جہانِ دگر دیکھتے رہے

پزٕتھ حسین و جمیل چیزن منز الوٗہی پرتو جمالچ اَمہِ قسمچہ شاعرانہٕ بوقلموٗنی مشاہدہ کرنہٕ باوجوٗد چھُ جمالی پرتوُک اصلی قرارگاہ انسانی عقلہٕ یا اُچھ بدلہٕ انسانی دل تہٕ ضمیر قرار دِنہٕ آمُت ۔ کُنہٕ تہٕ قسمُک مغالطس منز پینہٕ وراے چھُ معیارِ حُسن تابِ نظارہٕ تھون وول سُہ دِل یتھ آدابِ نظر حاصل آسن گامتی دراصل چھُ دیدہ وری ہُند معیار تہٕ حُسن شناسی خاطرٕ تمن آدابن ہُند تعیُن لازمی قرار دِوان یم انسانی دِلس وابستگی ہندِس تھدِس مقامس پیٹھ واتناوِتھ دلچن اُچھن عرفانک سورمہٕ لاگنکی ضامن آسن اتھ حدس تام زِ نظارٕ کرن وول گژھہِ نظارس منز جذب گژھنہٕ بجایہٕ منظوٗرِ نظر بنتھ یارٕ سُند آئینہ بدست پیکر باسُن ۔ مولانا روٗمی چھُ جمال شناس نظرِ ہندِس اَتھی ارتقاہس معراجِ آدمیت زانان تکیازِ اَمہِ بدولتہٕ چھیہٕ ہیکان انسانی اُچھ صاحبِ دیدار اُچھ بننک شرف لبتھ ۔ مولانا سُند ناطق تجربہٕ چھُ یہ :-

؎ آدمی دیدست باقی پوست است　　دید آن باشد کہ دید دوست است

مولانا جامی ییٚن تہٕ چھُنہٕ سُہ جنت قبول ییتہٕ معراجِ دیدار پرٛاون واجنہٕ اُچھ جلوۂ جمالک وعدٕ آسنہٕ توٚے چھُ سُہ ونان ؎　ازسرِ کویش اگر سُوی بہشتم می برند　　پای ننہم گر در آنجا وعدۂ دیدار نیست

شیخ نجم الدین رازی چھ ۶۲۵ ہجری وٚرِیس دوران لیچھمٕتِس پننہٕ مرصاد العباد ناوچہِ کتابہِ اندر اَتھ موضوٗعس پیٹھ اظہارِ خیال کران لیکھان زِ شعوٗرِ جمال پھاپھلاوِتھ دلچہِ اُچھ ہُند جُویاے جلوہ بننے یا لافانی حُسنکہِ پرتوُک مرکز بننے چھُ انسانی دِلس عرشِ معلیٰ کھوتہٕ بلند تر درجہ لبہٕ ناوان ۔ تسُندی کیہنہ لفظ چھِ تبرکاً درج :

" دل در عالمِ صغریٰ بہ مثابتِ عرش است در عالمِ کبریٰ ۔　ولیکن دل راخاصیتی است و شرفی کہ عرش را نیست و آن کہ دل را در قبولِ فیضانِ فیضِ روح شعور بر آن ہست و عرش را شعور نیست ۔" یہ اقتباس چھُ شعوٗرِ جمالچ اہمیت روشن کران تہٕ بُتھ چھِ اَتھی کتابہِ منز شعوٗرِ جمالکی پانژھ تِم عرفانی مقام زیرِ بحث اَنہٕ آمتی یمن جمال شناسی

بجایہ شعورِچہ توحید شناسی ہندی مقامات خمسہ ونٕن پرٛتکیاز مقامن ہندٕن ناون منٛز ترکیبہ چھےٚ تی تجویز کران یمہٕ آیہ ۱۔ توحیدِ ایمانی ۲۔ توحیدِ ایقانی ۳۔ توحیدِ احسانی ۴۔ توحید عیانی تہٕ ۵۔ توحیدِ عینی نظرِ ہند ارتقأکی پأٹھۍ چھُ روٗحانی ارتقا لبنہٕ خأطرٕ شعورِ جمالکہِ ارتقاہکۍ بہلوٗ بینہٕ ہن روشن کرنہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت "تا شخصے دادِ این ہمہ (مقاماتِ توحید) ندہد بر وحدانیت نرسد و تا دادِ وحدانیت ندہد بہ حقیقتِ وحدت نرسد کہ ساحلِ بحرِ احدیت است"

شعور جمالکہِ حوالہٕ چھُ دِل وجدانی جمالکہ پرٛنوکُ قرارگاہ بناوِتھ پیش کرنہٕ آمُت ییلہِ زن وحدتکُ پرزٕ کُنہ کرِ سدٕرک بوٚڈ بناوِتھ پیش سپُدمُت چھُ ۔ امہِ فکر انگیز بحثُک اجمالی خاکہ چھُ جامی سُند یہ شعر تہٕ پیش کران ۔ ؏ حُسن روے تو بیک جلوہ کہ در آئینہ کرد این ہمہ نقش در آئینۂ اوہام افتاد

**III پرٛتھ صاحبِ دل چھُ فقط دلچہ شاعری ہُند گرویدہ :-** پرتوِ جمالکُ مُستقل تہٕ اہم ترین قرارگاہ دِماغہ (عقلہ) بدلہٕ دُنیاے جذبہ یعنے دِل قرار دِیُن چھُ پتھ کالہٕ کین مشرقی سخن سنجن تہٕ سخن شناسن اکہِ کھوتہٕ زیادٕ حیثیژ و مبنی برانصاف فأصلہٕ باسیو مُت ۔ تِمنے حیثیژن ہندی ادراکن چھُ غالب ونۍ مُت ہے

دوش بر من عرض کردند آنچہ در کونین بود زان ہمہ کالاے رنگارنگ دل برداشتم

گوڈنچہ حیثیژ موٗجب چھُ پرتوِ جمالُک اکھ محسوٗس خیال تہٕ اِدراک دلچہِ زمینہِ منٛز وُکھل بیاکھ پأٹھۍ توٚت تام آوارٕ نژان تہٕ پاردی بیقراری للہِ وان یوٚت تام الہامُک رحمتِ باران اُتھ کامہٕ نرم گوشہٕ رٹناوان چھُ ۔ اُتھی نرم گوشس منٛز چھُ تتھ بینہِ وجوٗدُک باس لگنہٕ علاوٕ اکہِ نظامُک پابند مگر لگہار چیز آسنُک مرتبہ دریافت سپدان ۔ یمہٕ کِنہ سہ بینہٕ توانأیی بروے کار اَنہٕ چھُ ہیوان تہٕ بہٕ وُتھرو پیٹھ پوشن ہنز خوشبوٗیی تہٕ میون ہنز شیرینی منٛز تام یہ کینژھا عرفان بأگرنہٕ کِس حدِ اظہارس منٛز باسان چھُس تہٕ چھُ ہنر ژھٹان یمن حسین چیزن معنوی حظ تُلِتھ چھُنہٕ صرف تسٕندِ وجوٗدِچ بینہٕ معنویت قأیم سپدان بلکہ چھُ اَتھ معنویتس حظ تُلِتھ ہیکنُک سلیقہٕ تہٕ وقوٗف تھوٗن والین سارنے لوٗکن روٗحانی تسکین حقیقژن ہُند عرفان تہٕ دِلک

سرُور حسبِ استعداد لبناونک ته کردار ساز رول تہٕ انجام دِوان یُس تس خدأیی شاگردن تلامذۂ الرحمٰن شخصیژن ہنز شأمل چھُ کران ۔ دوٚیمہِ حیثیژ منز چھُ پرَتوِ جمالُک تسکین تہٕ سرُور لبن اکہِ باضابطہ علمہٕ ہُند معیار مشخص کران یُس حظ تُلنچ مختلف صلاحیژ تہٕ سطحہ تھون والین کانہہ قدرِ مشترک متعین کرنس منز مددگار چھُ بنان ۔ پرٛتھ رُت شعرأ ہِ لحاظہٕ اکھ پرتوِ جمال یا عکس آئینہ حق آسنک تہٕ صاحب دلن احساسِ دردمندی بطور قدرِ مشترک باگرنُک حسنِ ظوٚن چھُ ایرانس تہٕ برصغیرس منز گوڈٕ پیٹھے رأیج روٗدمت ۔ گویا اُمی تصوٗرن چھُ ربہٕ شعرُک یہ حسنِ ظوٚن تہٕ یژ پأٹھی قبولِ عام لبنوومُت کہ " از دِل خیزد و بر دل ریزد " شأعری ہندِ حوالہٕ چھیٚہ فارسی شأعرو دِیچ تہٕ سوز بیٚچ عظمت مختلف طریقو بیان کرمٕژ مثلاً صفِ اولُک صوفی شأعر حکیم سنأیی چھُ دِلس منز جہان نمأیی ہنز صلاحیت زأنتھ اُتھی جامِ جم قرار دِوان تہٕ اُتھی خوشی ہُند تہٕ غمُک گرٛ زأنتھ ونان سہ

بہ یقین دان کہ جامِ جم دِل تُست مُستقر سرور و غم دل تُست

چون تماشای جہان دیدن جملہ اشیاء دران توان دیدن

مولانا روٗمی چھُ دلُک مول ہر راون وول واحد جوہر سوزِ غمس زانان توے چھُ یُتھ مناجات کران سہ

الٰہی سینہٕ دِہ آتش افروز دران سینہ دلے وان دل ہمہ سوز ۔ شأعرِ دِلس منز آتش افروزی ہنز خاصیت چھیٚہ گلابس منز خوشبوٗیی ہنز ۔ خاصیت تہٕ شعرس منز حکمتچ خاصیت اُتھ خاصیتس ادیسی آیہ براہِ راست خدأیی معرفت یہ حاصل گژھنہٕ کین امکاناتن ہنز ۔ کتھ چھُ مولانا یمہٕ آیہ کران سہ

روزنِ دِل گر گشاداست و صفا می رسد بی واسطہ نورِ خدا

مولانا چھُ صاحبدلن ہنز دردمندی ہُند ہدفِ خاص تہٕ یمہٕ آیہ نشاندہی منز انان :

دردمندان را نباشد فکرِ غیر خواہ در مسجد برو خواہے بدیر

جز غمِ دین نیست صاحب درد را می شناسد فرد را و گرد را

گویا صاحب دِل چھُ سُے یُس دِل زینہٕ تہٕ دِل رچھہِ ۔ مولانا چھُ دِل زنینس حج اکبرُک درجہ

دِتھ دِلس "گذرگاہِ جلیل اکبر" ناوکران ۔ حافظ شیرازیؔ چھُ سوزِ دل شعرس منز منتقل گرٛھنگ فنکارانہٕ کمال یمہٕ آیہٕ نشاندہی منز اَنان ؎

بیانِ شوق چہ حاجت کہ سوزِ آتشِ دل　　توان شناخت زِ سوزے کہ در سخن باشد

سوزِ دل بکمالِ فن شعرس منز منتقل گرٛھنس چھُ قدیم سنسکرت شاعر بھرتری ہری سُند سہ حسنِ ظنون تہٕ پوٚرٕ تائید کران یتھ علامہ اقبالن ہِن اُردو لفظن ہُند جامہٕ وٚلِمُت چھُ :۔

بات جو دِل سے نکلتی ہے اثر رکھتی ہے　　پر نہیں طاقتِ پرواز مگر رکھتی ہے

دٕلیلِ کتھ صاحب پرٛیاپھس آسنس یا تھٕز وُچھ وٲپس جاناوارس ہش آسنس ییٚہ بتھ بہن ترٛٮ۪نس مزید دٕرٛ ھنٕے کرنہٕ ییٚتنس اَتھ کتھ کُن اشارٕ سپدِ زِ سانی کینہہ مغرب زدٕ نقاد کتھ پاٹھۍ چھ مغربی نقادن ہنز یہ راے تہٕ منساوان زِ بہترین باتھ چھٕ تِمے یم شدید سوزِ غم باوتھ چھٕ کران ۔ تہنٛز سطحیت چھےٚ تمہٕ وِز پانے پھٹتھ نیران ییلہ خلوص تہٕ سوزِ دل کہ حوالہٕ شعرٕک تہہ دار تہٕ پہلو دار معنہٕ ژھانڈن والین یم ہڈان چھٕ تہٕ کج بحث ہُند ارتکاب کرانٕ چھ ییتنس چھُ اَبہٕ گوڈٕ اَتھ کتھ سنٛ زِ مشرقی شاعر کیاز چھ دردِ غمس یا سوزِ دلس پوٚت لور تہٕ تہندس شاعرانہٕ عقیدس منز کمہٕ آیہٕ چھےٚ دردمندی ہنز کتھ شاعری ہنز بہترین کتھ زانہٕ آمٕژ ؟ اَمی شاعرانہٕ عقیدن اوس مولانا رومی سُند مربیٚ تہٕ اُستاد شیخ عطار وَنُن وُمُت

کُفر کافر را و دیں دیندار را　　ذرّہ دردی دلِ عطار را" تہٕ خود مولانا ہنزٕ غزلہٕ چھےٚ اَمی دردو سوزن غزلیاتِ شور انگیز شمس تبریزیؔ ناوٕ عالمی شہرت لبناوِمٕژ ۔ اَمہٕ حسابہٕ چھُ دردمندی تہٕ اکہٕ خاص فکری حُسنٛک تہٕ اہم جمالیاتی اصوٗلُک درجہ حاصل اَتھ اصوٗلس تحت چھُ سوزِ دل فنی پہلو بجایہ اخلاص مندانہٕ شعوٗرِ جمالُک تہٕ فکرِ بلندُک آیئنہٕ دار ۔ اَمہٕ اصولٕچہٕ عملہٕ ہُند تعین سپدِ یتھ پاٹھۍ زِ شاعر بندِس اِدراکس پیٹھ گرٛھہِ تِتھہِ الہامکہٕ خلوٗصُک اثر تیٚتھ کارگر سپدُن زِ باوتھ لبنِ ودل تسُند لوکہٕ تہٕ گرٛھہِ بوزان بوزٲنی سامعینن دِل آورُن تہٕ ہناسِنہٕ روحس تسکین دِنہٕ ودل جامِ عرفان باسُن ۔ اُتھٕ شبٕہ تہٕ واضح نظریہٕ اثر آفرینی تحت چھُ عظیم فارسی شاعرو تہٕ نقادو تہٕ بقلہٕ تہٕ وسی پایہٕ اظہار

مُتشاعرِ ناوکرِنگ اشارٕ دیتمُت یَتھ دردمندی تَشہٕ محروٗم آسنہٕ سببہٕ شعوٗر تہٕ جذبہٕ تہٕ ایزُے آسہٕ تہٕ زبانٕ ہُند استعمال تہٕ ایزُے آسہٕ ابنِ یمینَن چھُ مُتشاعرن ہنزٕ پُرفریب تُک بندی ناوے کورمُت" ایزیکُ ژُونگ" چنانچہ وَنان چھُ ؎ زان بود کارِ شاعران بی نور کہ ندارد "چراغِ کذب" فروغ ۔ ناصرخسرو تہٕ چھُ گانٹہٕ تہٕ کاوِن ہندی پاٹھۍ امہِ قسمٕکین مُشاعرن تہٕ مُشاہرٕ ژھانڈن والین مُتشاعرن اکہِ اکہِ ہدف تنقید بناوان تہٕ وَنان ؎ بنظم اندر آری دروغ و طمع را دروغست سرمایہ مرکافری را

**IV** شعر کیُتھ گژھِ آسُن :۔ شعر تخلیق سپدن وِزِ ہِش شاعرُ سُند علم، دِل، نظر، دماغ، معاشرٕ تہٕ زبان یعنے ظاہر و باطن خاص تناسُبہٕ سان شامل کار آسنس متعلق پننی رائے پیش کرنہٕ بروٚنٹھ چھُ قدیم ایران چین جمال شناس راین ہُند عکس پیش کرُن مفید باسان یمن اُسی پوٚنژمہٕ صدی ہجری منزٕ ایرانکہِ ادبی جمالیاتُک گاش ہاوُن واجبٕ راے ڈیٚنتھ ہکو یژھن راین ہنزٕ نمایندگی خاطرٕ چھُ گوڈٕ ۵۷۴ ہجری یس منزٕ لیکھنہٕ آمتہٕ عنصرُ المعالی سٕندِ قابوس ناکِ ستھ جمالیاتی اشارٕ پیش۔ یمیٚٹھ کُنہٕ کہ مختصر بجُملگی پاٹھۍ ہیکو تیم اشارٕ تہٕ جمالیاتی اصوٗلن ہنزٕ واضح نشاندہی ممکن بناوِتھ۔ قابوس نامس منزٕ پیش کرنہٕ آمژن راین ہُند حاصل چھُ یہِ :۔

۱۔ شعر گژھِ (مشکل الفاظ منع زانِنہٕ کِس حدس تام آسان زبانٕ منزٕ) سہلِ مُمتنع آیہِ تخلیق سپدُن۔

۲۔ شعر گژھِ وکھٕ ژاریا گجرٕ لد بننہٕ بجایہِ ترنُم دار تہٕ روانی دار آسُن۔

۳۔ شعر گژھِ عوامی شعوٗر پچ تہٕ علمی سطح ملحوٗظ تھوِتھ بارسس یُن۔ ژوٚر علم ہاوُنک گژھنہٕ اتھ منز ازکلیف سپدُن۔

۴۔ شعر گژھِ بٔیین ہندِ خاطرٕ (یعنے سماجی ذِمہ داری تحت لُکن عرفان تہٕ سروٗر بخشنہٕ خاطرٕ) وَننہٕ یُن۔

۵۔ فنِ شعر گژھنہٕ ذاتی مفادٕ خاطرٕ یا وُسی پایہِ مطلب برآری خاطرٕ مند چھاوُن۔

۶۔ شعر گژھنہٕ وزنُک تہٕ قافیُک پوٗرٕ خیال تھونہٕ ستی مکمل زانِنہٕ یُن بلکہ گژھِ اتھ منزٕ تھزٕ تہٕ پاگیزٕ کتھِ تہٕ فنی تہٕ لسانی پارٕ اوگ عنز تہٕ ادا سپدُن۔

ء، پننس شعرس حقیقی اثر تہٕ تھز دنہٕ خاطرٕ پزِ شاعرس فنی ریاضت قبوٗل کرنہٕ برونٹھ استعارٕ اتی
زبان ورتاونک سلیقہ ہیٚچھُن۔

۵ شاعر کیتھ گرٕنھ آسُن :۔ شیٚیمہِ صدی ہجری دوران چھُ ایرانک مبنی بر سوزِ حکمت عرفان تہٕ جمالیاتی شعوٗر
بٔییہ ہن کاڈ کڈان اَمہِ صدی ہنٛز نمایندگی ہُند اعزاز چھُ نظامی عروٗضی سمرقندی ہندِس ۵۵۰ ہجری یَس
منٛز لیکھیٚمتِس مجموٗع النوادر المعروٗف "چہار مقالہ" ناوکِس رسالس حاصل۔ یہِ نظامی پزِ نہٕ مشہوٗر مثنوی نگار
تہٕ پنج گنج لیکھنٕکہِ روایتک بانی کار نظامی گنجوی زانُن۔ سُہ چھُ شیٚیمہِ صدی ہجری ہُند بدل عظیم شاعر یُس
نظامی عروٗضی سمرقندی چھُ تصوراتن ہندِس بُنیادس پیٹھ فارسی ادبی جمالیاتک عرفان یِمہٕ آیہٕ باگران:۔

۱، شاعر گژھہِ ژرِکہ اکھ ذوقِ سلیم وول (سلیم الفطرة) شخص آسُن۔

۲، شاعر گژھہِ عالی خیال تہٕ تھزِ فکرِ وول (عظیم الفکرة) شخص آسُن۔

۳، شاعر گژھہِ خُداداد ذہانتہٕ سان وزن تہٕ عروٗضن ہُند ماہر (صحیح الطبع) باسُن۔

۴، شاعر گژھہِ نفسیاتی بصیرتہٕ سان زندگی ہندین معاملن منٛز باگہِ بوٗرت ژویہ پاناوان وول
(جیدالرویہ) شخص آسُن۔

۵، شاعر گژھہِ باریک بین (دقیق النظر) آسُن۔

۶، شاعر گژھہِ مختلف علوٗم زانن وول (در انواعِ علوٗم متنوٗع) (VERSITILE SCHOLAR)
آسُن۔

۷، شاعر گژھہِ رسموٗ نشہٕ ژلن وول تہٕ دوٗر ہیٚنہٕ وول (مستظرف) آسُن۔

۸، شاعر سُند اظہار گژھہِ پزِ تھ علمس تہٕ علمی مجلس تھٕٹھ لگھار باسُن، یتھ لگھار پزٕتھ علم ژتس
شاعرس باسان چھُ۔

۹، شاعر گژھہِ علمی بحث و مباحثس منٛز خوش کلام (خوشگوی) باسُن۔

---

ھ نظامی گنجوی ہنٛدِ عظمتُک ورگہ اعتراف چھُ حافظ یتھ تعلی منٛز کران
ھ چو بلبلِ دُر خوشا بست شعر نغز تو حافظ    کہ گاہ لُطفِ سبق میٚبُرد ز نظم نظامی

۱۰۔ شاعر گژھہِ اصلاحِ معاشرہ زیرِ بحث انن والین منز نیک ژ ویُک ترجمان (خوشروی باسُن۔

۱۱۔ شاعر گژھہِ پنُن کلام تتھہٕ مرتبس پٮ۪ٹھ حسنِ ظنس تام واتناوِتھ ہیکُن بِنُسہ (کلام) بنہٕ (در صحیفۂ روزگار مسطور) یادگارِ زمانہ۔

۱۲۔ شاعرُ سند کلام گژھہِ آزادی پسندن ہنٛزِ ولولُک ترانہٕ بأسِتھ (برالسنۂ احرار مقروٗ) زِبون پیٹھ جأری گژھن لایق بنُن۔

۱۳۔ شاعرُ سند کلام گژھہِ ناون (جدید اصطلاحس منز بسن تہٕ گارڈن ہنٛزن لبن تٕرگا) لیکھنہٕ یِنس لایق بنُن۔

۱۴۔ شاعرُ سند کلام گژھہِ شہرچن خاص مجلسن منز (رونق ہُرراونُک بأعث زأنِتھ) پرٕنہٕ یِنس لایق بنُن۔

۱۵۔ شاعرُ سند وأفِر حظ بخش وول تہٕ فضیلتکو انہار" دریٛتھ انٛن وول کلامے چھُ تس تدٕرِس ناوس بقاے دوام بخشان۔

۱۶۔ یتھ شاعری اَمہِ آیہ لیکھنہٕ یِنکی تہٕ زِبون پیٹھ جأری گژھنکی صفت حأصل آسن تہٕ گامُت تتھ ہیکنہٕ امہِ قسمُک بقأیی تہٕ عقیدت حأصل گژھتھے۔

۱۷۔ یتھ شاعری منز یمن ضابطن امہِ درجچ پابندی آسنہٕ پیسر ہُرِ سو ہیکنہٕ دِلن حکومت کرنک تاثیر بٕنِتھے۔

۱۸۔ یتھ شاعری منز اتھ جمالیاتی ضابطٕے اخلاقس پیٹھ عمل آسنہٕ بیسر ہُرِ تتھ چھُ پنٕنس گامُت کس برونٹھے مرُن یقینی۔

۱۹۔ یَیلہِ نہٕ امہِ قسمچہِ (نابکار) شاعری ہنٛزِ بقأیی ہند شعوری پوٗرٕ ژِمُت آسہِ تتھ کُس اثرٕ آسہِ بیٛین ہندین دِلن منز بقابلنُک۔

۲۰۔ کانٛہہ شاعر ہیٚکہِ نہٕ پیٹھ کٕنہِ دٲیرٕ نہٕ آمتِس شاعرانہٕ تہٕ رس لبِتھ اگر نہٕ تٔمۍ کھبہٕ وٕنِس
یاونِس منٛز بُزُرگ شاعرن ہٕندۍ وُہہ ساس شعر (سمجتھ) یاد کٔرۍ متۍ آسن تہٕ اگر نہٕ
آخری دورٕکین سخن فہمن ہٕندۍ دہ ساس لفظ ورتاونٕکۍ آداب ہیٚچھمتۍ آسن تہٕ اگر نہٕ
تہٕ کرِ نہٕ باوجوٗد اُستاد مانٕنہٕ آمتین شاعرن ہٕندۍ شعری مجموعہ (دیوان) پوٗرٕ توجہ
سان یہِ دریافت کرنکہِ غرضہٕ پٔرۍ متۍ تہٕ سٕرۍ متۍ آسن زِ تِہند ادراکٕچ تہٕ اظہارٕ کرٕمژٕ
کمِن طریقن ہٕندۍ چھِ آسۍ متۍ۔ یہِ کٲم سنجیدٕگی سان کرنہٕ سِتۍ ہیٚکن تِس وُزنہٕ ہٕندۍ راز معلوٗم
گژھنہٕ علاوٕ مختلف شعرٕ ذٲژن ہٕندۍ انہار تہٕ پننِس طبیعتس منٛز جذب گژھان باسِتھ۔
بلکہ ہیٚکہِ اَمہِ پتہٕ تَسُند تنقیدی شعوٗر شعرٕک حُسن تہٕ قبح عقلی سطحس پیٹھ پرزناونس لایق
بنِتھ اَمہِ قسمٕک مطالعہٕ کرنٕکہِ برکتہٕ ہیٚکہِ اکھ وٕتھوٗن شاعر پننِس کلامس ترقی دِتھ علاوٕ پننِس
تخلیقی شعوٗرس تہٕ رس کٕن تیٚز پاٹھۍ مٲیِل بناوِتھ۔

۲۱۔ اَمہِ لحاظہٕ یُس پنٕنہِ طبیعت تہٕ شعر گوٗئی کُن مٲیِل باسہِ تہٕ یُس پانس منٛز بے نقص شعر وَنٕنٕک
سلیقہٕ بہم سُپدمُت باسہِ تُس پزِ شاعری کرٕنۍ۔ نقاد بننٕک شوق تھوَن والِس پزِ عروضٕک
مُطالعہٕ جٲری تھوَن خاص کٔرِتھ پزِس اُستاد ابوالحسن بہرامی سٕنزن کتابن ہُند مطالعہٕ
کرُن۔ تکیازِ تمن منٛز ہیٚکہِ سُہ دہ یہِ قسمٕکین عروضن ہُند مقصد تہٕ سمجِتھ تہٕ قافین ہِند خزانچ
کوٗنٛز تہٕ لبِتھ یِمن مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ پزِ تس نقاد آسنُک دعویٰ کٔرِتھ رمزن معنین تہٕ
تہٕ الفاظن تنقید کرنس منٛز دخل دیُن یا کُنہِ شعرس ژوٗرٕ ہانٛژھ لاگِتھ کُنہِ شعرس پننین
ہُند ترجمہٕ آسنُک پرزٕ ننٛیراوُن۔ اَمہِ قسمٕکۍ علم چھُ بہر حال کانٛسہِ تہِ تِتھِس اُستادس تِش
پرٕتی میوان یمہِ اَمہِ قسمٕکین رمزن پیٹھ سٕنہٕ مطالعہٕ پتہٕ کینژھا لیوکھمُت تہٕ آسہِ ریاضتٕچ
پہٕ عمل کرنہٕ سِتۍ ہیٚکہِ کانٛہہ شخص ناو میٚون لایق نقاد بنِتھ۔ گویا ریاضتہٕ سِتۍ اَتھ درجس
واتن وٕدۍ لوٗت ہیٚکہِ سُخن شناسن منٛز پذیرٲیی لبِنہٕ علاوٕ زمانس منٛز بقا لبِتھ۔

**VI غزل، فارسی شاعری ہنز پُراسرار طلسمأتی آواز** :- ستمہ صدی ہجری منز ییٚتہٕ پیٹھ کنہٕ درج جمالیأتی ضابطہٕ اخلاقس پیٹھ عمل کرن وألی مولانا رُومی تہٕ شیخ سعدیؒ ہوی پُختہ کار شاعر پأدٕ گئے تہٕ تِمَو آیہ مثنوی، قصیدہٕ تہٕ غزل ہٮ۪ن مشرقی شعر ذاتژن تھزرکۍ تہٕ اُفق نظرِ یمن کُن وُچھتھ بُتھ خسرو، حافظ، فیضی، عرفی، ظہوری، نظیری، بیدلؔ، غنی تہٕ غالب ہوی (کرور ہہ بدٕن دلن پیٹھ حکومت کرن وألی) غزل گو نوٚن تھزرن منز شیٚچھ خبر باون وألی بنیہٕ۔ حالانکہ بحیثیت مجموعی کوٚر ستمہٕ صدی ہندیو ناماوارد قدیم بُنیادنہٕ درِ برعطا تہٕ جدت برلے جدت اختیار کرنس پوٚژکھ بہٕ من تنقیدکس معاملس منز تہٕ ہیکہٕ شمس قیس رازی ہوی نظرباز کانہہ بوٚڈ اضافہٕ کٔرِتھ البتہٕ غزلہٕ ہُند عروج وُچھتھ پیوٚتس یہٕ فتویٰ صادر کٔرِتھ جمالیأتی شعورس اکہِ اضأفی کتھہِ ہُند حس دیُن زِ اُکس پُختہ کار شاعرس ہندِس پرتھ شعرس گژھہِ لفظو ژنگ تہٕ معنے ژنگ اکھ بدٕن اظہار باگُن تہٕ اُکس شعرس منز گژھہِ اکھ مکمل تجربہٕ پیش یُن۔

**VII حافظ وُچھتھ اقبالؔ زن سہہ وُچھِتھ رخشہٕ** :- یہِ زن گوڈے اشارتاً ونہٕ آو زِ شعری جمالیات کین یمن بُنیأدی تصوُراتن کمالِ فنکأری سان عملاوُن والیو عظیم فارسی شاعرو منز ژاروُن اُسی بطورِ خاص نمائندہٕ اکھ حافظِ شیرازی تکیازِ ییٚتہٕ مولانا رومی خالص اسلأمی تصوفک نمائندہٕ چھُ تتہٕ چھُ حافظ ایرأنی تصوفک تیُتھ نمائندہٕ باسان یُمہ ہندی اسلأمی اصطلاحن منز ملفوف عیش پرستانہٕ تہٕ آخرت فراموش خیالات علامہ اقبالس مُسلمانن کِتھ دوٗرس زہریلہٕ اثرات وألی باسان چھِ تہٕ محض نقطۂ نظرُک یہِ اختلاف چھُ کینژن اقبالس تہٕ حافظس درمیان فنی اختلاف تِہٕ باسان۔ تہٕ چھُنہٕ پزر۔ حافظنہٕ کلامُک زہریلہٕ اثری چھُ اقبالس سِخ پایابناوان تہٕ یہِ باک ژھنڈاوان ؎

الحذر از حافظِ صہباگُسار جامش از زہرِ اجل سرمایہ دار — پانہٕ حُسنِ نسوانس عقل تہٕ ہوش دلبراون واجنہٕ وُزِل زانن وول اقبال چھُ یہِ صوفیانہٕ نظریۂ جمال تہٕ جلالس منز ییتھ رد

کران زِ مجازی حُسن چھ حقیقی حُسنس تام واتنک اکھ وسیلہٕ تہٕ کدل ۔ مگر اقبال چھُنہٕ حافظنِس اسلوٗبس نظرانداز کرِتھ ہیکان ۔ بلکہ چھُ سُہ حافظنِس رنگین طرزِ اظہارس تِتھُے عاشق باسان یُتھ عاشق رُستن رخنہٕ بیتانکس بہس اوس ۔ یمہِ کنہِ سُہ تس انتہائی خطرناک زانہٕ باوجوٗد گھنہٕ وادن تھلہِ تھلہِ دُچھان اوس ۔ چنانچہِ اقبال چھُ حافظنین لفظ وپیکرن ۔ تشبیہاتن واستعاراتن ۔ علامت نگٲری ین تہٕ ساحرانہٕ تجسیم کٲری ین بھرپوٗر استفادٕ کران ۔ البتہٕ چھُ سُہ حافظنین رِندانہٕ خیالاتن مُضرِ اخلاق تہٕ اسلام دُشمن زانِتھ طشت ازبام کران مثلاً حافظُن یہِ ونُن زِ میٚون مقصدِ حیات چھُ دوٗو ہُرشراب تہٕ ژٕ وداہ دُہر مجبوٗب ، یا یہِ ونُن زِ عشقہٕ وَتہٕ منز چھُنہٕ کانہہ شقہ یقینہٕ سان محرمِ راز بٔنِتھ ہیکان لہٰذا چھُ پرِتھ کانہہ پنہٕ بٔنہٕ فہم حسابہٕ گمان رچھان تہٕ بس یا خیامنہٕ پٲٹھۍ یہِ ونُن زِ جنتچن موعودنعمتن ہُند خیال مشرٲوِتھ پزٕ ییٚتھی زندگی منز سارنے عیاشین تہٕ نعمتن حظ تُلُن یا ناپایدار دُنیہس منز اکہِ لٹہٕ میسر گژھن واجنہٕ زندگی پزنہٕ پایدار اُخروی زندگی پوٗرٕ پٲٹھۍ جھیٚپہِ دِنی ۔ حافظنۍ ییتھۍ ہوی تمام رِندانہٕ خیالات باسیہٕ اقبالس اسلامی نظریاتن سٍتۍ متصادم یم محض صوٗفیانہٕ اِصطلاحن منز آسنہٕ کنہِ صاحب نظرن قابلِ قبوٗل ہیکن نہٕ بٔنِتھ ۔ تاہم چھُ اقبال خذ ما صفا دع ماکدرِ اصولس تحت حافظنِس فنس ولوٗر ٹٮ۪یٚل ، حُسنِ کمال تہٕ شعور ولاشعورٕ رنگہٕ پٲٹھۍ تُلان (دُچھو حافظ اور اقبال ناوِچ کتاب)

ییٚتہِ نس چھُنہٕ حُسن کمالس تہٕ تخلیقس درمیان پاہس نہٕ رخنس درمیان کشش تہٕ خوف بیک وقت کارفرما آسنک تھوٗد جمالیاتی یا عرفانی راز ورژھناونک موقع البتہٕ پزٕ اُمہِ رازک یہِ حصہٕ نظرِ تل تھوٗن زِ کانہہ ہندٕ تخلیلک حُسن شناس آسُن گوو نہٕ صرف تسندِ روٗحک پزرس طلبگار آسُن بلکہ گوو یہِ تسنزِ باطنی آگہی ہند لاشعوٗرس آینہٕ دار آسُن تہٕ ۔ تکیازِ حُسن یا حُسنِ کمال چھُ (کایناتی تہٕ ہیلنسوانی یا انسانی حُسن ہیتھ) اکھ سُہ تجربہٕ یُس عقلی توجہاتن تہٕ فلسفیانہٕ تعبیراتن منز ییتھۍ ہیکنہٕ نہٕ صرف اُمہِ لحاظ زِ امیک جلو چھُ شعوٗرکی تہٕ لاشعوٗرکی ساری سرحد مٹاوان بلکہ چھُ یہِ شعلکی پٲٹھۍ انسانی دلکس مُشتاق پوٗنپرس کشش کرنہٕ ییٚتہٕ رازِ اظہار کرنہٕ برونٹھے تس زالِتھ سوٗر کرِتھ بے نیازی تہٕ ہاوان یا

بطورِ ناز اَتھ دزلس تہٕ لُطفاتلان ۔ اَتھ نظر سوز حسنِ کمالس مقابلہٕ چھُ محتاط آدابِ نظر ہیچھنہٕ باوجود لُطفِ نظر کس نتیجس محرم شیخ سعدی یِس جرأتِ اظہار بزبانِ جبرائیلؑ فقط یہِ وَنس تام ساتھ دِوان کہ ؎

اگر یک سر موے برتر پرم　　فروغِ تجلی بسوزد پرم

حافظنِس عشقس ( یتھ سۄ فنِ شعر کہ حوالہ فن شریف ناو چھُ کران ) چھنے حسنِ کمالس پیٹھ پوشیرٕ بنتھ دزنہٕ کِس نتیجس منز لقالبنس پیٹھ نظر ۔ توے چھُ وَنان ؎ عشق مے ورزم وامید کہ این فن شریف ہمچو فنہای دِگر موجبِ حرمان نشود ۔　حافظس چھُ اَمی رمزُک محرم راز آسُن پننہٕ مدافعت ہیچھناوان توے چھُ حسنِ کمال کِس محض عکسس تام رسائی آسنس یا لطفِ نظرس تام محدود آسنس وَرٕ ہتے کرِتھ اقبال صاب ہوس پرٕتھ معترضس پیٹھی معذرت یمہٕ آیہٕ پیش کران ؎

مادر پیالہ عکسِ رُخِ یار دیدہ ایم　　اے بے خبر ز لذتِ شربِ مُدام ما

یہِ عذر خواہانہٕ اظہار چھُنہٕ عشقیہٕ توانائی نفی کران بلکہ چھُ اثباتِ ز توانا جنگی پاٹھی چھُ عشق تہٕ اکہٕ بجہٕ توانائی ہُند ناو ۔ تیلی چھُ عشق ناقابلِ تصوّر واوہ طوفانس منز یکھ ژھٹنہٕ باوجود بتیہٕ وُچھان تہٕ ثابت کران کہ ؎ این مرغِ پر شکستہ ز فکرِ خیالِ تو / دارد بزیرِ بال پر یخانہٕ دگر ۔ حافظس چھُ عشقک تہٕ دلُک یہِ اتھواس اکہٕ حوصلہ مند تخلیقی توانائی بخشان مگر توتہٕ چھُ سُتہٕ فقط یتے وَنان کہ ؎

آسمان بارِ امانت نتوانست کشید　　قرعۂ فال بنامِ من دیوانہ زدند ۔ اَتھ صورتِ حالس منز کتھ ہیکون اُسی تھدِ تخلیقی تھر عمل نشاندہی منز اُتھ میانی کنہٕ فقط یہِ وُنتھ زِ تخیُل چھُ دلکہ مددہ سِتی یعنے جذباتی لشکرکہ مددہ سِتی توانائی ہندِ ن سارنے شعبن منز ۔ وحدت پیدہ کرنچ کوشش کران یتھ زن وحدتِ فکر تہٕ وحدتِ عمل یقینی بننہٕ پتہٕ سۄ حسن شناسی ہندی پیشِ نظر اہداف پوٗرہ کرِتھ ہیکہٕ یا کرِتھ چھُ ہیکان ۔ اَتھ عملہٕ منز چھُ حصولِ اہدافہٕ بروٚنتھ تخیُل اُکیسے ضمنی خطرس زیادہ چھیہٕ روزان زِ قبل از وقت زائیدگی یا افشائے راز گوژھنہٕ اظہارس پام تھونگ باعث بنُن یہِ خطرہ تہٕ چھُس ملحوظ روزان زہٕ لاشعورس منز ۔ تصور جمالہٕ سِتی

بحرکت آمتی انسانی تہذیبکی موروثی تجربہ، قیاس مفروضہ تہٕ دِلی امار گژھو نہٕ زیرِ تعمیر تخلیقہٕ منز رنگہٕ کرِ مطلوبہ تھزرس یا تکمیلس تام واتنہٕ برونٹھے تزنہٕ کھوتہٕ زیادہ زوردار حسُن کمالچہِ زژِ ستی تلہٕ گژھ یوٚ عمارژ ہندی پاٹھی چھلہِ چھلہِ پتھر واپس تکیا زٕ ع دِل را ہمہ آفت از نظر برخیزد گویا نظرِ بجایہٕ دِلچہِ اچھ یا تخیلچہِ اچھ ہندِ سطحکُ حیرت زا دیدار چھُ چیزے دگر۔ تتھی چھ حافظ حقیقی فروغِ حسن زانتھ جامِ سعادتکُ فیض ناوکران ~ زانجا کہ فیضِ جامِ سعادت فروغ تست / بیرون شدنِ نمائی ز ظلماتِ حیرتم

IX شاعری ہُند کمال چھُ ابہام تہٕ ایجاز: اِستعارہ کین ییمن دون خاص اظہارن پیٹھ رمزن تہٕ کنایِن ہُند حسین ماحصل ناوکرُن توے پیزِ نہٕ ابہامس محض گجر یا ایجازس محض ژھوچرونُ مشرقی ادبیاتکس تناظرس منز چھُ رازدارانہ ترسیلک یا شاعرانہ ابلاغُک تصور سیٹھاہ تھوٚد تہٕ پاکیزہ یوٚد وے کینژن عقیدتمدانہ اظہارن منز عربی یا کاشرِ پاٹھی صبحکس واوس رازِ دِل پشرتھ قاصد بناونچ لولہ رلوایت خوشونی باسان چھِ مثلاً ع ہا واوہ وانھنا...... مگر حافظس چھُ راز کانٔہ پشرنس منز مزید احتیاطُک ضرورت باسان توے چھُ پیس ویش کرنچ محاکاتی وِدتل بجہِ ہاوتھ وَنان :

~ ای جان حدیث ما بر دیوار باز گو لیکن چناں مگو کہ صبا را خبر شود

علامت سازی یا پیکر تراشی ناکافی زانتھ چھے مولانا رومیَس تمثیلی طرزچ (ALLEGORICAL) درگہِ باوتھ راز گوئی خاطرہ بہتر صورت باسان توے چھ ونان :۔

~ خوشتر آن باشد کہ سرِّ دلبران گفتہ آید در حدیث دیگران ۔ مشرقی شاعری ہُند اصل تہٕ اعلیٰ حصہ چھُ معنوی رازداری پیٹھے مشتمل خواہ تتھ پیٹھ تن تصوفُک رجحان وَنِہ یا معرفتُک وِجدان پیٹھ کتھ چھے مُسلّم زِ صاحب نظرن چھُ شعرچہ پسندیدگی ہند اوٚلین پیمانہ تہٕ معیار یُہے تکیازِ یہے اندازِ گفتگو، چھُ سرِ محفل کاملن رازیا شیچھ وَنِتھ غافلن تہٕ دانش دشمنن تعزیرچہ ہتھکراٹھن منز آسنہٕ باوجود ہمسوس لارِ نادِتھ وما علینا الا البلاغُک یا شاعرانہ قلمی جہادُک حق ادا کرناوان میر تقی میر چھُ ابہام گوئی ہندِس اَتھِ عظمتس یژ پاٹھی پاری لگان تہٕ وَنان ~

عجب ہوتے ہیں شاعر بھی میں اِس فرقے کا عاشق ہوں

کہ بے دھڑکے بھری محفل میں یہ اسرار کہتے ہیں

برصغیرکس لاثانی شاعر غالبس تہٕ چھُ پننہٕ عظمتک راز ابہامس تہٕ ایجازس منٛزے مُضمر آہنگ احساس یہٕ بُلند بانگ دعویٰ کرناوان ز میرے ابہام پہ ہوتی ہے تصدُّق توضیح میرے اجمال پہ کرتی ہے تراوش تفصیل غالبس اوس ابہام رٕژٕ شاعری ہند لازمی تقاضہٕ باسان یقین کامل کس حدس تام ووتمُت۔ چنانچہ وناں اوس زِ شاعری ہنز لال چھیٖہٕ ابہامچہٕ ڈولہٕ منٛزے شوٗبان ع بکرِ لیلائے سُخن محملِ نشین رازہے شیرین ابہامے چھُ شاعری تِرٛتھ شیرین دیوانگی بناوان زِ پرتھ گاٹُل چھُ اَتھ مزس نہ صرف رشک کران بلکہ اُمِچہ تہہ دٲری تہٕ پہلو داری منٛز پننہٕ ترجمانی لبنتھ انتہائی تسکین پراوان تہٕ وَنان ز

دیکھنا تقریر کی لذت کہ جو اُس نے کہا    میں نے یہ جانا کہ گویا یہ بھی میرے دل میں ہے

یِم کیہنہٕ مثالہٕ چھےٚ یہٕ پزر بخوبی محسوس کرناوان زِ حق گوئی منٛز بیباکی ہند تھوٚد فرضِ منصبی (شمشیر برسر آسنہٕ باوجوٗد) بہ برکتِ ابہام ادا کرن وٲلی شاعری چھہٕ مُردہ بستی ین منٛز مسیحائی انجام دِتھ ہیکان تہٕ یہے کرامت چھےٚ تہندِس دیدۂ بینا ہٕ قوم آسنس تصدیق تہٕ کران انسانی دردمندی تحت بنن خونِ جگر چاٹھ خوبصورت ابہام بارسس اَنن وٲلی شاعرے چھہٕ صاحبِ نظرن اَتھ یہٕ اعتراف کرناوان زِ "شاعری جُزویست از پیغمبری"۔ خوبصورت ابہامچ بُنیاد خلوصس تہٕ پاکیزہ خیالاتن پیٹھ آسنی چھےٚ شاعری لافانی بناوانچ ضامن۔ حافظ چھُ ابہامس لُطفِ سُخن ناو کرناوان تہٕ اَمہِ افادیت چھُ یہٕ زانان زِ امی برکتہٕ چھُ تمند شعر معرفتک دیوان خانہٕ بنتھ ہیوٚکمُت۔ ایجازس نفسِ دلکش ناو کرِتھ چھُ وَنان ز شعر حافظ ہمہ بیت الغزل معرفت است   آفرین بر نفسِ دلکش و لطفِ سُخنش ایجاز تہٕ ابہام چھہٕ لازم وملزوم۔ حافظس چھُ بمصداق ولی را ولی می شناسد پننہٕ ابہامس منٛز ملبوٗس مُعرفت پرزہ ناونہٕ خاطرہٕ ابہام شناس قارئین ہنز طلب۔ ہُران تہٕ ابہامس تام عام قارئین رسائی نہ وُچھتھ چھس یہٕ وَننک جیرہٕ یوان زِ میانی اکثر پرِن وٲلی چھہٕ معرفتہٕ نشہ محروم۔ باک چھُ تُھطان ز

معرفت نیست درین قوم خدایا سببی     تا برم گوہرِ خود را بخریدارِ دگر۔ حافظ چھُ پننس ابہامس "سخنِ سربستہ" ناو کرنہٖ علاوہٖ "خوبصورت معمٰا" تہٖ ونان۔ سُہ چھُنہٖ میر تقی میرسٕندی پأٹھی ابہامچ اِفادیت یژی زانان زِ امکہٖ بر کتہٖ ہیکہٖ شاعر نکھن والین حریفن دیدمان ہمرازن شیچھ واتناونہٖ باوجود گرفتس یا تعذیرس منز۔ رٹنہٖ ییٖنہٖ نشہٖ بچھ بلکہ یتھ پأٹھ شری پننس کمزور حریفس محض امہٖ حرکژ ستی تہٖ وآراگ تہٖ ہیٚکہ ہاوین لارناوان چھ زِ بلی چھ اکھ اکس کنس کُن اُس نوان یُتھ زن ہُمس چھُنہٖ فکری تران زیمو کو پہ کتھ آرہ سٕے خلاف وُنی مژ۔ امہٖ کتھہٖ ہندٕ حوالہٖ چھ حافظ ابہامس ترتھ اُفن زانان یوسہ زاہدِ خشک حریفس شر بژ دامس منز رلاوتھ امہٖ غرضہٖ چاونہٖ چھےٚ یوان زِ سُہ چھ پانےٚ پننس دستارِ مبارکس گندنس پیٹھ واتان۔ حافظس چھےٚ ابہامس منز ہمیشہ ترتازہ روزن واجنہ شاعری تیتھ آبِ حیاتک پیالہ باسان یمیُک ہمسوس خود سکندرس تہٖ رٕود نہٕ ابہامس چھےٚ یم خصوصیژ تیلی حاصل سپدان ییلہِ اتھ ایجاز اتھ روٹ کرِ یعنے ییلہِ یہ کم لفظن اندر زیادٕہ کھوتہٖ زیادہ معانی پیش کرنچ بچنگی پراو۔ یمن سارنی خصوصیژن ہنز۔ نشاندہی چھُ اکھ ژھوچہٖ بحرِ ہنز غزلہِ منز حافظ یمہٖ آیہ کران۔

٥ الا ای طوطیِ گویای اسرار     مبادا خالیت شکر ز منقار

سخن سربستہ گفتی با حریفان     خدارا زین معما پردہ بر دار

ازان افیون کہ ساقی در می افگند     حریفان را نہ سر ماند نہ دستار

سکندر را نمی بخشند آبی     بزور و زر میسر نیست این کار

بیا و حالِ اہلِ درد بشنو     بلفظ اندک و معنیِ بسیار

بمستوران مگو اسرار مستی     حدیثِ جان مگو با نقشِ دیوار

آخری شعرس منز چھُ حافظ کم فہم تہٖ کج فہم نقادن زِہ خاص ناو دِوان۔ مستور یعنے یمن سطحی طور پژ مستی یا بوز ہتی کرِژ تام گژ بطور گردان یاد کرِتھ خود فریبی تحت امہٖ کتھہٖ ہند کانہہ غم آسنہٖ زِ تمن ہش ماپ چھےٚ برزگار نچ تہٖ پرزس تام رسائی بنیچ حقیقے ژوٕر۔ تصوفس منز چھامی

خصلتہٕ کِس خود فریب غافلس مستوٚر وَننہٕ یِوان ۔ دوٚیم ناو چھُ حافظ تِمن نقشِ قالی یا نقشِ قالین تہٕ ژُھر مٹ وَننہٕ بجایہ "نقشِ دیوار" وَنتھ دِوان ۔ یہٕ طنز چھُ بجایہ خود اکھ زہر خندہ۔ اَتھ پیٹھ ہُتھ بہن وبرٛھنے کرنہٕ ییتھن یہٕ کتھ زیرِ بحث ییہ زِ مشرقس منز کیاز ہیچ تنقید بحیثیت اکھ فن ترقی لبتھ ۔ اقبالؒ چھُ حافظ سندن ابہامس متعلق خیالاتن حرف بحرف تائید کران باسان ییلہ سُہ ونان چھُ زِ ٹاکارہ پاٹھی، نَنہِ پاٹھی یا ننگہٕ پاٹھی وَننہٕ بجایہ نازنینن کتھ شعرس منز پردہ دار طریقہٕ پیش کرنس اندر چھُ باکمال شعرُت رَٹِتھ کھنگ راز مُضمر آسان ۔ سُہ چھُ یتہٕ وَنان زِ پردٕچ حقیقت زانن والین خلوت پسندن تہٕ عصمت شعارن چھُنہٕ تاشہٕ وانہٕ ہنز ننگہٕ مرٛژہ ہِشہٕ کتھ ہرگز قبوٗل۔ اقبال چھُ ابہامکہِ اظہار (تِمن رمز و ایما ناو دِتھ) مزید روشن کران یمہ آیہ

برہنہ سخن نگفتن کمالِ گویایی است    حدیثِ خلوتیان جز بہ رمز و ایما نیست

یمُن گوڈنیک شعری مجموعہ پرنوستان ۲۵ ؤرشہ وانسہٕ منز ترتیب دِنہٕ وِزِ اوس میتہٕ پیٹھ خلوت پسند اظہارن سُہ مرحلہ یتہٕ لمحۂ فکریہ پیش اوٚنمُت یمہِ اقبالؒ مُرشدِ خلوتس بروٚنٹھ کنہٕ یہٕ وَنوومُت اوس

وقت برہنہ گفتن است من بہ کنایہ گفتہ ام    خود تو بگو کجا برم ہمنفسانِ خام را

چنانچہ اوس میتہٕ کینژن برہنگی پسند ہمعصرن ہِنہٕ لوکٹہٕ تنقیدی شعورُک تعارُف سرنامس منز پیش کرنہٕ علاوہ ابہام شناسی ہُند مشفقانہٕ دعوت یمن لفظن منز دیمُت

پس وُچھُن تگہِ ژُندرس اندر آفتاب    پید ابہامکُ حسُن تسُند جلوہ گر

ابہام پرور اِظہارکہِ ماہِرہ مَتہٕ بارس ہِنہٕ واجینہ شاعری تہٕ محض خیال آفرینی کِھنہٕ ہنہٕ واجینہ شاعری چھِنہٕ کُنہٕ کور اکھ اکس نِشہٕ مختلف آسان حقیقی عشق تہٕ فنِ شریف چھُنہٕ خیالچہ مہرٕتہٕ بے پردہ تھونگ روادار توے. دوٚنمُ؛

ماہرہ مَتہٕ پرزلاو مرغوبس ژہ فن    نوٗرہ روٗس طوٗرا خیالن ہُند تہٕ زر

ضمناً یمُن اکھ حوالہ دِنچ مجبوری آیم یہٕ کتھ واضح کرنکہِ غرضہٕ پیش زِ ابہی گیُٹھ چھُنہٕ ہم معنے باسنہٕ

باوجود فنِ شعرس منز ابہامکہِ تمام حسنگ احاطہٕ کرن وول لفظ۔ خاص فارسی شاعری ہندِس تناظرس منز چھےٚ منے ابہامکس فصاحتی پہلوٗس بیٚیہ رٔژھا وِرشھنے کرنٕچ ضروٗرت باسان۔ یہاژ اکرو اُسی بیٚیہ اکہِ لٹہِ دولت شاہ سمرقندی ہندِس تذکرس منز درج اکس قدیم تہٕ عظیم شاعر عنصری ہندِ حوالہٕ یہ کتھ واضح ژوٗرمہِ صدی ہجری دوران سلطان محموٗد غزنوی ہندِس ملک الشعوا، عنصری یس چھُ دولت شاہ حسین ابہام گوئی ہندِ حوالہٕ "لایم گوی" تہٕ سنجیدہ فکر و فنکی ساری تقاضہٕ ملحوظ تھاون وول ملک الشعوا۔ آمنکہِ حوالہٕ "متین سخن" تہٕ ناوکران یُتہٕ چھُ بیٚیس اکس بہلہِ پایہ شاعر منوچہری ہندِ عقیدتمندانہٕ قصیدکہِ تم شعر تہٕ یہ ہاونہٕ خاطرٕ پیش کران زِ عنصری اوس شاعری منز بے تکلف تہٕ حیران کُن سادگی سان یٚنی فضیلت یا درگہ پانٹھی یٚنہٕ ابہامہِ والہِ اسلوٗبٕچ (طرز اداہٕچ) فضیلت مانراوان عنصری یس متعلق منوچہری ہندی شعر چھِ یم۔

| | |
|---|---|
| شعر او چون فضلِ او ہم بے تکلف ہم بدیع | فضل او چون شعر او ہم نازنین و ہم حسن |
| تا ہمے خوانی تو اشعارش ہمے خایی شکر | تا ہمے بوئی تو اشعارش ہمے بویی سمن |

اگر دوٚیم شعر فارسی قصیدکس روایتی پس منظرس منز امہِ رنگہٕ مبالغہ آرایی ہُند آیٔنہٕ دار زانون زانتھ منز چھِ عنصری ہندی شعر پران آمٕتس منز۔ قند بانگ تہٕ عنصری ہندن لفظ و پیکرن مُشک ہیٚنہٕ ستی ہی تہٕ ببر ہُند مُشک ینگ ناقابلِ شرح قولِ محال پیش کرنہٕ آمُت مگر گوڈنکہِ شعرُک مطلوٗبہ مفہوٗم چھُنہٕ یہ معلوٗم پزر ملحوظ تھوٗتھ مبالغہ باسان زِ روٗد کی بنہٕ ہٕ۔ سہل گوئی برعکس چھُ عنصری فارسی یس منز ژکہِ ابہام واجنہٕ شاعری ہُند بانی کارمانہٕ یوان۔ یُتھ روٗد یہ متضاد باسے وُن اعلان زِ اکس ابہام پسند شاعرس چھُ بے تکلفی تہٕ حیران کُن سادگی ہُند علمبردار تہٕ وُننہٕ آمُت دٔر گژھنچ چھُنہٕ ضروٗرت اتھ سلسلس منز کرو اُسی کاشر شعری سرمایہٕ اندرے اکھ تہٕ مثالہٕ پیش یُتھ زن یہ کتھ روشن پیہِ زِ شعرُک خوٗبصورت ابہام چھُ دقیق تہٕ مغلق لفظو بجایہ آسان لفظن منز تہٕ بچنہٕ کارانہٕ تخلیقی عملہٕ ستی زیادہ ہیکان پیدٕ تھ۔ صایبن چھےٚ ابہامٕچ بہترین توجیہ یہ وُنتھ پیش کرمژ

زِ یہ چھُ حُنک یا حسین موضوعک در پردٕہ کھوٚنہٕ منز یُن مگر تتھ پاٹھۍ زِ پننے ادب شناس عشق چھُ اُتھ حُسنُس یا پیکرِ حُسنس کھوٚنہٕ منز ژھٕنہ تہٕ کھٹنس مجبوٗر۔ عشق حُسنس کھٹنے رُوزُن چھُ محال۔

؎ حُسن ہر چند کہ در پردہ در آغوش آمد ادبِ عشق محالست کہ مانع نشود

گویا سہلِ ممتنعس منز تہٕ ہیکہِ خوٗبصوٗرت ابہام پیش پیدٕ تھ مثلاً شیخ العالم" سُند یہ سہلِ مُمتنع ؎

تُلہٕ چھے زیٚنُس تے بیٹھ چھُکھ نژان دِیتہٕ مالہٕ وونٛدہ کیتھ پرٛان چھے۔ اَتھ سادہ استفہامیہ اظہارس منز وُرتاونہٕ آمت یُس لفظ ابہامُک مرکز چھُ سُہ چھُ "زیٚنُس" تکیاز لوغاتس منز چھِنہٕ اَتھ زٕ معنے یا مشکل معنے کُنی۔ مگر شعرس منز یتھ چھےٚ اَہم معنوی صوٗرت سیٚٹھاہ توجہ طلب یمہٕ کِنۍ فوراً تہٕ قطعیت سان یہ وَنُن مشکل چھُ باسان زاَیہ چھا اَتھ لفظس قبر تہٕ قبرِ ہندِ حوالہٕ مُستقبل قریب ژھٕتس پاوُن مُراد کِنہٕ رِوان وقتس (حالس) منز پُرخطر، پُر فریب تہٕ پُرکشش مادی زندگی ہُند پرٛتھ ژھل تہٕ پڑاو کِنہٕ یِتھ کالہٕ کرٛی متہٕ وعدکہِ حوالہٕ پانہٕ سالہٕ اَنہٕ مرٛکُنہٕ بلایہ ستۍ دوٚستی کرنُک نتیجہٕ۔ ڈلو اَتھ اَکی سے لفظس منز چھےٚ گنجائش یم ساری مفہوم اخذ کرنچ یمہٕ کِنۍ اَکہ تِھ طیبع فضا سیٚٹھا خوفناک تہٕ گھمبیر چھےٚ باسان۔ تہٕ دُویمِس مصرعس منز مُشفقانہٕ "دِیتہٕ مالہٕ" یا "ونہٕ مالہٕ" ہوی لفظ چھِہ معاملہٕ بٔٹیہِ سِن غور طلب تہٕ سنجیدٕہ توجہکی مُتقاضی باسان۔ یُرن وول اَمہٕ آیہ اَکس ناقابلِ بیان صوٗرتِ حالس منز آورنہٕ یُن تہٕ واریاہن غوطن گرٕژھنے چھُ ابہامُک بجر تہٕ اثر بمصداق ؏

جادو وہ جو سر چڑھ کر بولے۔ شیخ سعدیؔ سٕندِن لفظن منز چھُ پیامِ اہلِ دل خاصِنے کیٚت آسنہٕ سببہٕ ابہامسے منز شوٗبان یونان چھُ ؎ پیامِ اہلِ دل است این خبر کہ سعدی داد

نہ ہر کہ گوش کند معنیٔ سُخن داند۔ ایجاز ابہامس لرٕ آسنُک ثبوٗت چھُ کم کھوٚتہٕ کم لفظن منز کانہہ بٔڈ صوٗرتِ حال اَکہِ بکہٕ وُنہٕ رِیلہٕ ہندی پاٹھۍ بروٚنٛہہ کُن اَنٕنۍ۔ نی توٚن بیاکھ مثال محمود گامیؔ سٕندِ اَکہ وژنہٕ منزٕ۔ ؏ کر سا میون نیٚاے اَندے ماری مندے مُدن وارو۔ اَتھ مصرعس منز چھُ ابہامُک مرکزی لفظ زیادے ٹاکارہ پاٹھۍ نوٗن سُہ گوو "نیٚاے" لفظ۔ اَتھ تہٕ چھُ لوغاتس منز اَکے معنہٕ

تہٕ ابہام کُس پٔرتھ مرکزی لفظس چھُ اکثر اکےٚ معنے آسُن لازمی۔ تاثُرتہٕ روز اکثر صوٗرژن منز اکوے البتہٕ بنہٕ اَمہٕ کِہن جمالیاَتی پہلوون تہٕ شعر شناسس نِش یا تَس سند بصیرتہٕ والہٕ دلچہٕ نظرِ نِش اکھ یکہٕ وٕنۍ رواں رِیل۔ تکیازِ تِمو اُکِس خاص سطحس پیٹھ چھُ پٔرتھ پیکرِ جمالکِو پاٹھو "نیٚاے" لفظ مُبہم۔ اول اَمہٕ رنگہٕ زِ شاعرن چھُ یہِ نسوانی لب و لہجس منز پیش کوٗرمُت یُس تہٕ اکہٕ دردمندانہٕ اپیلہٕ ہُند مرکزِ فریاد بناوِتھ۔ یِمہٕ کِنۍ گوڈنکِس سطحس پیٹھ یِہ فقط اکھ انفرادی اپیل بنِتھ رِیلہٕ ہُند اکھ حصہٕ برونٹھ کُن چھُ انان یعنے اُمِس خاتونہٕ کُس نیٚاے بنیو و مدنوارس آلو دِنک باعث سُہ ہیکہٕ ہَشہٕ ہنز۔ سختی ہُند نیٚاے تہٕ اُسِتھ۔ سماجہٕ کہٕ زبُدہ آسنک نیٚاے تہٕ اُسِتھ۔ بیٚیس یتِ جبری نکاح کرنس پیٹھ آمادہ زِٹھین ہندِ بضد روزنک نیٚاے تہٕ اُسِتھ بیترِ۔ مگر اَمہٕ پتہٕ چھُ یُہےٚ بیک وقت سہل الفہم تہٕ مُبہم باسَن وول لفظ اکھ آفاقی اپیل آسِتھ رِیل ہاوٕنی ہوان تہٕ قومی نیٚاے بین الاقوامی نیٚاے بلکہ بحیثیتِ مجموعی زندگی ہند پٔرتھ مسلہٕ حل طلب تشکہٕ منز نیٚاے باسناوان تہٕ پٔرن واَلی ہندِس دِلس تیتھ آوراوان زِ سُہ چھُ شاعر ہندِس نیٚاپہٕ لدکردارس برونٹھ اَتھ منز۔ بنہٕ مُناجاتچ گرز بوزنی ہوان، خیر و ہٕنی کرو اُسی شعرس عظیم تہٕ لافانی بناون والہٕ تخلیق تہٕ اِستعاراتی عملہٕ ہنز۔ تہٕ مختصر کتھ مشرقی ادبیات خاص کٔرِتھ فارسی شاعری ہندِس تناظرس منز۔

**☒ زبان، تخیل تہٕ استعاراتی عمل:-** اکھ زبان چھےٚ تھٔز۔ تخیلی تہٕ اِستعاراتی عملہٕ ستی شہکار بان۔ مگر اَمہٕ عملہٕ ہُند بھوٚد عرفان چھُ تخلُص تھوٗن والین ہندِس بمشکل اُکِس خی ہمدس حاصل سپدان۔ اَمہٕ تاکیدی کتھہٕ باوجود زِ۔۔ مشرقی زبانن منز چھُ شاعر سُند ماہرِ زبان (زباندان) آسُن اکھ بنیادی شرط مانہٕ یوان مگر یہِ عرفان ہیکہٕ نہٕ کانہہ لوغات یاد کرنہٕ ستی حاصل کٔرِتھ بلکہ لفظن ہُند تخلیقی استعمال ہیچھنہٕ ستی۔ لوغاتی لفظ عرفان گوو بہترین بزازِ بازرہ منزٕ مہرازہ سوٗٹہٕ خاطرہ بہترین کیپر ژآرِتھ ہیکُن تہٕ مُلی ہنِس لایق بنُن۔ بہٕ اَتھ کیپرس شہکار سوٗٹ بناونہٕ خاطرہ چھُ اکھ اعلیٰ فنی تصوٗر وول ماہر پش درکار آسان۔ یُس موللہٕ کھوتہٕ موللس کیپرس اُکِس خاص اعتمادس تحت ژرِ کیٹ کرنس تہٕ کانہہ وایہٕ چھُنہٕ برِان تہٕ اُکِس

خاص مہارتس تحت تِتھ مہارازہ ہندِس قدٕ نازس شفقہٕ ژھٹناون وول سوٗٹ تہٕ سوٗان چھُ تہٕ یُس اکہٕ پھرٕ مہارزس وُچھنہٕ یِتہٕ یا پیٚشر تکنہٕ یِتہٕ نہٕ لَس اُچھن برونٛٹھ کنہٕ ژٹنس محتاج چھُ روزان تہٕ نہٕ تمہٕ قیمتی کپرٕ چٕ دجہٕ ریلہٕ نظر انداز کرنس وایہٕ چھُ برٕان۔ زبانٕی یا لفظن ہندِس حاصل شُدہ قیمتی کپرس ژٹنٛج تہٕ واٹنٛج اہم کاٗم بخیر وخوٗبی انجام دِنہٕ وول ماہر ہیٚنرٕ چھُ استعاراتی عملہٕ ہندِسہ عرفان یُس اکہٕ لَٹہٕ قدٕ وُچھتھے یوت مہارازہ ہیٚنزٕ امکانی ملبوس شکل ژرٕ ژتھ ہیٚکن والِہ تخیلکہٕ مددہٕ سیتۍ سہ مرتبہٕ پراوان چھُ یُس مرتبہٕ غنیٚ ہندین لفظن منٛز خطر پسند قومس یا فردس کاڈ کڑتاون وٲلس آشوٗب زمانہٕ کِس ماہرٕ ہیٚنرٕس تمہٕ آیہٕ حاصل چھُ سیدان زِنہٕ چھُ بزاز بازرکیٚر تہٕ ہیٚنرٕ ہیتھ شاعرٕ ہندٕ ہمہ جہت داخلی شخصیتکی پاٹھۍ سوٗرے پانٕے باسان؛۔ تیٚلی چھُ پانس پانٕے یِتھۍ دِلاسہٕ دِوان۔

؎ گر فلک کارِ ترا برہم زند از جا مرو  جامہ را خیاط ساز د قطع بہر دو ختن۔ حافظ چھُ تخیلس منٛز آمتس قدِ نازکِس بیٚشِ نظر ملبوس وجوٗدٕ ہیوٗس مضموٗنس مرغِ فکر ناوکران تہٕ تِتھ نہٕ ژلنہٕ دِنہٕ وٲلِس استعاراتی گرفتس طرٕہ مجبوٗبکُ علی ولوٗہار ناوکران اُتی چھُ ونان ؎ ہر مرغِ فکر کز سرِ شاخِ طرب بجست بازش ز طرّہ تو بمضراب میزدم۔ تخلیقی زبانی ہیٚنزٕ استعاراتی عملہٕ ہند تصوٗر زبانی منٛز آسِتھ زبانی منٛز زانٛنگ عرفان چھُ حافظس ونناوان ؎ یکیست ترکی و تازی درین معاملہ حافظؔ

حدیثِ عشق بیان کُن بدان زبان کہ تو دانی

تخیّل تہٕ استعاراتی عمل چھِ لازم و ملزوٗم چیز بلکہٕ تِتھۍ اکی سنگِ پارہکی زہ روخ۔ یمکہٕ چھِہ لگنہٕ سیتۍ کنہٕ تہٕ اثر پذیر پروسٔمٕز (معدنی دھاتہٕ) ہیوٗ موضوٗع تہٕ سوہٕ کھوٗتہٕ موٗلُک بنِتھ چھُ ہیٚکان۔ تخیُّل چھُنہٕ فقط پاز دُیھ ہندِی پاٹھۍ محسوٗس خیالن تھرٕ بخشان بلکہ چھُ مشرقی ادبس منٛز تخیُّل تھرٕ زِہ پیٚٹھ پرٕزٕ نظر کڈٕ ٹنگ اِدراک تہٕ تھرٕ راوان۔ شاعرٕ سُند تخیُّل چھُ اکھ نوٗر بخش وول روشن شمع یِیکہٕ زن قاری سُند اِدراک اکھ نوٗرگارن وول پونپُرٕ چھُ۔ تکیازِ تخیُّل کی پرتوہ چھُ لوٗرِ اِدراک نورِ بصیرت بنِتھ ہیٚکان۔ مشرقی ادبی جمالیاتہٕ کہ عقیدہٕ موٗجُب چھُ تخلیقی صلاحیتہٕ وول تخیُلے تمہٕ الہامک گنجِ سُلطانی لبِتھ ہیٚکان تیٚم فخریہ

باوتھ حافظ ہندس یتھ شعرس منز سپز ہ مرتھ چھے

من کہ دارم درگدایی گنج سلطانی بدست / کے طمع در گردشِ گردونِ دون پرور کُنم

غالبس تہ چھُ تخیلکُ تہ استعارک سرمایہ امی قسمُک اعتماد بخشان ؎

زنجم گر بصورت از گدایان بوده ام غالب بدار الملکِ معنی می کُنم فرمانروایی ہا — !!

عنی یہ تہ حافظن یا کھٹی چھُنہ غالبس تہ ینُ عالیشان تہ عالی مرتبت تخیل کمینن تہ نابکارن پرورش کرن والین پُرآشوب حالاتن منز حوصلہ شکنی تہ پسپائی قبول کرہ دِوان بلکہ چھُس تھد تخیلکُ تھر۔ استعاراتی علمہ آشنا آسُن ینُ صحیح قدیمہ آیہ متعین کرناوان۔

؎ ہوں گرمئی نشاطِ تخیل سے نغمہ سنج / میں عندلیبِ گلشنِ ناآفریدہ ہوں۔ یو غالس منز ہیکہ تخیلکُ معنہ صرف خیال ورناوس منز انیجہ کامہ تام محدود زانہ یتھ۔ محدود لسانی شعور بھون واکی تہ ونن تخیل گو وخیال یا قیاسچہ کومہ منز کانہہ چیز انُن۔ حالانکہ تخیل چھُ قیاسچہ کومہ منز اُونُن کوشش آسنہ باوجود حاصل قیاسس تخلیق نمائی ہنز سو تحریک تہ یوسہ پیش نظر تخلیقہ ہند ہیولی پتھے تیار کران۔ حافظس چھُ تھدِس تخیلس تہ تھر۔ استعاراتی علمہ ہندس اشتراکس تھنہ بیومت شعری سرمایہ سُہ جامِ جم باسان یمیک اندازہ تھدِ تخیلہ نشہ محروم کانہہ شاعر لاگتھ ہیکہ نہ۔ چنانچہ چھُ یتھی سے ینے بودس تہ نیے بوکس گوہ ماتس کُن ونان۔

؎ گوہر جامِ جم از کانِ جہانِ دگر است تو تمنا زِ گلِ کوزہ گران مے داری

یہنہ لس چھُ اکس نکتس خاص یاکھی سنن زیُس شاعری ہند شوق آسنہ باوجود تھد تخیل نشہ پیاری آسہ تس ہیکیا تھدِ تخیل والس شاعر سند کلامہ پرُن تہ سمجھُن کانہہ مدد کرتھ ؟ واقعاً ہیکس امی اکہ چیزہ ستی داریاہ مدد ییتھ بشرطیکہ سُہ کرِ اتھ معاملس منز سنجیدہ مطالعک تہ پختہ کار شعر فہم استادن ہنز نکتہ دانی استفادہ کرنک حق ادا۔ دیسے چھے تھد تخیل والس شاعر ہندس کلامس منز یہ خصوصیت اورے گُٹھ آسان زِ سُہ چھُ پرن واکی ہندس جذبس تہ تخیلس تہ

برانگیخت یا کم از کم بیدار کرِتھ ہکان تہٕ ژوٗر توجہ دِنہٕ والِس یا اکھ کھوتہٕ زیادہ لٔطف سٕہ کلام پرٕن وٲلِس مُچھ شعر فہمی ہُند اِرتقا جمال شناسی منزٕ اضافہ کرِتھ عطا کران ۔ پرٕن وٲلِس حظ تہٕ سروٗر واتناوٕنہٕ رٕنگو رٕژ آگہی میسر کرٕنی یا رٕژ ذہنی تربیت کرٕنی چھےٚ مشرقی شاعرن پننی خاص ذمہ داری باسیمٕژ۔ بلکہ چھ اِفادیتکو اُمی شعوٗرن اِنَّ مِنَ الشِّعرِ لَحِکمَۃ ہِو حدیثِ پاکُک مفہوم سُخن فہمن پیٹھ یتھٕ روشن بنوومُت یُمی حافظ رٕژ آگہی تہٕ رٕژ تربیت بہم کرن واجنہ تخلیلیہِ استعاراتی آوازِ "صدای سخنِ عشق" ناو کرِنو وتہٕ اُمی انسانی کلامچ بہترین قابلِ یادگار خصوصیت ونوو:۔

ے ازصدای سخنِ عشق ندیدم خوشتر　　یادگاری کہ درین گنبدِ دوّار بماند

چونکہ رٕتس شاعرس چھ پننٕ قاری شریکِ تجربہ کرنُک اکھ غیر شعوٗری مگر زوردار امار تہٕ شامل تخلیق آسان ۔ لہٰذا چھُ تٔمسند تخیُل عوامی زبانٕی ہُند تخلیقی ورتاو زیادہ کھوتہٕ زیادہ معروٗف روزنہٕ کِس طریقس تحت کران ۔ اَتھ منز یُس چیز تٔمسنز تخلیلی تہٕ استعاراتی عملہٕ یہٕ اضافی مقصد پوٗرہ کرناوان چھُ سٕہ چھ سماجی شعوٗرُک ماحصل طنز۔ تہٕ شاعرانہٕ بصیرتُک ماحصل رمز و کنایہ یمے چھ بناں تخیُلیہٕ حسین تاویل(Beautiful interpretation) یہ کرامہِ نوکہ نزاکت قابلِ فہم بناونہٕ خاطرہ حافظن سٕہ شعر پیش یتھ رسا جاودانی ہوی جمال شناس شاعرن کٲشرس منز اَپنٕ شعوٗری یا غیر شعوٗری پٔژ کوشش کرٕمٕژ چھےٚ۔ حافظ سند شعر چھُ ے

فقیہہ مدرسہ دی مست بود و فتویٰ داد　　کہ می حرام ولی بہ ز مالِ اوقافست

شعرُک لفظی مفہوم چھُ یہ زِ یوٗہ اوس شرعی قانوٗن ہُند ماہر تہٕ مُحافظ مانہٕ آمُت مُفتی صاب پانہٕ تہٕ چھیومُت یمہ کِنہٕ یہٕ پوز فتویٰ تہٕ ینوٗن دِتھ زِ شراب چوٗن چھُ بے شک حرام مگر تونہٕ چھ اوقافُک مال کھینہٕ کھوتہٕ بہتر۔

رسہٕنٕ سماجی شعوٗر چھُ ہنا ظاہری پاٹھٕ اَتھی موضوعس یمہ آیہ پیش کران:۔

ونان زاہد سیٹھاہ رد بد شرابس!　　حقٔ اَنا مُک نہٕ غم پرہیز آبس!

تھدٕ تخیلک امار شکلاون وول اِستعارٕ چھُ بعضے بٔنٛہ عالمگیر شناخت متعین کرناون والین وارِیاہن
دوٗراز کار کتھن منٛز غرق کران۔ کیٛہنہ توجیہہ کار چھِ استعارس منٛز ہنٛر گارنہٕ کِنہِ عواملن
غیر شعوٗری طور تشبیہہ کِنہِ سرحدن اندر واتناوان تہٕ کیٛہنہ چھِنہٕ استعارس منٛز کارفرما تضاد کِنہِ
عناصرن صنعتِ تضاد بناونس تہٕ منٛد چھان۔ توجیہہ کاری ہنٛز یہ کوتاہی چھےٚ مغربی نقادن
خاص کٔرتھ ارسطو ہٕنٛدِ فلسفیانہٕ بحثن ہُنٛد علمی وِلوٗہار حتمی زانٛنہٕ غلطی ہٕنٛد نتیجہ باسان۔ تِکیازِ
تتھ منٛز چھےٚ ژورن چیزن ہٕشراونٛچ عمل تہٕ کارِ تٕژ ترٛ ہپھروٗتھ کن رٕٹنٛچ عمل باسان (یِہ خاطرٕ
اکھ عظیم فلسفی مارُن ووتنہٕ) تہٕ متضاد عنصرن ہنٛز معنوی جہت ہِش بناونٛچ تاویل تہٕ چھےٚ
ارسطووس نِش ادبی کھوتہٕ زیادٕ فلسفیانہٕ توعیتچ۔ بہر حال مشرقی شاعرن ہنٛدِ ذریعہ ہیٚدی منہٕ
استعارکہِ خوبصورت، علمی ولوٗہارچہِ موجوٗدگی منٛز پزٕ نہٕ یہ خالص ادبی چیز (استعارٕ) فلسفیانہٕ
تاویلن آویزٕ بناوُن۔ خاص کٔرتھ یہ پزٕ ملحوظ تھٲوتھ زِ استعارٕ چھُ اکھ متبادِل ابلاغُچ وتھ کٲنسہٕ
علاوٕ جذبن تہٕ ژوٚدین ہنٛدِس اظہارس خاص قوت بخشنٛچ سبیل تہٕ بنان۔ یمہِ کِنہِ استعارٕچ
ترکیبی ہیٔت اُکِس ادبی شہکارس منٛز تتھ کنہٕ شقہ نشاندہی ہنٛز۔ اتھ ہیٚکہِ ییتھ یمہِ آیہ کٲنٛسہٕ
کاریگر وستہٕ ہنٛدِس شہکار چیزس، نقشس یا ایجادس منٛز تِمچ ترکیب تہٕ علمی کارگزاری پرزٕ
تام گنڈٕ رنہٕ ستہٕ اتھ ہیٚکہِ ییتھ۔ ماڈرن رِٹورک (Modern Rhetoric) ناوچہِ کتابہٕ ہٕنٛدِن ہنٛزِ مشترکہ
مُصنفن (بروکس تہٕ ورین) ہُنٛد یہ ونُن چھُ صحیح زِ استعارٕ چھُ غیر واضح اندازِ گفتگو باسنہٕ باوجوٗد
تجربادن ہنٛز ترجمانی ہُنٛد اکھ ناگزیر آلہٕ کار۔ امہِ کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ ڈبلیو ایم اربن ہنٛز
Language and reality ناوچہِ کتابہٕ منٛز یمہٕ اظہار برآمد سپدان زِ استعارٕ چھُ حقیقتہٕ
ہِنٛشہ رُژھ کھنڈ اورٕ یور امہٕ غرضہٕ ڈلُن یُتھ زن پیش نظر حقیقتُک عرفان قابلِ شناخت بنہٕ۔
حافظ ہِنٛدین استعارن ہُنٛد مطالعہٕ چھُ بیاکھ نکتہٕ پٔژ پٲٹھۍ واضح کران زِ استعارٕ چھُ کم کھوتہٕ کم لفظن
منٛز واریاہ کیٛہنہ وسپراونٛچ کرامت ہاونہٕ علاوٕ زبٲنی ہنٛدِس تخلیقی ورتاوس یا بجائے خود زبٲنی

ہندِس لفظہ سرمائس نوین اُفقن تام رسائی ممکن بناوان۔ یا اگر استعارن منز عام زبانی ہندی پامال الفاظ تہٕ ورتاوہٕ ہین پکنہٕ کار شاعر سندِ تخلیقی کرامت حصہٕ ییتھ چھِ تم تہٕ اظہار چہِ نوٚ توانائی ہندی اِمکان برو نہہ کُن انان۔ مثلاً حافظنِس ییتھ شعرس منز سہ کس چو حافظ نکشاد از رخِ اندیشہ نقاب تا سرِ زلفِ عروسانِ سخن شانہ زدند۔ بظاہر چھ تخیلکہ بُتھ پیٹھ نقاب وتھنگ نظارہ محسوس کرناوان وائس اتھ شعرس منز رُخ۔ اندیشہ، نقاب، زُلف، مہریٖنی۔ کتھ تہٕ گنگو ہوی عام تہٕ پامال الفاظے ورتاوہٕ آمتی۔ ییتھے پاٹھی غالبہٕ نِس ییتھ شعرس منز۔

سہ گُلت رانواز گسِت را تماشا تُو داری بہاری کہ عالم ندارد۔ اتھ شعرس منز استعارچ عمل رٕتھ کھالن والی الفاظ تہٕ چھِ بظاہر عام تہٕ پامال مثلاً گُل۔ نوا۔ نرگس۔ تماشہ، بہار تہٕ عالم ییہے حالؔ چھ اقبالنہِ یمہٕ شعر چہِ استعاراتی زبانی ہند تہٕ سہ دُنیا کو ہے اُس مہدیٔ برحق کی ضرورت ہو جسکی نگہہ زلزلۂ عالمِ افکار۔

**ادراک، اِلہام تہٕ اِظہارچ تیکنیک** :- ادراکک عظیم ترین آلہٕ کار چھِ تخیُل ییتھ پاٹھی الہامک عظیم ترین آلہٕ کار عقیدہ تہٕ اظہارک عظیم ترین آلہٕ کار استعارہ چھُ۔ لوغاتس منز گو وادراکک معنے کُنہٕ چیزس تام واتُن یا کانہہ چیز حواس ہندِس دائرس منز انُن ییتھ پاٹھی زن ابلاغ کانہہ چیز واناوُن یا بوزن والین ہندِس دائرہٕ احساسَس منز داخل کرُن گوو۔ شعو ادبس منز چھ ادراک سنجیدہ تخیُلی سطحس پیٹھ توجہ تہٕ مطالعہ کرنچہِ تتھ خاص علمہٕ ناو یمہٕ ستی عام عقلی سطحے کھوتہٕ تھدی معنے تہٕ نکتہٕ ذہنس منز ییتھ ہیکن۔ صائب چھُ اتھ خاص علمہٕ حواس ہندِ حوالہٕ بطورِ تخیلہ ادراک زانُنگ باس یمہٕ آیہٕ دِوان سہ عشرتِ ما معنیِ نازک بدست آوردن است / عید ما نازک خیالان را ہلال ابینست بس / یعنے یئلہٕ ابہٕ نازک خیال شاعرن ہند ذہن کُنہٕ خاص نازک معنیس تام واتان (یا تخیلکہ مددہٕ ستی رسائی لبان) چھُ اُتی پھٹے ابہٕ تِرٛھے خوشی حاصل پدان یِرٛتھ عام مُسلمانن عیدہُند زُندرِ وُچھتھ حاصل پھٹے گژھان۔ شاعرانہٕ تخلیقی علمہٕ

منز چھُ اِدراک حساسیتہٕ چھِن اُچھن پٮ۪ٹھ۔ نظر بلکہ امہِ نظرِ ہُند جوہر تلاش۔ مگر امہِ نظرِ ہِند تلاشہ کِس جوہرس یُس چیز خاص زاویہٕ نگاہ میسر کرِتھ رنگ بنٲدار بناوان چھُ سُہ چھُ تخیُل۔ مگر کینژن معاملن منز چھُ کانہہ سراپا نوٗر پیکر وُچھتھ پناداراُچھن تہٕ بینہٕ کوتاہی ہُند احساس گژھان۔ خاص کٔرتھ اگر تتھ پیکرِ حُسنس نظارہ سوز پرٛوہ تہٕ زژہ وُتھان آسن۔ اتہٕ نِس ہیٚکہِ نہٕ تخیل تہٕ نگہ یاٹھی اِدراکس بکار گژھتھ بلکہ بیٚیلہِ تخیُلس تہٕ تھدِس اِدراکس تہٕ وُزلی جونٹھ گژھتھ پرٛژھ چھ نیرِتھ ژلہِ زِ سہ اگر یکسر موئے برتر پرم + فروغِ تجلی بسوزد پرم۔ اَتی چھُ عقیدہ کِس لاشعوری کُنامس (تھدِس اُرس) منز آرام فرما الہام حواسو ہیوٚر وُپھ کھالِتھ ہیکنگ رفرفی امکان بنان تہٕ بقدرِ خلوص وِجدانس عقیدہٕ روشن کران۔ مگر وِجدانس تہٕ چھُ ببرکتِ الہام یہٕ اِمکان صرف تتھ حدس تام حاصل سپدان یُتھ حدس تام خلوصُک تہٕ عقیدُک تقدس شاعر سٕندِس دِلس منز (بزورِ وابستگی) قایم سپدِمُت آسہِ تہٕ عقیدس حُنک عکس رٹنس قابل بناوِتھ ہیوٚکمُت آسہِ صایب چھُ وِجدانی اِدراک کِس تقدُس (حُسنس موافق زانتھ) عقلی ادراکہ کھوتہٕ بالاتر چیز تسلیم کران توے چھُ حُسنِ کمال کِس جلوس برٛونٹھ کنہِ حُسنُک پرٛزَل حجاب وُچھتھ تخیُل نا رسا بنس پٮ۪ٹھ مجبور آسِتھ قرآنی شیچھ "لَا تُدْرِكُهُ الْأَبْصَارُ" کِس نناظرس منز یمہِ آیہ باوان سہ

بالاتر از ادراک بود مرتبۂ حُسن! ہر چہرہ کہ نتوان بنظر دید حجاب است۔ حُسنہٕ کِس رفرفی مرتبس نِکھ وِجدانچ وُپھ کھالنچ عرفانی تجسیم کٲری ہیٚکہِ نشرِ کِین پیتھِین لفظن منز کُنہِ حدس تام سپدِتھ۔ زِ اگر پچھینہٕ ہندی یاٹھی لاشعور کِہ تھدِ آرِ منزہ کُہہ بگاہ عام جانا وارن ہِند فضا نِشہٕ پٮ۪تھرٕ دوٗر نوٗرانی فضہِس منز چکرس نیرن وول الہام چھُنہٕ وِجدانچ یار دِ بیقراری تہٕ بے آواز چِھنہٕ زیادہ کالس محروم رسائی زِروان[1]۔ اَتی چھُ بینہٕ خزانٕکہ رازہ منزہ اَتھ ضرورت پوٗرہ سپدنگ اشارہ

---

[1] الہامُک تخیلس کُہہ بگاہ پلزٕنے چھُ علامہ اقبالس تشبیہاتی عملہٕ تحت اکھ شاعر تیٚتھ زُتہٕ کیوٚم باپہٕ ناوان لیسند پرتوگاہ دیدنی بنان پتہٕ گاہ برآمدہٕ نہٕ سپدنہٕ کِس نتیجس منز۔ نادیدہ رٕز پتھ غیب چھُ گژھان۔ علامہ سٕندی الفاظ چھِ سہ کرم شب تاب است شاعر در شبستان وجود در پر و بالش فروغے گاہ ہست وگاہ نیست۔ اکھ شعرس منز شاعرس وجودکہ شبستانچ گاشہٕ زژ (تلہٕ وانی) ناوکرنہٕ پیچ چھُ سٮ۪ٹھاہ غور طلب اظہار۔

بہم کران ۔ وجدانہٕ خاطرٕ چھُ الہامُک یہٕ اشاراتی فیض بجایہٕ خود اکھ خداداد خزانُک درجہ تھاوان۔ وِجدانچ تہٕ الہامچ تجسیم کٲری ہنٕز اَتھ کوششہِ تصدیق کرناونہٕ خاطرٕ گژھو اسی بیٚیہِ تمہٕ عظیم غزل گو فارسی شاعرن نش ۔

غالب چھُ الہامکہ برکتہٕ حاصل ییٚدن وٲلس فیض نظرس خاص دانش ناوکرتھ بجاے خود اکھ خزانُک درجہ آسنس یمہٕ آیہٕ باوتھ کران سہ دانش و گنجینہ پنداری یکیست / حق نہان داد آنچہ پیدا خواستم ۔ اقبال چھُ ادراکُک تسلسل قایم روزنس رازِ حیات ناوکران تہٕ اَتھ شاعر ہندِس دِلس بارسس انٛ وول ساز قرار دِوان سہ موج ادراک تسلسل زندگی است می کشان راشورِ قلقل زندگی است ۔

حافظ چھُ تقدسِ عقیدہ تہٕ اخلاص و پاکدامنی کِنہٕ وِجدانس انہرش کوٚر ہش فکر بُلند ناوکران تہٕ ونان ع دخترِ فکر بکرمن محرم مدحت توشد بیٚیہِ اکھ طریقہٕ چھُ حافظ صابنی پاٹھٕ "حُسنِ کمال" ادراکچ رسائی ہنبرٕ آسنچ یہٕ کتھ وَنان زِ وجدان تہٕ الہام تہٕ ہیکہٕ اکھ حدہ علاوہ فیضانِ حسن لبتھ وَنان چھُ سہ زو صفِ حُسنِ تو حافظ چگونہ نطق زند کہ ہمچو صنعِ خُدائی ورای ادراکی

مولانا رومی چھُ عشقس ترٛتھ دولتِ عنایت یا دولتِ خداداد ناوکران ۔ یو سہ تہٕ کائنہ دِل پھولراون والہِ الہامہ ورآے تہٕ غیبی ہدایتہٕ ورآے بدست ہیکہٕ یتھ سہ عشق جز دولتِ عنایت نیست جز گشادِ دل و ہدایت نیست صائب چھُ وجدانہٕ تہٕ الہامکہ برکتہٕ اسرارِ غیب لبنچ رسائی پراون والین متین (اہلِ جنون) ہندِس اجتماعی لاشورس یادِس عالمِ غیبُچ درشن دار ناوکران سہ

روزن عالمِ غیب است دلِ اہلِ جنون من وآن شہر کہ دیوانہ فراوان باشد

وِجدان و الہام والین ہندِس شہرس منٛز لبنگ امارا وسنہٕ صائبلیے یوت گتان حافظ اوس تس برونٹھ یہٕ خاص امتیاز حاصل کرن پرژھان ۔ الہام وِجدانس بیٹھ خُدائی لُطف آسنس اوس شہ

واقف بلکہ اوس تس تھدس آس (کناس) منز قرار فرمابہاے لاہوتک خاص خوشخبر دِنہٕ وول ملک اجبرئیل) باسان۔ تیٖلی ہیوٚک حافظ الہامس متعلق ییتھ واضح بیان دِتھ سہ

لُطفِ الٰہی بکُند کارِ خویش　　　　مژدۂ رحمت برساند سروش

صابَ تہٕ چھُ الہامچہ اُتھ روٗحانی یا عقیدتی فضیلتٕ خاص اہمیت دِتھ شیخ سعدی ہندِ (ع برگِ درختان سبز در نظرِ ہوشیار) شعرچ صدائے بازگشت اغافلن تہٕ وجدان ناشناسن یمہٕ آیہ کنن کرنی یژھان سہ

صد رنگ سخن در تہہ ہر برگِ گلے ہست　　فریاد کہ گوش تو گرانست درین باغ

الہامس تام رسائی نہ ژھانڈن والین ہنز غفلت وُچھتھ پزیا سارنے صاحبِ تخیُل شاعرن تہٕ ادبین احتجاجی فریاد کرُن تہٕ تگہِ ایٚہ الہامکہ زٕہ قسم زیرِ نظر تھوتہٕ بتہ بوزُن۔ بلکہ تلامذالرحمٰن (خدائی شاگرد) شاعرن تہٕ معرفتِ الٰہی تھون والین سأکن ہُند الہام تہٕ پیغمبرانہٕ الہامہٕ کھوتہٕ سیٹھاہ بون زانہٕ بتہ یمیک آغاز رویاے صادقہ (پزبو خوابو) پیٹھہٕ پیدتھ وحی (خاص فرشتہ حضرت جبرائیلؑ امین ہندِ ذریعہ پیغام الٰہی) ینس پیٹھ ہنس کماس واتان اوس گویا وحی اُس پیغمبرنؑ ہندِ الہامٕچ خاص ارتقا پذیر صوٗرت۔ بڈ کھوتہٕ بڈی اولیاء تہٕ چھ وحی ہندس سعادتس یپاری۔ حالانکہٕ تِہند (اولیاء اللہ ہن ہند) الہام چھُ بُزرگ تہٕ عارف شاعرن ہندِ الہامہٕ کھوتہٕ زیادہ واضح تہٕ روشن آسان۔ خاص کرِتھ اگر تِم حکیم سنایی، شیخ عطار، مولانا رومی تہٕ شیخ سعدی (شاعر+ ولی) ہوین عارفن ہندی مُرشد ہوی کم آمیز تہٕ کم شہرت پسند روٗزِتھ آسن ہیٚکہ ہتہ۔ خلقن ہندی خیر خواہ تہٕ ہمدرد آسنہٕ باوجوٗد خلقن بتہ کم آمیز۔ روزن واٗلی اولیاء چھ ہنس الہامس گانگلہٕ بڑی گژھنکی امکانات کمہٕ کھوتہٕ کم کرِتھ ہیکان۔ مغربی نقادن حرفِ آخر زانن والین پزٕ یہ کتھ بہرحال ملحوظ تھوٚنی زٕ مغربی تنقیدُک آگرُ۔ یوٗنان چھُنہٕ زانہہ کُنہٕ پیغمبرانہٕ شریعتُک یا

وحیکُ واقف یا کاربند رُوٗدمُت ۔ یمہٕ کنہٕ مشرقی الہاکی خاص مفاہیم تہندٕ فلسفہٕ زدٕہ ذہنیچہٕ تحسین کاٗری کھوتہٕ مختلف معیارٕ کی متقاضی چھِ ۔ خاصکرٕتھ فارابی ہندٕ فصُوص الحکمکُ پانٛژن باطنی حواسن متعلق یہ نکتہٕ زِ ییلہٕ عام لُکن ہندی ظاہری حواس مشغول کار چھ آسان تہندی باطنی حواس چھِ شونگان مگر ییلہٕ تہندی ظاہری حواس شونگان چھِ اُتی چھِ تہندی باطنی حواس تہندٕ زورِ عشقہٕ مطابق بروٗے کار یوان تہٕ خواب بنان ۔ اَتھ برعکس اَسی پیغمبرن ہندی ارواحِ قدسیہ خواب تہٕ بیداری دوٗشونی حالتن منٛز ظاہری کیو باطنی حواسن ہندٕ معطل یا بیکار گژھنہٕ نشہٕ ماورا آسان ۔ یمہٕ کنہٕ تہندٕ الہام خاص فیضانِ ربانی بٔنتھ مقامِ وحی لٔبتھ ابدی سعادت حاصل اوس کران ۔ بہرحال اَسی وُچھو اولیاہن تہٕ شاعرن ہُند مشترک الہام کمہٕ قسمکُ روٗحانی مشاہدہ تہٕ غیبی اشارہ چھُ مشرقی ادبیات کِس تناظرس منٛز قابلِ فہم بناوان ۔ علامہ شبلی نعمانی چھُ برگزیدٕ متکلمینن (خُدایی ذاتس تہٕ صفاتس متعلق زاوٕلی بحث کرن والین) تہٕ بزرگ صوفین ہندٕ حوالہٕ الہاکی زٕہ قسم زیرِ بحث انان ۱۔ الہام فطری ۲۔ الہام نوی

الہام فطری چھُ پرتھ ذاتھ ہندس نظامِ جبلتس وُتہٕ یوان ۔ یہ الہام چھُ وُسی یا پہٕ کیٛمین تہٕ کٔرین منٛز تہٕ حیران کُن حدس تام قابلِ فہم ۔ مثلاً کوکر پوٗتی سُتند ٹھوٗلہٕ منٛز نیرنہٕ پتہٕ پھلہٕ پھلی کھینس کُن توجہ کرُن تہٕ گانٹہٕ ہنز ژھاے وُچھتھ ژلُن یا وُژھو سُند تھَنہٕ بینہٕ پتہٕ ماجہ ہندِس تھنس کُن ماٗیل سپدُن تہٕ کُن یا لوٗٹ نہ ژاپُن ۔ یا ماچھ ٹُرِن تہٕ رٔیِن ہُند اعلیٰ قسمکُ اتحادِ عمل ہوٗن اجتماعی شعوٗر پراوُن تہٕ ماچھ بیترٕ بناوُن ۔ اَمی آیہ معموٗلی کھوتہٕ معموٗلی جاندارن ہُند اکھ اَکس کُن جنسی میلان تہٕ محبت رٹھُن یا تحفظِ نسل تہٕ ذاتی دِفاع ہیچھُن تہٕ اَمی آیہ وسیع کائنات کِس پرتھ چیزس منٛز قدرتی مشینگ سُہ پرتو تطر گژھن یُس بڈٕین ودٕ ساٗدن ہندٕ ہیچھناوہٕ تہٕ حکیمن ہندٕ حکمتہٕ ہتی تہٕ ممکن ہیکہٕ ہے نہٕ پیدٕ تھ ۔ زوٗن، اَفتاب، تارکھ پوش تہٕ جاندار ہوٗن چیزن منٛز فطری الہاکی یم پرتو ڈٔلِشتھ وارہ سنُن تہٕ یمن منٛز کارفرما

خُدائی مشیتہٕ کہِ نوٗرُک عکس پرٕزناوُن چھُ معرفتُک یا عرفان لبنُک سارِوے کھوتہٕ ثٔنیمہِ سطحُک
درجہِ مگر فطرُک یہِ مطالعہٕ تہٕ مُشاہدہ کرٕنہٕ چھِ عاٗرف تہٕ صوفی کایناتس فطرتٕچ کِھلہٕ کتاب
ناو کرناوِہتی۔ ہیوٗر تہٕ چھُ فطری الہامکہِ اَمی سطحن یہِ شعر ونوومُت:۔

۵ طوطس چھُ ہیچھناوان کیتھ وہتاد مجنتہٕ سان    وُنہٕ منز ہیٚچھ ناوان چھُ کُس وُنہٕ ہارٕ محبت

الہامُک دویم قسم چھُ "الہام نوعی" ناوٕ نشاندہی منز اَنہٕ آمُت۔ یہِ الہام چھُ الہام فطری کِہ
اکھ شاخ باسنہٕ باوجوٗد خاص جبلتٕن ہنز شکل پرٕاوِتھ بنٕ غیبی علم تہٕ اشارہ محسوٗس
کرناوان مثلاً گگر بچہِ سُند برٕاری ہنز آواز بوزِتھ خواہ مخواہ کھوژن تہٕ ژلُن۔ یِیلہِ زن
ماجہِ تہٕ گگر بچس امہِ قسمُک کانہہٕ علم بہم چھُنہٕ کوٚرمُت آسان۔ یا سربچ تہٕ نوٗلہٕ سُند اکھ اَکِس دُشمن
ذات یا نوع زانُن۔ یا جنسی جذبس تحت جاندارن تہٕ جاناوارن ہُند پننِس نوع کِس زٔرِس مادس
کُن مایِل گژھُن۔ یہِ الہام نوعی تہٕ چھُ ادبی سطحُک عرفان باسنہٕ باوجوٗد تحفظِ نسل یقینی
بناونُک بوٚڈ بارہ آلہٕ کارُیس خالقِ کاینات پرٕتھ نوعہٕ کِس حیوانس بالمفت عطا چھُ کوٚرمُت۔
یمن دون قسمن برعکس چھُ انسانی عرفانُک آلہٕ کار الہام سیٹھاہ تھوٚد آسنہٕ باوجوٗد کُنہِ حدس تام
پُرخلوص ریاضتُک مراقبُک توجہُک تہٕ روٗحانی مُشاہدُک نتیجہِ آسان۔ شبلی نعمانی چھُ امیُک بٔنیمہِ
سطح خاص ذہنی تہٕ دِلی استعدادُک بن نفرن ہندِ ذریعہِ خاص کارنامہ انجام دِنُس قرار دِوان۔
اُتھی سطحس پیٹھ چھُ مارکونی تہٕ ایڈیسن ہوی نفر مختلف ریڈیو تہٕ بجلی بیترِ ہوی ایجادات بارس
اَنِنچ وَتھ خاص وجدانی انہماک تہٕ الہامی اشتراک ثشکلاوِتہٕ پیتہٕ بارسس اَنِتھ ہیکان یِیلہِ
زن تہٕ ہندی پاٹھی انسانی ذہنُک تہٕ دِلُک ارتقا بڑھن والی عالم تہٕ شاعر علمی یا شاعرانہٕ
کارنامہ انجام دِنہٕ کِس معاملس منز خاص خداداد صلاحیتُک ثبوت چھِ دِوان۔ یہِ الہام تہٕ چھُ
مادی تعلقات کم کھوتہٕ کم کرنُک تہٕ ظاہری پانژ و حواسو بجایہِ امکان زیادہ کھوتہٕ زیادہ باطنی پانژ و
حواسو سٕتی مُشاہدس منز اَنِتھ ہیکہٕ نُک نتیجہِ آسان۔ امہِ الہامُک محرمِ راز مولانا رومی چھُ پانژن

باطنی حسن کُن ییتھ پاٹھی اشارہ کران سہ۔

بنج حسی ہست جز این پنج حس　　آن چو زر سُرخ و این حسہا چو مس

باطنی حِسَن پاسہ سوَن تہ ظاہری حِسَن تِرام یا سرِتل زانن وٲلی چھِ امہ اہامک تھۆر لبان۔ مگر امیک سارو ے کھوتہ اعلیٰ درجہ چھُ پیغمبرن ہندِس الہامس تہ وحیس منز ے درینٹھ یوان یُس تہند کم کھوتہ کم دُنیاوی تہ مادی تعلقات پاناونک نتیجہٕ او سُت چھُ اتھ ہکو خُدائی معرفت لبنکہ امارہ تہ انسانی رُوحانی ترقی لبناونکہ امارہ DETACHMENT IN ATTACHMENT آیہ دِل یکسوئی لبناونک نتیجہٕ تہ ؤنتھ۔ پیغمبرن ہند بزرگارنج یکسوئی چھے پانژ ظاہری حواسو علاوہ پانژن باطنی حواسن ہندِ بیدار گژھنہ کس نتیجس منز خاص اجابتہ ربانی لبان رُوزمژ۔ یمہ کنہِ الہامس وحی کس درجس واتُن ممکن سپد۔ مگر وحیک سلسلہ گو خاتم النبیین رحمتہ للعالمین تہ شافع المذنبین حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِ یمہ عالمہ تشریف ننہ پتہ ختم۔ البتہ رُود باقی سطحن ہند الہام جاری۔ شاعرانہ سطحس پیٹھ چھے اکھ اکس بوش ہاونہ کس حدس تام کینژو صاحبِ الہام شاعرو پننن حریفن تہ نقادن امہِ خداداد فیضانکہ حوالہ اُس بند کرنچ کوشش کرمژ مثلاً ابن یمین تہ حافظ چھُ پننس قوتِ متخیلہ ہس پیٹھ الہامکہ امہ خُداداد نسز ولک بوش پن پننس رقیبس تہ مخالفس اکی آیہ ہاوان؛۔

سہ　　رقیبِ ابنِ یمین را چہ می کنی انکار　　جزالت سخن عذب او خداداداست

---

لہ الہامک نزول چھُ شاعرن ہندس معاملس منز سحر وقتہ یکسوئی تہ خاص تعلق تھوان۔ مثالہ پاٹھی حضرت عطارُ سند تمثیلی قصہ برو ہہ پکناوتھ مولانا رومی سُند یہ ونُن زِ گہن یوٚدوے اکے اکے زیچہ زیوان چھُ مگر سحر وقتہ بیدار آسنہ کنی چھُ نہ صرف تمند نسل جو تہ کھیلو کھیلو لسان بلکہ قربانی لایق تہ بنان ییلہ زن ہونین پانزہ پانزہ سَتہ بچہ زیوان چھ۔ مگر سارے راتس دُنیائی ماکہ منز زدہ چہ تمند حق تہ چھُ بیداری ستیہ نکھ والنہ باوجود چھُ سحر وقتن ڈایہ ترژادن تھندس نسلس ہمو سارو ے سعادتو نشہ محروم کران حافظ شیرازی چھُ سحر وقتچ خاص الہام نواز برکژ تہند اظہار یمہ آیہ کران سہ از یمن دعای شب و وردِ سحری بود۔ حافظن یہ شعر چھُ حصولِ الہامک یا ہمہ گیر سعادت لبنک راز" دِب شرح لی صَدری.."! ہیو پوٚت تبک خاص دُعا تہ "سبحان اللہ وبحمدہ...." ہیو خاص مسنون ورد تہ شاغل سحرخیزی کرنک راز ونان۔ علامہ اقبال چھُ یمو علاوہ امام غزالی ہندس کیمیائے سعادتس تہ امام رازی ہندِ الہام نوازِ تفسیرس کُن تہ اشارہ کران تہ ونان سہ　(باقی صفحہ...)

حسد چہ می بری ای سست نظم بحافظ  قبولِ خاطر و لطفِ سخن خداداد است

الہام چھُ وجدانس یا دلہ چنِ اُچھِن سوتھر۔ نظر عطا کران یو سہ تخیلس ہیٹھ تھز رہ باوجود
واضح نہ گژھن والین حقیقت کین رازن ہُند معنے نزدیکہ ہیٹھ وُچھتھ چھےٚ ہکان تہٕ اکثر
صورتن منز پرزناوتھ چھےٚ ہکان۔ اسرارِ غیب صحیح تناظرس منز ژرژیٚخ رسائی ببرکتِ
الہام حاصل گژھنہٕ پتی چھُ شاعر سُند تخلیقی ذہن یا دِل تیُتھ جامِ جہان نُما بنتھ ہکان یتھ
اندر صاحبِ نظر قاری ذات و حیات و کائنات کین تمام رازن ہُند عکس وُچھتھ چھُ ہکان۔
کلام اللہ کین اشارتن ہندِ لوُرہ تپنس الہامس تھز ر دِنہٕ واٚلس یس حافظس پننِ فنِ شعر
بہترین فن باسنک اعتماد یہ وناوان چھُ زِ سہ ندیدم خوشتر از شعرِ تو حافظ/
بہ قرآنے کہ اندر سینہ داری + یعنے قرآنِ پاکک حافظ تہٕ رمز شناس آسن والہ عجمی شاعرا
بہ چھسے اُمی قرآنک قسم ہاوان یُس ژےٚ سینس منز چھےٚ زِ وُنسنام چھمہٕ چانہٕ شاعری کھوتہٕ
بہتر شاعری وُچھمژ۔ یہے صاحبِ الہام شاعر چھُ عکسِ اسرارِ عالم الہامی شاعری منز وُچھتھ
ہکنک پےٚ اہلِ نظرن یمن لفظن منز ونان۔

ے ہمچو جم جرعۂ ماکش کہ ز سرِ دو جہان  پرتوِ جام جہان بین دہدت آگاہی

---

عطار ہو رومی ہو رازی ہو غزالی ہو  کچھ ہاتھ نہیں آتا بے آہ سحر آگاہی

۲؎ علامہ شبلی نعمانی چھُ سیرۃ النبی ہشہٕ دِل روش کرن واجنہٕ کتابہ ہندس دوٚیمس جلدس منز صفحہ ۲۱ ہس پیٹھ متخیلہ کین مختلف
وُچھل سلفن نفیس پاٹھی قابل فہم بناوان تہٕ لیکھان ؎ متخیلہ جس کا دوسرا نام مفکرہ بھی ہے۔ اُس قوتِ دماغی کو کہتے ہیں
جو مدرکاتِ خیال کی ترکیب و تحلیل کرتی رہتی ہے اور ہمیشہ نئی نئی شکلیں اور عجیب عجیب صورتیں سینما کے تماشے کی
طرح ہمارے ذہن کے سامنے لاتی رہتی ہے۔ کبھی دو سر کا انسان بنا کر کھڑا کر دیتی ہے۔ کبھی بے سر کا چلتا پھرتا بھی
مشاہدہ کراتی ہے کبھی پرستان کی سیر کراتی ہے اور کبھی عالمِ قدس میں جانے کے لئے پر تولتی ہے۔"

الہامکہ برکتہ کمہ آیہ چھِے سو دیدہٕ وری تہٕ دید آگہی مقصدِ حیات۔ مقصدِ شاعری مُتعین کرِتھ ہیکان یوسہٕ توحیدی عقیدٕچ پابندی قبول کرِتھ بہترین آزادی چھاونٕچ روادار چھِے (طوالتکہِ اندیشہٕ باوجود کرِ بہٕ یِتھ مقالس منز شاعرانہٕ کمٹمنٹ ہوٕس ذیلی عنوانس تحت تہٕ بیان) بقولِ حافظ ع

اسیرِ عشق شدن چارۂ خلاص منست۔ مقصدس عشق ناوکرُن چھُ مکمل دِلی وابستگی تہٕ خود سُپردگی زانن والین اکثر مشرقی شاعرن خوش کوٗرمُت۔ خیر بہٕ کرہٕ حافظس پیٹھے اکتفائس بٔنیِس جایہ وَنان چھُس

خلاصِ حافظ ازان زلفِ تابدار مباد　　که بستگانِ کمندِ تو رستگار انند

رسا جاودانٔی ین چھُ ماخذس کُن اشارہ کرنہٕ ورأے تھٕد مقصدچہٕ وابستگی ہُند یُہے مضمون یتھ پاٹھۍ کاشرِ وومُت س۔ زِ دِل بستگی رُستگاری چھِے حاصل　　مہ یُژھ عشقنٕے زالہٕ ہرگز رِہائی

اِدراکس تقویت بخشن والہِ الہامٕچ تہٕ عقیدٕچ کتھ یِتھٕے رکاوِتھ کرو اُسی یمہٕ ذیلی عنوان کِس آخری یُدس یعنی اظہارچہٕ تیکنیکہ متعلق تہٕ مشرقی ادبیاتُک جوہر پرزناونٕچ کوشش شعرکِس فکری پہلووس تہٕ فنی پہلووس رُوٗحک تہٕ جِسمُک ہیوٗ تعلق زانن وول مشرق چھُ یتہٕ وَتھ پرِژ نعمت پیش کرنہٕ خاطرہ پاکیزہ تہٕ رُت بانہٕ ژھارنُک روادار اوسمُت۔ بلکہ چھُ بانہٕ دُچھِتھے کاتُنہٕ خاص بوگ لبنُک حقدار زانان اوسمُت۔ فارمُک یا ہیئتُک فنی وجوٗد انتہاہِی اہم آسنُک واضح تصورٗ چھُ لل دیدِ یہِ وناوان زِ س

تھاج تہٕ پگہٕ ڈانٔی اکی ٹوٗکے　　تھاجہٕ لب نعمت پگہٕ دانہٕ تھوٗکے

ہیئت بخش فنکارانہٕ تیکنیکچہٕ اکہٕ زیرٕ بحث گوو تھالہ یا ترامہٕ ہُند تقدیر بُلند ییلہٕ زن تمی تکنیکہٕ ہنز کم توجہی یا بدل ہیئت گارنچہٕ علہٕ ترٔژھے اکھ ترامہ چھَل پگہٕ ڈانٔی بناوِتھ مولہٕ وٗاج۔ ٹھاٹھرس یا سونرس مقابلہٕ چھُ شاعرن تہٕ ادیبن ہندِ حوالہٕ ٹیکنیکُک مفہوم سیٹھاہ وسیع۔ اَتھ منز

پٔھِے پیش سپدنہٕ والہِ تجرٕبٕچ ہیٔتِ ترکیبی تہٕ خاص توجیہہ طاَلب آسان تہٕ بہترین لفظن ہنز خاص ترتیب تہٕ۔ ٹکنیکس پیٹھے چھُ تناسبُک تہٕ آہنگُک دارو مدار تہٕ آسان گویا پگہ دانہٕ تھاَلی بناونُک یا فنس فنِ شریف بناونُک انحصار تہٕ آسان۔ ٹکنیکہ ہُند پوٗرہ خیال تھوٗن چھُ حافظنِن لفظن ہنز عشق اِمکانی صورتس ، ، ، عملاً ووہتلاوِتھ ہیکنُک متقاضی آسان تکیازِ شعر چہِ دلنشینی ہُند جمال یا تخلیقی امارگ جمال کاڈ کڈ ناونُک دارومدار تہٕ چھُ ٹکنیکس پیٹھے۔ کینژن مشرقی نقادن ہُند ونُن چھُ زِ شاعر یا فن کار ہندی تصورات یِیلہِ اظہارس پیٹھ یوان چھِ تم چھِ اکہِ ییکہِ پاٹھۍ ساَری سوٗتھ زٹن والہِ مژرگ دریاو ہیوٗ آسان ٹکنیک چھِے اُتھ دریاوس پنُن واَجبی روٗخ رٹناوان۔ ٹیکنیکچ پاَرِ ی زان پٔچھِے قدیم کاَلی فنکارن ہندس شعورس منز تہٕ یژ پاٹھۍ جاے گرٕین آسمژ۔ چنانچہ چھُ ایرانِ باستانُک ماَہر مہدی غروی نقشِ رُستم بناون والین ہندس تہذیب آشنا ٹکنیکس متعلق تقریباً تیٚتھے حسنِ ظن ہاوان یُتھ PRIMITIVE ART ناوچ کتاب لیکھن وول FRANS BOAS فرانس بوس قدیم پوترین پیٹھ ووہتلاوِنہٕ آمتین نقش و نگارن ہنز کتھ کران یہِ ڈٲنتھ ہاوان چھُ زِ خاص ٹیکنیک ورتاوِتھ جمالیاتی قدرہ کمال پراوناونُک سیٹھا رُت شعور چھُ تمن فنکارن تہٕ اوسمُت یم ساَنی پاٹھۍ یژ مہذب آسنُک دعوی آسی نہٕ کران۔ حافظنِس اِصطلاحس منز ہیکو تخلیقی وقتچہِ پریشان خیالی ہندس فکری جاناوارس پابند کرن واجنہٕ ٹکنیکہ "دامِ اِشتیاق" ڈٲنتھ ؎

حافظ آن ساعت کہ این نظمِ پریشان می نوشت  طایرِ فکرش بدامِ اِشتیاق اُفتادہ بود

یِے اوس پرتوستان کِس سرناَمس منز۔ ٹیکنیکچہِ کلھم علمہِ ہُند اِحاطہٕ کرنٕچ کوشش کران ٹیکنیکس تجربچہِ مہرہ ہنزہ ہُند تیتھ وردن ناوکوٗرمُت یُس اُمی سُند بریٚہہ ژھیٚٹوٗن یاوُن اُمی سُند حیاپسند کردارِ بیٚیہ اُمی سُند حجاب طلب روے نازِ تہٕ جسمِ ناز اکہِ خاص جماَلیاَتی شعورٕ ساَن

ڈلتھ ہیکہٕ یُس تہٕ بنہٕ سپنہٕ . بجایہ علامژ ہُند سپنہٕ ووگناوِتھ ہیکہٕ . تکیازِ یہے تکنیکی تقاضہ چھہٕ فن یہ لفظہٕ وردن معنیس موزوُن کیتاوُن چھُ فن ورگہٕ ونس منز علامژ سپنہٕ ووگناوُن چھُ فن .
بہرحال اِدراکُک تہٕ الہامُک تمام ترحُسن بارسس یُن چھُ مشرقس منز اظہارچہ تیکنیکہٕ پیٹھے منحصر زانہٕ آمُت . اظہارٕچ تیکنیک چھیے اَمہٕ لحاظہٕ غالبن اصطلاحس منز سوہ حسین تخلیقی عمل یَمیُک خیال حُسنُک پرتو بہارت کابہٕ اَنہٕ خاطرٕ فنکارہٕندس دلس منز گنان چھُ ع ہے خیالِ حُسن میں حسنِ عمل کا ساخیال خُلد کا اک در ہے میرے گور کے اندر کھُلا
III اخلاقی اقدار تہٕ شاعرانہٕ مقصدیت : وجوٗدیت تہٕ جدیدیتہٕ کس ناوس پیٹھ یُس جنسی تہٕ نفسی رُجحان گذشتہٕ دوٗن ڈہلین دوران تنہایی باوتھ کرن والین کینژن نام نہاد جدید شاعرن ہندی کلامس پیش کوٚر تمہٕ ستیٚ ووت شاعری اکھ "فنِ شریف" آسنہٕ کس اعتبارس سیٹھاہ دُداہٕ . اکھ فایدہ آو ضروٗر زِ تم گے ڈارون تہٕ فرایڈ ہندن سطحی اشتہارن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ ننگہٕ تہٕ عُریان تکیازِ تہندی فنی پیکر تہٕ علامتی کردار بنیہٕ تہنزٕ جنسی بوچھہٕ تہٕ پُشتنی افلاس زدگی ہندی مادر پدر آزاد وحشی . تم تہٕ خونخوار وحشی . اَتھ برعکس چھُ تہٕ مشرقی ادب ہر ہمیشہ فکری سطحس پیٹھ پاکیزگی ، شایستگی تہٕ اخلاقی پابندی ہُند پاسدار تہٕ پاسبان روٗدمُت یُس شاعر تہٕ اَدیب سُند ضمیر زندہ آسنُک لازمی تقاضہ تہٕ چھُ . تعمیرِ انسانیت کرناون والہٕ معرفتُک مے چھِنہٕ بجاے فرنگی برانڈی ہٕ تہٕ وِسکی چیتھ معرفت زیرِ بحث اَمن والین یا گاٹہٕ بنتھ پننہٕ ذہنی افلاسچ خرمستی ہاون والین ہٕنز چھُ حافظ عملی بایکاٹ کرنُک اعلان یمن لفظن منز کران .

ع مستیِ عشق نیست در سرِ تو رو کہ تو مستِ آبِ انگوری

یعنے عالمِ انسانیت نہ سہی گھرٕ کس کانسہٕ بازُس ہٕزِ رکانچھنچہٕ وابستگی (عشق) ہُند چھوپر چھُے نہ ژٕے بدبختس حصے آمُت ژٕہ چھُکھ دچھہٕ ووتی (پھٕڑ) چیتھ چھوپُمت

لہٰذا نیر میانوٗ اُچھوٗ تِتھٕ دوٗر۔

اخلاقی اقدارن ہُند کوتاہ خیال گژھِ ترجمانِ فطرت بنِتھ وٲنِس شاعرس آسُن تمیُک پوٗرٕ اندازٕ لاگُن خاطرٕ پزٕ سنائی، عطار، رومی، سعدی تہٕ ناصر خسرو ہندِن قلمی شہکارن ہُند مطالعہٕ کرُن بلکہ پزَن اخلاقِ جلالی تہٕ اخلاقِ ناصری ہِشہٕ کتابہٕ تہٕ زیرِ نظر اننہِ۔ اختصارُک کام ہیٚتھ کرِ غرضہٕ کرِ بہٕ صِرف شیخ سعدی ہنٛزِ شہکار گلستانہٕ تہٕ حافظ شیرازی ہندِ دیوانِ غزلیا تہٕ منزٕ کیٚنہہ مثالہٕ مشرقی شاعرن ہندِ ضابطہٕ اخلاقیچہِ پیش یمہٕ آیہٕ:۔

۱۔ یوٚسہٕ کتھ پوٗرٕ غور کرِتھ انسانی پرٛزرس تہٕ شرافتس آے کانٛچھن واجنی بانہٕ سوٗ پزٕ نہٕ موضوعِ شاعری بناونی۔ سعدی چھُ تی یمہٕ آیہٕ وَنان ؎

تانینک ندانی کہ سخن عین صوابست   باید کہ بگفتن دہن از ہم نکشائی

۲۔ اگر پزرس باوتھ کرنہٕ خاطرٕ جیلس منز بند تہٕ روزُن پیِیہ تہٕ زانُن زٕ اپزِک آکرٕ کارُنتھ جیلہٕ منز رہائی لبنہٕ کھوتہٕ بہتر سعدی ہندی الفاظ چھِ ؎

گر راست سخن گوئی و در بند بمانی   بہ زانکہ دروغت دہد از بند رہائی

سعدی صابنِس یتھ شعرس برعکس چھُ باسان تُندٕ سُہ شعر ماچھُ مصلحت پسندی ہُند مشورٕ یمُک الفاظ چھِ "ناسزایے را چو بینی بختیار/ عاقلان تسلیم کردند اختیار۔ یعنے ییلہٕ ژٕ کانہہ نابکار ظالم برسرِ اقتدار وُچھہن یہ مشرٲوی زِ نہٕ زٕ گاٹلو پھٕتے کینژس کالس تیٚنٛز حکمرانی تسلیم کرِمژ مگر موقعہ ییٚنہٕ چھِ پرزارِمتی۔ حالانکہ یہ چھُ تتھ حدیثِ شریفس منافی باسان یتھ منز جابر تہٕ جابِر حاکمس بُتھس پیٹھ پوٚزوَنُن افضل جہادِ قرار چھُ دِنہٕ آمت۔ وارٕ سُنتھ چھُ سعدی صابنُن اصلی مفہوم بدل باسان بلکہ چھُ نظامی گنجوی سُند سُہ شعر ژیتس پیوان یتھ منز حاکمس آنہٕ ہاوُن شاعر سندِ صاحب دِل آسنُک ثبوت باسان چھُ یمہٕ آیہٕ ؎

صاحب دِلان خوشامدِ شاہان نہ کردہ اند
آئینہ عیبِ پوشِ سکندر نمے شود

۳، مغرور تہٕ بد ذات انسان مہ زانِتھ اتھ لایق زِ تَس تھی ہیکہ شیرین کلامی یا نرمی ہاوِتھ ۔ سُہ چھ موکھ پزِ تس لایق پٔتھ پاٹھۍ کھیٚنہٕ لد کُلف پھیرِ واوتہٕ دوکرِی دبہ وا ۓ صاف ہیکہ نہٕ گژِھتھ ؎

سخن بلطف وکرم با درشت خوی مگو
کہ زنگ خوردہ نگردد بہ نرم سوہان پاک

یہ خاص رُویہٕ ہیٚچھناون وول اُستادِ اخلاق سعدی چھُ پنُن نقطۂ نظر مزید واضح کرنہٕ خاطرہ وَنان زِ بدن پٔٹھ رحم کرُن گوو نیکن ستۍ ظُلم کرُن :-
(رحم آوردن بر بدان ستمست بر نیکاں) ظالمن ہند جرم یا قتل معاف کرُن گوو مظلومن پٔٹھ ظُلم جاری تھاوُن (عفو کردن از ظالمان جور است بر مظلومان) ژِپل ہہس ژیتھ رٔچھنۍ گۓ کمزور تیرن ہنز خونریزی کانچھ (ترحم بر پلنگ تیز دندان ستمگاری بود بر گوسفندان)

۴، بے سلیقہ تہٕ بے ربط کتھ وَننہٕ کھوتہٕ سٹھا بہتر زان زبان آسس اندری وٹنۍ سعدی ہندۍ الفاظ چھ ۔

؎ چون نداری کمالِ فضل آن بہ که زبان در دہان نگہہ داری

۵، اگر حضرت نوح سُند فرزند کنعان تہٕ بے جوہر آسہ تہٕ نیکی یوچھ دنگ فن تہٕ ہُنر تہٕ ہیٚچھنہٕ سُتہٕ ہیہ غرق تہٕ رُسوا کرُن لایق گنزرنہٕ ۔ لہٰذا ہیٚچھ ہُنر نمائی اگر صلاحیتک نیک جوہر چھُے ۔ صلاحیتک نیک جوہر تھون وول ابراہیم زاو نا آزر بندِس گرس منز ۔ حضرت سعدی ہندۍ لفظ چھ ؎

چُو کنعان را طبیعت بی هنر بود
پیمبر زادگی قدرش بیفزوٗد
ہُنر بُنمای اگر داری نہ گوہر
گُل از خارست وابراہیم از آزر

دونٔی وُچھو اُسی حافظنہٕ اُکس ساقی نامہ تسمیہٕ مثنوی ہندِ ین کینژن شعرن اندر اخلاقی تہٕ انسانی قدرن ہند شاعرانہٕ زوٗل۔ یتھ زن اتھ غالب ہوٗس بِندُسند یہ اظہارِ ندامت بییِن بجایہ پانسے کرنہٕ آمُت بامعنے طنز۔ بابہ۔

ع کعبہ کس منہ سے جاؤگے غالب    شرم تم کو مگر نہیں آتی۔

بلکہ یُتھ زن حافظ تہٕ سعدی ہندی پانٹھی اِصلاحِ معاشرُک تہٕ ذمہ دارانہٕ سماجی شعوٗرُک زبردست علمبردار آسنُک پہلوٗ تہٕ روشن ییہ مثلاً یتھین شعرن منز ع

دایم گُلِ این بُستان شاداب نمی ماند
دریاب ضعیفان رادر وقتِ توانایی

آسن والین آسن ورِنہ نادارن اُکھ روٗٹ کرنُک یُتھ شاعرانہٕ مشورہ دِیُن چھُ خلوٗصُک آیِنہ دار۔ مگر اُمہ کھوتہٕ واضح تر شاعرانہٕ اخلاقُک تہٕ سماجی شعوٗرُک پرتو چھُ درجِ ذیل شعرن منز مزید قابِلِ توجہ تکیازِ تِم چھِ تعمیرِ کردار واخلاقک شاعرانہٕ اظہار تہٕ ہیٚچھناوان۔ تہٕ دلبستگی ہُندٕ مفہوٗم تہٕ واضح تر بناوان یُس ضمیرس اُستگاری تہٕ حقیقی آزادی ہند تسلی تہٕ بخشان چھُ۔ فارسی تہٕ زانن والین ہندِ خاطرہ کرٕ یہ یمن شعرن ہُند لفظی مفہوٗم تہٕ پیش :۔

۱۔ الا ای آہوی وحشی کجایی    مرا باتست چندین آشنایی
ہتا وحشی ہرنہٕ کتہٕ چھُکھ، یتم جل پسے چھے زٕ ہے متھ برانی آشنایی

۲۔ دوتنہا و دوسر گردان دو بیکس    دو دوامت کمین از پیش وازپس

اَب ہے دہ نوٗ ہٕنٛزی تنہائی، سرگردانی تہٕ بیکسی حصہٕ چھٕ آمژ
ژٕنیترٕ ہے میانی پأنٛژ بہٕ بروٗنٛہ ہیتھ کیوٗ زال شانکھ ہیتھ چھی

۳، بیا تاحالِ یکدیگر بدانیم　　مُرادِ ہم بجوئیم ار توانیم
ییتا ہرنا اُسی ہاکرو اکھاکس ہُند حال زانٛنچ کوشش۔ بلکہ ہا ژھانڈو اُسی پنُن
مقصد تہٕ مقام تہٕ اگر ژھانڈُن تگہِ۔

۴، کہ می بینم کہ این دشت مشوّش　　چراگاہی ندارد خرّم وخوش
ہے چھُ تسگان بوزُن زِ یتھ پُرتشویش جنگلس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تھکہٕ بێنڈا ترٛٹھ
یُتھ منٛز حقیقی خوشی تہٕ دِلُک راحت میسر آسہِ۔

۵، کہ خواہد شُد بگوئید ای رفیقان　　رفیقِ بیکسان یارِ غریبان
ہے دوستو ہے وٕنی توٚ یتھ معاشرس منٛز کُس اکھا چھُ تیُتھ یُس بیکسن تہٕ غریبن
سِتیٚ دلی ہمدردی تہٕ رفاقت یژھان آسہِ۔

۶، مگر خضرِ مبارک پی در آید　　زمینِ ہمتش کاری گشاید۔
مگر مبارک ژنیچھ وتہٕ وول حض خضر (الہام) چھُنا اُسی ہنٛش یوان۔ تٔمنٛدِ ضمیرُک
حوصلہ میلہٕ سِتیٚ اندر کانٛہہ کار تِکیاز ییمہ تنہائی ہُند قدردان چھُ تس تنہا معبوٗدس واقف۔

۷، امہٕ پتہٕ کین پنٛدہن شعرن منٛز چھُ وحشی ہرنسٕ شاعر وناں حض خضرن وٕنٛنم وفاداری
ہیچھنگ تہٕ وفا رچھنگ وقت یزنہِ اتھ تلہٕ گرٛشہنہٕ دِیُن تام چھُ ڈرامٲیی اندازس
منٛز بزرگ خضرس تہٕ رِندس (شاعرس) درمیان مکالمہ اَتھ سوالس پیٹھ اندواتان
زِ رِندن وٕنٛنس اگر بوٗچھس منٛز لگھار زال چھےٚ تیلہِ کو نہٕ چھکھ ورتاوان سُلہ گرٕ۔ مگر
کتہٕ رٹھن سُہ تنہا یاسان چھُ یُہ ہیوٚن سٕرو چھُ تیٚمنٛز کتھِ واقف۔ ژٕ تہٕ ہیچھ
اچھِ لبجہٕ ہندی پأنٛژ نوٗرس مُدے گنٛڈتھ ہیوٚر کُن وُچھان روزُن۔ مس جینکی

تہٕ باغ چھاونکی دوہہ کھالک رٕتھ۔ مگر بدمست دُنیاہس تہٕ روزِگارٕ حبہ۔
دُریاوُک بوٚٹھ تہٕ ہیٚنچھ چھاوُن تہٕ کولِ ہُند بوٚٹھ تہٕ۔ اوٚش تہٕ روز باران تہٕ
خود کلامی تہٕ روز کران۔ ہے کوٚر ہتہٕ مگر میانہٕ عاجزی سان زُو ژٹنس دژاو نہٕ
کانہہ ترتکیازٕ آگر بچھنی بدلہٕ وُچھم سہ تیتھ آفتاباہ یُس پننین خاص ذٔرن خاصنی
میتسر تھاونگ رواداد چھُ۔ پرٲنین بُزرگن تہٕ انسان دوستن ہُند خیال کیاآم
زٕ یکدم کھٔژ وہرآژ اوٚبرس ہش گٔژ گرد تہٕ بنیہ اُتھ آفتابس کُن وُچھنس پردہ
تمہٕ بے رحمی سان ہاوتم اوٚبرہ مُنزی بے نیازی ہنز وُزلی شمشیر زنتہٕ آہسس
تہٕ ہے پیٚژ زانہہ کانٛہہ آشنایی۔ دوٚیم وُزلہٕ پتہٕ بیٚیی بُتھ یپ کھالن والہٕ
روٗدُک آبِ روان تہٕ وُچھن۔ یتھ ہیٚنز نہٕ بلکہ کرٕ زٕنس پٔنی کیہہ اوٚشہ
پھیرِ پُتھرٕتھ پوچھر دِنٛیٚ کوٚشش۔ تہٕ کوٚرمس مگر توتہٕ نا آمنہ دلداری کرنہٕ
برونٹھ کُن۔ ہیا مسلمان بھایو تُہی وُنی توٚ اتہٕ کیاہ کرہ بہٕ۔

نگر خضر مبارک پے تو اند — کہ این تنہا بدان تنہا رساند
تو گو ہر بین واز خر مہرہ بگذر — زِ طرزی کان نگرد د شہرہ بگذر

۸، مگر ہے چھُ پے زٕ فقط ہیٚکہِ مبارک بنیہ وول خضر ہے ژٔھینہٕ گامتس نٔس تنہایی پسند
دلبرس نٔش واتناوِتھ۔

۹، دوٚیم ژٕہ بن موختس دوٚن دِنہٕ وول۔ کاوہ شیٚین وٚون دِین ترٲو۔ یو پہ
ترٲے صاحبِ نظرن ۂش نیک نامی دِنہٕ واجنی آبہٕ سو پرٕ منا وٕنی۔

۱۰، چو من ماہئ کِلک آرم بتحریر — تواز نوُن والقلم می پرس تفسیر
ییٚلہ بہٕ پننہٕ قلمچ اورٕ یور ژٕلہ وٕنی گاڈ ییٚکھتھ رٹن اُتی پرٕژھ زِ ہم تہٕ قرآنکہٕ
سورۃ نون والقلمُک تفسیر۔

"، روان را با خرد درہم سرشتم — وزان تخمی کہ حاصل بود کشتم

میہ توگ رؤحک جوہر عقلہٕ ستی رلاوُن ۔ یم زہ نورٲنی چیز رلاوہٕ ستی ییٚس بیاکی پھوٚل زاو سُتہٕ ووٚوُم (ضمیرکین زمینن)

فرح بخشی درین ترکیب پیداست — کہ نغزِ شعر و مغزِ جانِ اجزاست

میہ یوسہٕ ترکیباہ گژٕ زِ عشقہٕ تہٕ عقلہٕ ہندہ امتزاجک بیول ووٚوُم ضمیرکین زمینن ۔ یہی ترکیب چھےٚ انسانی رؤحن حقیقی سرور تہٕ فرحت بخشتھ ہیکان تہٕ انسانن (خاص کرتھ بیٹھ کہٕ درج بیکسن تہٕ غریبن) فرحت بخشنچ سعادت لبن وول شاعرے چھُ بہترین شاعری ہند مقصد پوٗرہ کران ۔ شاعری ہندین تخلیقی اجزاہن ہندہ مقصد چ گوٚژ ییٚزٕ ہیے فرح بخشی" زانٕنی ۔

بیاور نکہتِ این طیب امید — مشامِ جان معطر ساز جاوید

کرکوشش یہ مقصد پراونچہ پاک ووٚمیدٕ ہنز خوشبوئی لبنچ ۔ یہ چھے سو روحانی خوشبوئی یوسہٕ تا ابد مُشکاوی ۔

کہ این نافہ ز چینِ جیبِ حورست — نہ آن آہو کہ از مردم نفورست

یہ خوشبوئی چھےٚ انسانن ہنزہ وٕتہٕ گارن واجنہٕ حوٗر ہندہ شوٗژ جامہ اندرہ درامژ یہ خوشبوئی چھےٚ ختنہٕ (چینہٕ) کس تتھس ہرنہ ہندہ نافہٕ ییٚس ہرنس انسانس ستی نفرت آسہٕ ۔

رفیقان قدرِ یکدیگر بدانید — چو معلوم است شرح از بر مخوانید

ہتا (شاعر دوستو) رفیقو تلا اکھ اکی ہنز قدر زانی توٚ وتس ۔ توہہ چھو میانہٕ کتھ ہنز وبژھنے معلوم آسی تھے لہٰذا مۍ تہٕ لاگی توم تمہٕ نبر کاہنہ ہانشرھ ۔

مقالاتِ نصیحت گو ہمین است — کہ سنگ اندازِ ہجران در کمین است

بے ہوس نصیحت کرن وٲلی سنٛزٕ کتھ چھوٚپیے۔ مَتہٕ مُشرٲوی توٚ ژ اکھ اُکس لَشہٕ ژٕٹنہٕ خاطرٕ چھُ سنگبٲری کرن وول (زمانہٕ) پَیہم شانکھان۔

بہٕ ہیکہٕ یہٕ کتھ وثوٗقہٕ سان ڈٲنتھ زِ عربی فارسی اُردو تہٕ کٲشُر ہُنٛدِ مشرقی زبانن ہنٛدِ والبتہٕ اکثر عظیم شاعرو تہٕ ادیبو چھُ انسان دوستی، کردارسازی تہٕ خُداشناسی ہُنٛد یہٕ مقصد پننِ تخلیقاتن منٛز پوٗرہ کرنچ صِدقدلانہٕ کوٗشش کرمٕژ۔ کٲنٛسہِ دردمندی ہُنٛد ناو ہیتھ کٲنٛسہِ مُعرفتُک شراب ڈٲنتھ کٲنٛسہِ نوٗرِ اشراق بنٲوِتھ کٲنٛسہِ قنوطیت ہٲوِتھ کٲنٛسہِ نرگسیت پرٛاوِتھ تہٕ کٲنٛسہِ خودی بنٲوِتھ۔ البتہٕ چھِ خودی تہٕ بیخودی متعلق تِہندۍ اکثر توجیہات اُکس علامہ اقبالس ورٲیی بدل مطلبن ہندی حامِل۔ مشرقی شاعرن ہنٛدِ مجموٗعی اخلاقیاتچ کتھ واضح ترٛ بناونہٕ خاطرٕ پیچھے اتھ سلسلس منٛز اُکس دون کتھن گیٛنٛز کڑٕنۍ لازمی باسان۔

مشرقی شاعر خاص کرِتھ غزل گو شاعر چھِ افلاطونس پاٹھۍ حکیم سنایی، ناصر خسرو تہٕ علامہ جلال الدین دوانی ہوین نظر بازن بآں ہمہ علم وفضل تتھ خودی نِکھ باپنٕکی مجرم زانان یمہٕ ابلیس ناطیق حُکمِ ربانی باوجوٗد آدمس کُن سجدۂ تعظیم کرنس اتھ وَچھے دِژ یہٕ۔ شاعرن ہنٛز اتھ خودی آو مشرقس منٛز اولاً "خودبینی" تہٕ بعدازاں "نرگسیت" وَننہٕ۔ انگریزی پاٹھۍ چھُ شاعرن ہنٛدِس اتھ خاص ذہنی رجحانس نرٛسی سنٛزم NARCISSIM وَننہٕ یوان۔ مغربس منٛز چھے یہ اصطلاح جرمن لفظ NARCISMUS نرٛسنزمس چہٕ بنیاد پیٹھ بارسس آمٕژ۔ مشرقس منٛز ہیکو اتھ اورنگ زیبب عالمگیر سنٛزِ دخترِ نیک اختر زیب النسا مخفی ہنٛدِس اصطلاحس منٛز "اسبابِ خودبینی" ڈٲنتھ یمیُک بہرحال پھُٹرنہٕ یُن یا تہذیب وتصعید -SUBLIMA TION" کرتھ کابہٕ یُن بہتر زانُنہٕ چھُ آمُت تکیازِ امہٕ خودبینی ہنٛز سرحد پہ چھے ابلیسی خودی ہتی رلان۔ چنانچہ چھُ شیخ سعدی پننس مُرشد شیخ شہاب الدین سہروردی ہُنٛد اکھ واقعہ یہٕ ڈٲنتھ پیش کران زِ اُکس دریاوہ مُٹس پیٹھ نصیحت کران فرموونم خودی ہندی

دۄنوے چیز یِمن نے گاہِنہٕ اکھ یِز خود بین " بہٕ چھُس" . بیٚیٔ زٕ بہٕ دۆیِم یِز بد بین " سۄ چھُنہٕ کینہہ" ؤنِزِ بہٕ ۔ سعدی بندی الفاظ چھِ ۔

مرا پیر دانای فرخ شہاب دو اندرز فرمود بر روے آب

یکی آنکہ بر خویش خود بین مباش دوم آنکہ بر غیر بد بین مباش

حافظ چھُ ونان یوت تام بہٕ زُعَم رَچھکھ زِ بہٕ چھُ بیٚیو کھوتہٕ علم وفضل توت تام روزکھ بے معرفت یعنے عالم نما جاہل ۔ مگر اکھ راز وَنے اگر خود بینی ترٛاوکھ اُتی ژلی ہندر نہٕ ینکُ وآراگ تہٕ بلکھ دِریٖح آزادی ۔ حافظنی لفظ چھِ ۔

تا علم و فضل بینی بی معرفت نشینی یک نکتہ ات بگویم خود را مبین و رستی

حافظ چھُ بیٚنیس جایہٕ ونان ۔ کولہٕ بٹھِس پیٹھ تہٕ زِن بہکھ آرا کہ ہاوسہٕ مگر ژبے کُس آرام پلزی ژیٚپے یاتس کُن یانے ہتن دعوت چھِتھ دِتیمُت خود بین نبتھ ۔ اگر ژبے تہٕ ہبے صرف خدائی امانتس راچھ تگہٕ کرِنی تیلہٕ چھُنہٕ کانہہ غم ۔ ہکیاز ضمیر مطمین پدِتھ چھُ دِل پیٹھ ژھیوٚن باشن تہٕ یِتہٕ سہل بشرطیکہ اُسی آسو نہٕ بے دینی ؤلیمتی ۔ حافظنی پنٕنی الفاظ چھِ یِم ۔

تو مگر برلب آبی بہوس بنشینی ورنہ ہر فتنہ کہ بینی ہمہ از خود بینی

گر امانت بسلامت ببرم باکی نیست بی دلی سہل بود گر نبود بی دینی

یہٕ کریمہٕ مقالہٕ کس بُتھ ینہٕ وآلس ذیلی عنوانس منز اَتھ کتھ کُن اشارہ زِ مشرقی شاعرن ہنز خود بینی یا زِ گستیکی رُجانن کتھ پاٹھی دِیُت بہٕ یہٕنہٕ نقادن دوستلنے ۔ البتہ یتہٕ لس کرِبہٕ غالبنی تہٕ اقبالنی کینہہ شعر پیش کرنس پیٹھ اکتفا ۔ غالب چھُ خود بینی تہٕ خودی پیشرو شاعرن ہندی پاٹھی لغوی مفہومس تحت ورتاوان البتہ چھُ سۄ اَتھ رُجانس تحت شاعرانہ تعلی بینہٕ فنی تعارف خاطرہ ورتاوُنکُ جواز بہٕ ؤنتھ پیش کران زِ نابلکار حریفن تہٕ رقیبن

ہنٛدٕ جوہر ہاوُن چھُ لازمی خواہ تِمن باسہِ تن حسدس تحت یہِ پرتس شاعرس ہِنز بدماغی تہٕ آشفتہ سری تہٕ ؎

کہا ہے کسی نے کہ غالبؔ بُرا نہیں لیکن ؎ سوائے اس کے کہ آشفتہ سر ہے کیا کہیے

غالبؔ چھُ زانان زِمیانٛی احساسِ کمتری والی حاسد کتہٕ چھِ بے رشک کرٕنۍ خداداد صلاحیت یا استعداد تھوان ۔ لہٰذا چھنہٕ تِمن حسدہٕ علاوہ بے تکلیف واتناونۍ ژھوے کرنی اکھ نفسیاتی مجبوری ؎

حسد سزاے کمالِ سخن ہے کیا کیجے ؎ ستم بہاے متاعِ ہنر ہے کیا کہیے

بے خودی تہٕ چھُ غالبؔ حسبِ روایت لغوی مفہومس منز ورتاوان ییٚنہٕ اکھ اکھ منفی معنے چھُ ۔ یعنے کُنہِ چھوپرہٕ یا مستی ہتی پانس بیخود بناوُن مثلاً تسندین ییٚھن شعرن منز ؎

مے سے غرض نشاط ہے کس رو سیاہ کو ؎ اک گونہ بیخودی مجھے دن رات چاہیے

سرپاے خُم پہ چاہیے ہنگامِ بیخودی ؎ رُو سوے قبلہ وقتِ مناجات چاہیے

بیخودی یا مستی وِزِ تہٕ موقعہ و محل یا مطلوبہ آداب ملحوظ تھونۍ کتھ ستم ظریف آپہ ونہٕ واٲلس غالبس برعکس تہٕ باقی پیشرو مشرقی شاعرن برعکس چھُ علامہ اقبال ہنٛدٕ خاص نقطۂ نظر یا مقصدِ شاعری حسن و عشق علاوہ یمنہٕ دون خاص لفظن یعنے خودی تہٕ بیخودی ہنٛدِ وساطتہٕ پیش کران ۔ یمہٕ کنی چھُ دوشوٕنی لفظن منفی بجایہ مثبت مفہوم عطا چھُ کران ۔ خودی ؤنتھ چھُ سُہ ییٚنہٕ خداداد صلاحیتک عرفان حاصل کرنُک تہٕ سو صلاحیت بروے کار اَنتھ پننٕ لگہار آسُن قابلِ شناخت بناونُک مشورہ دوان ۔ تِہنز خودی ہنٛد دایرۂ کار چھُ انفرادی مفہوم تھوان ییلہِ زن تِہنز بیخودی مثبت مفہوم تھوہٕ باوجود اجتماعی خودی ہندس معنیس منز ورتاوان چھُ ۔ یعنے دینی شعورس تحت ملت خاطرہٕ لگہار ؤنتھ ربطِ ملتک سُہ حق ادا کرُن یتھ نشاندہی سُہ یہِ ؤنتھ کران چھُ ؎

فرد قایم ربطِ ملت سے ہے تنہا کچھ نہیں     موج ہے دریا میں اور بیرونِ دریا کچھ نہیں

خُودی ہُند تعارف چھُ اسرارِ خودی منز یِمہٕ آیہٕ پیش کران ؎

وانمودن خویش را خوی خودی است     خفتہ در ہر ذرہ نیروی خودی است

خودی ہُند شیوہ چھُ سارِنے صلاحیژن ہیتھ ینٕ پان بارسس اَنُن کائیناتکس پرتھ
ذرس منز چھُ خودی ہُند طاقت شونگتھ۔

؎ چون خودی آرد بہم نیروی زلیست     می گُشاید قلزمی از جوی زلیست

ییلہٕ کُنہٕ ذرس یا جاندارس منز خودی پننہٕ زور جمع کٔرتھ بروٗے کارپٕٹھ یوان
چھےٚ۔ اُتی چھےٚ سو زندگی ہنزِ کولہِ گرنہٕ وُن دریاو بناوِتھ کاڈ کڈناوان۔

بیخودی تہٕ چھُ رِوایتی معنے بدلاوِتھ اقبالن بیخود گژھنہٕ بجایہٕ ذاتی مفاد قومی تہٕ ملی
مفادس پیٹھ دِنکی آداب ہیچھنہٕ کِس مفہومس منز ورتاوان مثلاً یمن شعرن منز۔

؎ تو خودی از بیخودی نشناختی     خویش را اندر گمان انداختی

ژےٚ تجی یہٕ خودی تہٕ بیوٗن پاٹھی بیخودی پرزناونی یِمہٕ کِنہٕ پننہٕ پان گمانس:
تہٕ دُگوشس منز مُبتلا تھوٗوتھ۔

؎ در جماعت خود شکن گردد خودی     تا ز گلبرگی چمن گردد خودی

اجتماعیتک تصور پانہٕ ناوِتھ چھےٚ خودی ذاتی اغراض پھٹراوان تہٕ قومس پیٹھ دِوان۔
تہٕ کرِہ ستی چھےٚ جہار لُبتھ یہٕ اکِ پوشہٕ بدلہٕ اکھ پوشہٕ چمن بنتھ بارسس یوان۔

؎ قوم و فرد آئینہٕ یک دیگراند     سلک و گوہر، کہکشان و اختر اند

قوم و فرد چھِ اکھ اَکِس ندٕ آنہٕ بنان۔ یعنے قوم و ملت چھُ موختہٕ مال بنان
تہٕ فرد موختہٕ پھوٗل یا ملت چھُ گنگہٕ آرہٕ بنان تہٕ فرد اَمیک تارُکھ بہرحال یہٕ چھےٚ
مشرقی شاعری منز کارفرما اخلاقی اقدارن ہنز محض اکھ جستہٕ جستہٕ عکاسی ڈیوشتے

نمونہ از خروارے ۔ XIII ۔

مشرقس منز کیازِ رُودی نقاد ہمیشہ عتابکی شکار تہٕ غیر معتبر : تنقید کونہٕ ہیچ مشرقس منز ژھ ترقی لبِتھ یژھ اَتھ مغربس منز نصیب سپز؟ اَمہِ اہم سوالک جواب تہٕ ہیکیہ اَسہِ خود مشرقی ادبس خاص کرِتھ فارسی شاعری منز تلاش کرُن تکیازِ کأشرِس پیٹھ چھُ عربی تہٕ سنسکرت مقابلہٕ فارسی کُے غالب اثر ادبی سطحس پیٹھ تقدیر ساز رُود مُتہٕ ۔ ویسے ہکوکھ فارسی شاعرن ہندی مختصر اظہار تہٕ آسی اَمہِ بمارِ ہندی اسباب دریافت کرنکی علامتی اشاریہ بناوِتھ اگر اَسی معاصر نقادن کُن تہند رُوزیٖ عکأسی کرن وألی کیہنہ فارسی تہٕ اُردو شعری اَتھ معاملس منز قیاس پیما بناودکھ ۔ اَمہِ غرضہ پٕٹھ اَسہِ وُہمہِ صدی ہنز نفسیأتی تنقیدؔ[1] ہندی کیہنہ پیمانہ تہٕ ملحوظ تھوٚنی ۔ یُتھ زن شاعرن پانس متعلق "حُسن اور حُسنِ ظن" آہنکی یا شاعرن پٕنٕ دل (سرا این خانہ تمام آفتاب است ) سراپا نوُر پانکی اسباب تہٕ معلوم سپدن پتی مشرقس منز نقاد حسبِ ذیل قسمہٕ چہن (سوءِ ظنک عکأسی کرن واجنین) پُرعتاب راین ہندی ہدف بنکی اسباب تہٕ نقادن نُنہٕ ۔ مثلاً یتھی ہوی تلخ ردِ عمل ہاون وألی بیان :۔

۱۔ شاعر چھِ خاص خدأئی جوہرُک امانتدار اکھ تخلیقی فنکار یُس مقابلہٕ تخلیقی جوہرہ نشہٕ محرُوم رُوزِتھ نقاد محض اکھ دخل در معقولات دِنہٕ وول پیٖنژڈار چھُ ۔ ہانٹھ کیازِ نہٕ شُر زبنگ آزار یا سہٕ رچھنگ تہٕ پھانچلاونُک امار ۔ اوٚن کیازِ نہٕ پرٚون بتہٕ

---

[1] جدید نفسیأتی ماہرین ہندی ترٚے بٔڈی دبستانِ خیال چھِ فرایڈ، ایڈلر تہٕ یُنگ ناوکین مغربی مفکرن کُن منسوب ۔ یِم ترٚے مفکر چھِ انسأنی شخصیتس تہٕ رُویس متعلق ترٚے مختلف نظریہ پیش کران ۔ فرایڈ سُند نظریہ چھُ لیبڈو یعنے جنسی توانأئی پیٚیہ نتھ رُکاوٹ بنٕ والین سماجی عوامل ہندِس دباوس پیٹھ دٕرِتھ یعنے اُردو شاعر ہندِن لفظن منز ع

پاتے نہیں جب راہ تو چڑھ جاتے ہیں نالے ۔ ایڈلر سُند نظریہ چھُ جسمأنی بناوٹچ یا کُنہ نانچہِ خامی پتی پیدہ گژھن وول احساسِ کمتری پانس ژلناونکہِ وول حسرت کڈنکہِ آیہ اختیار کرنس پیٹھ دٕرِتھ ۔ اَتھ نظریس کُنہ حدس تام پذیرأئی کرن وول آسنہٕ کنی چھِ مِنے پرٚوستانس منز "چیری" نظم شأمل کرُمژ یہ ہاونہٕ خأطرٕ زِ بانی اعصأبی خلل تہٕ ذہنی مرض ژلناوہ خأطرٕ کیا چھِ ناقص شخصیژ وألی کران ۔ یُنگ سُند نظریہ چھُ اجتماعی لاشعورس تہٕ وراثتی رجحانس پیٹھ دٕرِتھ یمن ترٚن لۄن گرِ مختلف

کیا گوو۔ شاعرن ہنز کلامچ تخلیقی نزاکت کیا سمجھ اکھ نقاد۔ تتھ مرتبہ چھ اُکس کوڈ کاگ سُند یُس عظیم شاعرن اکھ دلچسپ مسخراہ باسان چھ تورے چھ حکیم سنائی ہند یمہ شعرک ہدف بنیتھ سہ اکھ مفضول زانن لایق نعزاہ باسان سے

عجب نبود گر از قرآن نصیبت نیست جز نقشے ۔ سے بانہ تعجب اگر ژہ قرآن نہ صرف تعویذہ بناونی لایق عبارت زانہن نہ بس ۔

کہ از خورشید جز گرمی نہ بیند چشم نابینا۔ تمیا ژ گاش نہ وُچھتھ ہیکن واُلس اُنس چھ آفتابک" تژہرے یوت زانن تگان نہ بس۔

۲۔ شاعر چھ نکتہ دان نہ نکتہ سنج آسنہ کنہ پانئے بہترین نکتہ شناس۔ تس برعکس چھ شاعر نہ بنتھ ہیکنک حسرت کوڈ کاگ بنتھ کڈن وول نقاد محض اکھ حاسد نکتہ چین نہ رقیب روسیاہ یُس پانس احساس کمتری ژلناونکہ غرضہ نہ دہ سہ گرہ بناونکہ غرضہ وار یاہ زیچھ کتھ کرتھ کوڈ کاگل کرنس نفسیاتی طور مجبور چھ۔ اُمی منز کتھ پرزن اُمہ کنہ نہ غیر معتبر نہ غیر مخلصانہ زانتھ نظر انداز کرنہ ز اُمی سُند کاوہ گارہ چلر چھ حقیقی گاڑہ جار والین تردُد پیدہ کرتھ بے ربط کتھن منز آوراوُن یژھان۔ یتھی تاثرات چھ شیمہ صدی ہجری ہندس حکیم سنائی یس بروٹھ پوُنشرمہ صدی ہجری ہندس آغازس منز گر یومُت حکیم عمرو خیام تمہ آیہ پیش کران ز شاہی ایوانن منز تھدین عہدن پیٹھ فائز کوڈ کاگ دبیر (جدید اِصطلاحس منز بیروکریٹ) چھ دانشمندی ہندو دعوٰہو باوجود حقیقی دانشمندن نہ خردمندن تردُد پیدہ

---

بقیہ حاشیہ مختلف النوع نظریاتن ہنز قدرِ مشترک چھتے یہ مانُن ز واتناورُک یا ابلاغُک مسلہ چھنہ محض اسلوبک مسلہ بلکہ تخلیق کارسند شخصیتُک مسلہ نہ۔ لہٰذا یوت تام تخلیقی فنکار سنز شخصیت تشکیل دینہ والین شاعرن ہنز پاری زان حاصل ییہ نہ کرنہ توت تام ہیکہ نہ تمسند واتناورچ عمل پرکھاونچ کانہہ کوشش کامیاب مانہ ییتھ۔

کران۔ خاص کرِتھ سخن فہم نہ آسنہٕ کنہِ۔ وَنان چھُ ؎

اجرام کہ ساکنانِ این ایوانند
اسبابِ ترددِ خرد مندانند

ہم دوٗرِ پرٛزنوٗنی باسِن واکی ایوان منز ہیتھ چھِ تِمے چھ تدبیردان بُنتھ حقیقی عاقلن
تردد پیدہ کران

ہاں تاسرِ رشتہٕ خرد گم نکنی
کانانکہ مُدبرّند سرگردانند

پننہٕ پننہٕ عقلِ حساب راوی۔ دراصل یم لُکھ بنٚین تدبیر وَننہٕ چھِ نیران تِم چھِ پانہٕ
آوارہ ہیٚن تہٕ سرگردان۔

۳، پرتس شاعرس مقابلہٕ پرتس نقادس منز حیثیت تہٕ چھنہٕ صرف اَمہٕ لحاظٕ کمتر
اہمیتُک حامل زِ شاعرن چھُ شعر خوٗنِ جگر چاوِتھ ماجہِ ہندی پاٹھی سٹھا بیقراری تہٕ
بچنہٕ پیٚتہٕ بارسس اَنُمُت آسان یٚیلہِ زن شوگ ہمدرد حکیم یا ڈاکٹر بَنِتھ وول
نقاد تخلیقی اضطرابہٕ نِشہٕ قطعاً بے خبر آسان چھُ۔ بلکہ ہیکہِ نہٕ وِرماجہِ ہندی پاٹھو
سُہ پرزرُک بہلو یُتھ پاٹھی اِلنصافہٕ سان وُچھتھے۔ خاص کرِتھ یمو تخلیقی مرحلو
شاعرس توس تُلمُت آسہٕ تِمن بہس پہٕ نقاد بُنتھ سطحی بخک موضوع بناونہٕ
تی چھُ حکیم سنائی سُند ہم عصر شیخ فریدالدین عطار ہند یمہٕ شوگ اکھ تاثر باسان۔
؎ آنجا کہ نقد ہا را ناقد عیار خواہد۔ یتھ جایہٕ بے عقل بحث تُلن وول نقاد کتھ
ہندین مو ہلین حصن بیوٚن بیوٚن مولانکوٚن کرٛنی چھُ یرٛشان۔
مَردانِ مرد بینی در اضطراب ماندہ۔ تتھی جایہٕ وُچھکھ ژہ بچنہٕ کارنکہٕ دان
سِہرہ کتھ اُڈی ادا کرِتھ ہکہٕ نگ اضطراب للوان۔

۴، حافظ یوٚدوے نقادس سند (رُت مشورہ دِتھ ہکن وول) حکیمانہ رول
یکسر نظرانداز کران چھنہٕ یا نقادے شاعرس تہٕ عوامس درمیان تفہیم شعر

کرناوۍ زنگی اکھ رابطہ یا کٲژل آسنٕک رول تہٕ رد چھُنہٕ کران۔ تاہم چھےٚ تیٚنٛدِ یِمہٕ شعرچ زیرِپن لہر یہ ہاوان زِ نقاد بنٛز۔ تحسین کٲری چھےٚ شوقٕ حسن پامال کرٕنچ بینہٕ خاصن ہند راز عوامس ننش پننٕی پأٹھۍ واتناونچ ترشہ کاروٲئی یوس شاعرن کانٛہہ سوچھ کرنہٕ بجاے ذہنی تکلیفی چھےٚ واتناوان، شعر چھُس۔

غیرت عشق زبان ہمہ خاصان ببرید۔ خاصن چھےٚ از روے غیرت یہ وُچھتھ حیرتاً زیوٕ ژاپنس بلکہ زیوٕ ژٹنس پیٹھ نوبت واتژمژ۔

کزکجا سر غمش در دہن عام افتاد۔ زیرِ بحث منز روزن پسند کرن وألس یارہ (معبودہ) ہندِ غمچ کتھ کپأری واتژ عامس خامس تام۔

غالب تہٕ چھُ خاص پأٹھۍ وننہٕ آمژ نہٕ خاصن ہنزٕ کتھ عام پأٹھۍ دٕرژھناون والین بوالہوس حسن شناس ناوکرٕتھ پننہٕ ناپسندیدگی ہندِ پیٹھےٚ ہیوٗ اظہار ناقص شاعرن تہٕ ناقص نقادن خلاف کران تہٕ ونان ؎

ہر بوالہوس نے حسن پرستی شعار کی — اب آبروے شیوۂ اہلِ نظر گئی

غالبنہٕ بینہٕ اکِ شعرچ زیرِپن لہر چھےٚ محسوٗس کرناوان زِ یُس بیکرِ جمال شاعرنہٕ ندرِ تخیکن وُچھمت آسہٕ۔ تتھ زیرِ اثر شعر بننہٕ پتہٕ چھُ خود شاعر تہٕ محض اکس قٲری ہندِس حیثیتس منز پننس شوس غارت کرٕتھ ہیکان نقاد بنٛز چھُنہٕ کیھہ۔ حسنچہٕ گُل چینی ہنز کتھ وننس درپردہ چھُ ونان ؎

فدایت دیدہ و دل رسم آرایش مپرس از من۔ میون دل تہٕ میانہٕ اچھ لگنے پٲری۔ یان پأراونکین رسمن ہنز کتھ مہ پرژھتم۔

خراب ذوق گلچینی چہ داند باغبانی را۔ یُس پوشہٕ ژارنکہ پُشنہٕ امارن خراب آسہٕ کوٗرمت سہٕ کیا زانہٕ باغوانی ہندی آداب۔

حافظ چھُ شعرچ غلط صوٗفیانہٕ تاوِیل کرن والین نقادن نِش تہٕ نالان تِکیازِ رمز و کنایہٕ نہٕ سمجھنہٕ سببہٕ چھِ تِم دہ دِس تہٕ کنڈی ژاران گویا سخن ناشناس نفرن تنقیدُک اختیار میلنُ چھُ شاعرَس زبردست بدبختی ہُند ہیوٗ معاملہٕ باسان۔ حافظنۍ الفاظ چھِ۔

مئے دارم چو جان صافی و صوفی میکُند عیبش

یِس مشۆرئے بأگرن کیتھ کوڈ مُت چھُم، صوٗفی زأہد چھُم تتھۍ کھٕ کڈنہٕ ہیوٗ ٹھمت۔

خُدایا ہیچ عاقل را مبادا بخت بد روزی !!

خُدایا کانٕہ عقلمندس (شاعرس) مہٕ پیٚین یِرتھ بدبختی ہُند وق زانہٕ وُچھُن۔

۵، سعدی چھُ بأج وڈ کرِتھ جاۓبدأری تہٕ وسی پایہٕ گی تحت اکھ اکس بلٕی تھُر کھالین والین "من تُرا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" نقادن تتھۍ یا جوج ماجوج قرار دِوان یِم پینن حسرتن ہِنز بڈاس کڈنہٕ خأطرٕ شعر شناسی ہِندِس باغِس پھیش چھِ دِین یِرٛھان۔ سُہ چھُ یتھین اُٹ کرِتھ یِکن والین تہٕ کٹّہ دألۍ پسند کرن والین یا جوج ماجوجن ہِنز تحسین کأری نِشہٕ بے نیاز روزنُک مشورٕہ پیہٕ دِتھ دِوان ع

مُشک آنست کہ خود ببُوید نہ آنکہ عطار بگُوید

اَمہِ اُٹ ہِندِس یِرتھ فردس اکھ سِفلہ ناد کرِتھ چھُ وَنان اگر تِہنز سِفلہٕ گی تہٕ کمینہٕ گی شرافتہٕ سان جواب دِکھ سُہ زانہٕ مے کھوژ تہٕ یِیہٕ غرورٕ سان ژھنگن لہٰذا یِژِتس یِژنہٕ پأٹھۍ چونٹ بند کرُن۔ وَنان چھُ

۷ چو با سفلہ گویی بلُطف و خوشی

اگر سِفلس تہٕ احمقس یوٗرٕ ژہٕ مہربأنی تہٕ خوش اخلاقی سان پیش یِکھ

## فزون گرددش کبر و گردن کشی

تبنز کمپنہٕ گی گرٛزھہٕ نہٕ تمہٕ سیتۍ کانٛہہ کٲمی بلکہ گرٛزھہٕ یہٕ وُچھتھ تہنٛدس کبرس تہٕ کلہٕ تلکنس اضافہٕ۔

سعدی چھُنہٕ حافظ ہنٛدی پأٹھۍ نقادن ہُند وجوٗد بالکل نظر انداز کران۔ تِمے چھُ وَنان زِ شعر واد بچہٕ کتھہٕ چھہٕ زہ چیز وقتی شاپھ دِوان اکھ گوو زانن والین ہُند گوٗش دِیُن بیاکھ نہٕ زانن والین ہُند واہ واہ کرُن۔ نہٕ زانن والین ہنٛزٕ قرار دِتھ چھُ سعدی تِمن سِفلن تہٕ غالبنی پأٹھۍ یِتھ ہمدردی سان فکر ناران زِ بُزرگ شأعرن دستار وٲلتھ ہیکن تِہِہ گژھن تِم پانہٕ صاحبِ دستار بنٕتھ۔ غالب وَرشن چھُ طنز یہٕ اندازس منٛز وَنان ع یارب وہ نہ سمجھے ہیں نہ سمجھیں گے مری بات دے اور دل ان کو جو نہ دے مجھ کو زباں اور۔ مگر سعدی چھُکھ تنقیدی بحثکۍ آداب تہٕ ہیٚچھناوان یہٕ وَنتھ۔

۔ نہ در ہر سخن بحث کردن خطاست

پرٛتھ کتھ پیٹھ تنقیدی بحث کرنس چھُنہٕ ممانعت کینٛہہ

خطا بر بزرگان گرفتن خطاست ۔۔۔۔۔۔

البتہ گرٛزھہٕ زِ بٔڈین تہٕ بیشرٛون کُھٹہٕ کڈنک خطا ہرگز سرزد سپدُن۔

بصورت دیگر چھُ داہن یتھ کانٛہہ افسوسناک منظر وچھُن پیوان۔

۔ بلند آواز نادان گردن افراخت

اکی احمقن مُرتہٕ رٲو گٔل تہٕ بڑہٕ ہٹہٕ بیوٗٹھ احمقاز ہُند تیتھ اعلان کرنہٕ زِ

کہ دانا را بہ بے شرمی بینداخت

بے شرم بنٕتھ دِتن بیٚنٛہ کنٛز داہنس دب

سعدی چھُ سِفلہٕ تہٕ احمق بنن والین جانبدار نقادن تہٕ نکری زانان یم جلنی

موضوعاتن ہنز۔ شاعری منزے راتہٕ موغلن ہندی پاٹھی سرور لبان چھ تم کتہٕ ہیکن عرفانی شاعری ہندِ نورٕ نشہٕ لطف اندوز سپدِتھ۔ یتھی پٲٹھی نقادس چھُ تنگ نظر تہٕ وسی پایہٕ سونچہٕ وول ناو کرِتھ وَنان ؎

توکوتہٕ نظر بودی وسست رای کہ مشغول گشتی بہ چیغد[۱] از ہما

حض سعدیؒ چھُ راتہٕ موغل نقادن تہٕ رازٕ ہونز نقادن ہندی زٕ قسم بہرحال ملحوظ تھوٕنِتھ وکالت کران مثلاً یتھ شعرس منز تہٕ

؎ پیام اہلِ دل است این خبر کہ سعدی داد

سعدی ہنز شاعری ہنز شیچھ خبر چھےٚ ژِ کہ اہلِ دلن ہنز شیچھ خبر ننہٕ ۔۔ ہر کہ گوش کند معنیٔ سخن داند!

ضروری چھنہٕ ژٕ اتھ بوزن وول یا پرَن وول پرٛتھ نفر کیا ہیکہٕ امہٕ کس معنیس واتتھ یا داد دِتھ۔

رازٕ ہونز نقادن چھُ غالب اہلِ دل نقاد وَنہٕ بجایہٕ خاص زباندان یا نکتہٕ دان وُنِتھ یاد کران تہٕ وَنان۔

؎ بیا و رید گر اینجا بود سخن دانے

اُتی تون اگر تہندِس شہرس منز کانہہ خاص سخندانا چھُ۔

غریبِ شہر سخن ہای گفتنی دارد

تکیازِ اکہ بدہٕ دردہٕ شہرٕ بیٹھ آمتس شاعرس چھےٚ واریاہ خاص کتھن بادتھ کرنی۔

---

[۱] سعدی صاحبنہٕ ڈلیتانک پروردہ آسنہٕ کنی اوس ہے گوڈنکس شعرہ مجموعس منز یتھیس نقادس کُن وَونمُت ؎ سامکارو راتہٕ موغلتان ژھانڈ میون فن چھےٚ پرتوستانک سفر۔

غالبؔ چھُ خام نقادس پخنہٕ بنُنکی آداب تہٕ ہیچھناوان یہ وَنِتھ زِ

رمز بشناس کہ ہر نکتہ ادائے دارد!

خود شعرس منز بہم کرنہٕ آمُت رمز پرٕزناوِتھی ییاز پرٕتھ شاعرانہ کتھ چھے خاص ادا (تہٕ خاص کوٗنز) آسان۔

محرم آنست کہ رہ جز بہ اشارت نرود

محرم (رمز شناس) گوو سُہ یُس تخلیقہ ہنٛدِ داخلی اشارہ نبر نیرِ نہٕ۔ اکتسابی تہٕ ہیتی تنقیدِ چ پرٕتھ واضح بُنیاد از برونٹھ ڈوڈ ہتھ وُری شاعرانہ آیہ نزاون واُرس غالبس برونٹھ چھے صایبن تہٕ سعدی ینٛز باکٹھی دو یہ قسمہ کین نقادن یعنے خام سامکارن تہٕ پخنہٕ سامکارن ہنٛز نشاندہی یمہٕ آیہ کرنہٕ آسانہ۔

۵ ہر کرا تیغِ زبان نیست بفرمان صایب

صایب یُس اُکس (غیر ذمہ دار نقادس یا شاعرس) زبانی ہنٛد خنجر بنُنس قابوٗس منز رٹُن تگہ نہٕ۔

عاقبت کشتۂ شمشیرِ زبان مے گردد!

پتو چھُ سُہ زلو ہنٛزِ شمشیرِ (ملامت و رسوایی) سِتی مارہ گژھان

۶، فن برائے فنچ وکالت کرن والی نقاد چھ بحث تُکنہ خاطرہ کتھن کو تھ بناونس منز تنقیدی مہارت ناوکران۔ کشیرِ ہُند عرفانی شاعر چھُ تِھین عالمن تہٕ نقادن دو بِھرایہ خاطرہ علم پرن والی ناوکران بلکہ چھُکھ یہ وَنِتھ اول وانگُن لوٗن کرٕدان زٕ ژکہ چھو تعمیری بجایہ تخریبی ذہنن تہُند اکھ اُکس آزار واتناونچہ ژپل خصلژ منز گرفتار گرٕ ہتی ونان چھُکھ۔

۷، علما پوٗر روو وو بِھ کے ہا وسے ژھلس چھو زاگان اُکس اکھ

کوہ چھُو گمانہٕ اُسی چھِ خاصے     تٔتہٕ نو موکلیو ساسہٕ منزٕ اکھ

علامہ اقبالس خاص نقطۂ نظر تھوٚنہٕ سببہٕ حافظس کھوٚتہٕ اَکِس معیٖس منزٕ بہتر بانٛن وول عرفی شیرازی چھُ پننین حاسدانہٕ تہٕ رقیبانہٕ تنقید کرن والین باضابطہٕ ووہرایل ہوٚنٛ دُنھ یاد کران تکیازِ تم چھِ مختلف دربارن یا اِدارن منزٕ اوذقہٕ ژھارنکہِ غرضہٕ اکھ اَکِس ؤسی پایہٕ پأٹھٕ ژھلس زاگان ۔ عرفی چھُ ونان ؎

عُرفی تو میندیش زغوغاۓ رقیبان     عرفی ژہ مہ کھوژ رقیبن ہنٛز ووہرایہٕ تہٕ گگرایہٕ

آوازِ سگان کم نہ کُند رزقِ گدارا     ہوٚنین ہنٛز ووہرایہٕ ستۍ چھِنہٕ اَکِس ردیشِش روٗزی ژلان

صایب چھُ اُمہ قبیلہٕ کین نقادن حق ناشناس تہٕ ناوکران تہٕ خدا بیزار یا خدا بیجر تہٕ ۔ یِژھ اِصطلاح پٔجھے بجاۓ خود اُمہ قسمہٕ کین نقادن کُن تُنُد رُویہٕ ہاوان وَنان چھُ ؎

ازحق نَشناسان مطلب دیدۂ حق بین ۔ دوستا یمن پزر (گاش) نہ پرزناوٕتھ ہیکن والین کیا منگگھ حق بین نظر

حق راچہ شناسند خدا بیجرے چند! ۔ حقس (گاشس) کیا ہیکن خُدا بیجر (راتہٕ موغل) پرزنٲوِتھ ۔

۷ ۔ علامہ اقبال تہٕ چھُ نقلکُ نقل پٔزِتھ یا وُچھتھ نقاد بنٕ والین یِتھٕ پأٹھٕ مُسترد کران ۔ گاہے چھُکھ ڈُونی گوٚلرُو ستۍ سدٕر پازن والین منزٕ شأمل کران تہٕ گاہ خود ساختہٕ پوٚتلین طواف کرن واکٕ خود فریب ناوکران تکیازِ کُفرس تہٕ چھُکھ نہٕ داد لگان دِین ۔ وَنان چھُکھ ؎

بجز در راہ عشق ے پویی ۔ عشقچ ترٛ تہٕ زیٹھٕ وتھ چھُکھ عقلہٕ ہندلوتلہٕ کیترۍ قدمو ژھنڈان ۔

بہ چراغ آفتاب ے جویی ۔ بلکہ چھُکھ نہٕ ژونگ زالِتھ آفتاب ژھانڈنچ حماقت کرنس تہٕ مندچھان ۔

۷ نہ ہر کہِ طوفِ بُتے کردو بست زُنارے ؛ یم تو ہہ پوتھین طواف کرِتھ بیٚیہ یوٚنہ گنڈِتھ کیاہ تام زانگ باس چھوٚ دِوان ۔

صنم پرستی و آدابِ کافری داند ؛ تم زاکی زیوکھ نہ صنم پرستی یا کُفر کی آداب زانن واکی۔ تم چھو فریب کار۔

یم کینہہ مثالہ چھے ییتھ کنہ کہِ سوالک کثیر الجہات یا کثیر الابعاد جواب پاٗنی بانے برونھہ کُن انان اَمہِ قسمہِ (نقادن متعلق ابتدا ییتھ از تام) رٲئج روز مرٕہ شدید بدظنی منز۔ کنہ ہیکہِ ہے مشرقس اندر نقاد یا تنقید پھٔبِتھ ۔ خاص کرِتھ یٚیلہِ زن لیوٚب تھوٚب کرِتھ ییٚن بان بوٚڈ فنکار بناون والین ادیبن تام ییٚتہِ از تہٕ واقعاً پانس متعلق کینہہ بوزنک بالکل بانہ تہٕ بتھ نظر چھینہ گرشھان بلکہ چھُ معاصر قلمکارن متعلق پوٚز وَنُن یا لیکھن تہٕ موتی لال ساقی ہندس اِصطلاحس منز " بوٚمبرہ گنُس کُنہ لاینگ ہیو " جرم عظیم بنان ۔

## XIII کشیرِ ہندِس ممتاز غزل گوشُند نقاد لپند رُویہ : عظیم فارسی غزل گو شاعرن

ہندِس بُڈِس تہٕ زیٹھس کاروانس منز چھُ غنی کشیری سُند یہ امتیاز تہٕ استثنا خاص توجہک مُستحق زِ تمی چھُ نہ صرف نقاد سُند وجوٗد تسلیم کوٚر مُت بلکہ چھُن تہندِ ن رِتین تہٕ مخلصانہ مشورن ہنز اہمیت کیو معنویت تہٕ روشن کرمٕت ۔ اَتھ حدس تام زِ باسان چھُ تسٕ اوس پرِتس نقاد تہٕ سخن شناس دوستہ بند توجہ ورائے " خوب سے خوبتر " فن پارہ بارس اَنِتھ ہکُن محال باسان ۔ ییتھ چھُ دوست بجاے سُہ دوستان ورتاوِتھ صیغۂ جمع آیہ ییٚنین واریاہن ہمکال فن شناس تہٕ سخن فہم دوستن ہنٛہ شاعری ہندِ نکتہ دان بناوِتھ پیش کران ونان چھُ ؎

استماعِ دوستان آورد ما را در سخن ؛ خاص دوستن ہندی کن دارِتھ ونناوی

آسہ شاعر شو حسبِ ضرورت ۔

پردہ ہای شعر ما جز پردہ ہای گوش نیست ۔ دراصل چھُنہ سانہ شاعری تھزر پتہ پژر
لبناونس بٔبیہ کانہہ تھٔوزر۔ ماسوای سخن
فہمن ہُند کینہ ڈول دِین ۔

غنی ہندِس تحت الشعورس منز قدیم کأشرِ بن سنسکرت دان ممٹ ۔ ابھنوگیت تہ آنند وردھن
ہوین نقادن ہُند اثر چھا کہنہ ذاتی رعایت پسندی ہُند جوہر زِ یتھ شعرس وارہ سُنتھ چھُ
نقادن کُن شاعر سُند رُویہ سیٹھا لچکدار باسان۔ خواہ نقاد کوتاہ جانبدار تہ آسی تن شاعر چھُ
تس گوارا کران بلکہ چھُس شعرچ تحریک دِنہ وول قرار دِوان۔ نقاد پختہ آسی تن یا ناقص۔
تس محرک سُند یا مشیر سُند اہم درجہ دِیُن چھُ غنی یس اکھ استثنا عطا کران توے ما چھُس
باسان زِ ریتین شعرن کُن نقادن ہُند عدمِ توجہ ہاوُن یا کہنہ ڈول دِیُن ہیکہِ تھہند تعصبک
حسدُک یا رقابتُک ٹاکارہ ثبوت بنتھ تہِ تمہی مند چھاونک باعث بنتھ۔ بر تس شاعرس
بٔبیہ ژوئِی ناقدن ہندِ طرفہ کینہ ڈول دِنچ سازش و ہترنہ ہتیہ اکے فرق زِ تندرُست
شاعر آسنک وسیع ترا عتراف روز کینژس کالس محدود یا التواہس منز۔ مگر ع

اے لبا شاعر کہ بعد از مرگ زاد یا غنی سُندی یہ تشبیہہ و تمثیل وول اظہار زِ

۵ نگردد شعرِ من مشہور تا جان در تنم باشد۔ میون شعر لبہ میانہ زندگی منز خاص مشہوری۔
مے یٔزِ اکھ یزرس پتہ کھوتہ کرن۔

کہ بعد از مرگِ آہو نافہ بیرون مے دہد بورا۔ تکیاز ہرنہ سُند حاصلِ حیات "نافہ" چھُ ہرنہ
ہندِ مرنہ پتے مُشک ژھٹان۔

یہ وسعت دلی ہاونہ باوجود چھُ غنی اُکس پختہ نقادس برعکس اُکس ناقص نقاد ہندِ کینہ
نقص یتھر یا کھٹِ زانان تہ نشاندہی منز انان۔ ونان چھُ ع

کے غور کنند در سخن بے مغز ان = کاڈپو روس (نقاد) نفر کتہ چھ سنن شعرن غور کرِتھ ہکان۔
غواصئ بحر نیست مقدور حباب    آبس وتھن والہ حباب کیٛاہ پاٹھی (سطحی مطالعس بیٹھ زٕنگن
وأل تم لوٚتی نقاد) کیا زانن سوٚدرس غوطہٕ دِین تہٕ
مُختہٕ کھالُن۔

غنی چھ سطحی نقادن ہندِ پاٹھی سطحی شاعرن تہٕ اصلاحِ احوال کرنک مشورہ دِتھ خود فریبی
منز کڈُن یژھان ونان چھکھ:۔
ے لاف موزونی زند مانند سرو    کٔس عقلہٕ تاون چھ (ڈاے حرف پٕرتھ زٕنگن
وألس) بیوٗمُت پان چھُس سروکی پاٹھی نازنین
قدن ہیوٚ باسان۔
ہر کہ خواند صفحہ از بوستان    زٕ کہ چھُن بیچارن مِنک زھہ ڈو پنہ باغک صفحہ
ڈوڈ صفحہ (سطحی طوٗرے) پوٚرمُت۔

XV

شاعر کیو نقاد گژھن تہذیب آشنا تہٕ آہنز تہٕ آشوٗب آگہہ تہٕ

مشرقی شاعری ہند غایر مطالعہ چھ یہ کتھ واضح کران زِ خواہ فخرِ مغرب ملٹن
تہٕ دانتے بنن DIVINE COMODY تہٕ THE PARADISE LOST ہش کتابن ہندی
اولین نقوش تخلیق کرن والین ابن القارح تہٕ ابوالعلامعری ہوین عرب شاعرن ہندی رسالہ
رضوان تہٕ رسالہ الغفران سمجہنی کتھ آسنہٕ یا خاقانی تہٕ سعدی ہوین فارسی شاعرن ہندی
شعر سمجھنی کتھ۔ سُے شاعر یا نقاد ہیکہٕ تہند ہمہ گیر تہذیبی کیو تخلیقی حسُن پرزناوتھ یُس اَتھ
تہذیبی زندگی پرزناونچ نظر یادٕہ آسہٕ گأمژ بلکہ یُس اَتھ وِرزِ ورزٕ وہ تلیمتین آشوبن تہٕ ہنگامن
ہنز تواریخی زان تہٕ حاصل آسہٕ گأمژ۔ عام روٗمانی شاعری ماہکن لوکھ اَمہٕ بس منظرچ زانکاری
ورأے تہٕ کم زیادٕہ لُطف تُلتھ مگر تھزٕ تہٕ عظیم شاعری یمو دوٚہ یوٚ بیشگی تقاضو یا مطلوٗبہ ملعالو

رٚوٗس استفادٕ کٔرِتھ ہیکنُک چھُنہٕ سوالے ووتھان ۔ شعرِ شاعرَن منٛز ہیٚکہِ اکھ تازٕ وارد شاعر یا نقاد تیٚلی شامل کٔرِتھ لایق زانٛنہٕ یِتھ یٚیلہِ سُہ تِتھ خاص تہذیبی وراثتَس واقف آسہِ یُتھ منٛز کانٛہہ مخصوٗص تخلیق بارسس آمٕژ آسہِ ۔ ہیٚتی تنقید کٔرِ سنجیدٕ نقاد تہٕ چھِ امہِ پیٚشگی اطلاعاتُک تقاضا یُتھ پأٹھۍ تسلیم کران ۔ خاص کٔرِتھ اگر شاعرن ہٕنٛز استعاراتی زبان یُتھ پأٹھۍ سمجھنٕچ مُنہ کامن آسہِ ۔ بعض اوقات چھے تہذیبی پأرۍ زان میسر نہٕ آسنٕچ کُنٛتھ صایب ہوٗس اہم شاعرس محض امہِ غرضہٕ ایرانہٕ پیٹھ کٔشیر واتناوان زِ شیرین قند پارسی کِس شعرس منٛز غنی کشمیری سُند ورتاوٕمُت "کرالہٕ پَن" لفظ کیا معنے چھُ تھوان۔ یوٚدوے صایب ایرانس منٛز بہتھٕ تہٕ امہِ ترکیبُک معنے بہٕ آسانی دریافت کٔرِتھ ہیٚکہِ ہے تہٕ کرالہٕ پنُک استعمال تہٕ اصفہان یا مشہدٕ کِس کانٛسہٕ کرالہٕ پنٕز زٲرٕٹ وُچھتھ یُتھ پأٹھۍ زیرِ نظر اُنِتھ ہیٚکہِ ہے ۔ مگر غنی سُند خاص تہذیبی شعوٗر نکھ یِتھ پرزناونہٕ خاطرٕ سیٚد سُہ کُنہِ کبر و نخوتہٕ ورأے تس نِش ذاتی طور حاضر۔ یہِ ذوقِ تجسس یا مادٕ تحقیق چھُ مغربس منٛز اَز تہٕ زندٕ مگر مشرقکۍ اکثر شاعر تہٕ نقاد چھِنہٕ تہذیب آشنٲیی تہٕ آشوٗبِ آگہی نِشہٕ محروٗم شخصس اَنِتھ کُنہِ ادبی تخلیقس یا فن پارس مولانکون یا تنقیدی تجزیہ کرناوِنس کارِ نجار بدست گلکار لگنُ زانان ۔ تاہم ما آسہِ میر غلام رسول نازکی صابَن تنزل پذیر سماجہٕ کِس تِتھنے کینٛژن تہذیب نا آشنا دوستن کُن وُچھتھ وۄنمُت سہ

رحم یِژِ تھوٚو والنِس یِتھ نٮ۪بر چھان کرُم ناوِد چھُ تٔمۍ سٕنٛز توٚر وایان

کینٛژن صوٗرژن منٛز ہیٚکہِ عالمی زبانن اندر فنی جمالُک تہٕ بُنیأدی وسیلہٕ اظہارُک درجہ تھوٗن وول اکھ یا بیاکھ اِستعارٕ بنِتھ واجی تہذیبی تناظرس منٛز نہٕ ورتاونہٕ ستۍ فن پارکس حُسنس نہٕ صرف چیستان بناوِتھ بلکہ تِمہِ زبان تام تباہ کٔرِتھ۔ یہِ گوو شاعر یا ادیب ہندِس سطحس پیٹھ حال ۔ اَتھ صوٗرتس منٛز ابسٹریکٹ آرٹ

پیٹھ بعضے ہپٹہ ہپٹہ معنے پُشریخ کوشش کرن والین فضل فروشن ہندی پاٹھۍ
ہیٚکہِ ناقد ہندِس سطحس پیٹھ نہ صرف فن پارگ مسخ شدہ مفہوم ٹلی بخشن ہند باعث
بنتھ بلکہ لگہار انسان ہُند سرمایہ تہٕ وقت تہِ ضایع کرِتھ۔ تکیازِ تہذیب ناآشنا نفس
رتش ہیکہِ نہ مغربہٕ کھو مُستعار یا دُزدیدہٕ تنقیدی پیمانو ستی مشرقی شاعری ہندِس خاص
عقیدس یا تصورِ جمالس تھٕنہ پیوٚمُت شعر بنہِ خاص تہذیبی پس منظرہٕ نتہٕ پیوٚن کُڈتھ
کمل انصافِ حسن شناسی ہرگز لُبتھ۔ خواہ تہِ آسِتن فرزجرالڈ تہٕ نکلسن ہیوٗ کانہہ شرق
شناس تہٕ ڈکھس۔ ادبی جمالیاتک یہ اہم تقاضہ پزِ نہ ہرگز نظر انداز کرُن زِ مشرقی تنقیدس
منز رائج روٗدی متین ضایع بدایع۔ اوزان و بحور تہٕ عروض و اسالیب ہوٚن سارنی
علمی آدابن واقف گژھن چھُ اُزکِس شاعرس تہِ لازمی زانُن تہٕ اُکس نقادس تہِ۔
بلکہ چھِپے تہذیبی میراثچ زان تہٕ پتہِ زبانی ہُند خاص مزاژہ۔ طنز و ظرافتُک خاص میلان
رمز و اشاریتُک خاص اظہار پرزناونہٕ ورأے بہرحال نامکمل زانتس لایق آسان۔ شاید
چھِنہٕ اتھ سلسلس منز مختلف مثالہٕ پیش کرنچ زیادہ ضرورت۔ ذوقی گو و شعر فہمی
تہٕ سخن شناسی ہندِ حوالہٕ کرِہ بہٕ تو تہِ کینژن اظہارن کُن توجہ پھِرونچ کوشش مثالہٕ
پاٹھۍ اگر کونڈ یا "خار" لفظُک مشرقی مزاژوول تشبیہاتی ورتاو کُنہِ جایہ تہذیب آشنائی ہُند
متقاضی آسہِ۔ تتھ پوٚرہ تحسین کاری ہُند حق تہٕ کانہہ ہیکہ قاری یا نقاد ہرگز ادا کرِتھ۔
نی تون شیخ سعدی رحمۃ سُند یُس شعر یتھ منز کُنڈی زژنڈو مُنزِ نہٕ دوٚرے پکُن وول
مجنوٗن تہِ نظرِ تل اَنُن آسہِ تہٕ تصورس منز تس پتہٕ کُنڈی کڈنہٕ خاطرہ مایل گامُژ لال تہٕ
اَتھس کیتھ ہزٕن ہیتھ تس یوٗرے پتہٕ لاران وُچھنہٕ آسہِ۔ خاص کرِتھ اگر کھورو بجایہ
تخیلی سطحس پیٹھ پکن وألس دِلس ہتم کُنڈی ترٕی متی آسن۔ مثلاً یتھ شعرس منز یہ

غم عشق آمد و غم ہای دیگر پاک برد    سوزنے باید کہ پای بر آرد خاران

کٲشِرِ منز معنی آفرینی، حبُ الوطنی، تشبیہہ و تمثیل یا دعویٰ و دلیل ہوٚن بکہٕ
ہندی کہن شعری صِفاتن اندر کانٛہہ جوڑہ نہ تھوٚن واٚنس غنی کشمیری ہندی کرالہٕ پن تہٕ
گرٕ پٹہٕ (آسیا) تہٕ خار ہوٚن لفظن پننٕ جمالیاتی ترتیبہٕ تہٕ یمن لفظن ہندٚن حال شوٚن تنقیدی
تجزیہٕ کرنس تہٕ ہیکہٕ نہ تہذیبی پسِ منظر نظر انداز کرتھ۔ یمِ صوٗرتس منز ہرگز اِنصاف سپدِتھ مثالہٕ پاٹھۍ
نموکھ اُسی "خار" لفظس شاعرانہٕ استعمال کرن والی تُہندی ژٕہ شعر۔ اکِس شعرس اندر چھُ غنی کشمیری
لُکہٕ محاورس منز رٲیج تتھ انسانی تجربس لاشعوری طور اِستفادہ کران باسان زٕ پرتھ گلابس
چھُ ٹکہٕ کنہٕ کونڈ آسان تہٕ پرتھ موٚسہس چھُ لبہٕ تل فرعون آسان۔ لاشعورُک یہ تجربہ چھُ پانی
پانے حرکتس منز یوان ییلہٕ غنی پننہٕ وقتہٕ کِس کاشرِس سماجس منز (دانش دشمنی ڈیشِتھ پننس
جذبۂ حبِ وطنس اِیذارسانی کرن والی) زوال آمادہ پرداری نفر سرگرم وُچھان چھُ تہٕ پانس
توتہٕ ہمت نہ ہارنُک حوصلہ یہ وُنِتھ دوان چھُ "مہ ہاز ہمت اِمہٕ جُبہٕ وٚتھ رٹن واٚنس
پرتھ نفس پرٕنہٕ یتھین آزارن تن دِنی۔ ٹکیا زلیُں پوش، تھرٕ (وطن) ترٲوِتھ ژلنہٕ بجایہ اُتی
ٹھہراو کرنُک شیقہٕ عزم ہاوِتس پرنہٕ تیز واوہٕ ہاوِن منز کاہِن کنڈی ازنس کھوژُن" شعر
چھُس سہ ہرکہ پابندِ وطن شُد می کشد آزارہا      پای گل اندر چمن دایم پُراست از خارہا
موٚن زٕ گوسفندی فلسفہٕ ڈیشی افلاطون زد گرٕتھ سطحینکس شکار بنیمتس اکِس پرداری نقادس
باپتھ امہ شعرچہ منصفانہٕ تحسین کاری خاطرٕ تہذیب آشنا آنٛک تقاضہٕ اہم ٹکیاز یہ
چھُنہٕ موضوع یا نفسِ مضمونہٕ رنگی تس تیتھ زوردار باسان یُتھ واٚنی اِستفادُک حوالہٕ
دِنہٕ وراٰیی یہہ نہٕ آمُت اِنَّ اللّٰہ مَعَ الصّٰابِرِین آیتُک عکس پیش کرن وول ٹیگور
سُند یہ شعری اِظہار باسیس زٕ THOSE ALSO SERVE WHO ONLY STAND
AND WAIT۔ حبُ وطن ہِوس کتھہٕ تہٕ حُبس تحت استقامت ہاوِنہٕ کِس شعورِ
جمالس مُلایم باوتھ کرن واٚنس غنی یُس برعکس چھُ غالبٕ سُند اسدالٰہی لہجہٕ یُس پُر جلال

بنان ییلہ سہ میدانِ استقامتہ منزٕ ژلن واٲلس یا آکہ خطر کی۔ بدادہ دِنہٕ واٲلس وَنان چھُ
" ننگِ ملت کھوژرٕ بُڈ یاژہ چھکھا کنڈی ترٛٲوس لگنہٕ پتے یتھی بارو دِوان ژہ ہے
حسین ابن علیؓ پنز عقیدت یُتھ تھکان چُھکھ استقامتکس (رشکِ صد ثواب) اجرس
پیٹھ تُنُند سرِ مُبارک شمشیرِ پیٹھ پیٹھ شمُر بوڈُسی ننژ ناو نہٕ یُن چھے مثان " غالب
ہندِ تخلیقہٕ کوند منز بیٔنہ آمُت اظہار چھُ یمن کرٛژن تام ایجاز آموز لفظن منز اداگومُت سہ

تونالی از خلعِ خارو ننگری کہ سپہر سرِ حسینِ علیؑ را برسنانِ بگرداند!

اُتھ شعرس برعکس چھُ "خار" لفظکی حوالہٕ غنی سُند بیاکھ تشبیہاتی شعر یتھ منز اکھ عالمگیر پرٛزر
حسین اظہار لبان چھُ مگر اُتھ چھُنہٕ تحسین کار سُند تہذیب آشنا آسُن یُتھ ضنوٚرۍ باسان۔
شعر چھُ سہ کمُن بادوستان از آشنائی اختلاط افزون درآید چون درونِ دیدہ مژگان خارمیگرد
حالانکہ اتھ شعرس منز تہٕ چھُ اکھ جان دانش آموز مشورہ دِنہٕ آمُت یہ ونتھ زِ" مہ لاگ پانیٚہ
زانٛتھ دوستن ہُند گھرٕ زیادٕہ یُن گژھن ژہٕ چھے نا یہ پرٛزر سرٕ گومُت زِ ییلہ اُچھ ہنز
شوٚب تہٕ راچھ باسن دول کانہہ اُچھر وال تہٕ اُچھ ہندِ ہن اندرمیین معاملن منز مداخلت
کرنہٕ اور ازان چھُ سُہ چھُ اتہ کنڈ کھوتہٕ زیادٕہ تکلیف دہ تہٕ ناپسندیدٕہ چیز باسان"۔
اَمہ حسابہٕ کُس منصفانہٕ تنقید ہیکہِ اکھ مغربی نقاد حافظ ہوس بہلہِ پایہٕ مشرقی شاعر ہندِ ہن
یتھین شعرن کرتھ سہ این ہمہ شہد و شکر کز سخنم می ریزد اجرِ صبریست کزان شاخِ نباتم دادند

من کہ رہ بردم بگنجِ حسنِ بے پایان دوست صد گدائے ہمچو خود را بعد ازین قارون کنم

XVI
## برٛنہٕ مشرکہ حوالہٕ نکتہ دانی، نکتہ سنجی تہٕ نکتہ شناسی ؛ گذشتہ ژورن ڈہلین دوران

بینیہ مشرقی زبانن ہندی بیشتر
نقاد یونانی یا ونتو مغربی نقادن ہندِ اَمہ نیم فلسفیانہٕ بیانکی پکہ ونی ٹکہ ونی اشتہار زِ
شعر گو وٹے رتُت یُس حظا تہٕ سرور عطا کرِ۔ مگر افسوس سُک مقام چھُ یہ زِ ژنجھن ورٛی ین دوران

ٹنہ وادہ کاغذ برباد کرنہ باوجود بیٚیہ تنقیدکس ناوس پیٹھ فضل فروشی تحت یا زرکاونجہ
مجبوٗری تحت خبر کیا کیا لیکھنہ باوجود آونہ اَمہ کتھہٕ ہُندکانہہ تعیُن کرنہٕ زِ حظچ تہٕ سروٗرچ اخلاقی
بُنیاد کیا گژھہِ آسنۍ یا رتِمن شاعرن خاص کرِتھ مشرقی زبانن ہندین رتِمن شاعرن کیاہ چھے
اَمِچ بنیاد باسیمٕژ۔ حکمتُک حظ گژھہِ ہُند حکمتہٕ حظ اُنہ بیوٚن کڈنہٕ یُن۔ صرف تہٕ کرنہٕ ہنٛز گژھہِ
یہ کتھ روشن زِ مشرقی شعرکہِ حوالہٕ چھُ شاعرانہ حکمتُک یا تجربُک مطلوبہ پرتو جمالٕ سُہ یُس شاعر
ہندِس تخلیقی ذہنس یا دِلس روشن کرنہٕ پتہٕ پرِن والین ہندین بذاتن تہٕ بقدرِ حساسیت
گاشراوان چھُ مثالہٕ پاٹھۍ وچھون صائب سُند یہ شعر ؎

بر دلِ مورے اگر ناخن رسید    سینۂ صائب ازان افگار شُد

گوڈٕ کرو فارسی نہ زانن والین ہندِ خاطرٕ اَکھ لفظی مفہوم پیش۔ بیانٕکس حدس تام چھُ
صائب سُند ونُن یہ زِ "اگر کانسہِ ریٚیہِ تہٕ زانہہ کانٛہہ دِلس زل یا خراش لوگ تہٕ وُچھتھ
باسیوو صائبس پننۍ سوٗرے سینہٕ زخمی" لفظن منٛز داریٚنہ آمت بیان کس حدس تام چھُ
اَکس شاعر سُند یہ پایہ ورائے پارٕ دِنہٕ وول تاثر زِ سُہ چھُ سیٹھا نرم دل، ہمدرد تہٕ روشن خیال
شخصا۔ گوو جانی مگر تہٕ پوزنہٕ ہنٛز مادٕ اَمہ شعرُک حظ تہٕ سروٗر بخشن وول نکتہٕ اَکھ۔ سون زِ
اکھ منٛز چھُ جدید سائنسی دُنیاکس عظیم آین سٹاین سنٛز تھیوری (THEORY OF RELA-
TIVITY) ہُند عکس تہٕ نظرِ گژھان۔ لہٰذا پچھے پیٚژ کانٛہہ دریافت گمژٕ یہ آگاہی اَمہ شعرچ
اکھ اضافی معنویت باسان۔ مگر پتہٕ اَسو اَمہ کین بظاہر سوٗرہ کھوتہٕ سرد باسہٕ وٕنین
لفظن ہندِس زتس پھیٚرِ دِنُک ہیوٗ توجہ مرکوز کران رچھ اَتی چھُ اَمہ پیٚنہ لفظن تلہٕ کنہ
تیونگلو کھوتہٕ وُشنہ کتھہِ ہند باس لگان یوٚسہٕ تمہِ بیانہٕ کھوتہٕ کہیا زیادٕ زوردار، سبق آموز
بنتھ تتھ پرٛزرس کُن مائل کرو ڈز (SUGGESTIVE) پچھے یُس پرٛزریتھ اردوٗ شعرس منٛز بطورِ اکھ
ٹاشر بیان داریٚنہ چھُ آمُت ؎ دردِ دل کے واسطے پیدا کیا انسان کو

ورنہ طاعتس کے لیے کچھ کم نہ تھے کروبیان ۔ دردِ دِل ترکیبہ چھُ لغوی معنہ وانجہ دود مگر شاعرانہ تخلیقی عملہٕ بنوو یہ دود ملکوتی اطاعتہ کھوتہٕ اہم تہٕ عظیم انسانی مقصدِ حیات۔ اَمہٕ عملہٕ بنوو یہ دود دلن باہمی اکھ سہ ژُگ تہٕ جذبۂ ہمدردی یُس زمینس پیٹھ دِلن باہم گنڈنک تیتھُے رشتہ نظام یا پوشیدہ بن زانُن بزِ یتھ نبس پیٹھ تارکن باہمی کُشنہٕ ہُند نظام شمسی یُس منز ڈ بجہ تھونگ ضامن بن چھُ ۔ گویا صائب چھُ تمہٕ انسانی عظمتُک ترجمان بنتھ ووتلان یوسہٕ حاصل گژھنہ پتہٕ اکس شخصس انسان ہنزِ کیا ریٖنیٖ ہوبن پتھ بیمتین کیٚمین گرہین ہنز۔ دگ تہٕ بنیٚ دگ باسان چھِ ۔ امی آیہٕ چھِ تخلیقی چھِہ معمولی لفظن تہٕ تقدیرٕ بدلاوان ۔ شاید گیہ یہ کتھ واضح زِ شاعر بندِس تخلیقی ورتاوس منز یتھ گووہٕ صرف لفظن ہُند لغوی معنے موقوف بلکہ آو یمنے لفظن در پردہ اکھ تیٚتھ مفہوم بارسس یُس اَمہٕ لفظہٕ ترتیبہٕ ورأے بنیہٕ کانسہٕ ماجہ زیٚچھ ہیکہ تہٕ اُتھی مفہومس ہیکوٚ اُسی خاص لفظہٕ ترتیبہٕ ہنزِ اندرِم تشیچھ یا نکتہٕ یا حکمتِ شعر یا شعرُک معنہ وٚنتھ۔

XVI شعرُک معنی کم اہم زانُن واکی چھِ جسمس منز رُحس تہٕ صورتس منز سیرتس کم اہم زانان مثلاً کتھ بم فارسی اُردو یا کاشری نقاد مغربکیو یتھوبیا نو "A POEM SHOULD

"A POEM CEASES TO BE A POEM IF IT CONVEYS تہٕ NOT MEAN, BUT BE."

SOME MEANING." فن برائے فنکی انتہا پسندانہ بیانات دِنہٕ ژھگ گیٚترن معاملن منز پلانے تضادکی تہٕ مغالطکی شکار ۔ بلکہ گیہ لفظ و معنے کین (جسد و روح یا صورت و سیرت) مسلمہ رشتن متعلق تہٕ بلی بحثن متہ ۔ اَتھ سلسلس منز یژھ یہ سنہ اُٹھ تنقیدی کتابہ شایع کرن وٲلس قدآور نقاد تہٕ ذاتی رفیق پروفیسر حامدی پندی اکھ زہ حوالہ دِلس پیٹھ اکتفا کرتھ مشرقی وٕلبتانکُ مسلمہ زاویٔہ نگاہ پیش کرن۔

حامدی صاٰبن تنقیدی شعور چھُ شعرکس معنوی پہلووس متعلق ۱۹۷۶ یس منز بیٚٹھا واضح باسان بیلہ سہ لیکھان چھُ "میری کوشش یہ ہوتی ہے کہ تخلیق کے اجزائے ترکیبی مثلاً پیکر، علامت اور صوتی اثرات سے تکمین پانے والی ہیئت میں تجربے کی نمو پذیری کے عمل کی شناخت کروں۔ تاہم میرے نزدیک تخلیق کی فنی عظمت کا تعین اُسکی معنوی وقعت کے بغیر ممکن نہیں"۔ اقبال اور غالب ۔ص ۱۱) مگر ۱۹۹۰ ہس منز یُس چھُ یہے نقاد لیکھان۔

"شعر میں معنی ہرگز قابلِ شناخت نہیں ہوتے ۔ ۔ ۔ ۔ تسلیم کہ شعر معنی کے بغیر متصور نہیں ہو سکتا ۔ لیکن عام طور پر غلطی سے معنی سے مفہوم یا مدعا مُراد لیا جاتا ہے ظاہر ہے شعر کو اس سے دُور کا واسطہ بھی نہیں ۔ اس ڈائیلما (مشکل) کو یہ ذہن میں رکھکر حل کیا جا سکتا ہے کہ شاعر دمِ تخلیق کسی معنی سے سروکار نہیں رکھتا بلکہ وہ ایک کشف پذیر تخیلی صورتِ حال کی تخلیق میں مصروف ہو جاتا ہے اس عمل میں ہر لفظ شعر کی علامتی ساخت کی تشکیل میں حصہ لیتا ہے اور قاری کو ع

(منظر نامہ ص ۲۴)

صد جلوہ روبرو ہے جو مژگان اُٹھایئے کے مصداق دعوتِ نظارہ دیتا ہے (جدید شعری یاوِ وژہ تِس غالبُن یہ شعرہ گنجینۂ معنی کا طلسم اس کو سمجھیئے جو لفظ کہ غالب مرے اشعار میں آوے پیٹھ کرُو غور اَمہِ اقتباسکِس یتھ فتوٗی ہس بیٹھ زِ شاعرس چھنہٕ تخلیقہٕ وِزِ کُنہِ معنے یس سیتِ تعلق آسان بلکہ چھُ شاعر (بے معنہٕ) کشف پذیر تخیلی صوٗرتِ حالس تخلیق کرنس منز مصروٗف آسان ۔ کانہہ یژ رہل یا کھٹ وننس یژ نہٕ اُکس نقادس مند چھُن ۔ تہٕ پیچھے تیسنز طویل جُملہ سازِ عمل تہِ کارِ پیٹھ ژُ بھروِتھ کُن ریٹنچ تہٕ کچھ بجشی کرِ یِخ عمل بنان کِشف پذیر تخیلی صورتِ حالس یا روحِ شعرس یا فکری جوہرس یا نکتہ حکمتس یا محسوٗس خیالس کونہٕ ونوٗ معنے ؟ اَمہِ چی اہمیژ ونوٗ حافظ

بخُلق و لُطف توان کرد صیدِ اہلِ نظر بدام و دانہ نگیرند مرغِ دانا را

از بُتان آن طلب از حُسن شناسی اے دل کاین کسے گفت کہ در علمِ نظر بینا بود

کُشیرِ ہُند سار دِے کھوتہٕ تھکُن لایق زانہٕ آمُت فارسی شاعر غنیؔ چھُ ہیتِ پرستن ہندس روحِ شعر نظر انداز کرنہٕ کِس "بالا معنوی" رُوٗیس یہ وَنتھ ٹاس والان زِ ع

مکدر میشود دل از سخن گویانِ بے معنی بایں آئینہ زنگِ طوطیان زنگارے گردد

حافظس مُقابلہ یُس شیرازی الاصل شاعر آتش نوائی کِنہٕ اقبالس نِنِس جمالیاتی شعورس نزدیک تر تہٕ اکہِ لحاظِ حافظنہِ کھوتہٕ مُحسن تر باسان چھُ سُہ عرفیؔ تہٕ چھُ فن برائے فن کِین

علمبر دار شاعرن تہٕ نقادن محض آلی گنز. رلس تہٕ آلین ہنز بناوٹ وبرٛتھاونس منز الفاظ ضایع کرنُک مجرٕم زانان۔ یہ پرٛژھن یہ مقالہٕ تُمبُند اکہِ پرٕ جلال قصیدٕ کی کنہہ شعر درج کرنس بیٹھے اند واتناون مگر تمہٕ برٛونٹھ چھُم زیرِ بحث معنی کس سلسلس منز۔ یہ ونن ضروری باسان زِ مشرقی ادبی جمالیاتکی معمار یمہٕ ورٕز شاعری بجایہ صالح شاعری تہٕ تنقید بجایہ صالح تنقیدکی مُتقاضی باسان چھِ تمہٕ ورٕز چھِ تم شاعری منز معنہٕ بطورِ ضمیرچ مہرنیچ (عروسِ طبع) پرزناونک تقاضہٕ کران تکیازِ شاعرن چھُ ادی سے مہرنہٕ انہٕ ہر تخیلُک زیور لوگمُت آسان حتٰی عروسِ طبع رازیورز فکر بکرے بندم پیش پرن دا، عُرفی ہندی یم شعر چھِ حافظنس تِتھ عارفانہٕ بصیرتس تہٕ پذیرآیی کران یُمی سُہ روشن معنے تہٕ فکر بلند کِس تناظرس منز شعری سرمایس خزینہٕ خداداد تہٕ ناو کرنوو تہٕ معنوی جام تہٕ مثلاً یمن شعرن منز

؎ حسد چہ می بری ای سُست نظم برحافظ قبولِ خاطر و لُطفِ سُخن خدادا داست

؎ گرت ہواست کہ چون جم بسرِ غیب رسی بیا و ہمدم جام جہاں نُما می باش

مقالہٕ کہ خاتمہ خاطرٕ ژارنہٕ آمتین عرفی ہندین شعرن ہنز یہ ذیلی تمہید گرٛھنہٕ یہ کتھ وننہٕ ریوس پوٗرہ زِ شعرکس ترجمس منز شعری جمالچ منتقلی چھِے واقعاً اکھ ناممکن کتھا۔ البتہٕ چھُ ترجمس منز تہٕ شعرکہِ معنوی جمالُک عکس کُنہہ حدس تام تِتھے پاٹھٕ اصلُک حظ تہٕ لطف محسوس کرناوان یتھ پاٹھٕ معصوم شُرین اکس آبہٕ ڈلس یا ڈکس منز ہاونہٕ ینہٕ وول پھلہٕ ژُندر تہٕ نبکہٕ پھلہٕ ژُندرکس لطفس تہٕ سرورس نکھ واتناوان بابہٕ۔ بٔنبن فارسی نہٕ زانن والین ٹاٹھین شاگردن ہُند اصرار ملحوظ تھوٗتھ کرہ بہٕ گذشتہ کینژن شعرن ہندی پاٹھٕ عرفی ہندین یمن شعرن ہند کم زیادہ برٛاگاش تہٕ فراہم یمہٕ آیہ:-

ترجمہ

شعر

نشانِ جان ہمی جو تا نشانِ ازلی نشان یابی نکھ روٗژھک نشان ژھانڈٕتی لگِتس دوٗر بابہٕ ونس

| شعر | ترجمہ |
| --- | --- |
| | بے نشان سُند نشان تہٕ |
| مکانِ دل طلب کُن تامکان در لامکان بینی | دِلُک مکان انٛن بدست اُتی چُھکھ لامکانس منز تہٕ مکانا۔ |
| زچنگِ دی و فردا رُستہ ام بی منتِ امروز | بہ چھُسے ازکہ احانہٕ ورائے اوترکہ تہٕ پگہٕ نیایہ نشہٕ آزاد گومُت شخصا۔ |
| تواین معنی کجا یابی کہ ہستی در زمان بینی | ژٕہ کتہٕ ہیکھ یہ معنے لبتھ ژٕہ چھکھ پننٛہ زندگی زمانہٕ کس ژنکنجس منز بند زانان۔ |
| من ازگل باغ می جویم توگُل از باغ میجوئی | بہٕ چھُس پوشس منز باغ ژھانڈان تہٕ ژٕہ باغس منز پوشہ |
| من آتش از دخان بیتم تو از آتش دخان بینی | بہٕ چھُس دُہس منز نار وُچھان تہٕ ژٕہ نارس منز دُہ |
| زترتیبِ نظامِ آفرینش چون نہٕ آگہہ | ژٕہ ما چھکھ ژٕکہ تخلیقی نظام کس ترتیبس واقف |
| حوادث راز تاثیرِ نجوم آسمان بینی | لہٰذا چھی ژٕے زمانکی حادثات مختلف تارکن ہندِ گردشُک نتیجہٕ باسان۔ |
| زابرو آفتاب اندیشہ ات کوتہ بود زانرو | چانٛی فکری سطح چھےٚ ژھوٹ سو کینژھ کھبہ اڈبر کیو تہٕ آفتابہٕ کیو رازو ہیوٚر۔ |
| دُراز گنجینۂ دریا ولعل از جیبِ کان بینی | لہٰذا چھےٚ ژٕے یژی آگاہی کانٛی زِموغتہٕ چھ دریاوکہ خزانہٕ منزہ تہٕ لعل کھانہٕ ہند جندرہ منزہ نیران۔ |
| زمُلکِ نور زانرو تاختی در کشورِ ظُلمت | نوٗرُک مُلک تراوِتھ ژٕوٗلکھ توے ژٕہ ڈلاگیٹہ کارکس مُلکس کُن۔ |
| کہ حسنِ چینیان را در لباسِ زنگیان بینی | تکیازِ ژٕے اوسُتھ پنُن مقصدِ زندگی چینی حسُن حبشی لبائس منز وُچھُن بنو ومُت۔ |
| گہر جویند غواصانِ فطرت در تہٕ دریا | فطرتکی حقیقی ڈُنگل چھ دریاوہ ژکس تَل وُسِتھ |

**شعر** — **ترجمہ**

گوہر ژھانڈان

تو در فکرِ ہمیں دایم کہ از دریا کران بینی[1]
بدام اندر کشیدند اہلِ معنی طایرِ دولت

یُتھ رٕوُدکھ ژٕہ یَس بیہم دریاوکہ بٔٹھ فکرِ چھیے۔
اہلِ معنے چھِ کمند لایتھ بُلند آلہٕ منزٕ دولتہٕ کِس جاناوارس
رٕٹتھ اَنِن زانان۔

تو در زیرِ درختاں ہمچو طفلاں آشیاں بینی

یُتھ رٕوُدکھ ژٕہ یُس شُرِین ہندی پاٹھٕ کُلین تل بیہتھ
آرٕچ خارجی ساخت وُچھنَس آرٕچ حقیقت لبنُک درجٕ چھُ دِزِن

نہ گنجد نورِ خورشیدِ ازل در ظرفِ ہر دیدہ

ازلی جمالکہِ آفتابکُ نوٗر ہیکہِ نہٕ پرٕتھ اَچھ ہندِس بانَس
منز وٕتتھ۔

بہ آبِ دیدۂ مردان نگر تا عکسِ آں بینی

مردانِ کامِلن ہندِس اوٗشس ہیٚچھ معنہٕ ژارُن اُتھ
اُکس پاں بانس منز ہیکھ ازلی حُسنُک عکس لبِتھ

ز گردِ رغبتِ خاطر فروشو دیدۂ فطرت

نفسانی خواہشاتن ہنزٕ گردِ نِشہِ خدادادِ بصارت کاڈ
کڑناوُنہٕ خاطرٕ اُچھن چھلِ۔

اگر خواہی کہ حُسنِ خار و گُل یک یک عیاں بینی

ٹیٚلی ہیککھ جمال شناسی ہُندِ معیار لبتھ یُس کنڈِن تہٕ
پوشن بیون بیون حصہٕ آمُت حُسن پرزٕناوناوی۔

---

[1] یَس غالبَس پننِ فکری بلندی تہٕ فنی عظمت پیٹھ پُر اعتماد اعلان کرناوان چھِ زِ ۔ مانبود ہم بدین مرتبہ راضی غالبؔ / شعر خود خواہش آن کرد کہ گردد فنِ ما / سُے چُھ عالمی یا شعرٕ ابنِن سطحی تنقید کرن والین، لفظٕ پردَو پٔتٕ جلوہ فرما حُسنس یا معنیس پرزناونس لایق بننہٕ خاطرٕ فکرِ بلند تہٕ نظرِ بینا لبنُک مخلصانہٕ مشورہ یِتھ پاٹھٕ دِوان ۔

عالم آئینۂ راز است چہ پیدا چہ نہان
تاب اندیشہ نداری بنگاہی دریاب!

**شعر** — **ترجمہ**

مرو در عرصۂ دانش کز آسیبِ تنک فہمان

مہ گژھ دانشگاہس منز۔ دانش ہاوِنس موت اَتہٕ باسی پژھ اندہ تنگ نظری تہٕ پست فہمی ہنز رانٹھ زاگان۔

یقین را در پناہِ پردہ دارانِ گمان بینی

بلکہ باسی اَتہٕ یقین تہٕ اَ[illegible] ئن تل کھٹنچ کوشش کرُن والین ہندِس رحم وکرمس پیٹھ۔

برآ از پردۂ صورت قدم در راہِ معنی زن

لٔہ کڈ بنٛ پان ظاہر بین لفظن ہندِ زولانہٕ منزہ تہٕ ہے معنے پرُوتہٕ پیٹھ بکُن۔

کہ در ہر منزلی سرّی ز اسرارِ نہان بینی

تلافی ہنز اَتھ وُتہٕ ہندِس پژھ منزلس پیٹھ ہکھ غیبی اسرار د منز اکھ اکھ موکُل سر لبتھ۔

کسے کز مُلکِ معنی در رسد خود را بہ وے بنمای

یُس اکھ مُلکِ معنی وُچھتھ یور ییہ تسی باو بنٛ گُدرُن۔

کہ گر ہس وانمائی کیمیا را ارمغان بینی

ہکیاز اگر تس ترام تہٕ ہاوکھ تسند کیمیا بناوی تھتہٕ پنٛنچ ڈاگ

بہ نزہت گاہِ معنی میہمان شو تا زِ استغنا

معنے کہ پاک مُلک پوژھ بن ادہ تری سو بے نیازی فکرِ

مگس را بادزن در دست بر اطرافِ خوان بینی

لوِ یہ اُکس لالچی مچہ تہٕ ضیافتس بکھ واو کرنس پیٹھے اکتفا کرُن پھٔے ہیچھاوان۔

مُخاطب گر نباشد مُستمع خامش مشو عُرفی

عُرفی صاٰبا ژہ روز ونکُ حق ادا کران۔ بوزن والی ہندِ کنہٕ ڈول دِنہٕ مہ کر ژھوپہ۔

کہ ہست او ہر چہ ہست اما تو در معنی زیان بینی

سُہ بوزن دول یہ چھُ تہٕ چھُ۔ یعنے حقیقتہٕ و تہٕ معنوٗنشہٕ محروم (ییٚن نہ ونُن کینٛہ کہنی چھُ سُہ کیا ونہٕ) اماپوز ژہ یاٚ [illegible] (پینہٕ ژہ تہٕ ژھوپہ رد یہ سنز باسی ہا نہٕ) رنہٕ ستی ہینٛی ژھے گژھہ مار دِنس معنے کُس گاٹہٕ۔

# مَشرقی اَدبی جمالیات: تفہیمچ اکھ وتھ

پروفیسر غلام رسول ملک

جمالیات چھُ تیُتھ اکھ جامع تہٕ وسیع اصطلاح یَتھ منز وجۄدیات ontology علمیات تہٕ نفسیات (تخلیقی تہٕ پتہٕ ردِ عملی تہٕ) شامِل چھہٕ۔ یَتھ مقالس منز روزِ کوشش یہٕ زِ یمن ناقابلِ تردید جہژن کُن ییہ نہٕ زیادٕ توجہ دِنہٕ بلکہ روزِ یہٕ صرف ادبی پاسس پیٹھے مرکوز۔ اَمیک بُنیادی مقصد روزِ یی زِ مشرقی ادبی جمالیاتُک مخصوٗص مزاز ییہ زانہٕ تہٕ بدٕ کڈنہٕ۔

مشرق ہیکہٕ بجا پاٹھۍ بنِنس تِتھ باگہٕ بُرتِس تہٕ پُرقوت ادبس، خاصکر تتھ شاعری پیٹھ فخر کٔرِتھ، یُس اَتیٚ مو وارِہو صدیو پیٹھ پرٛیتھیوو تہٕ ارتقا لَبان آو۔ مگر حقیقت چھُ زِ تِتھ ادبی جمالیاتس پیٹھ چھنہٕ کانہہ تہٕ جامع تہٕ مُستند کام ہیبز ہُرژ یُس جمالیات اَتھ ادبی سرمایس پیٹھ کرہٕ چھُ۔ تاہم چھُنہٕ مشرقی مذہب تہٕ سریت تمہٕ جمالیاتہٕ نِشہٕ بلکلے لاتعلق یُس کایناتس تہٕ بیٛیہ انسانی رٕچہ کیٛن سٔرن منز موجود چھُ۔ یۆدوے اَمہٕ باپتھ شیتھ اصطلاح وضع آیہ نہٕ کرنہٕ۔ وۄں گوو ادبی معاملس منز چھُنہٕ جمالیاتی فکر بیان کرنچ تہٕ باترتیب وبرشھنے کرنچ کانہہ سنجیدٕ کوشش کرنہٕ آمٕژ حالانکہ مشرقی ادبس ستی تعلق تھاون والِس تنقیدس منز چھہٕ اَتھ موضوعس متعلق واریاہ کلیدی تصورات ادٕ یور نظرِ گژھان۔

مغربی دُنیاہس منز پتہٕ چھےٚ جمالیاتی فکر بیان کرنٕچ کوٗشش وارِیاہ ژیرِ شروٗع سپزمژ۔ یہ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ جمالیات یعنی حُسنٕ متعلق فلسفہٕ یُس فنوٗنِ لطیفن منز جٲری تہٕ سٲری چھُ، چھُ دراصل تیوٗتُے قدیم یوٗت پانہٕ یم فنوٗنِ لطیفہ چھِ، یہ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ اَمِچ وضاحت چھا سپزمژ کینہٕ نہٕ۔ تاہم چھُ لفظ AESTHETICS گوڈنکہِ پھِر جرمنی ہُند فلسفی الیکزانڈر فان بامگارٹن (۱۷۶۲ء۔۱۷۱۴ء) ورتاوان۔ لفظ اوس تمِس بروٗنہہ تہٕ موجوٗد۔ مگر اَتھ اوس نہٕ کانہہ اصطلاحی مفہوٗم۔ بامگارٹنن دیُت خاصکرِتھ یتھ کتھِ پیٹھ زور زِ فنوٗنِ لطیفن منز حُسنٕچ موجوٗدگی چھےٚ یمن ہنز سارِوے کھوتہٕ اہم خصوٗصیت۔ ادبی تنقیدُک بُنیٲدی مسلہٕ چھُ اَمہِ حُسنٕچ وضاحت کرٕنی۔ اَمہِ حُسنٕچ معیٲری کیو مقدٲری آنکونہٕ ہندین میژن ہیکو جمالیٲتی قدرٕ ڈیٚنتھ۔ یمن قدرن ہنز وضاحت کرٕنی تہٕ بیٚیہ یمن ناو دِنٕچ عمل چھےٚ ادبی تنقیدِچ سارِوے کھوتہٕ مُشکل تہٕ دشوار کام تکیازِ اَتھ منز چھُ شٲمل ذوق تہٕ تم دٲخلی کیفیژ تہٕ یمہٕ اَمہِ ذوقُک تعیُن چھِ کران۔ تِتھےٚ پٲٹھۍ یِتھہٕ پٲٹھۍ زٕن حُسنُک ادرٲکی تہٕ معروضی وجوٗد چھُ کران۔

حُسن کتھ وَنوٗ؟ ادبی تخلیق کتھ پٲٹھۍ چھےٚ اَمِچ پارٕ زان کران تہٕ یِتہٕ چھےٚ اَتھ باز تخلیق کران؟ کتھ پٲٹھۍ چھُ اکھ وُچھن وول (مصوٗری، بُت تراشی تہٕ کُنہٕ حدس تام ڈرامہس منز) اکھ بوزن وول (موٗسیقی تہٕ کُنہٕ حدس تام تِتھہٕ رزمس منز یُس اکثر زبٲنی آسان اوس) تہٕ اکھ پرن وول (ادبس منز) اَمہِ حُسنُک حظ تُلان تہٕ بیٚیہ چھُ اَتھ سمجھتھ ہیکان؟

قدیم یوناہنو وُچھ حُسن آہنگس تہٕ تناسبس منز۔ تہٕ کوٗشش کرِکھ زِ یہ اصوٗل گوژھہ تِہنز سنگ تراشی منز، تِہنز موٗسیقی منز تہٕ تِہندِس ادبس منز اظہار لبُن۔ ارسطوہن بنوو یہ تصور وارِیاہ قابلِ فہم یِیلہِ تمۍ ادبی تخلیقہٕ ہنز ساخت واضح کرنس منز۔ نامیٲتی تمثیل ورتاو۔ اَمہِ علاوٕ دِتن آہنگس تہٕ ربطس پیٹھ زور دِنہٕ خاطرٕ فنی تنقیدس منز

نامیاتی وحدژ ہُند تصوُر ۔ یہ اوس اکھ تیُتھ تصوُر یُتھ جمالیاتہ کِہن سارِنے شعبن ہنز خاطرٕ زبردست اہمیت چھے ۔ یہ بُنیادی تصوُر چھُ کینژو ترمیمو سان سہ مرکزبان یُتھ اندی اندی جمالیاتکی اکثر نظریہ نژان چھِ ۔ شلن بیلہِ بامگارٹن حسنس متعلق پننی خیال پیش کران چھُ ، سہ چھُ اتھ کثرژ منز وحدژ ہنز موجودگیہ ستی تعبیر کران تہٕ یی چھُ یوُنانین ہندِس آہنگس متعلق تصورس منز تہٕ واضح تہٕ ارسطوبن تتھ نظریس منز تہٕ یمہِ مُطابق فنی تخلیقن نامیاتی تہٕ خود کفالتس ہنز خاصیت چھے ۔ بامگارٹن چھُ وحدژ ہُند تصور تکمیلہ کِس مفہوُمس منز ورتاوان ۔ یہ چھُ تیُتھ اکھ خیال ییمُک ماخذ بیٚیہ قدیم یوُنانین نشی میلان چھُ ۔ مثالے افلاطوُن چھُ باقے یوُنانین ہندی پاٹھی مانان زِ خطِ مستقیم تہٕ دایرٕ چھِ تکمیلچہ مثالہ تہٕ لہٰذا چھُ یمن دوشونی جمیل مانان ۔ بیہ پاٹھو اُسی بروہہ کُن وُچھو جمالُک یہ وحدژ ہُند تہٕ ربطُک یہ تصوُر چھُ تمہِ جمالیاتُک تہٕ مرکزی تصوُر یُس جمالیات کولرجن پننہِ " بیوگریفیا لٹریریا" منز پیش کوٚر ۔ جیمز جایس چھُ سینٹ ٹامس اکوائنس ST. THOMAS AQUINAS استفادٕ کرِتھ ہُنکی ترےٚ خاصہ پرزناوان ۔

INTEGRITAS .1 ( یا وحدت ) CONSONANTIA. 2 ( سہٕزر یا آہنگ ) تہٕ 3. CLARITAS ( تجلی ) ییمہ تہٕ ارسطو سنہٕ شاریاتُک (POETICS) . خاصکرِتھ اُمہ کہِ نامیاتیات تصوُرک ، فنی تخلیقہِ ہنز خودمختاری تہٕ کتھارسس کِہن تصوراتن ہُند مطالعہ آسہ کوٚرمُت ، سہ زانہِ ضروُر زِ اَتھ عیسائی نظریس منز چھُ ژکہِ ارسطوٗنے نظریہ دریرد۔ صرف چھے ترٚییم اصطلاح ، یعنی کلیرٹاس ( تجلی ) ۔ اکھ مبہم مذہبی اصطلاح مسلہ پاد کران ۔ جوایس چھِ اُمہ اصطلاحہ بجایہ بدل اصطلاح ورتاوتھ یا اَتھ اصطلاحہِ تتھ معنیس منز ورتاوتھ یُس معنی لاطینی لفظ قیدِٹاس (QUIDDITAS) یعنی ماہیت تھاوان چھُ یہ دشوٲری دوٗر کرنچ کوشش کرمژ ۔ تاہم یوٚدوے اُسی اُمہ اصطلاحہ ہُند اکوائنسی

مفہوٗمے برقرار تھاوو تو نہٕ چھُ۔ کلیرٹاس کُنہٕ ادب پارکہِ حُسنچہِ تتھ کلی ترتیبہ
کُن اشارہ کران یوسہ ہیتو پرن والی ہندس نفسیاتس پیٹھ اثرانداز چھے سپدان تہٕ
حظ تہٕ تزکیہ یا (CATHARSIS) پأدٕ چھے کران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ جوایس سُند جمالیأتی نظریہٕ
حُسنس پزرس سٟتی رلاونچ کوٗشش کران۔ سُہ چھُ وَنان زِ فن چھُ قرارُت (STASIS)
یٚمہِ لحاظ زِ یہِ چھُ دیانہٕ توازُن تہٕ استحکامہٕ چہِ کیفیژ منز ووتلان تہٕ اَوٕکنہِ بیٚیلہِ سٟرِنہٕ
یِہ پرن والی ہندِس ذیہنس منز تہِ چھُ قرارُت (STASIS) پأدٕ سپدان۔ یہِ چھُ
بنیہِ اکہِ پھِر کتھارسہٕ ہُند نظریہٕ تتھے پأٹھۍ یتھہٕ پأٹھۍ زن سگمنڈ فرایڈ سُند نظریہٕ چھُ
زِ فن چھُ ترفع SUBLIMATION پأدٕ کران یا آئی، اے، رچارڈز سُند یہِ خیال چھُ زِ
فن پارس منز چھُ فنکارہٕ سُند نفسیأتی توازنُک عکس آسان تہٕ یوٚہے چھُ پرن وألِس
کُن منتقل سپدان۔ مختصر اَمہِ وِرٕژھنہِ تلہٕ چھُ نَنان یی زِ جوایسُن یہِ ارسطوٗئی ٹامسی جمالیات
چھُ حُسنس تہٕ پزرس مساوی مانان یہِ زن تس برونٹھے اَکۍ جوان سال شاعرن اَکِس
وجدأنی کیفیژ منز ژھوٗنمُت اوس:

BEAUTY IS TRUTH, TRUTH BEAUTY, THAT IS ALL
YE KNOW ON EARTH, AND ALL YE NEED TO KNOW![1]

—— KEATS

(حُسن چھُ پزر تہٕ پزر حُسن —— یوٚزٕ چھُ یتے
یہِ تُہۍ یتھ دُنیاہس منز زانان چھو تہٕ یہِ توہہٕ زانُن پزِ)

فنہٕ کِس حُسنس یا جمالس متعلق یِم کینہہ بُنیأدی سوال ووتلان چھِ تہٕ یِمن سٟتی
اکثر جمالیأتی نظریہن تعلق چھُ، تِم چھِ: حُسن چھا موضوٗعی کِنہٕ معروٗضی کِنہٕ موضوٗع
تہٕ معروٗضہٕ کہِ میلُک پأداوار؟ یہِ حُسن کِتھہٕ پأٹھۍ چھ فنس منز اظہار لبان؟ حُسن تخلیق

کرنک آخری مقصد کیاہ چھُ یا یہ چھا پانہٕ پننُ مقصد ؟

گوڈنکس سوالس سۭتۍ یوٚتام مغربی رایہٕ ہُند تعلُق چھُ سُہ چھُ کُس پیٹھٕ یِی زِ حُسن چھُ موضوع تہٕ معروض کہ میٖلُ گژھنکُ پیداوار۔ عیٖنی طرزٕکی فلسفی رجحان تہٕ جرمن تہٕ انگریزی روٗمانی تحریکہٕ (فشطے [۳۱] بلیک [۳۲] تہٕ کروچے [۳۳] چھ ترٕنے انتہاپسندانہٕ مثالہٕ) ترأوِتھ چھُ سوٗرُے مغربی جمالیات یوٚہے نظریہٕ پیش کران۔ اَتھ برعکس چھُ مشرقی جمالیات داخلیت پسندی کُن مایِل تہٕ اُتھی سۭتۍ چھُ اَتھ مختلف قسمٕچ ماورائیتٕہُند رنگ تہٕ۔ حُسن چھُ وُچھن والیس اندر آسان۔

وُچھو مرزا عبدالقادر بیدلؔ سُند شعر:

ستم است اگر ہوست کشد کہ بہ سیر سرو سمن درا
تو ز غنچہ کم نہ دمیدہٕ درِ خود کشا بہ چمن درآ [۳۴]

تہٕ محمد اقبالؒ چھُ ونان:

حُسن را از خود برون جُستن خطاست
آنچہ می بایست پیشِ ما کجاست [۳۵]

ہیگلن کرٕی فنونِ لطیف ترٕین قسمن منز تقسیم:

۱، علامتی، یَتھ منز خیال یا وَنوٚ روحانی حصہ مادی کثافژ منز نبر نیرنہٕ باپتھ جکھان آسہ۔

۲، کلاسیکی، یَتھ منز خیال یا روح مکمل پأٹھۍ مادی کثافژ سۭتۍ رُلِتھ آسہ۔

۳، روٗمانی، یَتھ منز روح پننہٕ تکمیلہٕ تہٕ پختگی ہندِ احساسہ سۭتۍ سرشار کثافژ پیٹھ غلبہٕ تہٕ تصرف حاصل چھ کران۔

اَمہٕ تقسیمہٕ مُطابق چھُ مشرقی فن ترٕیمِس قسمس قریب۔

یُہ حُسن لیُٚ اصلن داخلی آسہ، ہیکہٕ کانہہ تہٕ ترٕژھ ہیئت اختیار کٕرِتھ یو سہ موضوعٕچ

بصیرژ پانس وَیہ تہٕ اگر وجوٗدیاتی انداز کتھ کرو، یہ ہیکہِ پانہٕ پنٕن مقصد بنِتھ۔ مگر مشرقی نقطہٕ نظرِ چھےٚ فاعل ہنز۔ ذات آفاتی ماورأیی حقیقژ ستۍ اکھ عجیب رشتہٕ تھاوان یوٚسہٕ حقیقت یُتھ کایناتس شکل تہٕ صوٗرت چھےٚ دِوان تہٕ اوٚے چھُ فنکُ حسُن ترژھ اکہِ حقیقژ ہُند علامتی اظہار یوٚسہٕ ظاہر بدوٗن چھےٚ۔ کشیٖرِ ہُند اکھ قدیم بُلند پایہٕ ماہرِ جمالیات اِبھنوگپت چھُ فنکارِ ہندِس تخیٖلس یا پرٚتبھاہس ( प्रतिभा ) شوٗس یا سارٕوے کھوٚتہٕ عظیم خدایس ستۍ جوران۔ انسان چھُ حاران گژھان زِ اِبھنوگپت بِن اَتھ نظریہس تہٕ کولرج بِنِس تخلیقی تخیلس ( ثانوی تخیل ) متعلق نظریہس کوتاہ قریبی ہشر چھُ یِلہٕ سہٕ ونان چھُ زِ یہٕ گوٚو محدوٗد ذہنس منز تمہِ تخلیقی عملہِ ہُند تکرار یوٚسہٕ لامحدوٗدکِس انا ( I AM ) ہس اندر دایم چھےٚ۔ اَتھ ستۍ پرٚتوُ سہٕ حدیثِ شریف تہٕ یِس تصوفکِس رِواتس منز اکہِ حدیثِ قُدسی رٔنگۍ زانہٕ چھُ یِوان، توہہِ پِن ازآنی منظرنامہٕ اچھن برونٹھ کُن:

قَالَ اللّٰہُ تعَالیٰ کُنتُ کَنزًا مَخْفِیًا فَاَحبَبتُ اَنْ اُعرَفَ فَخَلَقتُ خَلقِی۔

(وَوٗن اللّٰہ تعالیٰ ہن: "بہٕ اوٚسس اکھ پنہاں خزانہٕ تہٕ مےٚ یوٚژھ زِ بہٕ گوژھس زانہٕ یُن تہٕ اَتی کرٕم پادٕ پنٕنۍ مخلوٗق)

اَتھ چھُ وسطی زمانہٕ کِس گاشہِ جمالیاتس ستۍ ٹاکارٕ ہشر یِیمہٕ کِنۍ گاش سارٕوے کھوٚتہٕ مارٕ موٚنٛد چیز چھُ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ ٹامس اکوائنس اوٚس تجلّی یا پرٚٔہ ناوُ حُسنُک ترٚیِم گوٚن مانان۔ یِنتِن روزِ یاد پاوٗن مُناسب کہ قُرآن شریفس منز تہٕ چھُ اللّٰہ تعالیٰ سُند تصوٗر گاشکِس شبیہس منز دِنہٕ آمُت۔

اَللّٰہُ نُورُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۔

(اللّٰہ تعالیٰ چھُ آسمانن ہُند تہٕ زمینُک نوٗر)

اَکھ مطلب چھُ زِ حُسن چھُ برژرس تہٕ برزرس ستۍ تعلق تھاوان۔ یہ چھےٚ سو

نسبت ییٚمہِ جوازیت یہ پھٹے زِ یم ترہنوے حقیقژ پھٹے توازن، آہنگ تہٕ ترتیب پیش کران ۔ اُتھی ؤنی توٚ کُنہٕر یا توحید۔

اَمہِ قسمہٕ کِس فکری نظامس منز ہیکہِ نہٕ غار ذِمہ دارانہٕ جمال پرستی ہندِ خاطرٕ کانہہ جاے آسِتھ ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ مشرقی ادبی تواریخس منز چھِنہٕ جمالیت پسندی یا AESTHE-TICISM) ہش کانہہ تہٕ تحریک وۄتلیمژ ۔ ییتھ پاٹھۍ زِ مغربس منز پھٹے، ییمہِ بٕرٕ پرٕ باوجود زِ اَمیک نقطہ نظر چھُ ییٚژ پاٹھۍ سود مندانہٕ تہٕ افادیژ ہند سوچن انداز روٗدمُت۔ چونکہ مشرقس منز چھُ ماوراے ییٚژ ہند ناقابلِ تسخیر رجحان تہٕ زندگی منز روٗحانی کیو مذہبی اعتبارہٕ نیکی تہٕ پاکیزگی پاد کرنٕچ قولہٕ ہٕری یہ ہیکہِ نہٕ نس نسبت ییٚتھ کانہہ نظریہ قبوٗل کٔرِتھ ییٚمیک مانن یہ آسہِ زِ ادبس چھُنہٕ کانہہ مقصد ۔ اَمہِ روٗس زِ یہ آسہِ حسین حتیٰ کہ مشرقکۍ تم جمالیاتی ترازہِ ہندی شاعر تہٕ چھِ زندگیہ کینہہ نہٕ کینہہ دِین یژھان یم فرائض وَتھ ہاوان چھِ ۔ حافظُن وَنُن چھُ۔

حدیث از مطرب و مے گو و راز دہر کم ترجو
کہ کس نکشو د و نکشاید بہ حکمت ایں معمار را[1]

یہ چھُ اکھ قابلِ قدر فلسفہ چاہے اَسۍ اتھ کُنہ تہٕ انداز باوٕتھ کرو۔

مشرقی ادبی جمالیاتہٕ چہِ موضوعیژ تہٕ ماوراے ییٚژ ہنز بیاکھ اہم کتھ پھٹے یہ زِ یہ پھٹے تخیلس ساروِے کھوتہٕ تھوٚد مرتبہ دِوان ۔ سر ولیم جونز چھُ مشرقس متی بنہِ نہٕ شٕتھ تعصبہٕ باوجود مشرقی شاعرن ہندِس مالدار تخیلس سٹھاہ تعریف کران :۔

یہ چھُ ہمیشہ مانِنہٕ آمُت زِ ایشیایی چھِ ساٹہن ہندرن
علاقن ہندین بسکینن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ پرٕ قوت تخیلُ
(FANCY) تہٕ زیادٕ مالدار ایجادی ذہن تھاوان[12]

اَکِس مطلب گوو عقلہٕ چھُ کم تر مرتبہٕ تہٕ وِجدانس تہٕ الہامس چھُ نِسبتاً زیادٕ ھوٚد مرتبہٕ ۔ یہ پٔژھِ اہم کتھ زِ اسلامی مشرقس منٛز چھ شاعر عام پأٹھۍ خدایہٕ سٕندۍ بنٛنۍ شاگرد ، ( تلمیذالرحمان) مانٛنہٕ آمتۍ ۔ یتھ پأٹھۍ زن غالب چھُ اعلان کرٕتھ وَنان :

آتے ہیں غیب سے یہ مضامین خیال میں
غالب صریر خامہ نوائے سروش ہے [۱۳]

سر ولیم جونز تہٕ چھُ مشرقی ادبی روایژ ہنٛزِ اتھ خاصیژ اَکھ بیٚیہہ خصوصیت مانان :

عقل تہٕ ذائقہٕ چھہ یورپین ہنٛدۍ خصوٗصی حق ۔ییلہِ زن
ایشیایی مُلکو تخیلہٕ کیٚو بُلند مقاموٚ پیٹھٕ پرواز چھُ کوٚرمُت ۔ [۱۴]

ادبس منٛز چھُ جمال لفظن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز ظأہر سپدان ۔ یم زن کولرج سٕنٛزِ زبأنۍ منٛز "بہترین ترتیبہٕ منٛز بہترین لفظ [۱۵]" آسان چھِ ۔ بدل پأٹھۍ گوو یہ ترتیبہٕ تہٕ تناسبس پیٹھ زور دیُن ۔ کینٛہہ فنپارس منٛز ، اگر کُلس پیٹھ وُچھنہٕ ییہ ، چھُ یہ اصوٗل بقولِ کولرج "کثرت کینٛزِ کِس لباسس منٛز [۱۶]" بروٚنٹھ کُن یوان ۔ یاد وٚپَن لفظن منٛز چھِ فنی تخلیق اَکھ مستقل بالذات نامیہ ہِش آسان یَمہِ خأطرٕ کولرجن اکہِ کُلِچ مثال دِژ یُس زن مختلف ذٔریعوٚ تایِہ ، آب تہٕ کھادِ پیٹھٕ بنٛنٕ کھٔسِن چیٖن حاصل کران چھُ ۔ اَتھ چھُ پھرٛاوان ، رلاوان تہٕ گالان یُتھ زن دوٚبارٕ بناوِتھ ہیٚکہِ ۔ سوٗرے کھٔسِن چیٖن چھُ سبزارس ، پوشن تہٕ پھَلس منٛز تبدیل سپدان ۔۔۔۔ اُمی وَنان انتشارٕ منٛز تخلیق سپدُن ۔

لہٰذا چھُنہٕ حٲرانٛچ کتھ کانٛہہ ادبی زبان ، ییلہِ یہ سیٹھاہ تخلیقی نوعیتُچ آسہ پٔژھ یُتھ پأٹھۍ استعأرأتی آسان ۔ استعارٕ چھُ تحریری زبأنۍ ہنٛدِس بےٚ زُو اظہارس مقابلہٕ یِتھ زِندٕ حُسن یُتھ پھوٚر وہ نٔژان چھُ ۔ یتہٕ چھُنہٕ حٲرانٛچ کتھ زِ ادبی زبان پٔژھِ

علامتی آسان تہٕ ہمیشہٕ چھےٚ یِنہٕ پانہٕ ہٕنبر کنہٕ کُن اِشارٕ کران یا دٔیِمِن لفظن منز اَیِچ خصوٗصیت پتھ (SUGGESTIVITY) چھےٚ۔ یتھ کینہہ قدیم کاشُر نقاد یہنز سربراہی آنند وردھن کران اوس فنی تنقیدُک مرکزی اصوٗل مانان آسی۔ یتھ تم (ध्वनि) وٕنِن دٕنان آسی تہٕ یتھ ایمپسن EMPSON ابہام (AMBIGUITY) ناو دیت تہٕ فِلپ وہیلرایٹ (PHILIP WHEELRIGHT) چھُس بلیار معنیت (PLURISIGNATION) وٕنان۔

جوالیس چھُ ادبس منز جمالہٕکین ترِن ہیتی اظہارن کُن اشارٕ کران:
نغماتی، رزمی تہٕ ڈرامائی۔ ییٚلہِ کانہہ فنکارانہٕ شبیہہ پانہٕ فنکارس سٟتی راست تہٕ سیٚدِ سیوٚد رِشتہٕ آسہٕ تھاوان۔ اَیِچ ہیت چھےٚ نغماتی آسان۔ ییٚلہِ اَیِک تعلق فنکارس سٟتی آسہٕ علاوٕ بیٚین سٟتی تہٕ آسہٕ، اَیِچ ہیت چھےٚ رزمی آسان تہٕ ییٚلہِ اَیِک تعلق بیٚین سٟتی یوت آسہٕ، اَیِچ ہیت چھےٚ ڈرامایی آسان۔ یُونکہ مشرقس چھُ زیادٕ توجہ موضوعی آگہی کُن روٗدمُت، ڈرامائی ہیت (یوسہٕ کلاسیکی مزاژس راست یوان چھےٚ) چھےٚ خالے کُنہٕ کامیاب پاٹھٕ ورتاونہٕ آمٕژ۔ رزمیہ ہیٚژ منز چھےٚ صرف کُنہٕ حدس تام کامیابی میٚژمٕژ ییٚلہِ زن نغماتی ہیت ہمیشہ غالب چھےٚ روٗزمٕژ ــــــ یہ چھےٚ سو کُونہٕ یمہٕ سٟتی اَسی تھٕنجس تُلف ہمٕژ اوِتھ ہیکو یتھ اَسی مشرقی ادبی جمالیات چھہٕ وَنان۔

# حوالہٕ تہٕ حاشیہٕ

١، کیٹس اوڈ آن اے گریشین اُرن۔

٢، جوہن جی فشٹے (١٧٦٢ء — ١٨١٤ء) اوس اکھ بہلہِ پایہٕ جرمنی فلسفی۔ سُہ چھُ پننہٕ عینی فلسفہٕ کِنۍ مشہوٗر ییمہٕ مطابق ایگو یا شعوری ذات کُنۍ حقیقت چھُ یُس غار ایگو پاد چھُ کران یُتھ پٲنس پرٕزناوٕ تہٕ پننۍ آزادی پراوِتھ ہیکہِ۔

٣، ولیم بلیک (١٧٥٧ء — ١٨٢٧ء) اوس عظیم ترین انگریزی روٗمانی شاعرو منٛز اکھ۔ سُہ چھُ پننہٕ باتہٕ کتابہٕ SONGS OF INNOCENCE AND OF EXPERIENCE ہٕنزِ بیٚنہِ وارٕہو بیا مبراہٕ تخلیقو کِنۍ مشہوٗر۔ تَسنٛد یقین اوس زِ صرف چھُ تخیل پوٚز تہٕ سُہ اوس اَتھ خُدا زانان یُس روحہِ چہِ شکلہِ منٛز انانس اندر جاری تہٕ ساری چھُ آسان۔ سُہ اوس پننہٕ پرٛژھ تھاوان زِ الہامے یوت چھُ تخلیقی فنُک آگُر تہٕ پھِرِ پھِرِ اوس دٲپِتھ وَنان زِ مےٚ ہنٛز ساریے نظمہٕ چھےٚ تَس پیٹھٕ نازل سپزٕمژٕ۔

٤، بینیڈٹو کروچے (١٨٦٦ء - ١٩٥٢ء) اوس جدید اٹلی ہندٕ ساروے کھوتہٕ بڈٕ فلسفیو تہٕ جمالیاتی مٲہرینو منٛز اکھ۔ تٔمۍ دوٚپ زِ فن چھُ نغماتی۔ وِجدان تہٕ یقین اوسُس زِ روٗح چھُ اکھ مطلق یمہٕ زٕ یُس تجربُک مواد پاد کران چھُ۔ علم اوس تٔمِسٕنٛدِ کِنۍ اظہار تکیازِ کینہہ زانُن گوو سُہ چیز پٲنس پیٹھٕ ظاہر کرُن۔

٥، کلیات بیدل، جلد: ١، صفہ: ٨٤۔

۶۔ 'بندگی نامہ' کلیات اشعار فارسی : مولانا اقبال لاہوری، منز (تہران: کتاب خانہ سنائی) صفہ : ۱۸۲۔

۷۔ جاہن شاکراس۔ ترتیب۔ بیوگرافیا لٹریریا (لندن: او یو پی ۱۹۰۷ء)، جلد : ۱، صفہ : ۲۰۲۔

۸۔ بہ چھس یہ حدیث (یمیٖہ کِس مستند آسنس بیٹھ شک چھُ) علامہ عبدالعلیؒ 'رسالہ وحدت الوجود' منز نقل کران۔ بحوالہ ابوالحسن علی ندوی تاریخِ دعوت عظمت، جلد : ۴، صفہ ۲۶۴۔ مستشرقینو منز چھُ رینالڈ نکلسن اتھ حدیثس پننہِ کتابہِ دی میٹکس آف اسلام، (صفہ : ۱۰۰) تہٕ اے جے آر بری پننہ کتابہِ صوفی اِزم (صفہ : ۲۸) منز پھران۔

۹۔ قرآن۔ النورؑ، آیت : ۳۵۔

۱۰۔ جمالیات پسندی ناوچ تحریک آس اکھ یوٗرپی مظہر یس گنوٗہمہ صدی ہندِس آخری حصس منز فرانسس منز نموٗدار گیہ۔ اَمِچ کوشش آس فن برائے فن عقیدٕ قایم کرُن تہٕ یمِچ بُنیاد کانٹس یہ ونُن اوس زِ فنک مُدا چھُ "مقصدیت بغیرِ مقصد"۔ اکہِ زٕنگی اوس یہ کانٹس غلط تاویل کرنس تہٕ تہندِس فلفس چھلہ چھانگر کرنس برابر۔ ایڈگرایلن پو تہٕ گرٹھہ اَمہِ تحریکہِ ہندین بانی کارن منز گنزراونہٕ ییٚن تکیازِ تمہٕ اوس زور دِتھ وُنان زِ نظم گرٹھہِ محض نظمہِ ہندِ خاطرے لیکھنہٕ یِنہٕ۔ اَمہِ تحریکہِ ہندین اہم فرانسیسی نقادن منز چھِ گاٹیر، بودلیر، فلاے تہٕ میلارمے۔ انگلینڈس منز چھہِ والٹر پیٹر، آسکر والیڈ تہٕ آرتھر سمنز اَمہِ تحریکہِ ہندی بانی کار ماننہٕ یوان۔ یم قلمکار آسی جرمنہٕ تہٕ فرانسیسی اثراتو علاوہ جان کیٹس نِشہ تہٕ متاثر یس ستی یموٗ تمتھے سلوٗک کوٗر یتھ سلوک کانٹس ستی فرانسیو کوٗرمت

اوس۔

۱۱۔ دیوان حافظ (تہران)، صفحہ: ۱۶۔

۱۲۔ ورکس آف سر ولیم جونز (لندن: ۱۷۹۹ء) جلد: ۴۔ صفحہ: ۵۳۳۔

۱۳۔ دیوانِ غالب۔ ترتیب: نورالحسن نقوی (علی گڈھ۔ مکتبہ الفاظ۔ ۱۹۸۰ء)
صفحہ۔ ۱۶۶۔

۱۴۔ ورکس آف ولیم جونز۔ جلد ۱ء، صفحہ، ۱۱ء۔

۱۵۔ ٹیبل ٹاک، ۱۲ جُلے ۱۸۲۷ء۔

۱۶۔ بیوگریفیا لٹریریا۔ جلد۔ ۲۔، صفحہ۔ ۲۳۲۔

(انگریزی سے ترجمہ: شفیع شوق)

# تخلیقی عمل ــــ کیٛہنہ جمالیاتی انہار

مُصنف :۔ آرتھر کوسٹلر ـــــــــــــ ترجمہٕ کار :۔ پروفیسر سیفی سوپوری

بہٕ چھُس اکِہ تِتھِ آزاد ذہنچ کتھ یٛرِتھان کرِنی، یُس تخلیقی عملہِ ہندِس نسبتاً آزاد فضہس اندر مصروفِ کار آسہِ۔ بہٕ چھُس یہِ یٛرِتھان ہاوُن زِ فنس تہٕ سائنسی انکشافس اندر چھُ اشتراکُک مادان تمہِ کھوتہٕ زیادِ وُسیع یوٚت عام پاٹھۍ خیال چھُ لوان کرنہٕ۔ میانۍ کوٗشش آسہِ یہِ قدرِ مشترک نٮ۪ر راوٕنۍ۔ بہٕ چھُس اَکھ آئینہٕ خانُس مزاحچہِ لوٚت برِنۍ اَڈُن یٛرِتھان، تکیازِ مزاح نگاری ہُند فن چھُ سُہ کُن تخلیقی فعل، یُس تتھ اضطراری ردِعملس دوٚنلاوان چھُ، یتھ تخلیقی عملہِ اندر اکِہ مقیاہچ حیثیت حاصل چھےٚ۔

تمن سارنٕے تجرباتن ہُم اَسہٕ ناوان چھِہ، آسان چھُ اکھ مشترک جزُو ترکیبی سُہ چھُ یہِ زِ " کانہہ (situation) یا خیال دوٚن مستقیم بالذات، اما یوٚز متباین تلازمی سیاقن اندر مشاہدہ کرُن "۔ اکھ واقعہ یتھ منز معنیکی ہُم زِ ڈھانچہٕ اکھ اُکس ژٹان چھِہ، ہکون دُرست پاٹھۍ، اکِہ مرکزی نقطہٕ ستۍ تعبیر کرِتھ تہٕ یتھس واقعس منز ییہِ یہِ مرکز، گویا، دوٚن مختلف دلوٕلینگتھن ہیٚٹھ ارتعاش پاٚدٕ کرناوِنہٕ۔ ووٚں یوٚت کال یہِ غاٚر معموٗلی situation قایم روٗزِ، اکھ واقعہ چھُنہٕ اُکسے کرداری[1] نموٗنس ستۍ

---

[1] کرداری نموٗنہٕ Behavioural Pattern

متلازم آسان۔ بلکہ چھُ سُہ دوٕن ہِنٛزٕ بائسوشیٹ Bisociate[1] گڑھان۔ مٮ۪ے تھٕریہ وحشیانہٕ اصطلاح اوٚموکھ زِ دٕہ بہ دِشٕنگ بند نظامن منٛز سوچُن تہٕ تخلیقی عمل ین اکھ اکس نِشہِ نکھراوٕنہٕ۔ تخلیقی عمل چھٕ ساٮ۪نہٕ خیالہٕ ناپایدار توازُن کِھن تِمن لحٲتی مراحلن پٮ۪ٹھ مبنی یُس بائسوسی ایشنچہِ امہِ اصطلاحِ نِشہِ مراد چھُ۔

بہ کرٕ یٮ۪تہِ مزاحٕچ کٕن کینٛژن عام قسمن ہُند ذکر: تجنیس (Pun) گوٚو سُہ ہشٕر یٮ۪تھ منٛز اکھ آواز دوٕن مختلف معنیٚن ہِنٛزٕ تلازم تھاوان آسہِ۔ مذاقہٕ چھِ مختلف سِچویشنن (situation) اندر چھُ اکھ لفظ محورٕچ کٲم دِوان اغلاطن ہِنٛدِس طربیَس اندر تہٕ چھُ یِی بدان۔ پاٚتھرچارنہٕ چھِ سارِنٕی صوٗرتن اندر چھُ پاٚتھرچارن۔ وول زٕ وجوٗد پوان مانٕنہٕ اکھ سُہ پانہٕ بٮ۪یہِ سُہ یٚمی سُند بھیس یہِ بدلان (پاٚتھرچاران) چھُ امیک اطلاق یُس ہِ والٹ ڈِزنی Walt Disney بندٕن حیوانن پٮ۪ٹھ تہٕ یِم انسانن ہِندی پاٚٹھی عمل چھ کران۔ امیک اطلاق سپد شُرٮ۪ن پٮ۪ٹھ تہٕ یِم گِندنس اندر بٔنٛدٕن ہُند پاٚتھرچاران چھِ۔ امیک اطلاق چھُ انسانہٕ ہند اکھ بنیٚمتین تِمن چیزٕن پٮ۪ٹھ تہٕ یِم زندگی ہُند نقل آسان چھِ، مثالہِ پاٚٹھی پنٛجٕ[2] تہٕ جوڑی۔ بٮ۪یہِ تِمن انسانن پٮ۪ٹھ یِم مشینہٕ ہِندی پاٚٹھی عمل کران چھِ مثالہِ پاٚٹھی روبو ہیو منفضل فروش (pedant) یا سُہ انسان یُس کنہٕ علی مذاقُک نشانہٕ بنہِ، یعنی زِ کرسی ہیٚس تلہٕ کڈٕتھ رٕنہٕ۔ بصری مزاحک سارٕوے کھوٚتہٕ ساد نموٗنہٕ چھُ سُہ آیٔنہٕ یٚتھ منٛز انسانہٕ ہنٛز صوٗرتھ بدلان آسہِ۔ یہ چھُ انسانہٕ سُند جسم، تتھ پاٚٹھی زیٚٹھ اوٚتھ یا ژھوٚٹ اوٚتھ پیش کران، زنتہٕ چھُ ارِچ سطح لچکدار آسان۔ کارٹونسٹ چھُ ژاری ژاری تِمنٕے خدوخالن اندر مبالغہ کران

---

[1] کامہِ واقعہٕ دوٕن مرکزن ہِنٛزٕ ایسوشیٹ گژھنہٕ خاطرٕ چھُ مصنفن Bisociate گژھنچ اصطلاح تھٕرمٕژ۔ [2] اغلاطن ہُند طربیہ comedy of errors

[3] پتلی ین ہُند کھیل Punch and Judy

یِم تِمہٕ ہندِ مطلبکۍ آسن تہٕ باتے چھِ ترٛاوان۔ نتیجہٕ چھُ وُچھنہٕ رٕنگی پرٛتھ کرُن لایق آسان اما پوز جمالیاتی لحاظہٕ ناممکن آسان، گویا یہ چھُ احساسی Perceptual تہٕ ادراکی یُک conceptual دُشمنی ہوٚت مقابلہٕ۔ بالکل یِتھے پاٹھۍ چھےٚ ہجو معاشرچ بگراومٕژ تصویر۔

یس اکہٕ واقعک ذہنی تنظیمہٕ ہندِن دۆن متبائن طریق کارن سیٛتۍ یہٕ بالتوسی ایشن (تلازم) چھُ مزاحہٕ خاطرٕ اکھ لازمی شرط۔

یَس انسان کیلہٕ دلس پیٹھ رکھنہٕ گژھہِ —— بر گانہٕ ہندہٕ مزاحکہٕ نظریُک اصلی نموٗنہٕ —— سُہ چھُ اکھ مُضحکہ خیز پیکر بنان۔ اگر وُچھن والس انسانہٕ ہندِس ذہنس اندر جارحانہ مخاصمت ہمدردانہ تشخص سیٛتۍ بدلہٕ، تیٚلہٕ چھُ سُہ انسان قابلِ رحم شخص بنان۔ امیُک اطلاق چھِ ڈوٗن کیوٗکزوٹس Don Quixote پیٹھ تہٕ سپدان۔

بڑیہ comic مزاحکس پرتھ انفرادی زمرس پیٹھ تہٕ (گویا) ارفع sublime پیٹھ مُضحکہٕ خیزس Ridiculous تام چھُ فقط اکھ قدم تہٕ حالانکہ چھےٚ زِ کائنہٕ اکی نظریہٕ سازَن چھُنہٕ یہ قدم والِس ٹُنگ خیال تہٕ کوٗزمُت یۆدوٚے یہ قدم ہیکون والس تہٕ پھرِتھ۔ یہ قدم چھُ Reversible والِس پھِرُن لایق تہٕ۔ یوٚہے سبب چھُ زِ یہ آس پننِس موضوعس کُن یوٚت برٕنی کنہٕ تکیازِ بہ چھُس یژھان ہاوُن زِ مزاحس تہٕ فنس درمیان چھےٚ نقطہٕ بہ نقطہٕ مطابقت یی زِ اکی قسمکۍ دو تلازمی نموٗنہٕ Bisociative Patterns چھِہ مزاحیہ تہٕ جمالیاتی تجربانن وُتش دِوان، تمہٕ جذبہٕ مطابق یُس بارسس ییہٕ تہٕ تمہٕ process ژوٚرِتہٕ مطابق یَتھ منز یہ جذبہٕ تسکین لبہٕ۔

کومیڈی تہٕ ٹریجڈی ہُند امتیازی جوابی عمل چھُ ترتیبہٕ سان، اسُن تہٕ وَدُن۔ اَسنس اندر چھِ جذبات بیکدم پھٹان تہٕ ودنس اندر چھےٚ واہ واہ

کتھارسِسؔ[1] سپدان۔ گوڈٕ وُچھو زِ اُسن کتھ کُنؔ چھُ وجوٗد لبان یِیلہِ خیال اکہِ تلازمی یاق وسباقہٕ اَندرٕ اچانک بێیس کُن منتقل سپدٲر چھُ ، اَتہٕ چھہِ کینہہ قوتٕ ہُران ، ہم آسنہٕ ستی زایٖل سپدان چھےٚ ۔

خیال ۔ فکر — چھُ یژھہ ووڈٕ ہیکان تُلتھ ، اماپوز جذبہٕ چھُنہٕ ہیکان . وَدُن تہٕ چھُ اکھ اخراجی عمل ۔ یِمہِ ستی جذبہٕ چھُ مُژرنہٕ یِوان ۔ گوڈٕنیتھ چھُ اوٗش پراسیمپیتھٹِکٕ[2] سسٹم ستی کشیدٕ سپدان ۔ دوٚیم نیکہٕ نیٖن اژُن — ژھوٚٹی ، شی ... شہِ کھارٕنی تہٕ اَمہِ پتہٕ زیٖٹھی زیٖٹھی ووشِ ترٲوٕنی ...... ترٛییم اَمہِ لَنہِ اندر چھُ حرکات و سکناتن اندر غلو یِوان . . . تناو چھُ فوری طور کم گژھان ۔ ودنس اندر چھُ جذباتن ہُندٕ اضطراب وارٕ وارٕ ووتان ، یِمہِ ستی خیالک تہٕ جذبک اتحاد خلل پذیر چھُنہٕ گژھان۔

یِمہِ جذبچ تسکین ووہ ستی سپدان چھےٚ ، سُہ چھُ حرکتس منز اَنن والین جذبن ہُندِ فعالیتہٕ نِشہِ محروٗم آسان ۔ عضلاتن اندر حرکت پٲدٕ کرنہٕ بدلہٕ چھُ سُہ اطمینان تہٕ تسکین کُن مٲیل آسان . . . انتہاییٖ حالتن اندر چھُ یہ وجد تہٕ بیہوشی طٲری کران ۔ دوہہ دِشہ کِس تجربس اندر چھِہ یِتھۍ جذبات موٗسیقی بوزنہٕ ستی ، کانہہ پُرشکوہ منظرٕ وُچھنہٕ ستی ، کانہہ عظیم فنکارٕ سُند فن مشاہدٕ کرنہٕ ستی ، محبتہٕ کِنہ پُرلُطف جذباتو ستی یا حُسن و خوبی ہنزن اژھین صوٗرژن اندر پٲدٕ سپدان ۔ یِمو منز چھےٚ پرتھ کانہہ عمل ۔ یا اثر پذیری ڈٲڈیس جذباتن ہندِس جوشس منز آنہٕ نکُ باعث بنان تہٕ انٲنس چھہِ اَتھ بگہٕ یِوان تہٕ ستی ستی جِسمس تسکین ہیوٗ یِوان تہٕ اَکھ تناو ژھوکان ۔ اَتھ حالتس منز چھُ بعض اوقات

---

[1] کتھارسِس : catharsis کانہہ تیُتھ موقعہ یِیلہِ جذبات اظہار لبن

[2] پراسیمپیتھٹِک سسٹم para sympathetic system سُہ نظام اعضایی یُس سیمپیتھٹِک سسٹمس مخالف چھ کام کران ۔

انسأنی آگہی ہنٛدِ واش کڈنٕک تہٕ غیہٕ شخصی بنٕنٕک احساس تہٕ سپدان ۔ فرائڈ سُند احساسِ بحری Oceanic Feeling یتھ منٛز انسانس پننٕہ ذات اکہٕ ننٛہٕ فلکٕک پاٹھۍ حل سپدان بوزنہٕ یوان چھےٚ۔

یمن سارنٕے مختلف نوعہٕکین جذبأتی تجربن ہُند مشترک نسب نُما چھُ آسان احساسِ مشارکت ۔ اکھ اکس ستۍ شریک آسُن ، اکھ اکہٕ سُند سپدُن ، اکھ اکس ستۍ تشخّص : پنُن پان کُنہٕ کُلکُ حِصہٕ زانُنہٕ نٕک احساس۔ یہٕ کُل ہیکہِ فطرت یا نوعِ انسأنی یا ذاتی تعلق ۔ ۔ ۔ آسِتھ۔ میون خیال چھُ زِ یمن جذباتن گژھہِ ماورأئی یا تکمیلی جذبات ناو تھاونہٕ یِن ۔ یہٕ چھُس یژھان زِ نہٕ گژھہِ یتھ اَمہِ لفظہٕ کانہہ پُراسرار یا متصوفانہ مفہوم مراد نِمُن ۔ البتہٕ یہٕ خیال چھُم پیش کرُن زِ یژھن جذبأتی حالتن اندر چھُ کُنہٕ حقیقی یا خیألی کُلکُ جُزٕ بنٕنٕک ضرورتھ محسوس سپدان ، یُس ذاتہٕ کہ سرحدٕ نشہٕ ماورا آسہِ ، ییلہِ زن بوچھہِ ، شکھ ، خوف قسمہٕکین جذباتن اندر Ego "انا" چھےٚ اکھ سألم اکأئی تہٕ آخری قدر تسلیم یوان کرنہٕ ۔ یمن دۆیمین جذباتن وَلو دِوان پأدن وألی یا خود ادعائی جذبات ۔

انتہأئی حالتن ہنٛز کتھ چھےٚ وَکھرٕ ۔ نتہٕ مألو تہٕ جذبأتی کردار چھُ اکھ پیچ در پیچ عمل آسان یتھ منٛز مختلف قسمن ہنٛدی جذبات رلِتھ میلِتھ چھ آسان ۔ محبتس اندر رُو جنسی آسِتن یا مادرانہ ہیکن جارحانہٕ تہٕ خود غرضانہٕ عنصر تہٕ ماورأئی اتحاد ژھانڈن وألی عنصر ، اکھ اکی ہنٛدی معاوِن آسِتھ (سےٚ وۆن ہیکن آسِتھ دُشمنی ییلہِ ڈیٖتھ آسہِ) منٛز چھِ یِم اکھ اکی ہنٛدِ خأطرٕ رُکاوٹ بنان ۔ مُہم جُو تہٕ سائنس دانس اندر چھِ خواہش (حُبِ جاہ) تہٕ عقیدتکۍ جذبات جان پأٹھۍ متوازِن آسان ۔ مذہبی جنونس اندر چھُ عقیدتکُ خلوص ۔ جارحانہٕ اجتمأعی کردارٕ خأطرٕ پانہٕ غأر متأثر روزان ۔ یادِ یژ تھاوُن زِ مشارک عجی نظامہٕچین دۆن لنجن اندر چھُ تعامل مختلف قسمہٕ آسان ۔ مخالفانہٕ اکھ اکی ہنٛدی

معاوِن اثرِ قبول نہ کرن وٲلۍ یا حدٕ کھوتہٕ زیادٕ متلافی۔ یِیٚتِھ چھِنہٕ Ambivalence
اصطلاح کانٛہہ فایدٕ دِوان تہٕ یِمن متضاد جذباتن چھےٚ احاطہٕ کران۔
عام پٲٹھۍ چھےٚ۔ خود ادعائی جذباتن ہنٛدِ سٟتۍ وو تِلیمتٕ حرکات Impulses
مٲکانہٕ عضلاتی حرکتن کُن مٲیِل آسان تہٕ ماورأیی جذباتن نِشہٕ زامتٕ حرکژ، سکون تہٕ اطمینانُک
رجحان ہیتھ، عدودی تہٕ اعصابی فعالیتس اندر بہٕ تام لبان۔ جارحانہٕ جذبات چھِ مربوط
تہٕ وسیع مشنری Machinery سٟتۍ عمل کران، اما پوٚز ماورأیی جذباتن ہنٛدِس اختیارس
اندر چھِنہٕ یِتھ کانٛہہ آلاتی نظام آسان۔ یِمن اندر چھےٚ تحرک مفقود آسان۔ یِم چھِ آسان
عمل آگہی سٟتۍ ہم قدم۔ یِیٚلہِ ماسٹر صابس تلہٕ چھےٚ کُرسی ڈٔسی پیوان، تہٕ ساعتہٕ چھےٚ
دوٚیو منٛز اکھ صوٗرتھ پیش یِوان۔ ہرگاہ میانِس تس کُتِس زوٗلِس اندر جارحیتھ تہٕ خوف
مسلط آسہِ، تیٚلہِ روزِ جذبہٕ برونٛٹھ پکان تہٕ تکلانہٕ اندازٕ پیٚٹھ گژھ سنجیدگی ہُند پردٕ
تھوٚد وٚتھتھ تہٕ جذبہٕ گژھِ تبدیل، لوٚت لوٚت اُسہٕ لس منٛز۔ اما پوٚز ہرگاہ تمِس کُن میانِس
زوٗلِس اندر ہمدردانہٕ یک جہتی آسہِ، تیٚلہِ ییٚدِ بہٕ اُستادٕ ہنٛدِس نوٗمس کرداری مادانس کُن
منتقل تہٕ بہٕ پھتر پیوٗمُت پیکر بنِہ میانِہ فکرمندانہٕ ہمدردی ہُند موضوع۔ اَکھ صوٗرتس
اندر چھِنہٕ خیالس تہٕ جذبس درمیان کانٛہہ فصل پٲدٕ گژھان۔ ژٕکھ چھِنہٕ استدلالہٕ نِشہٕ کانٛہہ
اثر قبول کران۔ اما پوٚز ہمدردی چھےٚ بصیرتس سٟتۍ سٟتۍ روزان۔ یہٕ امتیاز چھُ اہم بنان،
دوٚنٛ لازمی علہٕ اندر یِتھ متعلق مےٚ گوڈٕ نیٚتھےٚ عرض کوٚر۔
مےٚ کوٚر خود ادعائی تہٕ ماورأیی جذباتن درمیان تفاعلچ اکھ قیاسی تصویر پیش کرنٕچ
کوٗشش۔ مزاحس اندر چھِ جذباتھ تھےٚ پٲٹھۍ پھٹان یِتھ پٲٹھۍ مےٚ بیان کوٚر۔ یِمن منٛز
چھِ جارحیتھ تہٕ انقطاعکۍ خصوٗصیات آسان۔ فنس اندر چھِ جارحیتہٕ بدلہٕ یک جہتی بنیِہ
جذبہٕ تہٕ خیالُک اتحاد تہٕ کتھارسس آسان۔

ذہنس اندر بیک آنہِ کاینات ۔ اَکھ حقیقی تہٕ اکھ خیالی ۔ جمع سپدنس چھ وناں التباس ۔ مزاحس منز چھُ اکھ معروٗف قسمٕ مزاحیہ بہروٗپ" تہٕ فنس اندر اتھ مقابلہٕ ڈرامائی التباس ۔ یہ چھُ وُچھن والس غار اہم زمانہٕ حالیہ نِشہٕ تتھس عالمس اندر واتہٕ ناوان، یُس ذاتی مفادٕ نِشہٕ سیٹھاہ دوٗر چھُ آسان ۔ التباس چھُ ماورائی جذباتن وُزناوان تہٕ خود ادعائی جذباتن ٹھُہر روزان ، یا بے اثر بناوان ، اتھ حدس تام زِ ہرگاہ وُچھن والس اندر خوف یا دُکھ پھٹے پادٕ سپدان ، یِم جذبات چھہٕ ہیروٗس سِتؠ یک جہتی آسنہٕ سببہٕ بارسس یوان ۔ یہ یک جہتی چھےٚ کمالہٕ خود اکھ ماورائی عمل آسان ۔

ڈراما یا ناولہٕ ہند پلاٹ چھُ ، وسیع معنیس اندر سچوئیشن یا کردار یا دوشونٕ پیٹھ مبنی آسان ۔ گوڈنکس صوٗرتس ۔یعنی زِ سچوئیشنہٕ کس ــــ اندر چھُ اُکس مرکزی واقعس منز ، دون آزاد تعلیلی سلسلن ہُند اُلجھاو ، تضاد ، انطباق یا غلط فہمی پادٕ کران ۔ یِم ساری چھہٕ طربیہ تہٕ حزنیہ دوشونی ہندِ خاطر بُنیادی ستوٗن ۔ دوٚیمس صوٗرتس اندر ۔کردارکس ۔ چھُ تضاد آسان متبائن مزاجن ، قدرن[3] ہندِس میزانس یا طرزِ عملکی اصوٗل[4] ورتاونس اندر یہ ییاے چھُ اُنزرنہٕ یوان اُکے شخصہٕ سندِس دِلس منز یا مختلف شخصن درمیان یا ہیروٗس تہٕ معاشرس درمیان ۔ یِمن متبادل صوٗرتن اندر چھُ مصنف ناظرینٕ اُتھ ، تِہند بِہسے معنوی فریمس اندر زِ متضاد معنوی فریم ، صحیح ماہنہ ناوِنکُھ ستر کران تہٕ یہ چھُ وُچھن والی ہندِس ذہنس اندر دون ہم زمان تہٕ متبائن یک جہتین ہندِ داخلی طور واقع سپدنہٕ سِتؠ تضادیچ صوٗرتھ اختیار کران ۔

---

[1] انطباق : coincidence ، ہم وقتی [2] طربیہ comedy ، حزنیہ Tragedy

[3] قدرن ہُند میزان scale of values [4] طرزِ عملکی اصوٗل code of behaviour

یتھ پأٹھۍ چھ اکھ فنکار عام یا دوہہ دِش کین تجربن ہندی فریم (معنوی فضا)، جذبأتی طور زیادہ قوی استعداد تھاون والین معنوی فضہن رتی بائسوشیٹ کران، یتھ طریقِ کار ییمہِ ستۍ کتھارسس - جذبأتی کرنٹ زمین دوز سپدان۔ آسان پھٹے سپدان۔ اَتھو مستۍ رتۍ۔ اکہِ مانوس تجربک اُکس مختلف فریمس کُن منتقل سپدُن، اُکس نوس سیاق و سباقس منز اژُن چھُ اتھ اُکس نوِ غیر مانوس تہ ناراہم روشنی منز پیش کران - یتھ پأٹھۍ، فکری تجلی تہ جذباتی تسکین بیک آن جلوگر سپدان۔ دُوتلازمی عملہ ہندی تکمیلی پہلو - چھ جمالیأتی تجربک جوہر معلوم سپدان۔

یوہے چھُ میانہ اندازہ سائنسی انکشافک جوہر تہ۔ ییلہِ اکھ تجربأتیؒ مقدمہ پننہ معتاد سیاق و سباقہ نیشہ اُکس نوس سیاق و سباقس کُن منتقل سپدان چھُ، تتھ چھُ اکہِ نوِ زاویہ نگاہ وُچھنہ یوان تہ توجہ ہیکہِ اَمہِ کس کنہ تتھس پہلوس پیٹھ مرکوز سپدتھ، یُس اُکس معنوی فضہس اندر بے محل تہ بیینس اندر مربوط آسہِ۔ تاکیدچ یہِ تبدیلی یا اژ انتقال چھُ تخلیقی عملہ ہندِن ترتیبہِ وِنی باطن اندر دوتلازمی عملہِ ہنز اکھ لوزمک خصوصیتھ۔ کوہر ہندی جپاذی سلطان ییلہِ مثالے گوڈنچہِ فِر اکہِ کلچ لنڈ ژٹ تہ سو کرُن کیلہ ژھانڈنہ بایتھ لورِ ہندِ حیثیتہ استعمال، تمی کوٚر ہتھیار بناونک فن ایجاد۔ پننس معتاد معنوی فضہس منز آس یہِ لنڈ اکہِ "فعال کُل"۔ یعنی ز کلچ ــــ اکھ حصہ امابوٚز سلطانس آس لوٗر تلاش کرنچ فکر ژھٗنان۔ ییمہِ رتۍ اُمس بیاکھ معنوی فضا اَتھ آو، یتھ زن زییلہِ اُمی بنز نظر لنجہ پیٹھ پیئیہ، تمی سُند توجہ پیُد برونٹھ نظر نہ گنتس تہ استعمالس منز نہ آمتس، لنجہ ہندس لورِ ہش آسہ نکس صفتس کُن منتقل۔ لنڈ آیہ پننہ سیاق و سباقہ اندر ژٹنہ تہ بیکہِ سیاق و سباقک حصہ بناونہ۔ ییلہِ سلطان ور دار لنجہ تہ بینز لورِ مابین پوشیدہ ہشر منکشف کوٚر، تمی کرۍ اکہ پرانہ کھاوژ ہنز تائید زانکناف

چھُ ناو ترٛٲوتھ جایہ ہشر درٛینٹھٕ ینگ یِمیتھ اُمہٕ برونٛٹھ کٲنٛسہٕ وُچھمُت آسنہٕ تہٕ بیشک ییٚہے تعریف چھےٚ مزاح نگار تہٕ شاعر بندین انکشافن پیٹھ تہٕ منطبق پیدان ۔

یِمیتھ چھُ مےٚ باسان زِ FRAME ۔ فریم ، ڈھانچہ ۔ معنوی فضا ہوین لفظن ہیٚتھ مضمونس اندر تقریباً ہم معنی اندازس اندر چھِ ورتاونہٕ آمتۍ ۔ گژھہِ زیادٕ درست یا نہٕ زِ درست ، معنی عطا کرُن ، یُتھ زن کُتھ واش نیر FRAME OF BEHAVIOUR دایرہ عمل وَنو اُکس ترٛٲوتھ خلقی یا پیچھٕ ہنرمندی ، یُس مقررہ قانونن ہندس مجموعس تابع عمل پذیر آسہ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یہ کارکردگی ہیکہِ ماحولکین مخصوص حالاتن ستۍ مطابقت پاٚدٕ کرنہٕ باوجود ، اُکس مقررہ کوڈس code تابع آستھ ۔ چنانچہ سانو نواز ، شطرنج باز ، ماہر طبیعات سٲری چھِ لچکدار حرٕ کرتہٕ CRAFT ) ہند اظہار کران تہٕ ستۍ ستۍ مقررہ قاعدن ہنز تابعداری تہٕ کران ۔

ودوٕن ہر گاہ زن کانہہ کام یتھ نےٚ ہوین طریقن اندر کران روزِ تیلہِ چھےٚ ہوشمندی اضطراری عملہ ہندس پست سطحس پیٹھ وسان VICE VERSA برعکس چھُ بدلہٕ وُن اوٚند پوٚک لچکدار ہوشمندی پاٚدٕ کران ۔ اما پوٚز تغیرٕ ہیکہِ تھس نقطس پیٹھ واتتھ یِمیتہٕ زن سیچویشن ، ہرگاہ سو یتھ کالہِ پیش آمتین حالاتن واریاہ رنگی مشابہ تہٕ آسہ ، کُنہ تتھ خصوصیژ ہنز حامل آسہ ، یِمہِ ستۍ مسلہ ہیکہ نہٕ پرانیو طریقو حل سپدتھ ۔ ودوٕن یوٚدوے یِژھ کتھ سپدِ ، زانٕ گژھہِ زِ سیچویشن چھےٚ منجمد گمُژ ، فنکارس تیٚمِک احساس گژھہِ سپدتن یا زٕیری ۔

منجمد سیچویشنہٕ منز چھُ رُکیمٕ تحریکہٕ ہند دباو زیادٕ سپدان ۔ پُر اُمید طریقہ

---

۱؎ Datum of Experience تجرباتی معد ۲؎ Bisociative act دوتلازمی عمل

۳؎ Kohler's chimpanzee sultan "سُلطان" چھُ یِمیتھ طنزاً تہٕ مزاحاً استعمال آمُت کرنہٕ ۔

آزماونہٕ پٮ۪تہٕ چھےٚ تخلیقی تحریک دٲیٖرن اندر گتھ کران، سوٗرٕ سوٗرٕ ژکھ تہٕ چھےٚ ذہنس متاثر کران تہٕ تخلیقی انہماک چھُ انتشار ٲیِل آسان۔ یتھس مرحلس پیٹھ ـــ تخلیقی بارآوری ہنٛدس موسمس اندر۔ چھےٚ سارےٚ شخصیتھ، غیر لسانی تہٕ غیر شعوٗری حدس تام، مسلہٕ حل کرنس اندر غرق سپدان، یوٗت ہن زیٛیلہٕ توجہ بنیٛس کُنہٕ معنوی سیاق وسباقس اندر منہمک چھُ آسان، عصبی[1] فعالیتھ کس کُنہٕ نہٕ کنہٕ سطحس پیٹھ چھُ یہ لاینحل مسلہٕ، ذہنس اندر نژان آسان۔ یتھ کُنۍ چھانزی سلطانہٕ ہنٛدس معاملس منز۔ کلس کُن نظر تراوٕنی یا ارشمیدس سُند آبس منز غوطہٕ دِنہٕ وِز آیہٕ سطح تھوٚد کھسان وُچھنہٕ ..... یتھ پاٹھۍ اکھ موافق اتفاقی واقعہ سٟتۍ یہ موقعہ حاصل سپدان زِ پرٛانِس سیاق وسباقس اندر منجمد گمژ سچویشنس پیٹھ کرون اسہِ اکھ نوٚو معنوی فریم مسلط تہٕ تخلیقی علہٕ اندر بیومُت گنڈ پیہ مژراونہٕ۔

یمن صوٗرتن ہُند ذکر کرنہٕ آو۔ تمن منز اوس اتفاق (CHANCE) اکھ ییتھ مرکزی نوقطہ دریافت کرنس پیٹھ مشتمل، ییمہٕ سٟتۍ غار متعلقہ معنوی فریم اکھ اکس سٟتۍ رلان اسۍ۔ اتھ چھُ اتفاق CHANCE ماتحت رول ادا کران۔ کنہٕ منجمد گمژ سچویشنہٕ گنڈ مژرنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ انسانی ذہن صرف اُنہٕ سار یوت کام ہیوان بلکہ چھُ یہ مُبہم پاٹھۍ محسوس کرِتھ بیتس سمتس کُن پکان، ییتہٕ کینہہ غار ملفوظ کھیہ دِنہٕ مماثلژ تتہ رہبر چھےٚ بنان تہٕ یہ ہتر نوعیت آسان چھےٚ یتھ پاٹھۍ کُس تام جیز چھُ مےٚ کیاہ تام یاد پاوان۔

بشکریہ:
یونیورسٹی کیلیفورنیا میڈیکل سکول سمینار
"کنٹرول آف مائینڈ" منعقدہ ۲۸-۳۰ جنوری ۱۹۶۱ء

[1] عصبی فعالیت NERVOUS ACTIVITY

# اکتشافی تنقیدٕچ جمالیات

پروفیسر حامدی کاشمیری

بُننہٕ ہتہٕ وٕرٕ کشہٕ رِلوایبزٕ باوجوٗد چھےٚ اُردوٗ تنقید از تہٕ اکھ سوالیہ نشان بنیتھ برونہہ کنہٕ یِوان تہٕ اُمچہٕ کارگزٲری تہٕ ضروٗرتس مُتعلق چھِنہٕ بے اطمینانی منٛز کمی پیدان۔ حالیٖن لیوٗکھ روایتی لکھنوی شاعری خلاف بطورِ ردِ عمل سرسیّد سٕنٛزِ اصلاحی تحریکہٕ ہٕندِس اثرس تحت "مقدمہ شعر و شاعری" تہٕ شاعری بناوٕن سماجی، اصلاحی تہٕ اخلاقی مقصد پراوٕنک وسیلہٕ تہٕ اَمہٕ سۭتۍ ترٛووٕ تمۍ بُننس ووستاد تہٕ نابغہٕ روزگار غالبہٕ سٕنٛد شعری جمالیات پتھ کُن تہٕ تنقیدس آیہٕ یہ کٲم بُتھراونہٕ زِ سُہ کرِ شاعری ہٕند علامتی کردار نظر انداز کٔرِتھ، یِمہٕ وٕنیٚتھ پۄژھ سماجی، سوانحی تہٕ تٲریخی موضوعات نشان زد۔ شاعری ہٕندِ یہ مقصدی کِردار چھُ اقبالس ہیوٚس بٔڈِس شاعرس منٛز۔ شاعری منٛز تہٕ نوٚن نیران تہٕ اَمہٕ پتہٕ کُر مارکسی نظریہٕ سازو تنقید جمالیاتی منصبہٕ نِشہٕ معزوٗل تہٕ اَتھ پُترٲوِکھ سماجی اصلاحچ کٲم تہٕ لیُس ادب یِہ ہیوٗکہٕ کٔرِتھ، تِتھ دِتُکھ رجعت پسندی ہٕند الزام تہٕ منسوٗکھ۔ مارکسی تنقیدٕچ یہ خودساختہ تاوٗیل آس اُردوٗکین نقادن ہٕنز کٲم۔ روٗدی مغربکۍ مارکسی نقاد تِمو دیُت پننین حدوٗدن منٛز روٗزِتھ تہٕ وسیع النظری ہٕند ثبوت۔ یۄہے حال چھُ لگ بھگ بٔیین تنقیدی نظریاتن ہٕند تہٕ مثلاً نفسیاتی، تاثراتی تہٕ تمدنی نظریاتن ہٕند تہٕ، یِم مغربہٕ پیٚٹھ آمتۍ چھِ تہٕ یِم اُردوٗکیو نقادوٗ پننہٕ علمی استعدادٕ تہٕ سوٗچ بوٗجہٕ سۭتۍ ورتناوِ متۍ چھِ۔ رچاڈس ریٖن سم، ایمپسن تہٕ برۄکہٕ ہٕنٛزن تنقیدن زیرِ اثر یمو اردو نقادو ہیتۍ تنقیدکۍ نموٗنہٕ پیش کرٕنۍ، تم تہٕ روٗدۍ تہٕ

تخلیق، مصنفہٕ نِشہٕ آزاد کرنہٕ باوجوٗد، اَمہِ کیو لفظو منٛز معنی ومطلب اخذ کرنس پیٹھ۔ یوٗہے
حال چھُ لسانیاتی تہٕ اُسلوٗبیاتی تنقیدُک تہٕ۔

یِمہٕ برونہہ زِ اَتھ تنقیدی کارگزاری بیہ سام ہیٚنہٕ۔ اَمہِ چین ہیچ یہ گیٚن پیٹھ
اکھ نظر ترٛاونی چھےٚ ضروٗری۔ اکھ کتھ چھُ یہ زِ فن ییلہِ مخصوٗص ہتٕے کرِد موضوٗع یا معنے
کہ واتہٕ نیاورُک ذٔریہ بیہ بناونہٕ باپے سُہ شعر آسہِ تن یا فکشن، سُہ چھُ مقرر ہیتی آداب
تہٕ مخصوٗص لسانیاتی عملہِ باوجوٗد اطلاعی نثرکس سطحس پیٹھ وٚسان۔ سوال چھُ زِ یوٗدوے
شعر شاعر ہنز سوانح حیات یا معاشرتی تہٕ تأریخی حالات پرٛن وٲلس تام واتہٕ نادنُک
وٚسیلہٕ چھُ تیٚلہِ کیاہ چھِ اَکھ ہیتی عناصر مثلاً بحر، قافیہ، ردیف، آہنگ، لہجہٕ تہٕ،
استعارہٕ تہٕ علامت بیترِ ورتاونُک جواز؟ بیاکھ مشکل چھُ یہ زِ اگر فن چھُ تأریخی یا عمرانی
حقیقژ ہنز ترجمانی کران تیٚلہِ کیاہ چھُ درجہ بندی یا قدرسنجی ہُند امکان؟ یوٗدوے زِ
شاعر اکی نظریہ موٗجب پننس کلامس منز سماجی مسلن ہنز ترجمانی کرن، ہنہز قدرسنجی
ہُند مسلہٕ کتھہٕ کٕنۍ گژھہِ حل؟ یعنے اگر فن صرف موضوٗع چھُ، تیٚلہِ کتھہٕ کٕنۍ ہیکو مخدوٗم محی الدین
تہٕ نیاز حیدر ہنز۔ شاعری ہنز درجہ بندی کٔرِتھ، اَمہِ علاوٕ موضوٗعس تھٔر کھالنہٕ سیتۍ چھُ
فن موضوٗعس تہٕ ہیتس منز تقسیم سپدان، سوال چھُ زِ فن ہیٚکیاہ موضوٗع یا ہیت کٔہن بیوٚن
بیوٚن خانن منز باگرٕ نہٕ یتھ۔ یوٗدوے یہ کرِد تیٚلہِ کتھہٕ کٕنۍ روزِ فنچ سالمیت تہٕ استناد
برقرار؟۔

یِم ساری کتھہِ دار سوالات چھِ مروٗجہ تنقیدی نظریاتن ہندی یادِ کرٚی ہتہ۔
یہ چھےٚ نٕنۍ کتھ زِ مختلف شعبہ ہائے فکر چھِ انسانہٕ ہندِ لو ذہنی تہٕ فکری رجحاناتو موٗجوب
حقیقژ بدرکڈان تہٕ لوکن ہندس علمس منز وُسعت پادِ کران، یوٗتام فنکۍ تعلق چھُ
یہ چھُ انسانہٕ ہنز ذہنی تہٕ فکری عملہٕ ہتۍ متۍ تمۍ ہندین نفسیاتی، شعوٗری تہٕ لاشعوٗری محرکاتن

ہندِ مثال گرٛھنہٕ سٟتۍ تخلیقی قوۄژ منٛز تبدیل گرٛھان تہٕ خارجی حقیقژ تبدیل کران یا نوِ تہٕ اجنبی حقیقژ پاداہ کران ۔ اُتی چھُ فن انسانی آگاہی منٛز تیزی تہٕ جمالیاتی لطافنُک سامان کران ۔

فنکار ہنٛز غارمعمولی قوۄژ چھےٚ تمہِ ہندِس ذریعہِ اظہارس یعنی میڈیمس منٛز شکل وصورت پرٛاوان ۔ شاعر ہندِ تخلیقی ذہنہٕ کہ اظہارچ زان چھےٚ زبانی ہندِ تخلیقی ورتاوسۍ گرٛھان ۔ فکری سطحس پیٹھ زندگی تہٕ کاینا تچ فنا پذیری ، اختلال تہٕ تضاد محسوس کٔرتھ چھُ فنکار اکھ ترٛتھ کاینات پاداہ کرنُک آرزومند آسان ، یوٚسہٕ پایدار نمو پذیر ، مربوط تہٕ مثالی آسہٕ ۔ یہٕ عمل چھُنہٕ محض تمہِ ہندِ شعورچہِ حدن سٟتۍ مربوط ، بلکہ چھےٚ یہٕ تمہِ ندٕ جمالیاتی وجوٗد باگرِ بورُت بناونُک تقاضہٕ تہٕ کران تہٕ بقول فرایڈ نفسیاتی ژھرپرٕ دوٗر کرنٕچ منٛزورتھ تہٕ ، اَمہٕ علاوٕ چھےٚ یہٕ بقول یونگ اجتماعی لاشعورُک اظہار تہٕ ۔ تاہم چھےٚ یتھ کتھ گیٚنی کڈنی لازمی زِ فنکار ہنٛز مثالی کاینات چھُنہٕ حقیقی تہٕ اصلی کاینات مَنٛزٕ پتھ کُن تراوان ۔ ہکیازِ تہٕ دتمی ہنٛز تخلیقی شخصیتھ چھےٚ موروثی اثراتو تہٕ ماحولہٕ مُطابق پرٛتھان تہٕ پھاپھلان تہٕ یوٚسہٕ زبان سُہ ورتاوان چھُ ، تمہِ چہِ تمدنی تہٕ سماجی لنگ لنجہٕ ہیکوٚنہٕ مُتراوِتھ لہٰذا ہیکوٚ یہٕ وٚنِتھ زِ تخلیقی عملہٕ سٟتۍ چھِ ازانی تہٕ نادیدہ جہان خلق سپدان یم تجسس تہٕ تحیرُ وۄتلاوان چھِ تہٕ جمالیاتی حظ بخشان چھِ ۔ یِتی چھِ تم زندگی ، کاینانِکۍ تہٕ مونُک شعور تیز راوان تہٕ یوٚہے چھُ فنُک تفاعل تہٕ تنقیدچ کام چھےٚ فنہٕ کہ امی عملہٕ ہنٛز پاری زان کٔرنی ۔

اعلیٰ فن چھُ تخلیقُک پاداوار آسان تہٕ یہٕ چھُ لازماً علامتی نوعیتُک آسان ۔ علامتی بیان چھُ تحسین شناسی خاطرٕ مشکل پاداہ کران تہٕ تمن مشکلن پیٹھ ہیکہِ اکھ دیدہ ور نقادے قابو لبتھ ۔ اَتھ برعکس چھُ عام تہٕ عوامی ادب نقادٕ ہنٛز ضرورتھ نچھِ ترٛاوان ، ہکیازِ سُہ چھُنہٕ راست بیانی سٟتۍ واتناوبکہ مسلہٕ پاداہ کران ۔

لہٰذا چھُ اعلیٰ فن علامتی کردارٕ ہ موجب نقادٕ ہنٛز ضرورت پاداہ کران ۔ نقاد

چھ تخلیقس اَمہِ کہِ میڈیمہٕ ( MEDIUM ) یعنی لسانی ساختہٕ کنہِ نکھہ یوان تہٕ اَمچہِ تخیلی کائناتچ زان کران ، یتہٕ تمُس حیرت انگیز واقعات بروٗنہہ کُن یوان چھِ۔ سُہ چھُ یتہٕ تخلیقہ کنہِ لسانی عناصرن ہنز تجزیہ کاری ہتی لفظن ہندیو انسلاکاتو تہٕ رشتو ہتی تمہِ انداز صوٗرتِ حالک انکشاف پرن وٲلس پیٚٹھ کران یُس اَمیُک جوہر چھُ آسان تہٕ پٔرن وول چھُ فکری تھزر پرٲوان تہٕ جمالیاتی لحاظٕ مُتاثر گژھان ۔ یہ تنقیدی نوکتہٕ چھُ ہنا وضاحت طلب ، فن پارچُ لفظن ہنز موسیقانہ ترتیبہ ہتی شکلاوہ یوان ، یعنی سُہ چھُ اکھ لسانیاتی معروض یا مظہر۔ چونکہ لسانیاتی ورتاوہ ہتی چھِ ہمکھوتہٕ کم لفظ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تلازمی امکاناتن وُتلش دِوان ، لہٰذا چھُ پرٛتھ کانہہ لفظ کلُہم صوٗرتِ حالس وۄپداونس منز کلیدی رول ادا کران ۔ لفظٕ علاوٕ چھِ لفظن مابین سکوت تہٕ وقفہٕ تہٕ بنتھ کام کران ۔ یتےٚ یوت نہ بلکہ تخلیقک راوی یا شعری کردار چھُ لہجہِ چہِ کھسہٕ وسہٕ تہٕ شعری آہنگہٕ چہِ معمولی تبدیلی ہتی کلُہم صوٗرتِ حالس پیٚٹھ اثرانداز گژھان ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ تخلیقچ پیکر تراشی ، استعارٕ کاری تہٕ علامت تہٕ اَمیُک وجوٗد راز سربستہ بناوان ۔ مروجہ تنقیدی نظریاتن خاصکر ہیتی تنقیدس چھےٚ اتھ پیٚٹھ نظر گذر روزان ۔ امابوز یُس چیز تمن تخلیقکس فرضی کائناتس منز مُبہم جویانہ سیاحت کرنس منز ٹھاک چھُ کران ، سُہ چھُ یہ زِ تم چھِ اَمہِ منز جزوی یا کلی باطِنی معنہٕ مطلبس پتہٕ لاران ۔ یتھےٚ تم تخلیقس منز ورتاوہٕ آمتس کنہِ لفظس یا لفظن ہندس مجموعس منز معنہٕ ژارنہٕ بہان چھِ تیتھےٚ چھُ اصل تخلیقس ہتی تہند تعلق کالعدم گژھان ۔ تم چھِ پننہٕ خیالہٕ تخلیقچ تلخیص ، تفسیر پیش کران ، امابوز یہ کتھ چھےٚ مشراوان زِ یوسہ کام تم کران چھِ تمہ تہٕ تخلیقس چھُنہٕ کانہہ واٹھ روزان تہٕ تہنز تنقیدی کارگزاری چھےٚ چھیٚنبہِ گژھان ۔

اَتھ شایہ چھےٚ اکتشافی تنقیدٕ فنہٕ کہِ سائمیٹک تہٕ وجوُدُک تحفظ کرنہٕ علاوٕ
اکھ تخلیقی کِردار نوٚن کڈنس منز بُنیادی رول ادا کران ۔ یہ نظریہ چھُ اولاً ہیتی تنقیدٕکہِ
پاٹھی فنُک آزاد تہٕ خود کفیل وجوُد تسلیم کران تہٕ امی تنقیدی نظریہٕکہِ پاٹھۍ چھُ فنہٕ کِس
لسانیاتی تہٕ ہیتی عناصرن تجزیہ کران، اما پوز ہیتی تنقیدس برخلاف چھُنہٕ یہ تخلیقہٕ چہِ
لسانیاتی ساختہٕ موٗجب اَتھ مُصنِفس یا ثقافتس یا معاشرس سٟتۍ مکمل بِہن ورتاوان ۔
چوٗنکہ تخلیق چھےٚ اَکِس ذی شعوٗر فردٕ سٕندِن تجربن ہنز تجسیم کاری کران، لہٰذا ہیکہِ نہٕ
یہ اَندی پکھۍ زندگی نِشہِ بدوٗن سپدِتھ، مگر امیُک زندگی سٟتۍ تعلق چھُ بالواسطہٕ آسان
تہٕ صوٗرت پراوان وول تجربہٕ چھُ تقلیبہٕ منزٕ گُزران، نتیجہ چھُ زِ اکھ نوٚو تخیلی حقیقت
چھےٚ تھٕنہٕ پیوان ۔ ییٚتھ مصنفہٕ سٕنزٕن رگن ہُند خوٗن یہ ناوے کران چھُ تہٕ معاشرتی
زوٗ زٕہ تھوان ، دوم اکتشافی تنقید چھُنہٕ بیٚین نظریاتن ہندی پاٹھۍ تخلیقہٕ منز معنہٕ مطلب
کڈنۍ بے فیض عملِ لار روزان ۔ یہ تنقید چھےٚ پرن والین تمہِ تخیلی فضہُک مشاہدٕ
کرناوان ، یُس لفظٕ ژار سٟتۍ روبہ عمل یوان چھُ ۔ تنقیدُک اصلی تفاعل چھُ یوہے ۔ یہ چھُ
تھدِ پایہ کِس فنی نموٗنن مثلن شیکسپیرنِس ڈرامہن ، میر تہٕ غالبنہٕ شاعری ، انیس سٕندِن
مرثین ، اقبال سٕندس کلامس تہٕ انتظار حسین سٕندِن افسانن منز درینٹھ گژھان ۔
اکتشافی تنقید چھےٚ بہر حال تخلیقہٕ منز معنی و مطلب ژھارنہٕ کِس عملس ثانوی درجہ
دِوان ۔ یہ عمل چھےٚ تنقیدٕ کھوتہٕ زیادٕ درسی ضروٗرت پوٗرٕ کران ۔ تخلیق چھُنہٕ ییٚدِ سیوٚد
کانہہ معنی یا حقیقت بیان کران یہ چھُ تخیلی سطحس پیٹھ "نموٗدِ صوٗرتُک معجزاتی عمل" یُس
پرن والس حارتس منز تراوان چھُ تہٕ حارتہٕ منزٕ نیرتھ چھُ سُہ (اگر ضروٗرت پییس)
امہِ کِس معنیس پیٹھ سوچان سپدان ۔ تاہم اکھ معنی لبُن تہٕ اَتھ وکھنے کرٕنۍ چھُنہٕ
تیوٗت سہل یوٗت یہ باسان چھُ ۔ مشرق تہٕ مغرب کیو نقادو تہٕ شارحینو چھُ معنہٕ کِس

اَمُلَس پیٹھ سپٹھاہ غور و خوض کوٚرمُت، اما پوٚز تھنز کوٚشش چھےٚ کثرتِ تعبیرس منز راومٕژ، "معنی فی بطن شاعر" کہ تصورٕ پیٹھ تخلیقس منز مصنفٕ ہنٛدِ طرفہ پیش کرد معنی تمہٕ پتہٕ کثیر المعنویتکہ نظریہٕ۔ ساختیاتی نقطۂ نظر موجب معنہٕ بجایہٕ معنیہ کہ فضہکے امکانات، یم لسانیاتی رشتن ہنٛدس تجریدی نظامس سٟتی وابستہٕ چھِ تہٕ معنیکہ عدم وجود۔ بقولِ رولاں بارتھ WRITERLY پرٛن والی سٟتۍ شرکت تہٕ قرٛنہٕ سٟتی معانی لبُن۔ یم ساری تصورات چھِہ معنی یا بی تھنٛدس کنہٕ قطعی اصوٗلس وِپرٛھناوان ساختیاتی تنقیدٕ موٗجب ہیکہ نہٕ تخلیق لفظن ہنٛدِ لو ثقافتی تہٕ تاریخی معنویتہٕ بدوٗن روٗزتھ، یمو سٟتی مصنفٕ سُند شعور باگہٕ یوٗرُت بنان چھُ۔ تاہم ہیکو نہٕ یتھ کتھ نکار کرِتھ زِ تخلیقکو لفظ چھِ لسانیاتی تغیراتی عملہٕ منز گنٛزرِتھ اَمہِ کس لسانیاتی نظامس سٟتۍ مربوط گژھان۔ یہِ تخلیقیح جمالیات رُٹھراونہٕ خاطرٕ چھےٚ تھنز۔ یہِ گوڈنیُخ کام زِ تم کرن اکھ تخیلی صوٗرتِ حال پاد تہٕ بہٕ ییلہٕ معنی لبنُخ ضروٗرتھ بیہِہ، تیلہٕ کرن نہٕ اَکی سے یا قطعی معنیس پیٹھ اصرار، بلکہ کرن کثرتِ معنی دٕری یاف۔ یہِ کتھ چھےٚ قابلِ توجہ زِ تخلیق چھےٚ پرٛیتھ نوٚس دورس منز تہٕ پرٛیتھ نوٚس پرٛن والس نوٚی نوٚی معنی ہیتھ یوان۔

بہٕ چھُس یژھان زِ جدید تنقیدی اصوٗل گژھن صحی تناظرس منز ورتاونہٕ ینِ تاکہ ہِنکی جمالیاتی تصورات گژھن واضح۔ یہِ تنقیدی کام نہٕ چھےٚ شخصی نہٕ تاثراتی، اَتھ چھےٚ ٹھوٗس لسانیاتی بُنیاد۔ یہِ چھےٚ لفظن ہنٛدین صوتیاتی تہٕ معنیاتی نزاکژن پیٹھ نظر تھاوِتھ، اَمہٕ کین رشتن پیٹھ غور و فکر کرِتھ ڈرامائی صوٗرتِ حال بد کڈان، یُس کردار، مخاطب، مکالمہ تہٕ فضہٕ سٟتی چھُ متشکل گژھان تہٕ پرٛن والِس اسراری دنیاہس منز واتہٕ ناوان تہٕ جمالیاتی تشفی کران۔

# واکھ تہٕ شُرُک

## اکھ ہیٚتی مُطالعہٕ تہٕ سامؠ

پروفیسر رحمن راہی

کاشُر زبانی منٛز یِم مختلف شارٕ ذٲژ ورتاونہٕ آمژٕ چھےٚ تِمو منٛزٕ چھےٚ وُنیکتام ژور ذٲژ سارِوے کھوتہٕ پرٲنؠ مانہٕ آمژٕ، یعنے پَد، وَژُن، واکھ تہٕ شُرُک۔ وُنی کین چھِ میون موضوع یِمو منٛزٕ صرف زٕ واکھ تہٕ شُرُک۔ واکھ یتھ للہٕ ہندِ ورتاوٕ موٗل کھوٚت تہٕ شُرُک یُس شیخ العالمس سٟتؠ مخصوٗص چھُ۔

ڈاکٹر ٹی۔ این گنجو چھُ "للہٕ واکھ تہٕ لسٲنی زاوِیہ جار" ناوِکِس پننِس اَکِس مضموٗنس منٛز اٹھِمِہ نوٚمہٕ صدی ہندِین چھُمہٕ پدن، ژوداہِمہٕ صدی ہندِین للہٕ واکھَن تہٕ پنداہِمہٕ صدی ہندِین شیخہٕ شُرکین ہُند باہمی ذٲژٕ ہشَر وُچھتھ سوال تُلان زِ پَد، واکھ تہٕ شُرُک چھا کاشرِ شاعری ہنٛز ترٕنےٚ بیوٚن صنفہٕ کِنہٕ اَکی صنفِہ ہندی ترٕنےٚ الگ الگ ناو؟ سوال چھُ پرٕزی پاٹھؠ سوچنٕس لایق۔ مگر پرٕزر چھِ یِہ اَتھ سوالس چھُنہٕ وُنیکتام شاید کانٛسی پرٕزنہٕ پاٹھؠ دَل دِتمُت۔ گنجو صاب چھِ پننِس سوالس جواب دِوان یِمن شارٕ ذٲژن ہندِس چھرا اَکِس پامَس یعنے وَزنَس سٟتؠ آوُر گرٕژھان تہٕ تَوٕے تہٕ محض یہ اکھ کتھ وَنان زِ "یِمن ترٕیشوٕنی منٛزٕ چھُ گُنٕ ژھند استعمال سپُدمُت" تہٕ اَتھ ژھندس منٛزٕ چھُ کاشرٕیت ٹاکارٕ پاٹھؠ پرٕزلان۔"

خٲرٕ وٕنؠ ہرگاہ یِمن شارٕ ذٲژن ہندِس ژھندس پؠٹھٕ پاٹھؠ سام آسہے ہینہٕ آمژ تو تہٕ آسہے اکھ اہم کام انٛدؠمژ۔ مگر تِتہٕ چھُنہٕ سپُدمُت۔ ژھندَن ہُند کاشرٕیت بَدِ کڈن گٔیہٕ

بڈ کتھ، گنجو صابن چھپنہٕ یمن شاہر ذاتن ہنز۔ ژھاے گژاے پرزناونچ تہٕ کوشش کرمژ نہٕ یہ کینژھا ژھنڈ کہٕ ناو وننہٕ آمت چھُ سُہ چھُ دراصل غلطی عورُ وضنہٕ کس اکس بیون تہٕ ضمنی بابس یعنے قافیس رٕدیفس متعلق، یتھنہٕ ژھنڈس ستی سیدٕ سیود کانہہ واتھ چھُ۔ قافین ہندس بابس منز تہٕ چھُ باسان گنجو صابن چھےٚ سہل انگاری ورتاومژ۔ تکیازِ ہرگاہ تمہ اکہ طرفہٕ یہ بیان دِوان چھہٕ زِ "کاشرِ ژھندن ہنز زان نہ آسنہٕ کنہِ چھےٚ واریاہن چھاپن منز غلطی کرنہٕ آمژ" تہٕ پننس اتھ بیانس دربرکرنہٕ موکھ لٔلہٕ ہندس یتھ مشہور مصرس زِ "زۄچھم برمان گرگژھہا" غلط چھاپ مانتھ تہٕ لایقِ اصلاح زانتھ یہ "صحی صورتھ دِوان چھہٕ زِ "زۄچھم برمان گرژھہا گار"، تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ چھہٕ تم "وٕ"، "وٕ" تہٕ "وٕ" رٕہنہٕ بلکل ہم مخرج تہٕ ہوٚہوٚ آوازٕ واکی لفظہٕ اڈتھےٚ گنہِ ہم قافیہٕ گنزران یتھ کنہِ لوٗنی، ہوٗنی تہٕ گوٗنی ہوی لفظ چھہٕ بتالے یتھ لٔلہٕ واکھس منز:

کینژن رٕنی چھےٚ شہج بوٗنی — نیر نہبر تہٕ شہُل کرٕ وٕے

کینژن رٕنی چھےٚ برٕ ہبٔٹھ ہوٗنی — نیر نہبر زنگہٕ کھٔسنہٕ وٕے

کینژن رٕنی چھےٚ وٕدل گوٗنی — کینژن رٕنی چھےٚ زٕدل زٕہوے

کتھِ واش کڈنہٕ باپتھ نمون گنجو صابنہِ مثالو منز یہ شیٚنہٕ شعرُک:-

اُشا کلینی ژیتن پیٚیی — پرٕ پزٕ کاشے تورٕی دٕن کرٕی

تتھٕ پرٕکاشے اُنتا ولن یی — ساد پیٚیی تہٕ سہر کرٕی

امہِ شعرُکہٕ چہٕ قافیہٕ بندی یہ سام ہوان چھہٕ گنجو صاب اتھ "پیٚیی" تہٕ "یی" ہون لفظن ہم قافیہٕ مانان تہٕ ستی "کرٕی" لفظکس ژٕھرس تکرارس تہٕ قافیہٕ گنزران یتھ زٕن اتھ شعرٕکس منز وارکار اکہٕ رتھٕ رٕدیفچ حثیتھ چھےٚ یتھنہٕ گوڈٕ قافیے چھُ۔

مطلب چھُ یہ زِ اُسہٕ چھٕنہٕ وُنہٕ کتھن وارٕ سٔنہٕ لُن تہٕ تمہٕ وینہٕ راولُن تہٕ وشرٕھناونس ہاں۔ تاہم چھےٚ کینہہ کتھ یمہٕ کینژھا دوٚلوٚقہٕ سان وٕنتھ ہیکو۔ یژھو کتھو منز چھےٚ اکھ اہم کتھ واکھچ تہٕ شعرٕکچ نیبرٕی صورتھ۔ یہ چھُ پوٗز زِ کلہم کرتھ چھُ واکھ تہٕ شعرُک مزاز ماحول تہٕ موضوعہٕ کنہِ اکھ اکس نشہٕ مختلف باسان مگر یوتامتھ یہنہٕ۔ نیبرٕی صورژ ہند تعلُق چھُ یمن دون چھٕنہٕ کانہہ

بن باسان ۔ مِصرن کرو شُمار تہٕ تمہِ موجوب تہٕ چھُ ہشر، بحرس سٟنٛز تہٕ سُتہٕ چھ رَلہٕ وُن ۔ مثالے

ژٕون مِصرن ہُند یہ للہٕ واکھ ۔

ژٕ بہٕ تہٕ وُرگ گگنہٕ بزمہ وون    رٕمیشہٕ اکہٕ ژٕھنڈِ پوجنہٕ لچھ

ژٕ تینہٕ وگہٕ بودٕ رٕٹھ زون    پرٟان اُپان سنداٗرتھ یکچھ

تہٕ یوٗہے مِصر شُمار ہیتھ چھُ یہ شیخہٕ شرُک تہٕ :

دِ ہٹس دُنت تہٕ دالس چھونبر    کہٕ کرہٕ کرنس امرتھ ٹاٹھ

سورآسہٕ وار تہٕ ہرنس وُنبر    پاژ آسہٕ بندہٕ تہٕ آزاد گاٹھ

یہ چھُ صحی زِ کیہنہٕ للہٕ واکھ چھِ شُمارکہٕ ژٕورو مِصرو ہُریاہ مگر یہ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ واریاہن

شیخہٕ شرکن تہٕ باگہٕ آمٕژ ۔ مثالہٕ چھےٚ :

للہٕ واکھ : ژٕامر، چھتر، رتھ، سِمہاسن . . . . .

شیخہٕ شرُک : کندیو مرگہٕ گرٕن کھسکھ . . . . . .

وونی وچھتو یتھ للہ واکھس منز قاٗفی یہِ بندی یہ ہُند التزام :

یوٗت ژٕ وٕنہٕ وٕتھتھ موٗت بولہٕ نوٗم    دگ للہٕ ناوُم دٕیہ سنز پژٕہے

للی للی کراں لالہٕ وُزٕ نوٗم    میلتھ تس من شرُوٕ ژیوم دٕہے

گوڈنیک مِصر چھُ ترٛیمس مِصرس ہم قاٗفیہ (بولہٕ نوٗم ۔ وُزٕ نوٗم) دوٛیمس مِصرس

چھُ ژٕوٗریمس مِصرس ستی قاٗفیہ رَلان (پژٕہے ۔ دٕہے)

یتھےٚ ہیو حال چھُ یمہٕ شیخہٕ شرکُک :

صاحب دوہہٕ اکہٕ دوراہ گرے

یتھ سمسارس کرہٕ لُرہٕ پار

زمین تہٕ اسمان ہین چھر چھرے

نہٕ ییس انصاف نہٕ ییس عار

یِیتھن چھُ اَکِس نوکتس کُن توجہ پھِرُن ضوٗروٗری باسان ۔ ہرگاہ اَسی قٲفِیہِ بَندی یہِ ہِندِس حِسَس قبُض متعلق عربی، فارسی یا اُردو زبانَن ہِنز ترٲیہِ وچھو تیلہِ باسِن یہِ اَسہِ للہِ ہِندی لفظ "بولنوُم" تہٕ "وُزِنوُم" ہم قٲفیہ ۔ مگر کاشُر حسابہٕ چھُ یِمَن لفظَن ہُند قٲفِیہِ صدا بدٕ کڈنہٕ موکھ اَسہِ بولنوُم" لفظَس منز صرف لام اَچھرُک "ل" صدا تہٕ "بوزنوُم" لفظِس منز نوٗن اَچھرُک "ن" صدا قٲفِیہِ گَنزرُن تہٕ یِمو دۄیو صدَو پَتہٕ یِنہٕ وول "نوُم" رِدیف مانُن ۔ یُہُے چھُ یِزِ قٲفِیہِ بَندی یہِ ہُند یہِ طور طریقہٕ چھُنہٕ چھرا للہِ واکھن یا شیخہٕ شرکَن نِے یوت سیٖز وابستہٕ بلکہ چھِ اَمِچ مِثالہٕ اوتر اوتر تامہٕ چہٕ شاعریہِ منز نظر گژھان ۔ خاص یہِ وۄنِتھ منز اکھ کتھ ۔ اَسی للہ واکھن تہٕ شیخہٕ شرُکن ہِنز ظاہری شکلہٕ ہِندِن رَلہٕ وِنِن اِنہارن وۄن دِوان ۔

وُزنہٕ لحاظہٕ چھُ بیشتر للہِ واکھن تہٕ شیخہٕ شرُکن پانہٕ وٲنی ہِشر ۔ دۄشونی ہُند بُنیادی طرح چھُ ہِشُوے ۔ للہ واکھن منز ورتاونہٕ آمِژ بحرِ ہُند طرح بدٕ کڈنُک سلسلس منز یُس بحث گریرسَن پَتہٕ آرل سٹاینَن کوٗرمُت چھُ سُہ چھُ چھیکرس یِتھ صحی نتیجس واتان زِ للہ واکھن ہُند ژھند چھُ مولہٕ نَرِ لہجِک دَباوُک ژھَند ۔ کتھ واش کڈتھ ہیکو وَنِتھ زِ لیلہٕ پاٹھٕی چھُ پرتھ مصرعس ژۄن سٹرسَن یعنے دَباوَن پیٹھ مشتمل : — ✓ — ✓ — ✓ — یا تانَنَہ / تانَنَہ / تانَنَہ / تا

دیپچہ لرِ دارِ بر ترٛوپرم
پرانہٕ ژۄر رۄٹُم تہٕ دِیمتس دَم

ہٕز دیچِہ کوٗٹھرٕ اَندر گۄنڈُم
اوکِہ چوبکہٕ ٹُلمس بَم

یہِ اوس للہ واکھ تہٕ یہِ بوزِیو شیخہٕ شرُک :

دُنیہکس ژٔتس مَتس نارس
گُلِ انارس دِتم گتھ

شیطانَنی نش لاجم بیپرِ بارس
مئے راوٕ ژۄرس تارس وتھ

مگر اَتھ سلسلس منز چھُ یہِ ژۄتس تھاوُن زِ دَباوَن ہُند یہِ سلسلہٕ چھُنہٕ سلبلَن ہِندِ ژھوچرِ زیچھرِ پَتہٕ شمار کرِتھ تیوٗتھ گنڈتھ پَتہٕ سُوتھ تہٕ تیتھ پاٹھی شکنجہٕ بند یتھ پاٹھی مثِ فارسی بحرَن ہِندی رُکن (فاعلاتن فاعلاتن وغارہ) آسان چھِ ۔ بلکہ چھُ اَتھ بابَس منز جے ایل کول

صابٕنۍ یہ وٕنۍ پرٛزٕس ژوٗر نِکھ باسان زِ للہٕ واکھَن (تہٕ شیخہٕ شرٛکٕن) ہُند ژھنٛد چھُ کیٚنہٕ ژھوٚٹہٕ یا زیٛٹھہٕ مِقدارِ وزنہٕ۔ بجایہٕ لہجہٕ کہٕ کیفیتی دباوٕ کِنۍ وۄتلَن واکھ وزنَس پیٚٹھ منحصر

QUALITATIVE STRESS ACCENT

بہرحال وُنیکتام وُچھِ اَسہِ تِم نیٚبرِ خولہٕ خط یمۄکِنۍ واکھ تہٕ شرٛک اَلہ پلہٕ ہوی باسان چھِ۔ رۄدِ یمن ہُند موضوع یعنے خیال، احساس یا تجربہ یمن ہنٛز۔ باوتھ سپدان چھےٚ، تمہِ لحاظہٕ تہٕ چھُ یمن پانہٕ وٲنۍ کم یا ژوٗر ہشر۔ مثلن لل پچھےٚ کینٛژن واکھن منٛز بھگوانس نمسکار کران زِ :

کینٛژَن دِتی تھم گُلالہ ٹیٚرٕے کینٛژن دِلسٕ زونتھم نہٕ وار

کینٛژن ژھٕنی تھم نالہِ برٕمہٕ ہرٕے بھگوانہٕ چانہٕ گرٕژ نمسکار

تہٕ حضرت شیخ چھُ وناں :

کینٛژن دِتیتھ ییٚتہٕ کیا وتوٗتے کینٛژن ییٚتہٕ نہٕ توٗتےٚ کیاہ

کینٛژن دُیتیتھ لالکُ نرٛوتےٚ کینٛژن گاشہٕ منٛز گوٚٹےٚ گاہ

مطلب یِہ زِ للہ واکھن تہٕ شیخہٕ شرٛکن ہُند یوٗت ہشر وُچھتھ چھُ یمن دۄن شاعرن ہُندین مُشخص کرُن کرٛوٹھےٚ باسان۔ چنانچہٕ امین کاملنہٕ "نوٗرنامہٕ" پتہٕ ییٚلہ موتی لال ساقین "کلیاتِ شیخ العالم" چھاپ کوٗر تمہِ تہٕ ہیوٚکہٕ ییمہِ وراے بیٚیہٕ کینہہ وَنِتھ زِ "شرٛک" چھُ سنسکرت لفظ شۄلوکُک کاشُر رۄپ۔ "شوٗک" لفظہِ جایہ کینہٕ پیٚٹھ آو "شرٛک"۔ بارٕسس تتھ متعلق پرٛژھ سان کینہہ وَنُن چھُنہٕ آسان۔ رٔیش نامہٕ پرٛان پرٛان گووٕ مےٚ اکثر جایَن "شرٛک" لفظہٕ بدلہٕ "شوٗک" یا "شُک" نظرِ۔ خود شیخ العالمؒ تہٕ چھُ پننِہ کلامہٕ باپتھ "شوٗک" یا "شُک" لفظ ورتاوان :

"کُن تھوٗشُکن تہٕ بیٚیہٕ پنٛژ سوٗرن۔ دۄہہ اکہِ ننہٕ یوحورن منٛز"

سنسکرتَس منٛز یوسہٕ وَکھنےٚ شۄلوکَس کرنہٕ چھےٚ آمٕژ تتھ کُن اشارٕ کرٕتھ چھُ ساقی صاب

ونان زِ حضرت شیخٕہ سُند کلام چھُنہٕ سِکہٕ پٲٹھۍ تمہِ کِس داٮ۪رس منٛز یِوان تہٕ چھیکرس چھُ ساقی صاحب
پنُن یہِ خیال باوان زِ "میانۍ کِنۍ چھُنہٕ لل دیدِ ہندِس واکھس تہٕ حضرت شیخٕہ سندِس شُرُکس کانٛہہ
فرق، یم چھِ اَکی صورژ ہندی زٕ ناو"۔

مگر پرژھُن تہٕ سوچُن لایق سوال چھُ زِ ہرگاہ یِمَن کانٛہہ فرق چھےٚ تیٚلہِ کیازِ آو
لل دیدِ ہندین واکھَن ہمیشہ واکھے وَننہٕ تہٕ حضرت شیخٕہ سندین شُرُکن ہمیشہ شُرُکے؟ بیاکھ
کتھ چھےٚ یہِ زِ واکھ چھِ لل برونٛہہ تہٕ کأشرِ شاعرو ڈُنۍ مَتۍ تہٕ لَسٕ پتہٕ تہٕ، مگر شُرُک نہٕ
چھُ حضرت شیخس برونٛہہ کانٛسہِ کأشرِس شاعر ہندِس کلامس وَننہٕ آمُت تہٕ نہٕ چھُ تمَن پتہٕ کانٛسہِ
کأشرِ شاعرن پانہٕ پننِس کُنہٕ فن پارس شُرُک ناو کوٚرمُت۔ ترٛیم وَننۍ لایق کتھ چھےٚ
یہِ زِ سنسکرت لوغاتو موجوب یوسہٕ معنہٕ وَکھنہٕ' واکھس تہٕ شُرُکس پیٚٹھ مرتھ چھےٚ تتھ منٛز یودوے
کینٛہہ معنہٕ ہوی چھِ مگر کینٛہہ چھِ مختلف تہٕ تہٕ اَتھ سِلسلس منٛز چھےٚ سارِوے کھوتہٕ اہم زٕ
کتھ: گوڈنیُک یہِ زِ شُرُکچ تعریف کران چھُ زیادٕ یتھ کتھِ زور دِنہٕ آمُت زِ اَتھ منٛز چھےٚ
کنہٕ ژھوچر سان وَننہٕ یِوان تہٕ اَمیُک بیان چھُ چیرِتھ تہٕ ژوٚمرِتھ آسان یتھ کِنۍ ضربُ المثلن
آسان چھُ۔ اَدٕ کِنۍ چھےٚ سومناتھ پنڈِتنۍ یہِ کتھ تہٕ نوجہس لایق باسان زِ لفظِ شُرُکیُک
کأشُر معنہٕ تہٕ گرٕژھنہٕ مُلے منشراوہٕ یُن یعنے پُھٹھ گنڈ، تکیازِ شُرُکی شارن منٛز چھےٚ پرژن
تہٕ مِثالن ہندی پٲٹھۍ کتھ حد روٚس چیرِتھ تہٕ گنڈِتھ تہٕ انتہایی ژھوچر سان وَننہٕ آمژٕ۔

بیانُک یہِ ضربُ المثالہِ تہٕ پرژ چالہِ آسُن یوٚتاہ شیخٕہ شُرُکن متعلق صحی چھُ شاید چھُنہٕ
تیوٚتاہ صحی للہٕ واکھن متعلق باسان۔ اکثر للہٕ واکھ چھِ کُنہٕ اکِ نوقطہٕ پیٚٹھ شوروع سپدِتھ پتہٕ
زن دارِ دارِ پھٲلان تہٕ حدن واتان بلکہ پانہٕ لامحدود باسان، تیٚلہِ زَن شیخٕہ شُرُکن منٛز
لیسہِ پٲٹھۍ باسان چھُ زَنتہٕ اورِ یورِ ژھکرِتھ موختہٕ پھوٚلۍ چھِ سوٚمبرتہٕ یِوان تہٕ سوٚمبرِتھ تمن
گُنۍ مال بناونہٕ یِوان۔

دوٚیم نوکتہ چھُ شاید اَمہِ کھوتہٕ تہٕ اہم تہٕ توٚکیٚز ژوٚرُے بیٚہن قابلِ توجہٕ : سنسکرت لوغاتن منٛز چھُ واکھن ہندِ ین مختلف معنین منٛز اکھ معنہٕ یتہٕ دِیہٕ آمُت زِ واکھ گوو دِ وتیٚہن ہُند آلو۔ شؠوٚلوکس مُتعلق چھِنہٕ برٛٹھ ہِش کتھ شاید کانٛسہِ وُنی مرٛش۔ دِوتیٚہن ہُند آلوٚ یعنے بالافطری حقیقژن ہنٛز باوتھ۔ ظاہر چھُ زِ دِوتیٚہن ہنٛز اَتھ باوژ گرٛژھِ زبان تہٕ غار موموٗلی آسٕنۍ تہٕ تمیک وَرتاو تہٕ ، گتٛبنز تہٕ بدلے آسنۍ تہٕ گِیٖ گِیٖ تہٕ۔ دِوتیٚہن ہُند آلوٚ یتھ فِضہس منٛز وُزسہٕ چھُ اوٚندرُوٚنگ فضا ، اوٚندروٚنگُ عالمَ ، یُس یہ آلوٚ بوزِ ستہٕ گرٛژھِ غار موموٗلی آسُن تہٕ توٚہُند طورطریقہٕ تہٕ تہٕندی مامِلہٕ تہٕ مسلہٕ تہٕ گرٛژھن عام انسانٛی مامو ٚلیٚشہِ مختلف آسنۍ۔

یِمہٕ خصوٗصیژ چھِنے للہٕ واکھَن منٛز جایہ جایہ میلان تہٕ اَتھ برعکس چھِ شیخہٕ شُرکین منٛز پیش ہِیُدی متی خیال ، وَسوَسہٕ یا خوف ، دِوتیٚو بجایہ ییٚتھۍ سانہٕ بُتراٹھ پیٹھ روزن والین ہندی تجربہٕ بیتر باسان۔ واکھُک عالم تہٕ شُرکیُک دُنیاہ یم چھِ اَمہِ لحاظہ مختلف باسان۔ واکھَس منٛز چھِ عقل حاران کرِہنی واقاتھ سپدان۔ ہمیشہٕ اکہِ ژھنڈِ یو جنہٕ لچھ۔ گٹہٕ روٗٹم تہٕ کرٛمس تھُکھ لولہٕ و وکھلہٕ واٗنیج پیٚشم۔ زندٕے مرس تہٕ مےٚ کرِ کیاہ۔ کیہنہٕ نتہٕ کیہنہ۔ لل بنان شوٚ تہٕ شوٚس میلان شکھتھ۔ اَتھ برعکس چھِ شُرکس منٛز حالاتھ کایہٕ ، وَتھ ہموار تہٕ آدم وَش گومُت تہٕ پننہٕ ہرٛزگ احساس تہٕ پننہٕ فنہُک خوف ہیٚتھ۔

ہرگاہ واکھَس تہٕ شُرکہِ کِس پھیرس متعلق میون یہ باس صحی باسہٕ تیٚلہٕ چھِ دیناتھ نادی ہنٛس یتھ خیالس وارسُن زِ واکھس چھُ تھتھ غیٖ آواز ستۍ واٹھ یتھ یونانٛی اوریکل (ORACLE) وَنان آسی۔ یا اَسہِ کاشرِ ین یہ تمہِ وِز مطلب آسان چھُ یِیلہٕ اُسی ازکالہٕ تہٕ کانٛسہِ ہُند کانہہ منگہٕ منگہٕ حالاتہٕ پھیٚر وُچھتھ وَنان چھِ زِ بچارس واکھ تہٕ وژُن گوس سٕے ! یا سٕے گوو رُسند دوٚپ یُس پانہٕ للہِ ہندِ زیٚوِ : سٕے مےٚ للہٕ گوم واکھ تہٕ وژُن !۔ شُرکس متعلق ہکوٚ تہٕ شاید اَمہٕ آیہٕ کتھ کرِتھ تہٕ توٚکیٚز ہکوٚ مو خصر پاٹھۍ وَنِتھ زِ یُس غار موموٗلی فضا تہٕ غار شری جلال ، یُس اسرار تہٕ حارتھ ، یُس جوش تہٕ جبرٕوتھ ، یُس ریٚہن گندنگ تہٕ زہر ژھنگ پھیٚٹہ پھیٚٹہٕ

واٲنٛگ تقدیرٕ چھُ سہ بار چھُنہٕ شٲرٕ کی دپتروومُت۔ واکھ ہرگاہ دِوتھٕن ہُند آلو گوو شٲرٕ چھُ دیوسَ نِسبتھ آدمہٕ سُند شوق تہٕ خوف۔

رۄُد سوال زِ واکھن تہٕ شرٕکین ہُنٛزِ نیٚبرِ تہٕ اَنٛدرِ ہیٚژ کُس ورتاو پھیرٕ سپُد لل دیدِ تہٕ شیخ العالمسٕ پیٚٹھ ازتام۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھےٚ گوڈنِچ وَنٕنی لایق کتھ یہِ زِ وُنیکتام چھُنہٕ اَتھ کُنہٕ ہِسے کاہنہٕ گومُت تہٕ اَتھ متعلق کیٛہنہٕ لیکھنہٕ آمتیٚک چھُنہٕ سوالے ووتھان۔ اَوکِنہِ چھُنہٕ میانہِ باپتھ تہِ زیادٕ کیٛہنہٕ وَنُن ممکن۔

اتھ عملی دِلچسپیہ یوسہٕ اَسہٕ منٛز اکثرو ژیٚنہِ آسہِ چھےٚ یہِ زِ لل پیٚٹھ واکھ وَنٕنہٕ چہِ یمہٕ تہٕ کیٛہنہٕ کوٗشِشہٕ سپٕزمٕژ چھےٚ تِمہٕ چھُنہٕ مُروجہٕ کٲشرِس رسمِ خطس منٛز ڈِسیاب۔ یوٗت زِ للہِ پیٚٹھ یوسہٕ دوٚیِم توجہُس لایق واکھ وَنَنٕ واجِنۍ آوازٕ کٲشرِ دبٲنۍ روپہٕ دیدِ ہُندِ رُوپہٕ باگہِ آمٕژ چھےٚ تٔمِسُند کلام تہِ اوس وُنیکتام ژھایی۔ یہٕ نَے ٹی۔ اِین۔ درصٲبنۍ حال حالے چھاپ سپٕزمٕژ کتاب "روپہٕ بھوٲنی" ہُندِ ذِکرٕ یہِ روٗمَن اچھرن منٛز۔ روپہٕ دیدِ ہُند بیشتر کلام چھاپ سپُدمُت آسہِ منٛے ہِوِس موہنوی ہِندِ باپتھ اوس اَمِس یوگِرِ متعلق کیٛہنہٕ وَنُن ناممکن۔

روپہٕ دیدِ ہُند کلامُک اکھ قٲبلِ توجہُ حصہٕ چھُ واکھن پیٚٹھ مشتمل۔ بے اِہل کول چھُ پیٚنٕنِس اَکِس تبصرس منٛز یِمن واکھن ہُنٛزِ ہیٚژ "مُبہَم تہٕ پرٛانہٕ یوٗژ قرار دِوان۔ کول صٲبنہِ اَتھ رایہِ پیٚٹھ تبصرٕ کران چھُ ٹی۔ اِین۔ درِ وَنان زِ اَتھ۔ "یہِ بُنیاد کتھ ہیٚتنۍ اتفاق کرُن چھُ مُشکل۔" درصٲب چھُنہٕ یتےٚ یوٗت وَنان زِ روپہٕ بھوٲنی اَس شار وَننٛک فَن تہٕ وزنکۍ تہٕ قٲفِیکۍ قٲیدٕ زانان بلکہ یتہِ زِ "تمہٕ چھےٚ شٲعری ہُنٛزِن رِوٲیَتی ہیٚژن خلاف بغاوتھ کرٕمٕژ تہٕ گوڈنِچہِ لٹہِ چھَن کٲشرِ شٲعری رِوٲیَتی صوٗرژن ہُنٛزٕ رنجیٖرو نِشہِ آزاد کرٕمٕژ۔" پیٚٹھ چھِ درصٲب کاہنہٕ مثال یا توٗبوٗتھ دِنہٕ ورٲیی وَنان وَنان یوٗت نیٚرتھ گژھان زِ "روپہٕ بھوٲنی ہُنٛز۔ شار صوٗرژ چھےٚ تمن صوٗرژن ہیٚتنۍ رلان یِمہٕ ٹی اِیس ایلیٹ پنٛنِ ڈِسہِ

انگریزی شاعریہ منز مروج سپز۔"

یہ مبالغہ اُکتھ کُن ترٲوِتھ چھُ پرزٕ ہیرٕ رۄ ہِیہ بھوانی ہٕندِس کلامس محض مُشک ہوٲنی چھُ للہٕ واکھن ہُند سونتھ ژہٕتس ہِوان تہٕ کتھ چھنہٕ یلہٕ۔ رۄ ہیہ دیدِ چھ پانہٕ اعتراف کورمُت زِ لل دید چھےٚ تسنز عظیم گور:

لل نام لل پرم گورم

رۄ ہیہ دید چھےٚ کُنی اہم کاشر شاعر یمہِ لل دیدِ پتہٕ پننہٕ باوژ باپتھ واکھ کھلہٕ پاٹھی ورتوومُت چھُ تہٕ نیبری شکلِ کنِ چھُ دۄشونی وارِیاہ ہشر۔ کیتہٕ واکھ چھِ یم پران پران ییدِ سیۆد للہٕ ہٕندی واکھ ژہٕتس ہِوان چھِ، مثالے یم واکھ:

یۄ ترِ ژلے تمے ول امبر
یۄ بوچھ ژلے آسکھ ترٕپھت
تِتھے آہار بھکھت بکھت یک کر
رۄگ گلہٕ تے آسکھ بھکھت

یہ گیہ رۄ ہِیہ بھوانی تہٕ پاوی تۄ ژہٕتس یہ للہٕ واکھ:

یۄ ترِ ژلہِ تم امبر ہِتا بوچھ یۄ ژلہٕ تی آہار اَن
ژِنا سو پر وِچارس پیتا ژتا دیہس دان کیا ون

اُکس کتھِ ہکو نہٕ انکار کرِتھ زِ لفظہٕ راشس تہٕ طرزِ بیانس کُن وُچھتھ چھےٚ یمہٕ زٕ زنانہٕ شاعر اکھ اکس نشہِ وارِیاہ ییون باسان۔ للہٕ ہٕندیس کلام اَسِ تام ووتمُت چھُ تیوٚک مُشکل ترین حصہ تہٕ چھُ رۄ ہیہ دیدِ ہٕندِ کلامہٕ کھوتہٕ سیۆد تہٕ سہل باسان۔ یہ چھُ پوز زِ للہٕ ہُند کلام چھُ ہنہٕ بدِن وٕریَن زیوٕ زیوی لۄکمُت تہٕ اَسِ تام ووتمُت تہٕ یتھ کنِ آسہِ تتھ عام بولبوشِچہِ زبانی ہُند اثر ڈولمُت، مگر تہٕ آسِتھ تہٕ چھُ باسان زِ رۄ ہِیہ دید چھےٚ کتھ گاسٹراونہٕ بجایہ زیادہ رمزن کِنایَن لار تہٕ بیٹھ چھےٚ بیاکھ کتھ یہِ اُکھ کلامس اَنزی منزی گرٕژھنہٕ باپتھ چھُ سنسکرت

زبانی ہند زٲنی کار آسُن تہٕ ضروری۔

روٗپہ دیدٕ پتہٕ چھُنہٕ واکھہٕ یا شُرکھ ہیتھ کانٛسہٕ تہٕ اہم کانٛشرس شاعرس پانَس کُن پھران ۔ موجودٕ دورچہ کُنہٕ شارٕ ذانٛژ ہرگاہ واکھس یا شرکس ستی ہشر باسان چھُ سو چھےٚ رُباعی مثالے غلام رسول نازکی صاہبٕنٕ رُباعی۔ مگر واکھس تہٕ اکھ رُباعیہ چھےٚ موضوعہ کہ مزاز تہٕ ماحولٕچہ ژھایہ گژایہٕ علاوٕ یہ اہم ہیٚتی فرق زِ نازکی ہنزٕن اکثر رُباعین منز چھُ گوڈنیک مصرٕ دوٕیمس، تہٕ دوٕیم مصرٕ ترٛیٚمس تیتھہٕ کنہٕ یہ ڈیٚلِز تہٕ بالہٕ پھوکھ بٕران زِ ژوٗرمس مصرٕ تام واتان واتان چھُ پھٹاکک احساس گنان تہٕ اَدٕ پیلہٕ ژوٗریم مصرٕ وآتھ ہیوان چھُ پزی چھُ زنتہٕ پھٹاک سپدان ۔ للہٕ واکھَن منز چھُنہٕ مصرن ہند وارٕ وارٕ گژھہٕ ینگ تہٕ پتو لاکان دَرٕ لہرِتھ یپہٕ وسنکُ باس لگان ۔ اَتھ برعکس چھُ تہٕ اکثر جاین اصلہٕ موٗلہٕ کِنہٕ مختلف عُنصُرن ہندِ میلہٕ ملاپہٕ ستی وٕتلن والہٕ کو لاجکُ ہیوٗ احساس سپدان۔

ہنجہِ ہارنجہٕ بیٚنژوٗ کان گوم | اکھ چھان ہیوم یتھ راز دانے
منز باگ بازرس قلفہٕ روٗس واتھوم | تیرتھ روٗس پان گوم کُس مالہٕ زانے

کولاج ہش یہ کیفیتھ وٕتلاوٕن والیو عُنصرو منز چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم للہٕ ہند استعارٕ تہٕ امی استعارٕچ کمی چھےٚ موٗجودٕ دورٕچن تمن تمام شارٕ ذانٛژن للہٕ واکھو نِشہٕ بیوٗن کڈان یمن واکھس ستی ظاہری ہشر باسان چھُ۔

رُباعی اَکھ کُن ترٛاوِتھ ہکو تمن موخصر ترین نظمن واکھس تہٕ شُرکس ستی ہیٚتی رِشتہٕ رٕلاوِتھ یمہٕ نیٚچن ذہن پٕندہن ؤری دوران لیکھنہٕ آیہٕ۔ مثالہٕ باپتھ ہکو دینا ناتھ نادمنِ "حاری ناتن" ہند ناو ہیتھ ۔ گرٕ اَتہٕ تہٕ چھےٚ یہ کتھ نظرِ تل تھاونی زِ یتھ پژانہٕ تہٕ یتھ نوٚ شارٕ ذانٛژ منز یمہٕ انداز تعمیر کھسان چھُ سُہ انداز چھُ اَکھ اَکس نِشہٕ بیوٗن۔ نادمنی حاری ناتھ چھِ لرٕ ہندی پاٹھی سیر سیر کھسان تہٕ چھیکرس بام ژگتھ مکانہٕ باسان تہٕ للہٕ ہند واکھ چھُ یہ ڈیٚپزٕ تہٕ زمینہٕ منز تھم تہٕ ژینٛزٕ ہیتھ پھٹی پھٹی نیرتھ بیہٕ شونکی پاٹھی تہٕ سہرساوی طرزٕ بنتہٕ

خوط ہوچ روایت قایم کرتھان۔ پتہٕ چھُ دربارِ نبوی لیس منزے رجزیہ شاعری تہٕ حماسہ

ٹکمپلک باس دِوان۔

غُلام رسول سنتوش چھُ حاضر زمانکُ واحد شاعر یُس سنٛزن کینٛژن تخلیقن منٛز للہٕ واکھن ہُند پوٚت آلو وو تلان چھُ، مگر چھُ نہ پوٚت آلہٕ وِے۔ یتھ پاٹھۍ اَسہٕ واکھن تہٕ شرکِس فرق پرزناوُنچ کوشش کران کران کینہہ اِہار بد کٔڈی تتھی طریقس منٛز ہکو اِشار پاٹھۍ ڈینٛتھ زِ شیخہٕ شرکین منٛز معنوی اولاد چھےٚ سو موختصر نظم یوسہٕ ترقی پسند شاعرن ہنٛدِ ڈسی پرٛیتھی یہٕ تہٕ للہٕ واکھن ہُند پرتو چھُ تمن ژھوچن نظمن منٛز یٔنہٕ باس دِوان یمہٕ جدید زٲوی یچھ پاداوار گنٛز رنٛہ پھیٚ یوان۔ (تحریر ۱۹۸۲ء)

---

لہ یہ مقالہ چھُ ۱۹۸۲ عیسوی لیکھنہٕ آمُت تہٕ کاشُرِ ڈپارٹمینٹُکس سیمنارس منٛز تمی وٚری یہ پرنہٕ آمُت

# قدیم کأشر جمالیات

ڈاکٹر گُلشن مجید

کأشرِ شاریاتچ بُنیأدی دلچسپی چھےٚ یہٕ کتھ ہِتہٕ زِ رَس کیا گوو، رَس کتھ چھُہ وۄتلان، اَمکۍ بُنیأدی مُحرکات کم چھِ۔ اَتھ کم کم چیز چھِ مشروط کران۔ رَس کوسہٕ اظہأری کیفیتھ چھُ پرٛاوان، رَس کوسہٕ انفرأدی کیفیتھ چھُ تھاوان تہٕ کوسہٕ آفأقی کیفیتھ چھس۔ رس۔ باوتکس اُتھو تٕھأر ہِندِس سفرس منز چھِ شاریاتکۍ باقے مسلہٕ تہٕ سوال وۄتلان یِم پننہٕ پننہٕ مقدور موجوب تہٕ تلاش کرن ڈألی ہِند ضرورتہٕ حسابہٕ جوابن ہِندی حق دار بنان چھِ۔

بھرت (۴ صدی) بتہٕ ناٹیہ شاستر بروۄنہہ چھُنہٕ کٔشرِ منز بیٚیہ کُنہٕ تہٕ ترٛٹھ کتابہٕ ہِندِ پے پتاہ موٗلوٗم یُوسہٕ زن شاریاتکۍ مسلہٕ تُلان آسہٕ ہے۔ ناٹیہ شاستر چھُ پأتھرکہِ وسیلہٕ ہِتہٕ تہٕ اُمچہِ مثالہٕ وبرٛٹھنأوی دِہرٛٹھنأوی تخلیق کأری ہِتہٕ وابستہٕ نازُک ترین مسلن دل دِوان۔ اُکس پأتھرس منز چھِ اہم ترٛےٚ عنصر:۔

پأتھر۔ یعنے پأتھرچ کتھ۔

اداکار۔ یُس پننیو مناسب تہٕ مُتوازِن جسمأنی حرکژو، اشارو تہٕ پننہٕ آوازِ ہِتہٕ کہأنی شکلاوان چھُ۔

وُچھن وول۔ یُنہٕ باپتھ پأتھرچ کتھ تُھرنہٕ آیہٕ تہٕ اداکار کھڑا کرنہٕ آو۔ پأتھرچہ کہأنی باپتھ چھُ اکھ پسِ منظر تہٕ کِردارن درمیان تصادم یا ٹکراو وۄتلاونہٕ

باپتھ کنہٕ خاص نظایہِ (ئسہٕ اخلاقی آسہِ تن یا مذہبی، سماجی آسہِ تن یا سیاسی) ہانکل منٛزوری۔ اُتھی نظامس خلاف گژھتھ یا اُتھ حقس منٛز رۄزتھ چھِ کردار تمن حقیقژن یا پزرن ہنٛز باوتھ کران یم پاٹھہ لیکھن والیس محبوب آسن۔

قدیم (کاشرِس) پاٹھرس منٛز اوس یہ پسِ منظر یا کہانی ہندٕ عام" اقداری نظام پاٹھرس ستی وُچھن والی ہنٛز جذباتی وابستگی متعین کران۔ وُچھن والی ہندی جذباتھ آسی "پاٹھرس" رِنش یہ ڈیپِ زِ تہ گرو روزان یتھ اُکس شرطس پیٹھ زِ اگر کہانی ہنٛز منگ نظرِ تل تھاوتھ، اداکارن ہنٛز مطابقت خام رۄز یا ڈلتھ پھن رۄز یعنے اگر اداکارو ہیوکہٕ وُچھن والین ہند توقع حسابہٕ سہٕ فضا وۄتلاوِتھ یمیک تقاضہٕ پاٹھر کران آسہٕ، تیلہِ چھُ وُچھن وول آزاد۔ چونکہ یتھ کالہٕ کین پاٹھرن ہند اقداری نظام تہٕ وُچھن والین ہند اقداری نظام اوس لگ بگ نکھہٕ نکھے آسان۔ لہذا آسی وُچھن والی ہندی جذبات پاٹھرس برونٹھے آیمتی روزان اکیک فایدٕ اوس لامحال تخلیق کارس میلان (اُز تہِ چھُ لیکھن وول اوس یمن آیمتی جذباتن ہند خاطر خواہ استحصال کران۔ ابھنو گپت چھُ اُتھ غلط تہٕ معیوب زانان۔ سہٕ چھُ جذباتن ہنٛز اہمیت پرزناوان مگر یمن جذباتن پزن والس یا وُچھن والس پیٹھ مُسلط کرنٕ طاکارٕ مانان۔ تخلیق کار سندین ذاتی جذباتن ہنٛز اہمیت چھےٚ مسلم۔ کاشرِس شاریاتس منٛز چھُ تخلیق کار سندین جذباتن ہندی گون رنگہٕ رنگہٕ بیان سپدی متی۔ یم چھِ تخلیق کار سند منٛز اعتبار قایم کران تہٕ کردارس یا تجربس تنٛزر تہٕ سنہٕ بخشان۔ تخلیق کار چھُ کردارن ہندِس غمس تہٕ باہمی رقابتس ستی، خوشی تہٕ ناراضگی ستی پننی جذباتھ رلاوتھ یمہندِس دوکھس یا سوکھس دربرد ِوان تہٕ آفاقی بناوان۔ لکھ تخلیق کار کوٚ ہیکہٕ پننی ذاتی نسبت تمُس کردارس ستی مشراوتھ یا کمس پاٹھی دباوتھ یُس تمی پایہٕ آسہٕ ژورمت تہٕ تخلیق کار چھُ کانسہٕ کردارس اوٚمو کھہٕ تہٕ ژاران زِ اُمی چھُ آسان

یہٕ (تخلیق کار) پانَس کُن متوجہ کورٕمُت کُنہٕ نہٕ کُنہٕ لِکھ۔ ژکہِ چھےٚ کہانی ہٕتی یا کردارس پیٚتھ تخلیق کار ہٕندی جذباتھ، کردار بنان علہٕ ہنٛز (identity) پرزنٛتھ۔ مگر کأنٛتژس شاریاتَس منٛز چھِ اکھ حدود متعین۔ یِم جذباتھ گرٛژھن نہٕ تماشہٕ وُچھن وألس، یا کأنٛسہٕ پرٛن وألس یا سرٛود بوزن وألس ژھَوس اَنٛزٕ۔ پرٛن وول (بیٚتر تیتر) چھُ پننہٕ ذأتی تربیژ تہٕ ذہنی حالژ کِنہٕ پننہٕ پأٹھی علہٕ منٛز شأمِل سپدان۔ تخلیق کار ہٕندی غار متوازن جذباتھ چھِ اُمس تمہٕ بنٛشہٕ تہٕ مزٕ ژھٕ بے خبر کران یُس اُمس کاہنہٕ کردار خأرجی دخل اندأزی ورأے دِہے۔

اکٹر چھُ پأٹھرٕچ ظأہری شکل۔ سو اکھ شکل ییٚمہٕ ہٕندِ واسطہٕ کِنہٕ وُچھن وول بیٚیس واتان چھُ۔ پأٹھر نبر کیا چھُ یہٕ ہٕسہٕ چھُ الگ بحث۔ (حالانکہ قدیم شاریاتَس منٛز چھِ کُنہٕ خاص کردار موجوٗب کاہنہٕ اکٹر ژارنہٕ باپتھ تیٚنٛز۔ سمأجی زندگی ہنٛز اہمیت تہٕ نظرِ تل تھاوُنی ضروٗری)۔ اکٹر ہنٛز اداکأری ہٕند کمال چھُ یُتھ کُتھ منٛز زِ یہٕ کوتاہ چھُ پننہٕ آوازٕ ہٕتی تہٕ جسمأنی حرکژو ہٕتی سہٕ کردار وۄتلأوِتھ ہیٚکان ییٚمیُک سُہ نمایندٕ یا "پأٹھرٕ" بنِتھ یہٕ اداکار پوان چھُ۔ اکٹر کرِ اداکأری۔ مگر اَمی ہنٛز اداکأری ہٕند بأڈو چھِ مقرر کران پأٹھرُک اصل کردار تہٕ پأٹھرُک تخلیق کار۔ تخلیق کار پننو مکالمو ہٕتی۔ تمہٕ منظر نامہٕ ہٕتی یُس تمہٕ پننہٕ کہأنی دیتمُت آسہٕ۔ قدیم شاریاتَس منٛز چھِ یُتھ کُتھ ژٕ اہمیت زِ مکالمہٕ گژھِ کردار سُند سمأجی روتبہٕ، اَمی سُند صحی ذہنی رٕوی یہٕ تہٕ ظأہری حالتھ وۄتلأوِتھ ہیٚکن۔ بھرت منی چھُ یہٕ کتھ تہِ وَنان زِ پرٕتھ کاہنہٕ کردار چھُ پننی زبأنی ہٕتی پرزناونہٕ پوان۔ سُہ چھُ کردار وُچھِتھ زبان ورتاونُک تلقین کران تہٕ مختلف درجن (ورنن) ہنٛز نمایندگی کرن والین اداکارن تمی درٕج زبان دِنہٕ باپتھ باند باند کران۔ مثلن یِم "ژود بھاشا" چھےٚ ژون ورنن ہنٛز باوتھ کران۔

| | |
|---|---|
| انی بھاشا | دیوتہن ہنز ہش شوز زبان۔ |
| آریہ بھاشا | رازن تہٕ مہاراجن ہنز ہش زبان۔ |
| جاتی بھاشا | ماجہٕ زیو۔ پننہٕ کرانچ زبان۔ |
| ملیچھ بھاشا | وُسہ پایہٕ لوکن ہنز زبان۔ |

یم بھاشایہٕ چھِنہٕ اُکِس کردار سنز پریژناوَن نشانہٕ"۔ اُدلہٕ بدل بھاشا بولنہٕ ستی راو کردار ہنز تہٕ پریژنتھ تہٕ اداکار ہنز تہٕ۔ اُکھنتے بابہٕ اداکاری رٕژھ۔ کہانی ہُند اکھ صحی تناظر وۄتلاونہٕ باپتھ چھُ "بزرگ برہم" قایم کرُن ضروری۔

بھرت چھُ یتھ کتھہٕ کُن باربار سون ظوٗن پھران تہٕ ابھینوگپت چھُ اتھ تائید کران، زِ شاعری ہُند بوزن وول یا پاٹھرُک وُچھن وول چھُ پننی اکھ خاص تربیت تہٕ تعلیم تھاوان۔ یم ساری لوکھ چھِنہٕ اکے درجکی۔ یمن چھِ بیوٚن بیوٚن حالاتن منز بیوٚن بیوٚن تربیت آمٕژ، یمن چھُ ڈراما مختلف مرحلن پیٹھ مختلف طریقو تہٕ مختلف سوتھرن پیٹھ متاثر کران۔ یم لوکھ چھِ پاٹھرکین جذباتی زِہین تہٕ کردارن ہنزن حرکژن مختلف روایژن ہنز پابندی کِنی زانان۔ اگر پاٹھر یمو روایژو نِبر نیر پاٹھرُک لطف تہٕ مزٕ تہٕ گژھ فنا۔ اداکار چھُ رنگ منچس پیٹھ ترین صوٗرتن منز لوان۔ یا تہٕ چھُ یہ بحیثیتہٕ اصل کردار یوان، یا اصل کرداری سند نمایندٕ بنتھ (نقل بنتھ) نتہٕ بحیثیتہٕ اکھ CATALYST (یعنے اکھ عمل تیز تہٕ مکمل پاٹھی انز راونگ ذری یہ)۔ یتھ پاٹھی چھُ یہ چھرا اکھ ذری یہ اصل کردارس تہٕ وُچھن والِس درمیان رشتہٕ پاد کرنگ۔ وُچھن وول تتھ ذہنی کیفیژ منز واتناونگ وسیلہٕ بنتہٕ۔ وُچھن وول اداکارس مُشراوِتھ صرف اصل کردارس ستی روزان چھُ۔ گوو زِ یہ کتھ چھنے پاٹھرکس تناظرس منز ونہٕ آمژ مگر امیک اطلاق چھُ شاعری کردارس پیٹھ تہٕ ممکن۔ شاعری منز چھُ شاعر پننہٕ تجربہٕ کہ اظہار باپتھ اکھ کردار وۄتلاوان تہٕ اُمس اکھ جذباتی فضا

یامناسب پسِ منظر دِوان ۔ تجربہٕ کہ اظہارہٕ باپتھ کِردار چھُ اداکار ہندی پاٹھۍ محض اکھ وٚسیلہٕ تجربہٕ کہٕ کامیاب واتناوُنک ۔ تجربہٕ راوِ اگر کردار یا پسِ منظر ژھوٚرٕ روزِ یا تجربہٕ چہ وُسعژ نٮ۪بر روزِ ۔ قدیم کاشرِس شاعریاتس منز ییتہٕ کُنہٕ خاص تجربٕکۍ بنیادی محرکات ( مادی / غار مادی وجوہات ) ، اثرات ، ( محرکاتن ہندی ضروری نتیجہٕ ) تہٕ ذہنی صوٗرتِ حال بیان چھِ آمتۍ کرنہٕ ، تِتۍ چھےٚ قاری سنز اہمیت تہٕ دوہراونہٕ آمژ ۔ کُنہٕ تخلیقِ ہند قاری چھُ تمہٕ تربیژ ہندِ مقدارہٕ حسابہٕ تخلیقہِ ہندِس حُسنس تہٕ لطفس منز شامل سپدان یوسہٕ اُمس تخلیقی دُنیہس سٟتۍ وابستگی رٹنہٕ ممکن بنیترمژ آسہٕ ۔ بجاے خود چھُنہٕ تجربہٕ کینٛہہ معنے تھاوان ییتس کالس تہٕ یہ اظہارُک رنگ رٹہِ ۔ بے رنگی ہندِس عالمس منز چھُ یہ اکھ لطیف ترین جمالیاتی تجربہٕ یُس کُنہٕ تہٕ رشتہٕ وراے چھُ تہٕ یُس کُنہٕ تہٕ زمان و مکان چہِ حدبندی نٮ۪بر چھُ ۔ مگر ییٚلہ ییٚلہ یہ تجربہٕ رنگ رٹہِ یا اظہارس منز یِن ہیٚیہٕ تیٚلہٕ تیٚلہٕ چھےٚ اَمِچ لطافت محدوٗد سپدان تہٕ یہ چھُ زمان و مکان چہِ حدبندی منز اژُن ہیوان ۔ یہ عمل چھےٚ تجربہٕ چہِ اوٚلین آگہی (یا احساسہٕ) پیٹھے شروٗع سپدان تہٕ یہ عمل چھےٚ ناگزیر ۔ اظہارس منز ینہٕ باپتھ چھِ اکھ مادی وٚسیلہٕ درکار ۔ یِم مادی وسیلہٕ چھِ تمام "حیلو تہٕ بہانو" باوجوٗد تمام تخلیقی اہتمامو تہٕ وٚلو باوجوٗد کُنہٕ نہٕ کُنہٕ لِکھ مادی صوٗرژن ہندی آویز ۔ لہٰذا چھےٚ یہ کتھ وۄنۍ فضوٗل توہراونۍ زِ یوٗتاہ زیادٕ یہ مادی صوٗرژن منز یِیہٕ تیوٗتاہ دوٗرِ یہ بننہٕ خالص جمالیاتی تجربہٕ لنشہِ ۔ حالانکہ رنگس منز ییتھے چھِ اتھ معنے تہٕ ۔ خالص جمالیاتی سوٚتھرس پیٹھ روزِتھ چھےٚ اتھ تہٕ روٗحانی تجربن درمیان بٔس کیٚسرِ داپنچ فرق روٗحانی تجربن منز چھُ امیک حامل بقولِ ابھینوگپت بنِتھ "کلُہم حاوی" پرمہ آنندس منز بے شعور پان مگر جمالیاتی تجربہٕ چھُ اکھ لگاتار عمل ۔ روٗحانی تجربہٕ منز چھُ اکھ پھِر گُذرنہٕ پتہٕ بس ژھوپہٕ ۔ مگر جمالیاتی تجربن منز چھِ پرٛتھ وِزِ نوٚو عالم ۔ روٗحانی تجربنِچ حدبندی چھِ مذہبی نظام تخلیق کران تہٕ جمالیاتی تجربنِچ حد بندی شعار ( یا بییہٕ کانہہ تخلیق ) ۔ شعار یوٗتاہ زیادٕ

حدبندین منز بھسہٕ تیوٗتاہ گژھن اَمِکی امکانات محدوٗد تہٕ یِتیاہ اَمِکی امکانات محدوٗد گژھن تیوٗتاہ بنہٕ یہٕ شارکم تہٕ " نظام " زیادٕ اَکِس نظامس سِتؠ وابستہٕ " مواد " یا اظہاری رنگ چھہٕ بنیو ٹھنی یٲدی مجبوٗرِیوٚ تہٕ ضروٗرژوٚکتؠ یا تہٕ اکاربکار ینہٕ واجنہٕ ہدایژ نہٕ وٲقفیتھ بہم تھاونکی وسیلہٕ ۔ ابھنیوگپت چھُ بھرت ہندِس ناٹیہ شاسترس پیٹھ کتھ کران کران یہ کتھ واضح کران زِ شاعری ییٚمہٕ قسمٕچ تربیت ساہنِن ذہنن کران چھےٚ سوٚ چھےٚ واضح پاٹھۍ تموٚ ہدایژو تہٕ تمہٕ تعلیم نِشہٕ الگ یوسہٕ زن اَسہٕ مثلن مذہبی رسالہٕ تہٕ توٲریخی بیان دِن۔ دوٚنی گوو تمہ لوٗکھ تہٕ وٲتی نہٕ کأھٹس کھالنہٕ یہندِ بایتھ شاعری اکھ الہامی بصیرتھ یا وِجدان بخشن واجنہٕ صِنف پھےٚ ۔ اگر شاعری ساٲنس وِجدانس تنزر تہٕ لطافتھ بخشہٕ یہ گوو زیادے رُت ۔ وِجدان تہٕ ذوق چھُ شاعری ہُند رس وۄتلاونکہٕ تہٕ محفوٗظ کرنکہٕ اکہٕ آہج کٲم کران۔ شاعری ہُند اصل مُدعا چھِنہٕ تعلیم یا ہدایت ( یتھ پاٹھۍ پدِ ہنگہ منگہ توٲریخی تہٕ دینیٲتی موادس سِتؠ زیادتی تہٕ فکرِ نہٕ تروٗنی ہیچیدگی پادٕ ۔ ) ہرگاہ زن شاعری پیٹھ کانہہ ہدایت پراونک مطلب بس یتےٚ چھُ زِ شاعری پھےٚ ساہنِن جمالیٲتی حِسَن کھہرن دِوان تہٕ یمن دربرنجبان تیلہٕ چھِنہٕ اَسہٕ کہنی اختلاف ۔ شاعری پھےٚ آنند ۔ اَمِچ بُنیادی آڈرن چھِنہٕ کانہہ تعلیم یا علم۔ شاعری ہُندسہٕ قٲری لِس نہٕ وُنہٕ شاعری روایژن اَنزی مُنزی گوٚمُت آسہٕ یا ییٚمہٕ ہندِن جمالیٲتی حِسَن کھہرن آسہٕ نہٕ لجمژ ۔ سُہ چھُ لامحال جمالیٲتی حظ تُلنہٕ بایتھ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ خٲرجی وسیلک آویزٕ ۔ یہ خٲرجی وسیلہٕ چھُ پٲتھرُک اداکار یُس شاعری ہُند رَس یتھس کمٕ ورُوچھن وٲلس منز وۄتلان چھُ ۔ ییٚمہٕ وِزِ ابھنیوگپت یہ کتھ وَنان چھُ زِ تماشہٕ بین چھُ خٲرجی وُسیلو سِتؠ " رس " پراوان سُہ چھُ یتہٕ وَنان زِ سُہ چھُ رنگ منچس منز اژنہٕ بروٚنہہ اَمچہٕ روایژ تہٕ پابندی یہ قبوٗل کرن ۔ دُنہٕ لوک لوچناکتابہ منز چھُ سُہ لیکھان زِ تماشہٕ بین چھُ گرِ ییٚمہٕ نیژ نیران زِ ازچھِ مےٚ غٲرمعموٗلی اہمیژ ہندی

باجلال نظارٕ وُچھِنۍ۔ یِم پتولاکن تمام مٲدی اغراض نِشہٕ آزادی ہِنز۔ کیفیتھ وۄتلاوٕن۔ اَمیُک مطلب گوٚو یِتہٕ زِ کانْہہ تخلیق پٔرنہٕ بروٚنٹھ چھُ یِہ فٲصلہٕ کرُن ضروٗری زِ اُسی کَم کَم روایتھ چھِ قبوٗل کران۔ یِلہِ سٲنۍ نیت تہٕ دِل اَتھ خاص صنفہِ منز۔ آسَن تیٚلی کرَن تاثُر وۄتلاونِچ تہٕ لطف بخشنکۍ باتہٕ وٕل اَسہِ پیٹھ پنٕنۍ اثرات مرتب۔ اَوے تہٕ چھُنہٕ پرتھ کانْہہ شخص شٲعری ہُند لُطف تُلتھ ہیکان، تکیازِ شٲعری منز چھِ تِم ڈٔکھ تہٕ خٲرجی تھوٚو سبٹھاہ قلیل تہٕ گٔژھ یِہندِ مدتہٕ سٟتۍ شٲعری ہُند قٲری کِنہٕ جمالیٲتی تربیتھ ورٲے شٲعری ہند لطف تُلہٕ ہے۔

یِہ کتھ چھےٚ اہم زِ قدیم شاریاتکۍ سٲری سکوٗل چھِ یتھ کتھِ پیٹھ کُنۍ زِ حقیقی خوٚشی، اصل آنند تہٕ مستقل لُطف چھُ تتھہٕ زانکٲری منز، تتھہٕ آگہی منز یوسہٕ اَسہِ شٲعری بخشان چھےٚ۔ بقول بھٹ نایک، ابنساط تہٕ سرخوٚشی، یوسہٕ تِمہٕ رس وادٕ سٟتۍ میلہِ زن کُنہِ شٲعرانہٕ تخلیقہ پیٹھ وۄتلیمژ آسہِ چھےٚ برابر تِرشہے مستقل، یُزٕ تہٕ حقیقی یوسہٕ زن اَکھ منش برہمانڈس منز پْراوان چھُ۔ یعنے اَمیُک مطلب گوٚو یِہ تہٕ زِ اَکھ دھارمک منش یتھہٕ پٲٹھۍ مذہبی ریاضتہٕ سٟتۍ مُکتی (نجات) پْراوِتھ تھےٚ پاٹھۍ ہیکِہ اَکھ منش شٲعرانہٕ تخلیقہِ ہندِ مدتہٕ سٟتۍ ابدی مسرت پْراوِتھ تہٕ نجاتی وَتھ لبِتھ۔

شٲعری پیٹھ یِرِتھ یِرِتھ تہٕ یُرِتھ، شٲعری ہُند یُتھ تصوُر چھُ کأشرس شاریاتس اعتبار تہٕ تقدس بخشان۔ بھرت، آنند وردھن۔ بھٹ نایک، طوط بھٹ تہٕ ابھینو گُپت چھِنہٕ یتھ کتھ زیادٕ مازان زِ شٲعری کیا چھےٚ اَسہِ تمام کانْہہ شقہٕ وٲقفیتھ واتناوان یا کینژن کارآمد اصوٗلن ہنز زانکٲری دِوان یا کانْہہ مذہبی مسلہٕ فکرِ تاران یا کُنہِ لکھ کانْہہ مٲدی فایدٕ واتناونٕچ سبیل پٲدٕ کران بلکہ چھِ شار اَسہِ یِنہٕ آسُن ؤنۍ راونس منز تہٕ اَکھ صحی انوبھودنس منز اَتھہٕ روٚٹ کران۔ ابھینو گُپت چھُ ناٹیہ شاسترس پیٹھ کتھ کران بےواہِ ونان زِ شٲعری ہُند مقصد چھُنہٕ اخلاقی یا مذہبی تعلیم دِنۍ۔ یِہ کٲم چھےٚ دینیاتُک بلکہ ہیکہِ دینیا تھے

اکھ با اعتبار پُر قووتھ اخلاقی تعلیم دِتھ۔ شاعری گژھ اَمہِ نِشہٕ مُچھ روزٕنی۔ اَتھ چھِ پَننی خاص رسم تہٕ حد۔ یہِ یوٗدوٚے غأر اخلاقی یا غأر مذہبی چھِنہٕ مگر اخلاقی یا مذہبی تعلیم ہُند مُتبادل تہٕ چھِنہٕ۔

کاشُر شاریاتُک سرمایہ چھُ باگہِ بوٚرُت۔ اَتھ منز چھُ تخلیق کأری سیتی والبتہٕ نازُک ترین مسلن دل دِنہٕ آمُت مثلن شأعری کیا گیہِ؟ لولت بھٹ (۹ صدی) چھُ لیکھان زِ شأعری چھےٚ جذباتن ہنز شدت۔ تمہِ کُٹھِ بازیافت لُس عام ذہنی حالژن اِرتقاع بخشان چھُ۔ شأعری ہندی اصل مُحرکات چھِ حسأوی۔ شأعری چھےٚ سأنی نفسیأتی کیو جسمأنی دلچسپی رٔژھراوِتھ تہٕ تُنزراوِتھ یِہند تکمیلُک سامان بہم کران۔ سمکوک (۹ صدی) چھُ شأعری حقیقی یا غأر حقیقی آسنہٕ کہ بحثہٕ منز کڈنھ اَتھ مأدی مُحرکاتن ہنز نمایندگی زانان۔ سمکوک چھُنہٕ شأعری افلاطوٗن ہندِین معنین منز نقل زانان۔ افلاطوٗن سُند نقل ہیکو اُسی حقیقی تہٕ غأر حقیقی (آسنس) منز باگراوِتھ بیلہِ زن سمکوک ژرکہِ نمایندگی ہنز کتھ کران چھُ۔

شأعر سُند منصب کیا چھُ؟ ابھینو بھارتی منز چھُ درج زِ "شأعر چھُ بنہٕ آزاد خأہشہٕ حسابہٕ پننہٕ دُنیا پانہٕ تخلیق کران۔ بےشک چھےٚ شأعرس بے واپہ تخلیق کرنٕچ قوت بدس۔ شأعر چھُ بیک وقت سُہ لُس پٔژھ چیز منعکشف پیدان چھِ تہٕ سُہ لُس پَن اظہأری رنگ دِنٕچ قدرت تھاوان چھُ۔"

"شأعر چھُ بےزوٗ چیزن تام ہتھ پأٹھی مرتب کران زِ تم چھِ زوٗدار چیزن ہندی پأٹھی عمل کران تہٕ زوٗدار چیزن بےزوٗ چیزن ہندی پأٹھی پیش کران۔ یہِ سورے چھُ سُہ پانس موٗلیُر آزأدی کِنی کرِتھ ہیکان۔"

شأعرس موٗلیُر آزأدی ہنز بہتر مثال چھُ نژن (ڈانس)۔ نژن چھُ بے واپہ اظہار ——— اظہار تمہِ آنندک یُس نژن وألس (یا نژن واجنہِ) حأصل سپدان آسہِ۔ اَمہِ آنندکی مُحرکات ہیکن مأدی تہٕ آسِتھ تہٕ غأر مأدی تہٕ۔ یہِ ہیکہِ تخلیقی فوژ ہنزِ خوشی

پیٹھ تہٕ وۄتلیتھ تہٕ وۄتلاوُنہٕ تہٕ یِتھ۔ یہِ چھُ دِل چہِ خوشی ہُند کُنہٕ تہٕ صنفی پابندی ولأے اظہار۔ شیوُنُند نزٕن یا گورِس برونہہ کنہِ گترٕنہٕ ہُند نزٕن چھُ اُمی آزادی ہِنز مِثال۔ یعنی شاعر چھُ آزاد پننیٖ موضوع ژارنہٕ باپتھ تہٕ یمن موضوعن متوازن کردار تہٕ مناسب دل ژارنہٕ باپتھ تہٕ پنہٕند حسب قدرتھ ورتاو کرنہٕ باپتھ۔ شاعرس ہُندِس دُنیہس منز چھُ سُے وق پوٚز یُس شاعر اتھ دُنیہس مُقرر کرِ اوے چھےٚ رام ہِنز کتھ مقأمی تہٕ تہٕ آفاقی تہٕ۔ عصری تہٕ تہٕ قدیم تہٕ۔ یہِ سورُے چھُ شاعر سُندِس ضرورتس تابین۔ اوے چھُ ابھینو بھرت ہِنز یتھ کتھِ بدل آیہٕ شیران زِ پأھتر (یا شاعر) چھُ حقیقتک" نقل پیش کران۔ ییلہِ زن پزر یہِ چھُ زِ شاعر چھُ بقول ابھینو حقیقتک ادراک حاصل کران تہٕ پتہٕ دُبارٕ (پننہِ آیہٕ) یہِ تخلیق کران۔ اتھ دُبارٕ تخلیق کرنہٕ آہرٕ جباوٕ آگہی منز چھِنہٕ حقیقی یا غار حقیقی آنج یِھِنز ہانز۔

طوطہٕ بھٹ (۱۰ صدی) چھُ شاعرس روشن ضمیر وَنان یُس پیٹھ عرفانکی ساری درواز دُھتو چھِ آسان تہٕ روشن ضمیری چھےٚ روشن نظر آسنہٕ وراے ناُمکمل۔ روشن نظری چھےٚ سو اکھ قوت ییمہِ کنہٕ دُنیہچن گوناگون مادی صورتن ہِنز بُنیادی حقیقتھ منعکشف سپدان چھےٚ شاعرس تہٕ شاعری ہِنز یتھ نظریہ پیٹھ چھےٚ ظاہر سپدان جمالیأتی تجربیٖ نوعیت۔ یہِ نوعیت زانہٕنہٕ باپتھ چھےٚ انسانی ذہنس متعلق پیٹھی پیٹھی اکھ زِ کتھ زانہٕنہٕ ضروری۔ سون ذہن چھُ بالکل کورٕ لیٹھ، ہیوٚ صاف تہٕ چیٹہٕ۔ اتھ پیٹھ یم تہٕ نموٗنہٕ چھِ، تم چھِ خارجی محرکاتن ہِندی دِتی۔ سون ذہن چھُ خارجی دُنیا پیٹھ پننہٕ ضرورتہٕ مُطابق تہٕ پننہِ مقدورٕ حابہٕ رنگہٕ رنگہٕ تجربہٕ حاصل کران۔ یمنے تجربن ہِنز باز تلاش چھےٚ شاعری (اُتھی چھُ بھرت مُنی انوکرن وَنان تریلوک یسیایا سرواسیا ناٹم بھاوانو کیر تنم تہٕ ابھینو چھُس صحیح کرٕتھ انو، دیاوسایا وَنان) مادی صورژو پیٹھ تہٕ خارجی دُنیہس ہِتی تصادم سپدنہٕ پتہٕ یم تجربہٕ، یم ذہنی کیفیژ یادٕ چھےٚ گژھان تم چھِنہٕ ہوبہو تمنے صورتن منز اظہار براوان بلکہ چھُ ذہن یمن پیٹھ پننہٕ کرٕنی ڈالان۔ اظہارک

رنگ رٹنہٕ باپتھ چھےٚ مناسب لفظن ہنز۔ فوری دستیابی یا عدم دستیابی تہٕ ینیٚ پاٹھو یمن تجربن ستیٚ گنیند گنیند کران۔ پرآنی یاداشت، مادی کیفیژن ستیٚ والبتہٕ سانہٕ جسمانی جنسی تہٕ لفسیاتی خواہشہٕ، سماجی تہٕ سیاسی اندرٗنی۔ یم ساری چھہٕ الگ الگ یا سٗمبتھ کٕنہٕ تہٕ تجربس ینیٚ رنگ کھالان . . . .

سون ذہن چھُ رنگہٕ رنگہٕ تجربو، رنگہٕ رنگہٕ عالمو تہٕ زانکاریو ستیٚ برونٹھے ترٚو پرتھ۔ قرنہٕ وادن ہندی انسانی تجربہٕ چھہٕ شعوری یا غار شعوری سوٚتھرس پیٹھ لگاتار یامن نوین تجربن، اُزی کس سونچس تہٕ ویوہارس پیٹھ اثر انداز پیدان روزان۔ بعضے چھہٕ یم قرنہٕ وادن ہندی تجربہٕ سانس خارجی موجوٗد دُنیاہس ستیٚ سانہٕ باپتھ نوی رشتہٕ بناوان۔

اوے چھُ طوطہٕ بھٹ شاعرس روشن لظر، روشن ضمیر تہٕ روشن دماغ وٕنان۔ شاعر چھُ پانس منز لٗبتھ عالمن ہنز تہٕ کتھ کران تہٕ یمن داخلی عالمن ہندِ تجربہٕ پیٹھ حاصل سپدن بصیرژ ستیٚ خارجی عالمن ہنز تہٕ۔ اُکس خوبصورت زنانہٕ ہندی انگ۔ چھہٕ فقط بہانہٕ سو کیفیژ وچھ تلاو تہٕ باپتھ یوسہٕ ذہنس منز ڈیتھ چھے۔

کاشر شاریاتک اکھ بوڈ حصہٕ زانو اُسی النکار شاستر یا ساہتیہ شاستر کہ ناوہٕ۔ شارس منز لفظن ہند دٕیت، طرز بیان، حسن کاری، صنعت گری، ٹنگنگری، اسلوب تشبیہہ تہٕ پیکر یم چھہٕ مثالہٕ دی دی لطافتہٕ سان وپرژھناوہٕ آمتی۔ کاشر شاریات چھُ گوڈنکہ پھر لفظن ہندین بیون آکارن تہٕ شکلن تہٕ معنے کین بیون بیون ژھاین تہٕ گراین ستیٚ بحث کران۔

ارتھ النکارن تہٕ شبدالن کارن ستیٚ بحث کرنہٕ برونہہ چھُ شبد، ارتھ تہٕ پہندباہمی رشتہٕ سہرکٕھ کرنہٕ آمُت۔ شبد چھہٕ تم آواز با منتر یم چیزن اُہہٕ پیٹھ ظاہر کران چھ تہٕ یمن ستیٚ منسوب معنے سانہٕ باپتھ چیزن ہنز اکھ کارآمد مگر محدوٗد پہچان بنان چھے۔ کاشرس شاریاتس منز چھہٕ گوڈ کالہٕ پیٹھے باضابطہٕ انتہا پسند نظریہ قائم کران۔ شبد چھا چیزن

ہُند لغم البدل، ارتھ تہٕ شبد چھا لازم و ملزوٗم، ارتھ چھا شبدُک سوروٗے ہرتر وتراوان تہٕ بیان کران؟ ارتھ چھا شبدُک ژھایت یا گژھ شبدٕچ شکل چھا الہامی تہٕ مُستقل تہٕ ارتھ فقط شبدُک اکھ پرتو، اکھ خاص شبد کیتھ پأٹھۍ چھ اکہِ واقعُک یا کانٛہہ اُکس کردارُک سُند اندرُون ظاہر کران؟ یم تہٕ ییتھی ہوی واریاہ ہم رشتہٕ مسلہٕ چھ ارتھ تہٕ شبدکہِ سلسلس منز تکنہٕ آمتۍ۔ کأشر شاربانٛک اکھ اہم سکوٗل چھُ شبد تہٕ ارتھ اُکس الہامی تہٕ مستقل رشتس منز گنڈتھ زانان، اکہِ خاص حوالہٕ نیبر، اکھ خاص کیفیژ بدُون چھُنہٕ شبدُک وجوٗدے۔ شبد چھُ سہ اکھ منتر یُس ذہنی کیو مادی چیزس سانٛین خارجی تہٕ داخلی حِسن منز ودہ تلاوان تہٕ تسلاوان چھُ۔ اَدے چھُ فقط کُنہہ چیزُک ناو۔ کُنہ رنگُک، دریٹھُن، کُنہِ مشکُک ظہوٗن ایٚہِ منز گوٗناگون کیفیژ ودہ تلاوان۔ اُمی وجہ کنۍ چھُ شأعری منز بھاو رس سیٹھاہ اہمیت پراوان۔ سأنۍ جیسا گہی چھے مشروٗط شبدکہِ صحی تہٕ مناسب ورتاوس پیٹھ۔ اکھ شبد ہیکنہٕ بیٚیہ کُنہِ شبدٕچ جاے پرأوِتھ۔

شبدکہِ اکھ خاص تصورس ستۍ چھُ بھرت مُندرس سوٗتر وأتھ۔ بھرت چھُ اکھ جایہ یمن حالتن یا کیفیژن ہتر کتھ کران۔

ودھاو      حدوٗد متعین کرن واجٕ عنصر

انوبھاو      consequents   یم احساس پائداری تہٕ بخشن

وبھاچار      لطیف ذہنی کیفیژ

سیموجنا      علم یُس بھو ورأے چھُ۔ فقط آنند تہٕ نجاتھ

یم ژرہ شوٗے عنصر یا ژرہ شوے کیفیژ چھے ستَن خاص حقیقژن پیٹھ ڈٕرتھ۔ یہند ورأے روزن یم کیفیژ ہوٚس منز۔

(۱) بھاسہ۔ فاعل تہٕ مفعوٗلُک باہمی میٖل۔ موضوٗع تہٕ معروضُک سنگم یہ

ہیکہِ مادی کیو شالی اَستھ

۲, ویدانہ۔ فاعل سُند یہ احساس زِتس پیٹھ کُر مفعولن اکھ خاص کیفیت طاری یا باہمی اثرپذیری ہُند ظوون۔ یہ کیفیت ہیکہِ جزنیہ تہٕ اَستھ تہٕ طربیہ تہٕ۔

۳, سنا۔ موضوع بدِ کڈان۔ اُمِچ مکمل نشاندہی۔ یہ چھِے صرف ظاہری پہچان مقرر کران توے چھِے گمراہ کُن تہٕ۔

۴, چیتنا ارادٕ۔ موضوعس کُن سانٛی شعوری مراجعت۔ اکھ بے غرض۔ کوشش یا اکو شش دوٚتوے

۵, اکہِ گاٹ۔ موضوعس کن توجہ مرکوز کرُن۔ بظاہر باسہِ یہ گیان مگر شکہِ چھُ یہ خالص جمالیاتی بدھی یا پرتبھی گیان۔

۶, جیوت اندریا۔ ذہنی یا نفسیاتی زندگی۔

۷, منس کاریہ۔ موضوعس پیٹھ سانٛز کام۔

یعنے شاعر چھُ مادی یا غیر مادی چیزن ہندِ حسادو آگہی بیٹھے پتن سفر شروع کران تہٕ سمیوجنا یا خالص آنند یا جمالیاتی آگہی پراوان۔

کاشرِ شاریاتک بیاکھ سکول چھُ ارتھ (یعنی معنے) شبدکہِ حدود متعین کرُن زانان۔ شبد چھُ اکھ خاص آواز یتھ اکھ خاص کیفیتھ چھِے تہٕ سانہٕ ذہنی حالتس سیتی معنے وراے تہٕ اکھ خاص رشتہ چھُ۔ یہ چھُ باضابطہ اکھ رُہ منتریس طلسم ہندی بر یلہِ تراوان چھُ۔ امہِ لفظچ موسیقی تہٕ لفظچہِ موسیقی ہندِ سیتی بلتھے انسلاکات (آشناوٕیہ) ہیکہِ نہٕ ایٛکھ معنے اَبہ تام مکمل تہٕ خالص پاکھٕ واتہٕ ناوِتھ۔ معنے چھُ اُکس شبدس محدود کران۔ اُمکی باڈٕ متعین کران تہٕ اُکھ باتھے منسلک کیفیتژ ولنہِ الگ کڈِتھ پرزناوان۔ معنی چھُنہٕ کُنہِ بلکہ تہٕ شبدک سوٗرے ہرتر و بتر آوِتھ ہیکان۔ معنے چھُ شبدس اکھ تیُتھ رنگ کران یتھ پتھٕ الگ آشناوی چھِے۔ لفظس تہٕ معنیس درمیان چھِے اکھ محدود مطابقت خارجی دُنیہس منز چھِ شبد

آوازن یا شکلن ہند حوالہ اضافی۔

یمن دون تصورن پیٹھے چھِ ڈرتھ شبدالنکار تہٕ ارتھ النکار۔ شبد النکار چھِ معنی ہنبر پننس موضوعس شکلاوان۔ شبد النکارن منزٕ چھِ جسمانی تہٕ ذہنی لکھشن شامل۔ ارتھ النکارن پیٹھ زور دِنہٕ والی چھِ شاعری اکھ باضابطہٕ عمل تہٕ ڈراما زانان یم چھِ شاعری ہنز شوٗب ییتھ کتھِ منز زانان زِ شار گژھِ ڈراما ووتلاوُن۔ 'ارتھ النکار' چھِ یہِ عمل تہٕ یہ ڈرامائی صوٗرتِ حال تڑییُو طریقو ووتلاوان۔

۱، کُنہ کیفیژ ہند بییس کیفیژ یا صوٗرژ ستی موازنہٕ کرُتھ

۲، کُنہِ کیفیژ ہنز پننی انفرادیتھ قایم کرُتھ۔

۳، تضاد ووتلاوِتھ۔

شبدس چھُ پنُن اکھ الگ آنُن۔ بھامہ جی (۔۔ ۷ہ پیٹھ ۵۷ہ تام) یم چھِ پننہِ لغوی تہٕ غار لغوی، روایتی تہٕ غار روایتی مانیو ورتاے تہٕ اکھ بدل رنگ، اکھ بدل تاثر، اکھ بدوٗن کیفیتھ تھاوان۔ یم ہیکن چھرا پننہٕ اکہ خاص آوازِ ستی پرن والس پیٹھ غلبہٕ حاصل کرِتھ یعنی یمن اندر یوسہ موسیقی چھِ سو تہٕ چھِ اثر انگیز تہٕ معنی خیز۔ اودِ بھٹ (۷۵۰۔۔ ۸۱۰ء) چھُ پننہِ کاویہ النکار سار سنگرھا کتابہٕ منز تقریباً ۴۱ ہن النکارن ویژھناواں۔ النکارن ہندی قسم بد کڈنہٕ موکھ چھُ اودِ بھٹ ۔۔۔۔ ۱ مثال قایم کران۔

اکہ ڈرامائی عملِ باپتھ چھِ یہ کتھ سیٹھاہ اہم زِ یہِ بنہٕ شخصی اظہار بدلہٕ اکھ آفاقی اظہار۔ آفاقی اظہار ستی یوت پٮ۪د اکھ منز بوزن ودل تہٕ وچھن ودل شامل۔ بوزن والی ہنز یا وچھن والی ہنز غار مشروط شموٗلیتھ چھِ امہِ ڈرامائی کیفیژ ہنز ضامن۔

یتھ مضموٗنس منز کوٗر ہمے ناٹیہ شاستر آنند وردھن سُند ذکر۔ تمہِ باپتھ چھُ الگ مضموٗن۔

# غزلُک جمالیات

پروفیسر شفیع شوقؔ

زنانن سِتی کتھ کرنہٕ یا زنانن متعلق کتھ کرنہٕ چھا فن کنہٕ نہٕ، تمیک زانُن ہے
یمن اَتھ فنس سِتی دلچسپی چھےٚ، مگر غزل دوہ پدیوو تہٕ پرٛیتھوو اُتھ زمینس منز۔ یہ چھُ
تمہٕ آمرانہٕ معاشیتک دَیت یتھ منز جنس کیاہ پرٛتھ کانہہ جبلت تہٕ تمیک اظہار ابلیسی
کار زانہٕ اوس یوان تہٕ آمریُتھ ہنٛد نتیجہٕ درٛاو زِ انسانس منز گیہ تم سارٕے بے راہ رٛوی
پٲدٕ یم نہٕ انسانس ورٲے بیٚیہ کُنہٕ زُو ذاتس منز نظرِ چھےٚ گژھان۔ مختلف جنسی بیمارن ہُند
جبلی اظہار، سادیت، مساکیت، نرگسیت بتیرٕ۔ یِمنے بیمارن ہُند فنکارانہٕ لسٲنی اظہار
چھُ غزل۔ چنانچہٕ اَز تام یہٕ چھےٚ شعر پسند یوان کرنہٕ یمن منز یمن بےٚ راہ رٛوین ہُند
بے پھریُک اظہار آسہ۔ (تم شعر چھو توہہٕ سارنے زبٲنی یاد، آ۔ حسبِ توفیق)۔

از عشق و حسنِ ما و تو با ہمدگر در گفتگو
خسرو بہ مجنون یکطرف شیریں و لیلےٰ یکطرف

"زنانہٕ کتھن" ہُند غلبہٕ چھُ مشرقی جمالیاتس منز پرٛتھ فنس منز نظرِ گژھان۔ یہ
غزل آسِتن یا ایرٲنی مصوری، ہندوستٲنی مجسمہ سازی یا ہندوستٲنی مصوری۔ مگر فرق
چھےٚ یہ زِ ہندوستانس منز آو جنس زندگیہ ہُند دوہ پرٛاوی آگرُ مانتھ پیش کرنہٕ یییلہٕ
زن مسلمانو اَتھ بد رجحان زانتھ پردٕ کوٚر مگر تخلیقی طور کوٚرکھ تمام جمالیاتی اظہارن منز
بلا یم انداز پیش۔ غزل چھُ اَمی جنسی روشہٕ ہندٕ ورگہ اظہارہٕ ژٕنگی بارسس آمت۔

چنانچہِ حافظ، غالبؔ، میرؔ بیترِ عظیم شاعرن ہندی بیشتر غزل تہٕ چھِ اَمی جِنسی بابسہٕ منز جمال پاُدٕ کران تہٕ اَمچہِ باوُژ ہندِ خاطرٕ چھِ مقررٕ تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاوان تہٕ یم اسلوُبی جزٕ بنےٚ یہٕ باقی شاعرن ہندِ خاطرٕ تیارٕ بہٕ تیار مسالہٕ یمہٕ سٟتۍ تم بے شُمار غزل وُنان آیہٕ تہٕ از تہٕ چھِ وُنان۔

خالے کانہہ شعر چھُ ہیکان اَمہٕ غلبہٕ تلٕہ نیرتھ۔ حُسن وعشقُک یہٕ داستان چھُ پھِری پھِری ورتاونہٕ سٟتۍ تیوٗت فرسوٗدٕ گومُت زِ از اگر یُتھ کانہہ شعر بنِیہ تہٕ لیکھنہٕ چھُ یوان، سُہ چھُ پرٕ ڈی باسان تہٕ سوٗ تہٕ بے اثر۔ اُچھن ہندی نٔتہٕ ہندی دٔہانکی، رخسارن ہندی تہٕ کمرکی تٔمۍ تعریف، تہٕ عاشقہٕ ہندِ سوختہٕ گرٕژھنکی، لولہٕ نارٕ سوٗر گرٕژھنکی، بِہِن ہیوٗ ہُرتھ پینکی تہٕ دوہ راتھ اضطرابس منز آسنکی تٔمۍ فریاد چھِ وونی اَزی کِس زمانس منز پٔزی فاترٕ اَزی باسان۔ بیٚیٚھ بیٚلہٕ یانہٕ شاعر کھوٚٹِن یونس پتھ بٟنُ سورُے زُو زہٕ تہٕ داوس لاگِتھ آیہٕ۔ اَمہٕ قسمکی اَزکی غزل چھِ ووُنی ووُستہٕ کارِی ہندی ژھل باسان۔

اَتھ نسواں زٕدگی سٟتۍ آیہٕ عربہٕ تہٕ عجمہٕ بیٚیٚھ اَمہٕ خاطرٕ موزوٗن روایتی شبیہہ تہٕ علامژ تہٕ مثلاً ساقی، مے، شراب، پیالہٕ، خم، گولاب، بُلبل، چمن، شمع، پروانہٕ ناو، طوٗفان، دشت، آشیان، وُزمل، شبنم، سمندر، قطرٕ — زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ ہتھ لفظ یمن منز تم تلمیحی لفظ تہٕ چھِ یم مختلف داستانو منز آمتۍ چھِ مثلاً موسیٰؑ، طور، خضرؑ، سکندر، آبِ حیات، منصور، یوسفؑ، زلیخا، شیرین فرہاد، لال مجنوٗن۔ غزل گو آیہٕ از تام یمنے ہتھ شَتھ لفظن مختلف زمانن منز مختلف معنی دِتھ ورتاوان، زِ نتہٕ زبانی ہندی باقہٕ لفظ کانہہ مطلبے آسی نہٕ تھاوان۔ یہٕ چھُ دراصل روایت پسندی ہُند اظہار یُس انفرادی تجربس اہمیتھ نہٕ دِتھ اسلوُبی دٔلن اہمیتھ چھُ دِوان۔ یمن کُرژن تام لفظن ہندِس لیلہٕ ورتاوس منز چھُ خالے کانہہ شعر تیُتھ نیران یُتھ شاعرٕ یہٕ منز کانہہ پوٚشہٕ وُن مقام چھُ۔ اکھ کروڈ یعنی ہتھ لچھ غزلن منز چھا یمن شعرن ہُند تعداد پانژٕ ہتو شتو علاوٕ؟ تمن کیہنہ ہتھ شعرن منز تہٕ

چھ بیشتر حافظ، میر تہٕ غالبن ڈُنی متو۔ باقے شاعر رُودی وُکھنے کران۔ یہِ چھُ پزر زِ کلاسیکی دورس منز ہیکہِ ہے نہٕ یمو لفظو ورأے کینہہ بُنتھ:

ہر چند ہو مشاہدۂ حق کی گفتگو

بنتی نہیں ہے بادہ و ساغر کہے بغیر (غالب)

اسلوبی تہٕ موضوعی تنگ دامنی ہُند احساس سُید گوڈٕ نیتھے غالبس۔ یمہِ غزل "گنجینۂ معنی طلسم" بنوو تہٕ زندگیہ ہندی میٹھی تہٕ ٹیٹھی تجربہٕ، رطب تہٕ یابس، المیہ تہٕ طربیہ، غرض حقیقژ ہُند پرچھ کانہہ پزر (یا نہٕ ژیوٚنمت پزر) غزلُک موضوع بنوو۔ حالانکہ 'بادہ و ساغر" ہوی اشارٕ ہیوٚکنہٕ سٕہ تہٕ دوٗر تھوٚتھ۔ نقادو منز اوس مولانا حالی غزلہِ کس حلقہِ بند مزاژس خلاف اعتراض کرن وول گوڈنیُک نقاد تہٕ اقبال تہٕ تِمس پتہٕ ترقی پسندو دِتی روایتی لفظن سیاسی معنی، حالانکہ سروٗر تہٕ گداز کہ اثرٕ منز نیرِتھ اگر یمن تشبیہی لفظن سُنوٗ پہ ساری شاعری باسہِ ماک سیرٕسیں یا واہیات شاعری تہٕ از ییلہِ نہٕ تمن سیاسی مفروضاتن پیٹھ پرِٹھے روزِ یہ ساری شاعری چھے ووٚنی آثارِ قدیمہٕ اہمیت تھاوان۔

پرِتھ غزلیہ شاعر یہٕ ہُند سوٗرے کرشمہ چھُ امہِ کس تغزلُس منز۔ امہِ کس سوز و گدازس منز۔ انفرادی تجربہٕ چھُنہٕ کنی۔ مثالہٕ اگر دِنہٕ ییمو ترقی پسند دورس منز لیکھنہٕ آمتی ساری غزل چھِ بروٗنٹھ کنہٕ۔ شاعر چھُنہٕ کانہہ آٹومیٹن یُس خام مالس رِسایکلنگ کرنہٕ خاطرٕ چھُ۔ یتھین غزلن ہندِ شعرٕ ک باس چھُ تمہٕ ساتہٕ لگان ییلہِ اَتھ بیٚیہ کُنہٕ زبانی منز ترجمہٕ کرو۔ تہِ ڈُنو ضروٗر زِ " شاعری چھے تی یہٕ ترجمس منز ضایہ چھےٚ گژھان۔" مقولہٕ چھُ سٹھاہ دلچسپ مگر تجربس پیٹھ قایم ساری شاعری چھےٚ ترجمہٕ ہیکان سیدِ تھ۔ یوٗنانی شاہکار، انگریزی شاہکار تہٕ فارسی شاہکار چھِ ٹھیکھ پاٹھی

ترجمہ ہیکان یپدِتھ ۔ آزماوِتھ تُ ترجیح یہ کھوٹ غالب ہوس عظیم شاعر ہندِس کُنِہ مقبوٗل شعرس پیٹھ۔

دل ناداں تجھے ہوا کیا ہے
آخر اس درد کی دوا کیا ہے

نتیجہِ نیر غلام نبی ناظر۔ "دلہ دُنتم یہ ژےٚ گوٚمُت کیاہ چھےٚ / دود کیا چھےٚ اَتھ دوا کیاہ چھےٚ"۔ یِی آہنس کوٚرمُت، مےٚ چھےٚ یاد۔ یہ چھےٚ مےٚ تقصیر یا ہنٛس ناظر صاٰبس یا پانہٕ غالب صاٰبس۔ یہ چھُ خطا غزلس۔ اَمِچہِ پابند ہیٚئتہٕ۔

یِیلہٕ کانہہ ادبی صنف پابند آسہِ کُنہٕ محض اکھ ہُنر چھےٚ بنان، یہ چھےٚ اکھ ماہرٕ آرٹ بنان۔ ادبِ اعلیٰس تہٕ ہُنری فنن ہنٛز فرق چھےٚ یِی زِ ہُتھ منٛز چھےٚ تخلیقکاٗری ہنٛز بے پناہ گُنجایش یِیلہٕ زن یُتھ منٛز خوٗبصوٗرت نقاشی نگاٗری اُستھ تہٕ امکان گژھان رٕتھ چھُ۔ آخر شاعریہ تہٕ ختم بندی ہنٛدِس فنس گژھِ کانہہ فرق آسُن۔ شاعریہ ہنٛدِ خاطرٕ چھِ زبانۍ ہنٛدی ساری یعنی لاتعداد لفظ تہٕ زندگیہ ہنٛدی لاتعداد احساس تہٕ تجربہ، تِکیازِ سانٛس بدلونس اوٚندٕ کٕھیس تہٕ سانٛس اعصابی نظامس درمیان چھُ جبن ہنٛد لوپانٛژو درواز وُ کِنہٕ ہمیشہ نہ سورٕوٗن یُن گژھن جاری تہٕ لفظ چھِ اَمی مُطابق بدلان روزان تہٕ نوان۔ مگر ختم بندی کاٗژاہ تہٕ خوٗبصوٗرت آسہِ تن، ڈیزائن چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ ہتھ تہٕ اکھ۔ دہ واز دہ گرد، شش گُل، شش گل بادامی، ہشت گل پنجک، دِہ تیز، ہشت کان ڈابری، چنگس خانی بیترٕ۔ یِم النکار کاٗتیاہ تہٕ نُندبانۍ آسہِ تن مگر ژکہ چھِ سٹیریو ٹایپڈ، دوٚہے رُت بیوٗو دہ ہن منٛز ہکو یہ کار پٕھیچھ تہٕ کرِتھ تہٕ۔ اَدٕ اکھ ہنز لوے خوے آسہِ تن یا مہٕ آسہِ تن۔ کیٚنہہ غزل گو شاعرٕ تہٕ چھِ یہے پاٹھۍ وانٛہِ ہنٛد بیشتر حصہ یِیلہٕ کُنہٕ کارس ستۍ گُذارِتھ غزلس کُن پھیران، تِکیازِ دیوان اَتھ منٛز چھُ جان فیوچر

تہٕ وۄستس لیشہٕ گژھتھ کانٛہہ کانٛہہ جوٗرٕنۍ چھہٕ ہیٚچھان تہٕ داد حاصل کران تہٕ بیٚیٹھ بیٚیلہٕ
سانہٕ دوٗر درشنکۍ واین والۍ، پاپ میوزکٕک نقل کرن والۍ تہٕ میلنس۔ امہٕ کھوتہٕ
کیاہ گژھ حاصل کرٕنۍ۔ چھہ کیا اتھ کاربارس تہٕ زمینداری منٛز!

مائیز آٹس یم تہٕ چھہٕ، تہندۍ فدوی چھہٕ ساریٚ کُس نہٕ ییٚترٕ ہ پننس گرس منٛز
ختم بند تالو، نقشہٕ والۍ بانہٕ تہٕ ڈوٗنۍ ہیچہٕ پلنگ۔ مگر غزل گژھہٕ شاعری آسُن ییٚمکۍ
فدوی تِمے، ہیکن اُسنہٕ یم سخن سنج تہٕ سخن فہم آسن۔ مگر غزلس آیہٕ بیاکھ تیٚالی شالس
دورس منٛز۔ بیٚیلہٕ فایو سٹار ہوٹلس منٛز ہورکُن جگجیت سنگھ یا غلام علی نہ تہٕ کانٛہہ اُل
ہش چھو ہر گیوان غزل گایکی کران آسہٕ تہٕ یورکُن آسن لٹٕ رزاقہٕ سٕند یُژھنہٕ
آسن والۍ اَتھہٕ ہتہٕ "مست مست"۔ غزل کیسٹ گرس منٛز تھاونۍ تہٕ بنیووونۍ
تیتھے رسم یُتھ نقش دار طش نار ہلہ ہیتھ یہ ونُن زِ یہ چھہٕ آسہٕ خاندانی میراث۔ یمن
کیسٹن منٛز چھہٕ تِمے ہتھ شتھ غزل یِمن منٛز ہیے ہتھ شتھ لفظ ورتاونہٕ آمتۍ چھہٕ۔ یمن
شاعر بازو بروٚنٹھے سرکاری محفلن منٛز داد چھہٕ آسان لٔبی متۍ۔

تِہنٛز اُہو ونان زِ غزلس خلاف میون یہ ہزل نامہٕ گژھہٕ نابند تہٕ مےٚ چھناغزلکس
حمایتس منٛز اکھ لفظ تہٕ وُنُن۔ آخر بے پانہٕ تہٕ غزل وننک جوٗرتھ کران چھس۔ آ۔ بہٕ چھس
غزلک زبردست طرفدار، بشرطیکہ

ا۔ غزل روزِ نہٕ عروضہٕ ورآے بیٚیہ کُنہٕ تہٕ ہیتی بندشہٕ ہُند محتاج۔ عروض چھہٕ
ناگزیر تکیازِ نتہٕ گژھہ پطرس بخاری سُند سایکلچ باش یتھ گنٛتی ورآے پرتھ کانٛہہ تان
بجان چھہٕ۔ مگر عروضی نوبر یاد کرُن تہٕ گژھہ نہٕ غزلک مۄلہ مدا روزُن۔

۲۔ قافیہ چھُہ اکھ اضافی جُز۔ مگر غزل گژھہ نہٕ محض خوبصورت یا دلچسپ قافیہ ورتاونکہ غرضہٕ لیکھنہٕ یِن۔
خوبصورت یا دلچسپ قافیہ دالین غزلن منٛز ہیکہ صرف اکھ شعر رُت اُستھ تکیازِ تتھی شعرس منٛز چھے موضوع
تکمیل سپدان، باقے چھہٕ ٹلہ پانٛتزہ، ستہ یا نو شعر بناونکہ غرضہٕ پوان تہٕ بیٚیٹھ بیٚیلہٕ طویل غزل آسہٕ سہ چھہٕ محض

منظوٗم کلام بنان ۔

۳۔ غزل گژھِ پرتھ مصرعہٕ جایہ اکھ منفرد وجوٗد ماننہٕ ورتاوُن ۔ یہِ چھِ میر تقی میر سٕنز کتھ شاعر مصرعن آڑ پہ ستۍ مرٲٹھ تھاوان ۔ اکھ مصرع گژھ دوٚیمہِ مصرٕچ توضیح بنُن ۔ یہِ فن چھُ سیٹھا مشکل ۔ غالبس تام چھُ بعضے شعرن منز اکھ مصرعہ دوٚیمہِ مصرٕچ توضیح بنان ۔ مثلاً یہ مصرعہ درودیوار سے ٹپکے ہے بیاباں ہونا چھُ عظیم شاعری ۔ مگر اَکۍ گوڈنیک مصرعہ گریہ چاہے ہے خرابی مرے کاشانے کی چھُ فضول تشریح ۔

۴۔ غزلک اکھ شعر گژھِ نظمہِ ہُند اجمال آسُن تھاوان ۔ یہِ اجمال یہِ ارتکاز گژھِ افسانچ کیفیت پاداہ کرُن ۔ یٚلہ اکس فنی صنفہِ منز بیٚیہ کُنہ صنفہِ ہنز ہش کیفیت پاد سپدان چھےٚ تیٚلی چھُ شاہکار تخلیق سپدان ۔ مثلاً خوٗبصورت بُتس منز بیکہ "منجمد موسیقی" یا ٹھوس شاعری آسنہٕ یہِ شاعری منز یٚلہِ مُرتھ پاد گژھن تیٚلی چھُ شاہکار شعر بنان ۔ یہ چھُ جمالیاتُک اہم ترین اصوٗل ۔ یُتھ شعرس منز حکایت ، یا داستان آسہِ تتھ منز گژھِ اکھ مرکزی کردار یہِ وۄتلُن لیٚس بینٛن زمانی یہِ مکانی شاخت آسہِ ۔ مثلاً

نفسِ قیس کہ ہے چشم و چراغِ صحرا
گر نہیں شمعِ سیہ خانۂ لیلیٰ نہ سہی (غالب)

تا دِل بدنیا دادہ ام در کشمکش افتادہ ام
اندوہ فرصت یکطرف ذوقِ تماشا یکطرف (غالب)

۵۔ پُرقوت قافیہ والین غزلن منز گژھ شعرن درمیان موضوٗعی رشتہ آسُن لیُس معیاری وۄتھ داشرکنز اکھ فضا ہیکہِ بنادتھ ۔ یتھن مسلسل غزلن ہیکو یہِ نظم وُننہٕ تِکیازِ غزلچ خارجی ہیت آسنس ہتۍ ہتۍ چھُ پرتھ کانہہ شعر پننہِ الگ انفرادی اہمیتھ تھوان ۔

چوں عکسِ پُل بہ سیل بذوقِ بلا بہ رقص
جارا نگاہ دار ہم از خود جدا بہ رقص
درعشق انبساط بہ پایا نہ می رسی
چوں گرد باد خاک شو و در ہوا بہ رقص
فرسودہ رسم ہائے عزیزاں فرو گذار
در سورِ نوحہ خوان بہ بزمِ اذا بہ رقص
از سوختن اَلم زِ شگفتن طرب مہ جوے
بے ہودہ در کنارِ سموم و صبا بہ رقص

۶۔ اگر نہ شبیہس منز ڈرامایی کیفیت آسہِ، تیلہِ گژھہِ یہ ہیٚنہِ سکوٗنہٕ کٕنۍ تحیّر پاَدٕ کرُن۔

(نے سبحہ سے علاقہ نہ ساغر سے واسطہ)
میں معرضِ مثال میں دستِ بریدہ ہوں (غالب)
بسکہِ ہاموں ازتب وتابم سراسر آتشست
بَرہوا چوں دود لرزند سایہ در صحرا من (غالب)

۷۔ باقی شعر صنعن ہندی پاَٹھۍ چھُ غزلہِ باپتھ تہٕ فکرِ ہُند ضروٗرت۔ مگر فکر گژھہِ حساوی شبیہن ہنز صوٗرت اختیار کٔرتھ لوٚت منظرس منز روزٕنۍ۔ یہ چھےٚ فکرٕ لیوٚسہ حقیقتُک استہفامی نظرِ وُچھناوان چھےٚ تہٕ اَیکُ رسمی تہٕ سطحی ادراک ترک کرنس پیٹھ مجبوٗر چھےٚ کران۔ ورنہ چھُ دُنیا محض اکھ وٕرِ بہ جوٚشاہ یانیٚدرِ زوٕلاہ۔

۸۔ غزل گژھہِ جاگیردارانہ دوٚرکہ مُجرا تہٕ کتھکہ جہِ محفل آرایہِ ہنزٕ مصلحژ ترٲوِتھ وقتہٕ وقتہٕ بدلوٚنین ذہنی رجحانَن تہٕ انسانی تجربن مژ تہٕ بیٚنُن لفظت بدلاوُن۔

یہ لفظت اگر نہٕ تجربس تابع روزِ لفظ چھ محض عامیانہٕ اشارن ہنز اہمیت رٹان ۔ غزلہ خاطر
چھِنہٕ شاعرانہٕ تہٕ غار شاعرانہٕ لفظت کانٛہہ معنی تھوان ۔ سوال چھُ صرف موزونیژ ہُند،
تجربہٕ چہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ باوژ ہُند ۔

یم اَکھ شرط چھ اَوکنٛہ غزلہ خاطر لازمی بنان، تکیازِ غزلس چھےٚ اکھ داخلی کوتاہی
یمہ کنٛہ یہ باوژ ہُند بہترین ذریعہٕ چھُنہٕ ۔ یہ کوتاہی چھےٚ یہ زِ اَیمِک اکھ شعر چھ اکثر
بذاتِ اکہٕ انفرادی تجربُک ما حصل پیش کران نہٕ زِ تجربس ۔ چونکہ انفرادی تجربس رٕ کوتاہ
تہٕ مختصر تہٕ لمحاتی تہٕ آسِتھ چھُ لازمن زمانہٕ مکانہٕ اعتبارٕ اکھ ساخت تہٕ تھوان تہٕ بافت
تہٕ ۔ نظم (یعنی مختصر نظم) چھےٚ اَتھ تجربس درجہ بدرجہ دریافت کرِتھ پیش کران تہٕ
اَیمِک بافت چھُ جبیاوی شبیہو ستیٚ بنان ۔ مگر غزلکہِ شعرس ژٕس ناگزیر اختصار اکھ
گون چھُسےٚ چھ اَتھ محدود بناوان ۔ مثلاً غالبُن مقبولِ عام شعر "دلِ نادان تجھے ہوا کیا ہے
آخر اس درد کی دوا کیا ہے" چھُ اَکس لولہٕ متیٚ سنٛزِ خستہٕ حالی ہُند ما حصل ۔ رُت شعر چھُ، اُچھن
پیٹھ ۔ مگر لولہٕ متیٚ سنٛزٕ اَتھ خستہٕ حالی پیٹھ چھےٚ جان کیٹس سنٛز تہٕ مقبولِ عام نظم
LA BELLE DAME SANS MERCY یہ چھےٚ لولس متعلق نیم بلوغی رومانی تصوٕرچ باوتھ
اَستھ تہٕ عالمی سطحچ اکھ شاہکار نظم ۔ فرق چھےٚ یہ زِ غالبُن شعر چھُ خوبصورت کلام محض اکھ
رُت شعر ، عالمی شاہکار تہٕ کینٛہہ تکیازِ عاشقہٕ سنٛد خستہٕ حالی سپدنکہِ تجربکی مختلف درجہ چھِنہٕ اَتھ
منز ۔ ییلہ زن کیٹس نہٕ نظمہِ منز اَمہٕ تجربُک سورُے ڈراما اَکس مرکزی کردارس اَندی اَندی پیش
کرنہٕ چھُ آمُت ۔ نظم (بشرطیکہ فنکارانہٕ اندازٕ لیکھنہٕ آسہٕ آمژ) چھےٚ صنفی پابندیو وراۓ
تجربس سرٕ ثوبوت پیش کرنس منز تفصیلن کام ہیوان ، مگر تمن تفصیلن یمہٕ ناگزیر آسن ۔
یم تفصیل پیش کرٕنی چھِنہٕ غزلکہِ شعرس منز ممکنےٚ ۔ البتہٕ ہیکہِ غزلکین شعرن منز یمن
مختصر شبیہی نظمن ہُند انداز پادٕ سپدِتھ یمن منز صرف اکھ شبیہہ پینٛٹ تیہہ تہٕ جذبٕچ تھ

ہیتھ وو تلاوتہٕ آسہٕ آمژٕ یُتھ محض اکھ خاموش مگر تحیٔر یا شدید احساس پأدٕ کرن واجنٮ۪ن تصوٕر لفظن منز۔ وو تلہٕ تہٕ شاعر آسہٕ نہٕ اَتھ تشریح کران۔ مثلاً:

میر جنگل پڑے ہیں آج یہاں
لوگ کیا کیا یہیں کل تھے بستے (میر)

اگر نہٕ اُزٕکۍ غزل نظمہٕ مقابل کنادگی پأدٕ ہیکہٕ کرِتھ مےٚ چھُ اَمیُک مستقبل خطرس منز باسان۔ آ، وکھنیاہ وکھنیاہ روزٕ بٮ۪یہٕ تہٕ کینژن وٕرین پتہٕ دان یکیاز اَتھ بٮ۪بھ چھُ گیون والین ہُند پیشہٕ ڈرِتھ۔ مگر غزل گیونک شوق تہٕ ہیوتُن جاذ تہٕ رٮ۪پٮ۪ن مقابلہٕ لپسپا پیدٕن۔ بہٕ چھُس یہٕ سوٗرے غزلچہٕ طرفداری منز ونان

# کأشرِ شاعری منز محبوب سُند تصوُر

ڈاکٹر شاد رمضان

لل دیدِ پیٹھ ازتام چھ کأشرِ شاعری ہُند نُمایاں اہنار چھُ اَمیک لوله اظہارئس اَتھ مشرقی جمالیاتس نکھ اَنِتھ سأنِس احساسِ جمالس تسکین بخشان چھُ۔ یہ اَہنار چھُ ماورأیی تجربن تہ مشأہدن زِلو دِنہ واجنہِ قدیم سری شأعر لل دیدِ ہنز شأعری منز تہ نوّن تہ انسأنی مسلن باوتھ دِنہ وأنس جدید شأعر رحمان راہی سنز شأعری منز تہ طاکارہ شاید اَوِ کنہِ تہ زِ انسان کوتاہ تہ جدید خیالک آسِتن، تہ ہیکہ نہ ہرگزِتہ پننین قدیم رِوایژن نِشہ موے دامن بچأوتھ۔ یُزر چھُ یی زِ سون شاہ سرمایہ چھُ مشرقی ادبُک اکھ اژھِن انگ ییمہ کنہِ کأشرِ شأعری مولأنکو تہ وزِ مغربی تنقیدی معیارن ستی ستی مشرقی تنقیدی پیمانن ہُند خاص خیال تھوُن پیزِ، نتہِ نہ ہیکہ کأشرس منز تنقید پیزِ تہ پأٹھی پھاپھلِتھ تہ نہ ہیکہ کأشرِ شاعری ہُند ادبی معیار مشخص کرنس منز پوٗرِ پوٗرِ انصاف سپدِتھ۔ شاید چھُ یوٗہے وجہ زِ کینہہ کأشرِ نقاد چھِنہ شیخ العالمؒ سنز شأعرانہ حیثیت تسلیم کرنس تیار تِکیازِ تِہندِ کنہِ چھُ شیخ العالمؒ پننس روٗحأنی فلسفس منظوٗم فارس منز باوتھ دِتھ محض اَکِس عظیم واعظ سُند درجہ بڑاوان۔ بلکہ چھِ یِمی ہوی جلد باز نقاد پننِ مزاجٕکہِ معیارٕ مُتراوتھ کأشرِ صوٗفی شأعری پیٹھ تہ چھرا بیان بازی ہُند ناو دِتھ مغربی معیارن ہنز چھیپہ دِتھ اکھ

غٲرفطری تنقیدی نہج قایم کرنٕچ کوٚشش کران، نہٕ کیا ؤنی زِ شیخ العالمؒ ہندین ہتھین اعلیٰ شاہ تجربن۔

یہٕ ڈُن ووٚتھُس ہِچرٕ ذنی ناوے
آولُن وُلسمہٕ کنہٕ لگہٕ بٹھیٚے

•

گنبرِ پرٕکٹ کران چھم کاو
تیٖر چھنم اَنبر باوٕ کُس

•

دُنی یہکس ٹِتس مُتس نارس
ڈیشتھ انارس کرِم گنَتھ
شیطانٕ لُٹ لاجم بیٚنٕر بارس
مےٚ راو ژٔرس نارس وَتھ

موضوعی اعتبارٕ چھُ بیشتر کأشر شاعری (خاص کرِتھ غنائی شاعری منز) منز لول اکِ غالب رجحانہٕ رنگہٕ وۆتلان ییتھ زٕ وۆیدی اظہار چھُ۔ اکھ گوو بالافطری لول تہٕ بیاکھ زمینی لول۔ یوٚدوَے بالافطری لولس منز عاشق زمینی آسنہٕ کنہٕ مجازی لوکُ گمانہٕ سپدیتھ ہیکِہ امابوٚز یہٕ چھُنہٕ کانہہ مخصوص فرد سُند لول بلکہٕ چھےٚ اَتھ منز انفرادیتھ بدلہٕ اِجتماعیتھ۔ اَمیک ہجر چھُنہٕ فرد سُند ہجر بلکہ جُزُک تہٕ کُلُک ہجر و وصل۔ اَتھ صوٗرتِ حالس منز چھُ فرد سوٚدرٕ لنشہٕ ژھینہٕ گوٚمت قطرٕ یُس پننس اصلس ستۍ وصل سپدُن ییٚنہ کُن تہٕ کیول مدعا تہٕ مقصد چھُ۔ یہٕ چھُ عاشقس تہٕ معشوقس درمیان ہجرُک کرب تہٕ وصلُک تجسس ییمیک انتہ اند دوٚگنیار دُزِتھ کنزرٕچ صدا بے بازگشت چھےٚ۔

پوٚت زوٗنہٕ وُتھتھ موٚت بولہٕ نووُم
دگ لٔلہٕ ناَدِم دَیہِ پٔنٕز پرٛیِیے
لٔلی لٔلی کران لالہٕ وُزٕ نووُم
میلِتھ تَس مَن شٔرٛژیوم دِہے

•

آمہِ پَنہٕ سۄدرس ناوِ چھس لمَان
کَتہٕ بوزِ دَے میون مےٚ تہٕ دِیہِ تار
آمَن ٹاکیَن پونی زَن شمان
زُو چھُم برٛمان گرٛہٕ گژھہٕ ہا

لَل دید

•

کُنرے بوزکھ کُنہٕ نو روزکھ
اُمی کُنرِن کوتاہ دیُت جلاو
عقل تہٕ فِکر تو کوٚت سوزکھ
کمالہٕ چیتھ ہیوٚک سُہ دُری یاو

•

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ صحی کوٚرُم
وحی کوٚرُم پَنُن پان
وجوٗد ترٛاوِتھ موجوٗد میوٗلُم
ہرسٕہ کِھ وُچھم پنُنٕ پان

شیخ العالمؒ

صوٗفی عقیدٕ موجوٗب چھےٚ کاینات خُدایَ سٟند نوٗرُک ظہور یا وٚنوٗز خُدا چھُ زمینَن تہٕ آسمانَن ہُند نوٗر ( اللہُ نُورُالسَّمٰوَاتِ وَالْاَرْضِ ) تہٕ اَمی ابدی نوٗرُک اَتھ بَڈِس حصس چھُ آدم۔ یوٚہے اَبدی نوٗر یعنے خُدا چھُ محبوٗب تہٕ اَمیُک ظہور یعنے آدم اوس ہُند عاشق۔ کیٚنٛژَن لوٗکن ہُند چھُ یہِ اعتراض زِ کٲشُر صوٗفی شٲعری منٛز چھِ یژھن جایَن عاشق زنانہٕ لہجہِ، آہنگ خدوخال تہٕ باوَتھ برٲوِتھ زمینی بُنان یَیمہِ کِنۍ اَمہِ قسمچہِ شٲعری منٛز جنسی تصوٗر ووٚتلان چھُ اَماپوٚز یُہ زِ چھُ یہِ زِ اَندٕ وندٕ چہِ صوٗفی شٲعری منٛز چھُ عاشق زنانہٕ بُنِتھ پننِس حقیقی معشوٗقس ناد لایان تہٕ لول ارپن کران بلکہ چھُ مُعرفتچہِ باوژ ہُند اظہار تہٕ جنسی اظہارنَے منٛز سیدان روٗدمُت تہٕ یوٚہے اظہار چھُ اَمیُک حُسن نِچھِپاوِتھ اَتھ معنی آفرینی بخشان۔ یہِ چھُنہٕ فٕرد سُند عشق زِ کانہٕ یاون مژٕ ہُند عشقہٕ دود کرِ ہوس ناو بلکہ جُزس کُلہٕ نِش ژھینہٕ گژھنُک دود تہٕ یوٚہے دود چھُ صوٗفی شٲعری منٛز ورتاونہٕ آمُت لول یَیمیُک چھکرسی اند دون ژھینہٕ گامتین وجوٗدن ہُند یعنے جُزُک تہٕ کُلُک وصل چھُ۔

یہِ دود ژٕ ن مادَن تےٚ
چھِم گژھان برانٹی نادَن
ہے دِپن چھِپر لوچانہٕ قصدَن تے
ملہٕ بابن سا دَن

" شش رنگ" رحمان ڈار

•

قدرتہٕ پننے ظہور ہووُنم ڈیوٗٹھس نوٗر پر برزلان
وصلکی جامہِ چھس پیرِتھ پانس میلتھ چھُم ہنہ ہینے
"تقدیرآم نووُنے"

رحمان ڈار

حبہٕ ہتہٕ جبیَن پھوکھ لوے جُبابُس
پھوکہٕ ہتہٕ بیٚنہٕ میوٗل آبُس ہتہٕ
موٗد کیا تہٕ روٗد کیا باقے حسابُس
رنٛد ژھکھ زنٛہ کتھ آبُس ہتہٕ

محمود گامی

اَتھ صوٗرتِ حالَس منٛز چھُ ہجر و وصلُک عالم اکھ انتہائی کریوٚٹھ عمل تکیازِ عاشق چھُ زمینی تہٕ معشوق بالافطری معشوق چھُ واتنہٕ وادن فقط اُکس احساسَس لول برُان تہٕ تسُنٛد جلوٕ گاران یُس بظاہر کانہہ وجوٗد یا ٹھوس کاے چھُنہٕ۔ سُہ چھُ خابَن تہٕ خیالن منٛز تسَ پننُ اَنگ اَنگ نچھاور کران تہٕ پننُ بر بتھ امار تہٕ احساس آیتَن ہتاوان۔ امابوز یہ سوٗرُے عمل چھُ اکھ تیُتھ چھوچھِ کتر کرُوٗن احساس ییتھ صوٗفی شاعرو آدم سُند لاٗنی نیاے ناو دیُت، یُس تسَ پننہٕ ازل کالہٕ پیٹھے پتران ووت تہٕ پننس اَنتمی کالس تام چھُس یوٚہے نیاے پترُن یُس اُندی اُندی تہٕ اَندنے روٗد تہٕ روزِ تہٕ توٚے چھُ عاشق پننس آدَن باجس (معشوقس) لِشہٕ اَتھی سوالَس جواب ژھانڈان۔

کرسا میون نیاے اَندے
ماری منٛدے مَدن وارو — محمود گامی

فرد سُند نیاے ہے آسِہے تہٕ اَندن پاے اوسُس گمر یہ چھُ کائنات کہ زرہٕ زرہٕ اُنگ اجتماعی لاٗنی نیاے یُس بر بتھ ہُشار دِل اِنسانس سوال بنِتھ یُتھ ہیوٚے سوکھ صوٗرتحال دیدمان انان چھُ۔

نقش فریادی ہے کس کی شوخیٔ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا — غالبؔ

اما پوز یہ ماچھ سوالک کانہہ جواب زِ معاملہ ووت انڈیا عاشقۂ ہندِس تتھ احساسس، یتھ سُہ حقیقی تہٕ ابدی پزر زانِتھ لول بران تہٕ پننُ تن من نچھاور کران چھُ، ماچھُ کانہہ ٹھوس کاے میلان زِ ینتھ ہیوٚ احساس ووتلنہٕ۔

کبھی اے حقیقت منتظر نظر آ لباسِ مجاز میں
کہ ہزاروں سجدے تڑپ رہے ہیں مری جبین نیاز میں — علامہ اقبالؒ

کانہہ تہٕ مجازی لباس نہ آسن وٲنس اُمس محبوٗبس چھ توٚے عاشق بظاہر کانہہ ٹھوس وجوٗد بخشنہٕ یا پتھ ینن نظرن ہندی جامہٕ وٲلان، تسند شبیہہ گران تہٕ انسٲنی کاے بخشتھ رنگہٕ رنگہٕ ہنگہٕ طوٗمار جران۔ امہٕ اعتبارٕ چھُ یہ زِ ندٕ زوٗ محبوٗب بنتھ عاشقس لوٗلہ دگ، جُدٲئی ہُند کرب تہٕ وصلک میچھر موٚحسوٗس کرناوان۔ توٚے چھُ عاشق انتظارس منز تہندِ امارٕ باضے آستانن دشہٕ گنڈان تہٕ باضے براندٕ کنین پان چھاوان۔ کُنہٕ گِچھ گُنٹھن پوشہٕ وتھرن کرِتھ اُچھِ دارِ ہندی پاٹھی پان پاراوِتھ تس لرِپان ساونکی سنز کران تہٕ کُنہٕ شرونی دار روٚزِتھ گوڈ پیرِتھ تس عارانکی زار ونان۔

گُجھ کُنٹھ بے تھاوے دُنھراوِتھ
لچھِ ناد یو کرے اِنتظار
اُچھِ دار زن روزے پاراوِتھ
مُہ ناوِتھ انتن نگار — محمود گامی

•

مدنو قدمن سر دِمہٕ یو
وِدِہنا زوٗ زیرٕ در دِمہٕ یو
نشہٕ ہتہٕ یار و بہتہٕ رنگہٕ ناوے
اشہٕ کے بہ سمندر دِمہٕ یو — واز محموٗد

اُمی سرو نازن خوٗبصوٗرتن ۔۔۔ وَنہٖ کَس پھندٕ دل ہیتھ ژوٗلے
توہہٕ ماڈیوٗ کھووُن مانہٕ بُھپاکھن ۔۔۔ کتھن کمہٕ سوہہٕ روٗٹم یار

رحمان ڈار

ژٕرے ژھکھ یٕزمن چون مہرازو ۔۔۔ ژاکھو لالہٕ ہیتھ دروازو
لال چھے پیرتھ سورمہ تہٕ سازو ۔۔۔ آکھو شہرے شیرازو

احمدی ڈار

رنگہٕ بٕرون دژاو رنگہٕ بوٗنہٕ ٹلییے ۔۔۔ سنگدل کوتاہ چھس نہٕ یِیاے نامے
ہاوِنا دیدار ہیٚیم ناٹلییے ۔۔۔ ٹلییے کرییے لولہٕ متہٕ لاے

شمس فقیر

کاشُر شاعری منز چھُ محبوٗب سُند بیاکھ اکھ ولوٗد اظہار تہٕ اُمس محبوٗبس سِتی ورتاونہٕ یِنہٕ وول لول چھُ عشقِ رسولؐ وُنِتھ زانہٕ یا پرکھاونہٕ یِوان۔ یِیہٕ عاشق پننس ٹاٹھس پیغمبر حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن پننُ محبوٗب بناوِتھ پننہٕ لولُک نذرانہٕ سوزان چھُ۔ یہٕ محبوٗب تہٕ اُمس سِتی ورتاونہٕ یِنہٕ وول لول یِیہٕ مُقدس چھُ تِتہٕ چھُ نوٗرُک تہٕ ہِکیاز یہٕ چھُ سُہ عظیم مرتبہٕ وول محبوٗب یُس پانہٕ پروردگارن پننُ محبوٗب بناوِتھ حٰمٓ، یٰسٓ، طٰہٰ مُزمّل تہٕ مُدثر ہوی القاب دِتھ نادلایان چھُ۔ انسان سُند بنتُے کیا چھُ زِ یِتھس عظیم مرتبہٕ والِس محبوٗب سُند عاشق بنِتھ کرِ اہندِس شانس منز کیہنہٕ وَننگ جوٗرتھ۔ ووٗن گوو لوٗس کیا کَری زِ، لول گوو بُجہٕ ہُند ستھرکوٗن ہیتھ حضرت یوسفؑ نٕلہٕ یِیہٕ نیرُن۔ کاشرِ شاعرو چھُ پننہٕ پننہٕ معدوٗرِ مطابق اُمس عظمت والِس پیغمبرس پننُ محبوٗب وُنِتھ لوٗلکی نذرانہٕ سوزی متی یِیمُک ذِ سلاپہٕ شیخ العالمؒ کران چھُ۔

پارِی پارِی لگہٕ ہاتس پیغمبرس ۔۔۔ یُہنز رحمت اُمتس پِھنے جارِی

یوّدوَے کأشِرِ شاعری منز باضے سیٚدِ سیوٚد تہٕ باضے ورگہٕ پاٹھۍ اُمس مقدس محبوب ہندی پاسہ اِنہار درینٛٹھۍ گژھان چھہِ امہِ پوٚز نعت چھ اکھ تژھ موضوعی شاہ پارٕ ذاتھ یمیُک موضوع ہے آنحضورن ﷺ ہنز سیرتِ پاک تہٕ تہند شکل و شمائل چھ یا وَنو زِ یمیُک مرکز آنحضورن ہند جمال تہٕ جلال چھ۔

گوٚو جہان تاز بر وہ خسارِ رسولِ عربیؐ روٗٹ گلوٗ مُشکِ زِ انوارِ رسولِ عربیؐ حقانی

•

طایہ طٰہٰ ژٕے طرٕہ دستارس م حامیم طوقِ زر وُچھے
زُلفِ واللیل پٔھے المنشرح سینہٕ بے کینہٕ یسمبر وُچھے صفائی

•

کأشِرِ شاعری منز ورتاونہٕ آمتہٕ لوٚلُک بیاکھ اِنہار چھ مجازی یتھ کأشِرس منز زمینی لول وَنان چھ۔ اتھ منز چھ عاشق تہٕ زمینی تہٕ معشوق تہٕ یٖمی میٚژِ ہُند۔ یوٚہے گوٚو فرد ہُند لول یتھ ساینہٕ زمینی زندگی ستی اژہِن واٹھ چھ۔ یوّدوَے اتھ لولس منز تہٕ وصل اَمیُک انتہٕی اند چھ امہِ پوٚز یہٕ وصل چھ فردن ہُند جسمانی وصل۔ وہَن گوٚو لول چھ لول، بانے سہٕ زمینی آسِتن یا بالافطری۔ دوشوٚنی صورتن منز چھ ہجرُک کرب، انتظارچ دگ تہٕ سمکھنُک مارِ موٚت عاشقس وُچھ کوٗران تہٕ لٔتہٕ نارتن زالان۔ ہٕمس چھ شیطانٔی زوالن ہُند خوف تہٕ یمس سماجی زوالن ہُند بیم۔ سیٚدِ سیوٚد زمینی لول ورتاون واجنہ سأنی گوڈنچ شاعر چھے حبہٕ خوتوٗن یس زندگی ہندس اُکس دورس منز وأری ویُک گوٚب بار وہتراوُن پیوٚو تہٕ بٔیس دورس منز پننِس محبوب یوسف شاہ ژک سنز بےوَق جُدأیی ہنز زہٕ تہٕ کریٹھ دگ ژالنہٕ پیٚیہٕ۔ یہے چھ وجہٕ زِ تَس چھ پننہٕ مدہٕ موٚت یاوُن تہٕ برگہٕ جوأنی ہردِ پوشہٕ کی پاٹھۍ برگژھنُک شدید احساس تہٕ توے چھے معشوقس ستی پنٕنی ہی تن تہٕ دأن پوش بدن

چھاوٕنکہٕ تاشوٗقہٕ ہنٛصف راٗژن تہٕ برٛوٚتھی ترٛاوان ۔ یہٕ احساس چھ اُہنٛز شاعری منٛز بیٚتھے خوٗبصوٗرت تشبیہن تہٕ استعارن منٛز بار بار باوتھ پرٛاوان۔

یاوَن میانہٕ کرمنٛز پٕٹہٕ　　کمیوٗ واپہٕ رنگنےٚ آکھ
مےٚ مازوٗن اُتھر ژٕٹہٕ　　اکہٕ لٹہٕ پی ہم نا

رٕژہِ رٕژہِ ریتہٕ کوٗل آم سورانے　　برٛماگرٕتھن اُچھ پوشہٕ
کنہٕ ہیتہٕ بُلبُل یتہٕ اکہٕ آنےٚ　　چھاو میانٛز دانے پوشہٕ

ہنٛصف راٗژن برٛوٚتھی ترٛاوی میو　　ساتھاہ یکھنا ژٕرے
پھیر چھیٚنہٕ کینہہ تےٚ پھیر ژھکھ پاوان　　ژرےٚ کھوزرٕ گٕیی میانٛز دے

لوٗل چوٗن اوسُم پوٚتر کھرتھ　　تامتھ پھیٖرنم وٕرُن واو
کھنجہٕ کھنجہٕ پیٚنے مو پوٚتر پرٛنتھ　　میون ہیوٗ بنتھ ییٚنہٕ کس آو

زمینی محبوٗب سُنٛد تصور چھُ تمہٕ ساتہٕ رنگا برنگ تہٕ طرحدار اظہار پراوان ییٚلہٕ تس رسوٗل میرنس محبوٗبس سےٚتی ملاقاتھ پدان چھُ۔ سُہ چھ پنٕنس محبوٗبس اکھ ولیوٗد اظہار بخشان لفظن مُصور ہنٛد موٗقلم کاٗم ہیتھ تسنٛدین انگن انگن ہنٛد تصویرٕ گران ۔ تسنٛد محبوٗب چھُ ییٚمی میرنٕ ہنٛد اکھ زِندٕ زوٗ کردار ییٚسنٛد انگ انگ تہٕ برٛتھ اٚنٛگج اداتس دیدمان اٚس، دوٚل گوو تسنٛد محبوٗب چھُ زمینی آستھ تہٕ مُقدس ۔ رسوٗل میر چھُ عاشق بنتھ محبوٗبس باضے کعبہ زاٗنتھ گتھ کران تہٕ باضے بُتخانہٕ زاٗنتھ سجدٕ دِوان ۔ یتھ گوو سماجی زوالن ہنٛد قدٕ بنتھ ییٚوو رسوٗل میرس پنٕنس محبوٗب سٕنٛز جُداٗیی ہنٛد غم تیوٗت دروگ ییٚمیک

احساس تس آخری وقتس تام وچھ کوران رؤد۔ کأشرِ شاعری منز۔ یمہِ انمانہٕ رسول میر محبوب سُند ماری موند تہٕ جھٕرل اہار وہ تلاوان چھ ُسہ چھُ از تام بے جوڑ تہٕ یتھ ہیو ژُنڑل محبوب کُس برژمرادِ ہے نہ دل تہٕ اوٚ کنہٕ لوگ کأشرِ شاعری منز۔ رسول میرنس محبوبس چلے جاو تہٕ زمینی محبوب سُند تصور گوو دوہ کھوتہ دوہ پھانپھلان یُمک نتہٕ واہ تقلید مہجوُرن کوٚر تہٕ مہجورن کھول اتھ تصورس بیہ ہن مول یمیک ٹاکارہ اثر مہجورنن ہمکال شاعرن منز دریٹھ یوان چھُ۔ مہجورن پتھ یمیتھی زمینہ پیٹھ روزن واجنہ اُکس گامہ گرِیسی کورِ پیٹھ نظم یتھ منز تمہٕ حُسن مولہ ناونس ہتہ ہتی تمنز انفرادی یتھ بدِ پیز تہٕ امہ پتہ آیہ کأشرِس منز امہ قبیلہ چہ واریاہ نظمہ لیکھنہ۔ حالانکہ جدید شاعرن تہٕ برژمرود رسول میرنی ژُنڑل محبوبن دِل تہٕ گاہے گاہے رؤدی تم تہٕ اُمی سے زمینی محبوبس لول بران تہٕ آسے کانچھان۔ گویا یُس تصور رسول میرن پننس زمینی محبوب سُند بیش کوٚر تمیک شبیہ چھُ از تام چہ کأشرِ شاعری منز اکہ نتہٕ بیہ رنگو گمہ ژھٹان۔

| | |
|---|---|
| زلف کوکل کنہ چھے اُنس آہ | نتہٕ قرآنس پیٹھ کنہ بسم اللہ |
| پانہ لیوکھمُت چھے ذوالجلالے لو | بوش حسنس روزی نہٕ کالے لو |

| | |
|---|---|
| گمہ شبنم گُل رہ خس | زن چھ عرق داہ تس |
| زوٚنہ بیٹھی تارکھ یُکان | کارِ وو گن دوٚہ دان |

کھٹتھ سینس اندر بہ نالہ رٹتھ شامہ سوندر
جامہ زن سرِ وقدس یان ولایو مدنو

رسول میر

ژٕتے کس ستھن گئی سازش — دۄیم چھابیا کھ کانہہ میٲنۍ ہش
ژٕمیانے رشکہٕ یانس نش — تھوٚوکھ کمہٕ مسولے بو مہرو

مہجور

یاون سفرکی وَتہٕ پٔدی مانڈکھ — موتم رتہٕ تیکھ خط زالکھ
وٲنجہٕ کھوٚنمُت کِتھ نہناوکھ — یاد پہ کیمے کٔڑ تھاوکھ کیا

راہی

کاشرس وژنس منز چھ ہندی گیتکی پاٹھی عاشق زنانہٕ بنتھ مرد محبوبس ستی لولہٕ باوتھ کران یتھ پٕھیک اظہار جبہ خوتونہٕ پیٹھ ازتام چھ شاعری منز ٹاکارہٕ چھُ۔ امالیوٚز رسول میرن بخش اُمس محبوبس گوڈنچہٕ لٹہٕ (شاید ازتام آخری لٹہٕ تہٕ) زنانہٕ کردار تہٕ مرد عاشق کرنوٚن زنانہٕ محبوبس ستی لولہٕ باوتھ۔ یوٚدوَے یہٕ لکہٕ رلوایتھ عام چھنے زٕ محمود گامی ین تہٕ دیت ییٚنس محبوبس ناو ہیتھ ناد یمس اُزم ناد اوس۔

اُزی میٲنۍ لول آم وُچھتھ وارے
ازمتے ہاو دیدار ے لو

دیان ییلہٕ یہٕ کتھ پھلے یہٕ تہٕ محمود گامی لیس آو کورِ مالِین ہندِ طرفہٕ مقدمہٕ دایر کرنہٕ تہٕ محمود گامی ین دیت بیان زِ میٲنۍ چھُ وٚنمُت ' ازمتے لول آم وُچھتھ وارے " یُزر کیا تہٕ اُسی تن امالیوٚز کلیاتِ محمود گامیس منز چھُ یی درج ' ازمتے لول آم ...... تہٕ لہذا چھنے اَتہٕ اُتھی پیٹھ پُرشھ کرنی۔ اَتھ برعکس چھُ رسول میر " کونگ " تہٕ لوشہٕ مال " ناو ہیتھ یینس محبوبس اَتہٕ ستی مُتعارف کران۔ وُچھوے تہٕ محبوب سُند یہٕ اظہار چھُ ماری موند تہٕ خوشیون باسان تکیاز اُہندین اَنگن اَنگن ہُند وۄتلاو تہٕ آمُت سراپا چھُ انسانی مزاجس تہٕ فطرتس نکھہ تہٕ وَیہٕ موٚن تہٕ۔ امالیوٚز اَتہٕ قبیح کوشش آیہٕ غزلس منز تہٕ

کرنہٕ بلکہ جدید غزلس منز تہٕ سپدی اَمہِ قسمکی تجربہٕ ییٚتہٕ عاشق مردٕ بنتھ زنانہٕ محبوٗبس برتی
لولہٕ باوتھ کران چھہٕ۔ مگر "سُوال چھُ یادٕ سپدان زِ غزلس منز کتھ حدس تام چھہٕ یہِ اظہار
قابلِ قدر"۔ فارسی کیو اردو غزلہِ رلوایتھ چھےٚ پتہٕ وَنہٕ بیٚٹھ ازتام یِی زِ غزلس منز گژھن
ہٕ محبوٗبس نٕنۍ یاٗٹھی زنانہٕ ہندی خولہٕ خط آسنہٕ نکیا زِ اَمہِ ستۍ چھہٕ شارس تاوٗیلہٕ ہندی دروازٕ
وُتھو روزان تہٕ محبوٗبس ہیکن مجازی تہٕ حقیقی دوشوے تاوٗیل سپدتھ۔ اَتھ برعکس چھُ
نٕنۍ یاٗٹھی زنانہٕ محبوٗب باونہٕ ستۍ تاٗبیرن ہندی درواز تنگ گژھان، بلکہ چھُنہٕ شارس
اکھ مخصوٗص معنےٚ نبر بیاکھ معنےٚ کڈنچ یا ژھانڈنچ رٕژھنی گنجاٗیش روزان تہٕ نہٕ چھُ محبوٗب پاسل
اظہار پرٛاوتھ ہیکان۔

---

[1] اَتھ کُن پھیٖرٕ میون توجہ پروفیسر رحمٰن راہی صاٗبن اُکس ادبی سیمنارس منز۔

# کأشرِ تنقیدُک صوٗرتحال

ڈاکٹر محمد شفیع سمیلی

اکھ پرأنی پٔتہٕ زبان زدِ عام کہاوتھ چھےٚ " بڑ گا تو نہٕ چھےٚ ہُنی " گوو زِ بیٚلہِ بڑگ سیوٚد چھُ تیٚلی چھُس تو نہٕ ہُنی ۔ ووٗنی یوٚدوٕے پانژ بڑِگے ہوٚل کوٚل پٔتہٕ کوٗنژِ دار آسہٕ تیٚلہِ کتھ ؤلو سیوٚد پٔتہٕ کتھ ؤلو ہوٚل ۔ یوٚہے حال چھُ کأشرِ ادبی تنقیدُک ۔ یوٚدوٕے کأشرِس منز تنقید نگأری ہندِس ناوَس تل بیاکھ کیہنہ لیکھنہٕ آو مگر تمیُک معیار چھُ بہرحال بحث طلب پٔتہٕ اکِیُک قدر و قیمت چھُ سہر کھر کرُن ۔

یمہِ کتھِ ہُند اعتراف کرنس منز گژھنہٕ میأنی کِنی کانہہ پٔتہٕ اعتراض آسُن زِ وُنہٕ چھُنہٕ خود اُردوٗ ادبس منز تنقیدی مزاجٕ پھانپھلیوو مُت پٔتہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ نہٕ آیہٕ اُردو ادبس منز ۔ ونیکام پٔتہٕ کانہہ خود بذات ادبی تحریک بارسس پٔتہٕ نہٕ کانہہ ORIGINAL تنقیدی مکتبِ فکر ۔ اوٚوے پٔتہٕ یٚیلہِ اُسی کِنہٕ ادبی معاملس گینژ کڈٕنی یِژھو اُسی چھِ یکدم مجبوٗری ہندِس حالتس منز مغربی تنقیدس کُن پھیران پٔتہٕ انگریزی تنقیدی کتابو منز تنقیدی نوقط ژھنڈِنی پٔتہٕ پہندِ ورتاوِ پژ سبیل کران ۔ اُردوٗ تنقیدُک یہٕ حال وُچھتھ ہے بچارِس کأشرِس نقادس پٔتہٕ تنقیدس راہ کھاو ، سو ما چھےٚ انصاف کتھ ۔

ہرگاہ پٔتہٕ تنقیدہ لیکھن والین کأشرین نقاد دوستن یتھے ہیوٚ گرژھِ تیٚلہِ گرژھن تم مےٚ رِتی یتھ کتھِ پیٹھ اتفاق کرٕنی زِ کأشرِ زبأنی پٔتہٕ ادبن کوٚر وُنِستام یعنی ۱۹۹۶ء

تام کُن تہٕ واحد عالِم ، فاضل نقاد پادٕ ۔ سُہ گوو مرحوم عبدالاحد آزاد صاب ۔ ہرگاہ نہٕ
سُہ جاپہٕ مرگ گومُت آسہے ممکن چھ زِ ازماآسہے کأشر تنقیدک صورتحال بدل ۔ تمۍ ییٚتھ
کأشرِ زبأنی تہٕ ادبٕچ تأریخ "کشمیری زبان اور شاعری" ناوٕ کتابہٕ ہنٛدِس صورتس منٛز
ترٛین جلدن منٛز ۔ کتاب ییٚچھن اُردو پأٹھۍ ۔ یہ کتاب چھےٚ کأشرٮ۪ن شاعرن ہنٛد احوال
نامہ تہٕ اکھ مستند تنقیدی تجزیہ تہٕ ۔

کأشرِس ادبس متعلق آیہٕ امہِ پتہٕ تہٕ بیار تنقید لیکھنہٕ مگر آزاد بندو تنقیدی
نوکتو نیبر درٛاو نہٕ وُنہِ تہٕ کانٛہہ ۔ صوفی شاعری متعلق آس تن کتھ کرنہٕ یازِ رسول میرنس
غزلس یا مہجورنہٕ شاعری متعلق یا اللہ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ ہنٛز شاعری تہٕ فلسفس متعلق
حتیٰ کہ جدید کأشر شاعری پیٹھ تہٕ ییٚمہِ ساتہٕ میأنی فاضل تنقید نگار دوست کتھ کرنی
ہیوان چھ اکِ نہٕ بیٚیہِ رنگہٕ چھےٚ آزاد صأبنۍ چھاپ یاونو لوکہٕ ژھارنٕچ کوشش
نظرِ گژھان ۔ حالانکہ جدید شاعری تہٕ تنقیدی اصول تہٕ زانوٕی جار ییٚمہِ ساتہٕ تھٔنہٕ بیٚیہِ
آزاد اوس تمہِ برونہہ واریاہ کال رحمتِ حق گومُت ۔

آزاد مرحومس تہٕ آسی مسأیل تہٕ اوکنۍ ہیکہٕ ہے تمۍ سُند تنقیدی شعور تہٕ پننے
مسأیلن ہنٛدس پوٚت منظرس تہٕ تہنٛد حل ژھارنکس اثرس تل ووتلتھ تمۍ ہنٛدی مسأیل
آسی سیأسی زیادٕ تہٕ اقتصأدی تہٕ پرموشنی کم ۔ اُزٕچ کأشر تنقید یا چھےٚ سیأسی اثرو
رسوخ ژھارنس تابع نتہٕ با اثر ادیبن تھر کھالتھ وُلی وُلی پرموشن حاصل کرنس آوینٛ ۔
وونۍ اگر کانٛہہ لوکُٹ موکُٹ نقاد صاب یمس نہٕ ڈکھس کانٛہہ بوڈ تہٕ با اثر ادیب چھ
تہٕ ییٚمس نہٕ سیاسی کانٛہہ شودبود تہٕ آسہٕ یالیس نہٕ کُنہٕ بڈس تہٕ با اثر عہدس پیٹھ آسہٕ ،
تنقیدکس ناوس پیٹھ کتابن ہنٛز کتابہٕ تہٕ لیکھان اکِ ، سُہ کُس پرِ ژھس تہٕ سُہ کُس پرِلس ۔
تمۍ سُند ناو تام تہٕ آسہٕ نہٕ ولیوٚد ۔ حالانکہ یہ چھ یوٚزنۍ تمۍ تہٕ چھنہٕ خاص توجہ طلب کہنہٕ تہٕ

لیوٚکھمُت آسان۔

کأشِر ادبچ اکھ نمایاں کمزوٗری یا دٕلوٗ محروٗمی چھےٚ یہِ زِ یتہِ چھِنہٕ وُنہِ تہِ کانٛہہ پوٚختہٕ مشق نقاد بنتھ ہیوٚکمُت ۔ ہرگاہ ہے ووٚن دِموٚکنہٕ تام کتابہِ ین تمہِ لبنہٕ یمن تنقیدی وٚنو۔ سون تنقیدی شعبہٕ چھُ کینٛژن سیمنارن تہٕ مجلسن تامے محدوٗد۔ یِمی کنٹریکٹ واتہٕ تِمی چھِ قلم ژُلان تہٕ تنقیدی مقالہٕ لیکھان ۔ یِہنٛد یِمہٕ سیمنارن منٛز یتھو پرچہِ پرنہٕ یِوان چھِ تمن منٛز یہِ لیکھتھ چھُ آسان تتھ چھُ خودہے حافظ۔ کأشِرس ادبس منٛز چھِنہٕ وُنہِ تہِ تنقیدی شعبہٕ خود مختار بنتھ ہیوٚکمُت ۔ یتہِ یِم نقاد حضرات تنقیدس سیتہٕ زٕکھ زکھ کران چھِ تِم چھِ پانہٕ گوڈٕ یا تہٕ شاعر نتہٕ افسانہٕ نگار چونکہ تخلیقی ادب چھُ تمن سہل باسان ۔ امہِ خاطرٕ نہٕ چھُ زیادٕ سوٚنچُن پیوان تہٕ نہٕ پرُن توَے چھُ یہِ تنقید لیکھنہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَیہِ وُن باسان۔ کأشِر ادکی تنقیدی اصوٗل تہٕ چھِ یِتھے سیمنارن تہٕ محفلن منٛز بارسس یِوان ۔ ووٚنی لیٚس کأشِر ادبی تنقیدُک " واُز خزانہٕ " درست چھُ شہ چھُ مسا مسا کلچرل اکیڈیمی ہنٛدس "شیرازس" تہٕ "سون ادبس" تامے محدوٗد روٗدمُت تہٕ یِتہٕ یمن کینٛژن وٚرین منٛز چھِ یِم ادبی رسالہٕ تہٕ شروع کان آمتۍ ۔ سوٗرگ آسِن چمن لال چمن جی لیٚس یِہنٛدس ادارتس تہٕ یوسف ٹینگ ہنٛز سربرٲہی منٛز اوس یہِ اکھ شوٚبہٕ دار اداہ تہٕ یِم نٕ رسالہٕ تہٕ أسی کأشِرس ادبس کیو تنقیدس پننہٕ آیہِ کم قلیل خدمت کران ۔ مگر یِتہٕ یمن پانژن شین وٚرین یوسہٕ بیروٗنی ناد ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہیسٕ ہُرِتھ چھےٚ تہٕ یتہِ انتظامی انتشارچ تہٕ بدنظمی ہنٛز شکار یہِ ہیسٕ ہُرِتھ چھےٚ تمُک خراب اثر پیوٚو اکیڈیمی ہنٛزو باقے ACTIVITIES علاوٕ "شیرازٕ" تہٕ "سون ادب" رسالن پیٹھ تہٕ ۔ شیرازکی صفہٕ روٗدی ووٚنی تمن کانٛہہ آیتن یم ادب ذاتی سوٚتھرس پیٹھ تہٕ کرِتھ ہیکہ ہن ۔ نوٚوسِلسلہٕ "کھوٹ" چھُ ووٚنی شیرازُک اکثر حصہٕ تلف کران۔

کأشرِ تنقیدُک یہ صوٗرتحال چھُنہٕ کیٚنہہ تہٕ اندازٕ اطمنان بخش تہٕ حوصلہٕ افزا۔ گوڈٕ ہرگاہ وُچھو ہلو تہٕ کوٚت تام چھُ کأشرِس ادبس تہٕ تنقیدس ریاستی کلچرل اکیڈمی بیٚٹھ برابر کشمیر یوٗنیورسٹی ہٕندِس کأشرِس شعبس تام تہٕ لال منڈی پیٚٹھ درگاہ تام چھِ بییہ تہٕ کیٚنہہ اَدب نواز دوست اَتھ کاروانس شأمل حال۔ اَتھ درسوٗخ ییلہِ امہِ بأپتھ آسہِ تیلہِ چھُ ممکن زِ مشوٗرٕ کرِتھ تہٕ ییہِ ادیٖن ہُند رہتبہٕ بڑراونہٕ تہٕ بون والنہٕ۔ مذاق یوٗدوے نہٕ بأسہو تیلہِ چھُ باسان وشیٚنیو دوستو مشوٗرٕ کرِتھ لوٗکن تیٚتھ دستارٕ گوٚنڈمُت زِ کلابہٕ نوٗٹن تہٕ غلط ترجمہٕ سلسلہٕ لیکھِتھ تہٕ چھاپتھ لوٗگ کیٚنژن پتھرٕ نام نہاد نقادن تیٚتھ بریٚم زِ تِموٚ بھوو کالہٕ کالے ییٚنٛہ پان ایلیٹس تہٕ کولرجس لرِ لوٗر۔ اکثر تِمو نقاد صاٰبو یِم وُنی کیٚنہہ کأشرِس تنقیدس ییٚنٛہ مرحوٗن منت زانان چھِ تہٕ ییمن یہ بریٚم چھُ زِ تِمن ورأے چلہِ نہٕ کأشرِ تنقیدُک سلسلہٕ ییٚچھِ تِمہِ ساعتہٕ کتابہٕ (یِمو مُنزٕ پتھ چھےٚ مجبوٗری تحت لیکھنہٕ آمٕژ کیٚنہہ کتابہٕ تیٚژ موٗختصر زِ تِمن لوٗکٹ موکٹ مضموٗن وننس تہٕ گرٛزِھ گال تہٕ کیٚنہہ کتابہٕ چھےٚ تیٚتھ "ہاچ پاچ" "HOTCH, POTCH" باسان چھُ بلہِ چھِ صفن ہٕندی صفہٕ برنہٕ آمتی۔ لیکھنہٕ گوٚژھ کیاہ تام یُس تہٕ کیاہ تام آمُت لیکھنہٕ۔) ییلہِ تِمن پانہٕ کأنسہِ با اثر ادیبس کُنہ نہٕ کُنہ زِنگی فأیدٕ کھنکُک مطلب آسہے تہٕ کرِ ہس تیٚتی تعریف زِ کأشرُ حافظ یا شیکسپیئر ونُن تہٕ اوس تہٕ دلیوٗٹھ باسان۔ نہٕ تہٕ لیکھ تِمہِ ساعتہٕ تنقیدی مضموٗن ییلہِ کأنسہِ با اثر ادیبس خوش تھاونہٕ خأطرٕ تِمی سٕندِس ییٚدرِس سادس ہم اثرس دستارٕ واٗلتھ تنقید بییہ رسوٗخ دار ہنز لونڈی بناونہٕ آیہٕ امہِ کھوتہٕ بوٚڈ وکانہٕ یُس کأشرِس تنقیدس پیہ زِ کیٚنژن نقادن ہنز وابستگی آیہ کیٚنژن ادیٖن سٟتی کرنہٕ تہٕ امہِ اندازٕ روٗد ادیب تہٕ نقاد سٕند رشتہٕ "من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" کہ مقولہٕ آیہٕ قأیم۔ گوو زِ امہِ اندازٕ چھُنہٕ کأشرُ تنقید فنی معیارن تہٕ زأوی جارن سٕنٛزتھ فأصلہٕ دِوان تہٕ مقام متعین کران بلکہ

کینٛژن صاحب اختیار دوستن ہنز. پسند ناپسند ہُند تابع۔ اَمہِ کِنہٕ چھِ یِم نام نہاد نوٚوِ

بکٕہ نقاد تہٕ تنقیدی معیار صاحب اختیار دوستن ہندِس بدلنس تہٕ نوِ PRIORITY

، بادِ سپدنس تابع۔ اوے ییلہِ نوِ پرموشنہِ خاطر لگہارۍ وُچھنہٕ کہِ غرضہٕ اُکس پاتے پانس

نقاد ونن واٲلس دوستس بنٕنس لیکھمتس متعلق پرٛزھنہٕ آو تمہِ ووٚن زِ تمہِ یہِ ازتام لیوٚکھمت

چھُ تہٕ چھُ سوٗرے TRASH تہٕ بکواس تہٕ تمہِ چھُ تہٕ مصلحت پسندی کِنی لیوٚکھمُت۔

یہِ ووٚن تمہِ اُمی کِنہٕ زِ وونی اوس صاحب اقتدار بدلیومُت تہٕ اُمِس نقاد صابس

تہٕ بیوٚد ہوانوا بدلاوُن۔ ییمہِ ساعتہٕ ادبی دیانتُک یہِ حال آسہِ تمہِ ساعتہٕ کُس کُس

مسلہٕ ہیکہِ کاشُر ادبی تنقیدُک گنزٕ رنہٕ پیتھ۔

ترقی پسندی ہندِ دورِ برونہہ لیٚ ادب للہٕ پیٹھ آزادس تہٕ مہجورس تام

لیکھنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ مقدارِ زِنگی باگہِ بوٚرُت تہٕ نمایاں مگر اَسہِ چھِنہٕ وُنہِ تہٕ یِمن شاعرن

ہُند معیار تہٕ روتبہٕ مشخص کوٚرمُت۔ یتھ حدس تام زِ وونی چھُ جبہ خوتوٗنہ ہِش اہم

شاعر سُند وجوٗد تام متنازعہ فی بنیومُت کیہنہ لوٗکھ چھِ وونی تمہِ سُندِس آسنے

موٚلے انکار کران، یہِ ہیکہِ پوٚز تہٕ اُستھ مگر اَسہِ چھِنہٕ اُتھ توجہ طلب تہٕ تحقیق طلب

مسلس کُن توجہ دِنس فرصتھ میلان تاکہ زگ تہٕ پرٛوٚن نیرِہے بیوٚن بیوٚن۔ اُتھ برعکس

چھِ اُسی اَزکین شاعرن تہٕ افسانہٕ نگارن ہُند معیار تہٕ نمبر مشخص کرنس کُن لگہتھ تکیازِ

دیان "حاضرس بوگ"۔ یِم نقاد حضرات جدید سیٹس تہٕ جدید شاعری ہندِ نقاضہٕ مولاکونس

کُن لگیمتۍ چھِ تِمن چھِنا فرصت زِ صوٗفی شاعری ہندِس ضخیم خزانس دِن ووٚن تہٕ اُتی

کرن صوٗفی شاعرن ہندۍ نمبر مقرر یعنے نمبر اکھ، نمبر ۲ تہٕ نمبر ۳۔ بیتر کُس چھُ۔ شمس

فقیر، رحمٰن ڈار، نعمہ صاب، سوچھ کرٛال، احمد بٹہٕ واری، صمد میر، احد زرگر و غٲرو غٲرِ

شاعرو منزٕ کُس اُکس چھُ فنی او بہر گو بہر بیٚیہ ہندِ کھوتہٕ بہتر تہٕ کُس اکھ چھُ معیارِ لحاظ

بر وہہ۔ اَسی ہیکو اُزیک کاشُر ادبی تنقید پرٛتھ یتھ کٕنہ ہُند انداز کرِتھ زِ یمن مختلف شاعرن ہنز بہیرٕ ہاو خصوٗصیژ تہٕ خامیہ کیاہ چھےٚ؟ یُس اکھاہ تہٕ کاشر بہم تنقید منز یمن سوالن جواب ژھارُن ہیٚتیہ۔ میانی کِنہ سیدٕ شمس مولوٗسی ہنے چھُ باسان زِ یم شاعر چھِ عدم توجہکی شکار اَدٕ کنہ سیدٕ یمتی تکیاز یم ہیکن نہ اَیہ بکار یتھ۔ یمن پیٹھ چھُ صوٗفی شاعرن ہندین مجموٗعن ہندس دیباچس منز واریاہ کار سیٹھاہ لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ برعکس ہرگاہ اَسی ترقی پسندی ہندِ دورٕ لوکُن کس ادبی سرمایس تہٕ ادیبن متعلق زانُن یژھو مقابلتاً میلہ مواد ژوٗر مگر تِتھ منز تہٕ چھےٚ خوٗلو صحیح کمی۔ کیاہ وجہ چھُ زِ آزادس تہٕ مہجوٗرس پتہٕ چھِ زٕ ترٛےٚ ناو بار بار تحریرن تہٕ تقریرن منز لبنہٕ یوان؟ یُس اکھاہ تہٕ توٗ ادبی سفرُک تذکرٕ کرٕ چھُ نادم، راہی تہٕ کامل ہندِ پیٹھ شروع کران تہٕ اُتی چھےٚ بس تہٕ۔ فاضل، عارض، عارف غلام رسول نازکی، رشید نازکی، مرغوب، مشعل، خیال، چمن، لونیُر، ساقی، ناظر، غلام محمد شاد، فراق، صابر، نشاط، محی الدین گوہر، ایوب بیتاب، الس راضی، محو تہٕ بیٚیہ بسیار شاعر تہٕ چھِ کاشرس منز شار وِنان مگر یہنز شاعری کُن کیازِ چھُنہٕ توجہ سپدان۔ اگر تہٕ یمن شاعری ژگانہ چھےٚ تیلہِ گوژھہ دلیل دعویٰ دِتھ تہٕ ثابت کرنہٕ یِن۔ وۄنی لوٗدوٚ نادم، راہی، کامل ہتر شاعری ہنز بہیر باو تہٕ نمایندٕ خوٗصوٗصیژ تہٕ ژھارنہٕ بِہو، کاشرِ تنقید وُچھتھ میلہ نہٕ تِتھ منز تہٕ مددٕ بلکہ چھُ یمن متعلق تہٕ تیٚتھ تنقید لیکھنہٕ آمُت زِ فقط ناو بدلاونہٕ پتی یوت ییہ تہٕ کانہٕ تہٕ شاعرس متعلق وَنہٕ یعنی یہ زِ تنقید کس ناوس پیٹھ چھےٚ سہل نگاری تہٕ نارن گژی کرنہٕ آمژ۔ تہٕ یوٚہے حال چھُ کاشرِ فکشن تنقیدُک تہٕ۔

کاشرس ادبی تنقیدس منز چھُ لیلہ پاٹھی آفاقی تنقیدی اُصوٗلن ہنز اَدٕ یا صحیح یا غلط پاٹھی ورتھنے کرنہٕ آمژ تہٕ یمے اُصوٗل چھِ کُنہ کُنہ کاشرس ادبس پیٹھ ثبت

کٔرِتھ مولانکون کرنچ کوٚشِش کرنہٕ آمٕژ۔ الگ الگ فن پارن پیٹھ یا الگ الگ ادیبن پیٹھ عملی تنقید کرنہٕ نشہٕ چھُ اکثر لوٚبے آمُت ہینہٕ۔ اکثر دعویٰ چھِ ہوٚس منز کرنہٕ آمتی تہٕ تِہندس حمایتس منز چھنہٕ دلیل دِنہٕ آمٕژ۔

کاشرس منز چھُنہٕ عملی تنقید موٚیے لیکھنہٕ آمُت تِکیازِ یہ چھُ نقادن علمی بصیرتُک نوکتہٕ فہمی تہٕ ORIGINALITY ہُند تقاضہٕ کران تہٕ اَتھ جایہ چھِ اکثر کاشرۍ نقاد فاقے لبنہٕ یِوان۔ انگریزۍ کتابہٕ تہٕ اردوٗ رسالہٕ پٔرِتھ ژایہٕ کیتھ کاشرس منز پھرِ نی گیہٕ اکھ کتھ تہٕ ادب پارن منز جوہر یِنہٕ نوکتہٕ فہمی کِنۍ وُچھنہٕ گیہٕ بیاکھ کتھ۔ شوٗمتکی اصوٗل کیا چھِ۔ ریشیٚن ہنٛز تعلیم کیاہ اَس۔ تصوُف چھا اسلامی کِنہٕ غار اسلامی تصوفُک فلسفہٕ کیاہ چھُ، تصوفکۍ مقام کیاہ گیہٕ۔ کُس شاعر چھُ وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجادی، حبہٕ خوتوٗنہِ کمن جذبن ہنز باوتھ چھےٚ کران، کُمۍ مثنوی نگارن چھےٚ کمیٚس فارسی شاعر ہنز کوٚس مثنوی ترجمہ کٔرمٕژ۔ کُس کُس فارسی لفظ تہٕ فارسی ترکیب چھےٚ فلانۍ ہندِس کلامس منز ورتاونہٕ آمٕژ، ترقی پسند تحریک کتہٕ گیہٕ شروع تہٕ کوٚت واتِژ، کُس شاعر چھُ زیادٕ ترقی پسند، ترقی پسندی ہندۍ موٚلہٕ اہنار کیاہ چھِ۔ جدیدیت چھا ترکیک کِنہٕ رُجحان، جدیدیتکۍ فنی لوازمات کیاہ چھِ۔ جدید کیتھ پأٹھۍ یِنہٕ ادیب تہٕ کُس کُس کاشُر، انگریزۍ، اُردوٗ بیتر ادیب چھُ جدید؟ بیتر بیتر عنوانن پیٹھ میلن کاشرس منز بسیار تنقیدی مضموٗن مگر یِمن کاشُر ادبی تنقید وَنُن گوو نہ صرف پانس دھوکہ دِیُن بلکہ پننہٕ لاعلمی ہُند اظہار تہٕ کرُن۔ یِمو منز چھِ اکثر موضوعات تِم یِم عالمی ادبس منز مشترک چھِ تہٕ یِتھین موضوعن پیٹھ چھِ گوڈے مشرقی کیو مغربی ادبس منز بسیار کتابہٕ موجوٗد ووٗنہِ ہے کاشرِس نقادس کانہہ رول چھُ نہٕ کتھ چھُ ہیتھے پأٹھۍ میلن کاشرس تنقیدس منز کینژن یِتھین ہوٚن میلن پیٹھ مضموٗن، تبصرٕ تہٕ بحث نہٕ کاشر نظم کتھ چھےٚ گوڈنیک کاشُر نظم نگار کُس چھُ، زیادٕ نظمہٕ کمۍ چھِ لیچھمٕژ۔

غزلکۍ تعریف کیاہ چھ، غزل چھا مونث کنہٕ مذکر، کٲشر شاعری چھا فکرِ ترٲن کنہٕ نہ یا یہ زِ کٲشرِ شاعری کنٕہ پٲٹھۍ ترِ فکرِ، سماجی حقیقت نگاری چھا کٲشر شاعری منز، کٲشر شاعری ہندی غالب موضوع کیاہ چھ، شاعر سُند مقام کیا چھُ، سماجس منز تہٕ ادبس منز کیا کام چھے، کٲشر افسانہٕ کوت ووت، یہ چھا اسانٛ وبھان کنہٕ بیدلی یکان، بوڈ افسانہٕ نگار کُس چھُ، افانکو موضوعات کیا چھ نہ کُس افسانہٕ آو گوڈ لیکھنہٕ، افسانہٕ کیاہ گوو، ناول کیاہ گیہ، کرِ ناولہٕ آیہ کٲشرس منز لیکھنہٕ تہٕ ناولہٕ چھا سماجی حقیقت نگاری پیش کران کنہٕ نہ! بیترِ بیترِ موضوعن پیٹھ گرٕ صن بسیار مہل تہٕ نالگہار مضموٗن. نظرِ یمن منز چھرا موضوعی مسلن پیٹھ بحث کرنہٕ چھُ آمُت تہٕ یتھ نہٕ علی تنقیدس ستی سیدٕ سیوٚد واٹھ چھ۔ یتھ گوو تشبیہہ استعارٕ، تخلیقی زبان، اوسلوب تہٕ باقے یتھی ٹیکنکل موضوعن پیٹھ چھنے گوڈے ہاپے زبانن منز کتابہٕ ہا لیکھنہٕ آمژٕ، دوٕ نۍ یوٚدوے کٲشر نقاد تمن کینہہ کٲشرِ مثالہٕ دِتھ ترجمہٕ کرِ تتھ وَنو تہٕ کٲشرس نقادٕ سُند CONTRIBUTION بلکہ اگر نہٕ اصل ماخذک حوالہٕ دِنہٕ ییہ تیلہٕ گیہ ادبی بددیانتی۔

شیرازٕ "سون ادب" تہٕ "انہار" چھ برنے معتبر کٲشری ادبی رسالہ۔ یمو علاوٕ کیٛژٕ رسالے دژٲیہٕ کٲشرس منز۔ مگر یُس اکھا تہٕ دژاو کٲشرس تنقیدس منز کوٚرن نہٕ خاص کانہہ اضافہ۔ اکثر ایڈیٹر صاحبن اوسنہٕ پالس مقابلہ بیٚیہ کانہہ فکرے کھسان. یوٚدوے یمن مدیرن خلوص نیت آسیہے برزے مایہٕ بن کینہہ جان تہٕ معیاری چیز برونہہ کُن۔ یمو منز چھ لکھٕ رسالہٕ برٕنھ ـــ "گلریز" تہٕ "کونگ پوش" آو کطرف تژٲوِتھ ـــ باسان زِ زنتہٕ آس یمن گوڈے اکھ خاص ہیچ لیُشراو نہٕ آمژٕ یتھ اوکُن یوکُن ڈلنہٕ آو نہٕ، بے باک تہٕ غاٛر متعصبانہٕ تنقید آدنہٕ یمو ڈسی بارسس۔

اصل کتھ چھنے یہ زِ کٲشرس منز چھُنہٕ وُنہٕ تنقیدی مزاژ پھانجھلانے۔ یتہٕ

پھٹے تنقید وُنہٕ تہٕ یارن دوستن ہنز فرمائشہٕ پیٹھ تہٕ ہُند غزل. نظم یا افسانہٕ موٗلانکوٗ نہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ یوان۔ تنقید چھُنہٕ اکھ مکتب فکر بنتھ ہیوٚکمُت، لوٚہے چھُ وجہ زِ کاشرِس منز چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ شعر، غیر شعر اور نثر یا نظم جدید کی کروٹین یا جدیدیت کی فلسفیانہ اساس، ہشہ کتابہ لیکھنہٕ آمژٕ حالانکہ تنقیدکِس معاملس منز اُردو زبانی ہنز کوتاہ دامنی ہُند اظہار کوٚرمتہٕ گوڈے۔ نصابی ضرورتوٗ خاطرِ یُس تنقید اُکِس طالبہٕ علمس بکار لگِھے، سُہ تام چھُنہٕ کاشرِس منز موجود۔ یہٕ چھُ اکھ المیہ زِ کاشرِس منز چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ کانہہ مستند ادبی توٗاریخ تہٕ گژھیر ڈسریاب تہٕ تنقید کیتھ پھانپھلہ۔ عبدالاحد آزاد صابن "کشمیری زبان اور شاعری" چھِے اتھ سلسس منز پزٕ اکھ بیش بہا خزانہ مگر یتی پزٕ اَسہٕ یاد تھاوُن زِ آزاد مرحوم گُذریوو ۱۹۴۸ء منز تہٕ تمس اُسہٕ وسایل بلکل قلیل تہٕ محدوٗد بدست تہٕ تمہٕ پتہٕ ازتام سپدے یہٕ واریاہ تبدیلی تہٕ ترقی کاشرِس ادبس منز، اوکنہٕ اُس کاشرِس ادبی توٗاریخس پیٹھ نوٚسر سنجیدگی سان کام کرنچ ضرورت مگر تہٕ پوٗدنہٕ کینہہ حالانکہ اوتار کرشن رہبرن کرے یہٕ اکھ سیٹھے موٗلی تہٕ سنجیدہ کوشش ییلہِ تمی "کاشرِ ادبچ تاریخ" ناوی کتاب لیچھ، مگر تمی لیوٚکھ امیک صرف اکھ حصہ تہٕ یہٕ کام روٗز بہرحال نامکمل تہٕ بلکل تشنہٕ۔ ییلہِ زن سنجیدہ ادبی توٗاریخن ہُند تعداد یوٗت قلیل آسہِ، ادبکہ تہٕ تنقیدک حال کیاہ آسہٕ تمیک اندازٕ ہیکہٕ پانے سپدِتھ۔

کاشرِ تنقیدک اکھ جان نموٗنہٕ چھِ تم دیباچہٕ یم مختلف شاعرن ہنزن کلیاتن ترتیب کارو لیکھو۔ یمن دیباچن منز چھُ عملی تنقیدک جان نموٗنہٕ پیش کرنہٕ آمُت تہٕ مری چھُ شاعرن ہنزن فنکارانہ خوٗبین ہنز نشاندہی تہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ مگر چھرا دیباچہٕ ہیکن نہٕ کاشرِ تنقید دسوار تہٕ معیاری بناوِتھ۔

اکھ اہم کتھ چھِے یہٕ زِ سانی ادیب تہٕ شاعر چھُ فاشن پرستی تہٕ مغربی ناگہار

باوٕنوٕ دوٗر از حقیقت موضوٗعن ہنٛز دیکھا دیکھی کرٕنہٕ تیٚتھ ادب تخلیق کران، یتھ نہٕ کانٛہہ قابلِ وات۔ سون ادب، خاصکر یتھ أزیُک جدید ادب چھُ زٕھوٗر تہٕ محض نقالی یٮ۪س صوٗرتحالس منٛز ہے ایماندارانہٕ، خلوٗص مند تہٕ معیاری تنقید پھانٛپھلِتھ ہیٚکہِ ؟

# آزادنہٕ تنقیدُک جمالیات

ڈاکٹر مجروٗح رشید

آزاد چھُ کاشُر شاعری ہُند گوڈنیُک مقتدر نقاد تہٕ سوروٗنٕہ صدی ہُند اکھ رلوایتھ ساز شاعر۔ مقتدر نقاد چھُ اوٚموکھ تکیازِ تمۍ سُند تصورِ شعر تہٕ تصورِ جمال چھُ اَز تہٕ وارِہو رنگو سانہٕ شاعری ہٕندِس جمالیٲتی پہلوٗوس گاشراوان تہٕ رلوایتھ ساز شاعر چھُ پیٚمہٕ کِنۍ زِ تمۍ کوٚر کاشرِ شعرکہٕ رلوایتی محاورِ نِشہٕ انحراف کرِتھ نوٚشوی رلوایژ ہُند ڈسلابہٕ اکھ غارٕ ژوٗن آواز لہجہٕ تہٕ محاور کوٚرُن متعارف۔

بٔرم تہٕ فریب زُلفِ خم نازو ادا تہٕ مٲنزِ نم
زندگیٚ مہ کر سِتم رندٕ ہنا ژِ عار کر

آزادُن تصورِ جمال موٚلوٗنہٕ برونٹھ چھُ ضروری زِ یِتھ کٔتھ پیٚیہ واش کڈٕنہٕ زِ شاعرٕ تہٕ ادبس متعلق تٔمۍ ہٕندِن نظریَن ہٕنز۔ نوعیت تہٕ ماہیت (NATURE) کیا چھےٚ۔ آزاد چھُ شاعری ہٕندِس افادی پہلوٗوس زیٛادٕ اہمیتھ دِوان یِژھ شعوی تہٕ فنی حُسنس چھےٚ۔ سُہ چھُ "کٔشیرِ زبان اور شاعری" منز یِتھ کٔتھ پھِری پھِری پیٚھہٕ دِوان زِ شاعری گژھِہ زندگی ہٕنز صحیح تنقید کرنٕچ صلاحیتھ آسٕنۍ۔ تٔمۍ سٕندِ خاطرٕ چھُ ادب تہٕ شاعری اکھ قدر تہٕ پہ قدر چھےٚ بہرحال انسانی زندگی، تہذیب وتمدنُس تربیت تہٕ تہذیب کرنس سٕتۍ سٕتۍ خود فرد ہٕنز ذہنی روحانی تہٕ جمالیٲتی تریٚش ہوٚمراوان۔ سُہ چھُ تِتھۍ شاعرٕ پہ مُستند

( GENUINE ) فن مانان یُس احساسِ جمالس رٕنز ناوٕنس پتہٕ پتہٕ انسانس منز مۆجوٗد

تہٕ ژھیٚپتھ بڑرٕکیٚن تہٕ خاڑکیٚن عنصرن وٕون دِیہ۔ تہٕ تمنٕے ہنز تخلیقی تہٕ تخیٖلی بازیافت

آسہٕ۔ یُس چھنہٕ یِمہٕ کتھہِ ہُند قاٲیِل زِ پیکرِ جمال کیاہ چھُ محض پننہٕ دیدار پتہٕ انسانس

محظوٗظ کران بلکہ چھُ تمۆ سُند زور یتھ کتھہِ پیٹھ زِ پیکرِ جمالس اندر ژھیٚپتھ خیال، تصوٗر

تہٕ احساس تہٕ چھُ ذوقِ جمال رٕنزٕنہٕ خاطرٕ تیوٗتُے اہم یوٗتاہ زن خود پیکرِ جمالک

گرتھ چھُ۔ اگر اتھ گرتس ژھایہٕ احساس، فکر، خیال یا تصوٗر معموٗلی نوٗعیژہٕ ہُند آسہٕ تہٕ

تتھ آسہٕ زندگی ہُند کانہہ پاس یا گوشہٕ گاشراوٕنٕچ صلاحیتھ تیٚلہٕ آسہٕ یہٕ پیکر حسنٕچ

تخلیق بلکہ محض حسن تخلیق کرنُک برم۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہٕ زِ آزاد کیا چھُ فنس

تہٕ اَمہٕ پتہٕ حاصل سپدن واٚلس جمالیاتی سرورس ثانوی اہمیتھ دِوان۔ پزر چھُ یہٕ زِ یُس

چھُ جمالیاتی حظس تہٕ پیکرس ژُر اہمیتھ دِتھ شعرکس فکری پہلوٗس تہٕ تیوٗتُے اہم

زانان۔ یُس چھُ شاعرس تہٕ شاعرن نِشہٕ یہٕ توقع کران زِ یم گژھن پرٕن واٚلس پرژرس

تہٕ ہنکی تہٕ پزرس واتہٕ ناوٕنی۔ وُچھو تہٕ یہٕ چھُنہٕ کانہہ نوٚو یا انفرادی مکتبِ فکر بلکہ سیٹھہے

پرون بحث تہٕ کُرتھ تہٕ چھُ یہٕ آزادنہٕ خاطر اکھ/اہم ترین مسلہٕ۔

آزاد چھُ شاعرانہٕ محاسن، خیال آرایی تہٕ فنی محاکاتن گوڈٕ ترجیح دِنہٕ باوجوٗد

تہٕ تمن ہُند حدرٕوٗس طرفدار آسنہٕ پتہٕ تہٕ یمن گوٚنن مقصدکہ خوٗبصورت اظہارُک ناو

دِوان۔ یُس چھُنہٕ یہٕ کتھ مانہٕ خاطر تیار زِ فنی محاسن تہٕ محاکات کیا چھِ پانٕے پانس بنٕ

مقصد بلکہ چھُ یُس یمن مقصدکہ خوٗبصورت تہٕ موزوٗن اظہار تہٕ ابلاغہٕ خاطر لازمی گنٕزراوان۔

یُس چھُ انسانی احساسن، فکر تہٕ انسانی صوٗرتہٕ حالس موزوٗنیت، تناسب قطعیت تہٕ ترتیب

دِنس تہٕ یمن اکھ منفرد زبان عطا کرنس حُسن تہٕ حسنٕچ تخلیق مانان۔ لِہٰذا وٲکھن پیٹھ تبصرٕ

کران چھُ آزاد لیکھان۔

"بیپھ کٔنہٕ درج واکھن ہندی پاٹھ چھِ واریاہ مضامین یمن ہنٛز ہنگامی تہٕ وقتی چیز ڈُنھتھ ہکو تکیاز پٔرتھ کتھ چھےٚ نیکی، اخلاق تہٕ پزرس ہتی والبتہٕ۔ نیکی چھےٚ پٔرتھ وقتہٕ نکی آسان۔ اخلاقک معیار ہیکہِ بدلتھ مگر یہ چھُ بذاتِ خود اکھ ابدی شئے"۔ ۵؎

آزادنہٕ خاطر چھُ شعر نیکی تہٕ پزرک مبدل۔ شعر تخلیق کرتھ چھُ شاعر بُنیادی طور پزر تہٕ پزر تخلیق کران۔ بقول کیٹس چھُ حسنُے پزر تہٕ پزرے حسن۔ پزرک اظہار چھُ حسن تہٕ حسنک اظہار چھُ پزر یہ حسن چھُ ہمیشہ انسانس مسرور کران۔ احساسی سطحس پیٹھ تہٕ تہٕ فکری سطحس پیٹھ تہٕ۔ نیکی پزر تہٕ حسن چھِ آزادنہٕ خاطر لازوال تہٕ یمن چھنہٕ زمان و مکان زنجیر ہکان تراوِتھ۔ زمان و مکان چھُ سارے ہے کھاران مگر نیکی ہندی، پزرکی تہٕ حسنکی مول چھ امہٕ لٹہٕ مچھِ روزان۔ آزاد چھُ مانتھ زِ شاعر ہیکہٕ نہٕ چھُتہٕ پننہٕ زمانہٕ ماحولہٕ ستی متاثر گژھان مگر ستی چھُ یتھ اہم کتھ کُن تہٕ سون توجہ۔ پھران زِ بوڈ تہٕ اہم شاعر چھُ پننہٕ عصرٕ لٹہٕ متاثر آسنہٕ باوجود پننُے پان آزاد تہٕ منفرد محسوس کران۔ اگر شاعر پننہٕ زمانک تہٕ ماحولک قیدی بنہٕ تیلہِ ہکن نہ تمی ہندس وندی منز تتھی احساس تہٕ جذبہٕ وو تلتھ یمن اکھ ابدی تہٕ دائمی حسن باگہِ ییہ۔ تہٕ تیلہِ للہٕ ہنز شاعری اتھ کھوچہِ کھالان چھُ سو چھےٚ پاپ سون نیران۔ آزادن گُف چھُ زِ للہٕ ہنز شاعری ہنز ساروے کھوتہٕ اہم افادیت چھےٚ یہ زِ یہ چھےٚ انسانس تہٕ تمی ہندِس وجودس پزرِ پزرچ کھوٹ مانان یوہ یہ دوٚیمین لفظن منز جسنج کھوٹ تہٕ چھےٚ۔

واکھ منس کول اکول نا اُتے    زھوہ یہ مودرے اتہٕ نا پردیش

روزان شوشکت نا اُتے    موژے کوہنہ تہٕ سُے اُپدیش

آزاد اوس اکہِ طرفہ اکھ خاص فلسفک قائل شاعر مگر بیٚیہِ طرفہ اوس سہ اکھ بالغ

نظریہ پوختہ کار نقاد۔ اوے تہ چھنہ تمی ہنز ذاتی فکر، پسند ناپسند تمس تمن شاعرن ہند جمالیاتی تصوّر پرکھاونس منز بُتھ یوان یمن آزادس برعکس زندگی متعلق اکھ الگ تہ مختلف النوع نظریہ چھُ۔ غور طلب کتھ چھےٚ یہ زِ سُہ چھُ تمن شاعرن متعلق زیادٕ سنجیدگی تہ سۄزِ سان لیکھان یمن ستی نہ سُہ فکری سطحس پیٹھ ہم آہنگ چھُ۔ شاعر اگر نقادٕ تہ آسہ تیلہِ چھُ سُہ عام طور دۄیمین شاعرن ہندِس کلاسس منز تہ تمنے چیزن ہند تلاش کران یمن ہند وۄہار سُہ پننہ شاعری منز کران چھُ۔ مگر آزادنہ معروضیتس پٮ۪ٹھ داد دِین زِ سُہ چھُنہ امہ کمزوری ہند شکار بلکہ چھُ اُکس پرزس تہ مستند نقاد ہندی پأٹھۍ ذاتی تعصبات تہ نظریات پس پُشت ترٲوِتھ "للہٕ واکھن ہنز زلہٕ وِنی ریٛہہ" "شیخہ شروکین ہنز دمدار تہ پرمانہ نین بھگتی" وژنن ہند نبرل سرگم محسوس کرِتھ تہند برزنہ پأٹھۍ استحسان تہ کران۔ تمی ہندِ تنقیدُک سارۄے کھوتہ اہم نوقطہٕ چھُ یہ زِ سُہ چھُ پرِتھ کانہہ اہم شاعر ہندِ ذاتی تہ اجتماعی اوسطورک احترام کٔری تھےٚ تمی سُند کلامہ پرکھاوان۔ سُہ چھُ للہٕ واکھن اوموکھ اظہارکی حسین پیکر مانان، ہتکیاز یمن منز پچھےٚ تمس انسانی زندگی ہندن مسلن ستی رتی شاعری، تغزل تہ نظمہٕ ہنز خصوصیژ دریٛتھ گرژھان۔ شاعری، تغزل تہ نظم وُنتھ ما چھُ شاید آزاد، تمن سارنے خصوصیژن وحاطہ کران یم حسنکہِ تخلیقکی باعث چھِ۔ آزادُنہ تنقیدُک جمالیاتھ چھُ بیکوقت فکرِ ہنز جمالیاتھ تہ تہ اظہارُک جمالیاتھ تہ۔ سُہ چھُ ییٚتھ کتھ پیٹھ زور دِوان زِ پرزِس شاعرس چھُ قوتِ شعور شدید آسان ییٚمہِ کہ برکتہ رٕ انانس منز شونگھ گاشُک حِس بیدار چھُ کران۔ پانہٕ شاعر سُند یہ شعور چھُ گاشہٕ لہر بنتھ سارِس بے اُندی کھس گاشہ سَرٕ کران تہ اکھ تیُتھ دُنیا چھُ تخلیق بیدان ییٚتھ منز فقط نوُرُک تہ گاشُک راج چھُ چلان۔

آزادس اُس ییٚتھ کتھ پیٹھ ڈر پرِتھ زِ شعرس منز چھُ جمالیاتی عنصر تیلہِ شامل

ہیکان گژھتھ یِیلہِ شاعر جذبہٕ کس خلوصس تہٕ مختلف شعری صنعژن تہٕ ولن مثالے فصاحت بلاغت، شوخی، ندرت اوین اہمیتھ دِیہ۔ سُہ چھُ وُنان زِ پژھتھ فن پارس منز چھ یم مول جزوی یا کلی طور موجود آسان تہٕ اگر کانہہ فن پارٕ نظم یا غزل یمو چیزو نشہٕ بلکل مُچھ آسہِ، تیلہِ ہیکنہٕ سُہ فن پارٕ یا پیکر جمال آسِتھ۔ مگر یِیتِن چھُ یِتھ کتھ واسِ کڈُن ضروری زِ آزاد اوس پیکرِ جمالس تہٕ موضوعُک مرہونِ منت مانان۔ سُہ چھُ لانجاہین ہندی پاٹھو مانان زِ خیالک شان چھُ شعرکہ دوہتھ واشر خاطرٕ لازمی۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ :-

"تمہ سُند (آزادن) عقیدٕ چھُ یِ باسان زِ موضوع چھُ فنی تاثیرُک اکھ اہم مرحلہ"[٢]

آزاد چھ مانان زِ پیکر جمالے چھُ شاعرتہٕ شاعرن ہند درجہ متعین کران مگر یتی چھُ وُنان زِ محض ادبی محاسن گنزراونی تہٕ موضوعچ افادی حیثیت مشراوُنی چھئے تنقیدس منافی۔ سُہ چھُ لکھان۔

"یِیلہِ مقصدس منزے کانہہ افادی حیثیت آسہٕ تیلہِ چھُنہٕ اظہارکین ذریعن ہنز خوبصورتی ہند تہٕ بانکپنُک قیمتھ سرتلہٕ بیٹھ سونُک گلٹھ کرنہٕ کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ تھاوان۔ یژھ شاعری چھنہٕ نظر فریبی یا سامانِ تفریحِ طبع درآے بینہٕ کانہہ حیثیت تھاوان۔ اگر تفننِ طبع۔ واہ واہک غلغلہ، عارضی سرور، حیرت و استعجاب تہٕ رقتِ قلب شاعری ہند مقصد چھُ تیلہِ چھنہٕ ساقیس، مدارس، قوالس تہٕ شاعرس درمیان کانہہ فرق۔ تان بوزن دل چھُ موم گژھان۔ مدارک سُند تماشہٕ وُچھو تفریحِ طبع پید۔ داماہ چینیو غم گژھ دفع۔ اکھ برجستہٕ شعر بوزِتھ چھ اُی وہ تلان تہٕ محظوظ سپدان مگر یِتھس شعرس منز چھنہٕ صحیح تنقیدِ حیاتچ صلاحیتھ آسان۔ یُتھ شعر اگرنے رہزنِ قلب تہٕ ابلیسِ نظر چھُ تیلہِ

کیاہ چھُ نہ۔[۳]

اَتھ اقتباسس منز چھُ آزادنہ تصوُر جمالک تہٕ شعرکہ افادی آسنک بھرپوٗر نقشہٕ ودتلان۔ یُس چھُ یتھ پاٹھۍ خوابن رَنز۔ وِنس سیتۍ ادبس تہٕ شاعری زندگی صحیح وَتہٕ لاگتھ حُسن تہٕ جمال مانان۔

## حوالہ جات


۱۔ عبدالاحد آزاد "کشمیری زبان اور شاعری" جلد دوُم کلچرل اکادمی ۱۹۶۲ء صفحہ نمبر ۱۴۰

۲۔ عبدالاحد آزاد "کشمیری زبان اور شاعری" جلد سوم کلچرل اکادمی ۱۹۸۴ء صفحہ نمبر ۱۹۱

۳۔ " " " " " " " " " " ۷۱

# رسُول میرُن شعری جمالیات

ڈاکٹر محمد شعبان

تخلیقی اَدب چھُ لفظن ہنز سو عبارت آسان یمہٕ نِشہٕ حظ میلہٕ۔ حظ حاصل پدنکی چھِ وارِیاہ بُنیادی ماخذ، یِمو منز چھُ اکھ اہم ماخذ حسُن۔ یتھکنی چھُ ادبس تہٕ حُسنس پانہٕ وٲنی گہر تعلق۔ مگر محض منظر نگاری، خوبصورت چیزن ہُند ذکر یا خوبصورت لفظن ہنز باوتھ آسنہٕ چھُنہٕ اَدب پارس منز کُنہٕ اَدبی حُسنچ ضمانت بلکہ گژھہِ اتھ منز محظوظ کرنٕچ صلاحیت آسنہٕ۔ یہ خصوصیت چھےٚ تخلیقیتٕ (CREATIVITY) ہتہٕ ممکن بنان۔ اَتی پیٹھ چھِ ادبی جمالیاتکی حد شروٗع ہیدان۔

ادب ییلہِ پننِ رشتہٕ زندگی ہتہٕ مربوط کران چھُ، اَتھ منز چھےٚ اَمِہٕ حقیقتہٕ آگاہیہٕ بُنتھ متعارف سپدان۔ یِہے بصیرتھ چھےٚ اَدبس دٲیمی حسُن عطا کرتھ سانس جمالیاتی ذوقس پیٹھ سوٚن اَثر مرتب کران۔ یہ چھُ ادبی جمالیاتُک معراج۔ یتھس ادبس پیٹھ چھےٚ وقتٕچ گرد بے اثر ثابت سپدان تہٕ یہ چھُ پرتھ وِزِ ساڑر وارے لبنہٕ یوان۔ اَتھ صوٗرتس منز چھُ ادب سائنسس قریب یوان تِکیازِ یتھکنی چھُ یہ سائنسکی پاٹھی زندگی ہندین حقایقن ہنز تلاش۔ ووٚں گوو فرق چھےٚ یہ زِ سائنس چھُ علمی اَثر تراوان ییلہِ زَن ادب جمالیاتی اَثر مرتب کران چھُ۔

حُسنس فریفتہ سپدُن چھےٚ انسانہٕ سنز اکھ جبلت۔ اَمکہِ مشاہدٕ ہتہٕ چھےٚ دِلس تہٕ مَنس فرحت پھیران تہٕ یتھکنی چھُ مسرت حاصل کرنچ بوچھ تسکین میلان۔ حسُن ڈیشتھ

چھُ انسانہٕ سُند یہ مُستقل جذبہٕ مُتحرک سپدان ۔ اَمہِ احساسہٕ سِتۍ چھےٚ جذباتی ہم آہنگی وۄتلان تہٕ یتھکنۍ چھُ رَس حاصل کرنُک تجربہٕ سپدان ۔ یہ ساٹھے پُرکیف عمل چھےٚ جسٲوی صوٗرتس منٛز رونُما سپدان ۔ ادبس منٛز چھُ جسٲوی صوٗرتحالے جمالیٲتی ذوق وُزناونُک باعث بنان ۔ ہرگاہ نہٕ ادب پارس منٛز یہ خوٗبی آسہِ تیلہِ چھُ سُہ بجایہ تخلیق ژھرٕے فلسفہٕ بٲزی آسان ۔

حُسنس مُقابلہٕ یُس بدصوٗرتی ہُند تصوُّر عام پاٹھۍ سانِہِ ذہنن منٛز موجوٗد چھُ، ادبس منٛز چھُ فنکار اَتھ بدصوٗرتیہ تہٕ بٕنہٕ فنہٕ سِتۍ خوٗبصوٗرت بناوِتھ پیش کران ۔ لہذا چھُ جمالیاتکِس دٲیرس منٛز حُسنُک مفہوٗم سیٹھاہ وسیع ۔ یعنے جمالیاتی تنقیدس منٛز ہیٚکہِ بے حُسن، آسنُک تصوُّر آسِتھ مگر بدصوٗرت آسنُک نہٕ کیہنہٕ ۔

شاعری منٛز چھِ نثرس مُقابلہٕ جمالیٲتی محاسن زیادٕ آسنکۍ اِمکانات تکیازِ اَتھ منٛز چھُ پھالاو بجایہ جماو آسان ۔ اَمہِ کِن لفظن منٛز چھےٚ سو جادوٗیی کیفیت آسان یمہٕ سِتۍ یہ مانوٗس چیزن منٛز نوٗپر تہٕ نوٗین چیزن منٛز مانوٗس حُسن ہاوان چھُ ۔ شاعری چھےٚ بذاتی تخیلکہِ شمعِ سِتۍ ظُلمات روشن کران تہٕ سِتۍ چھےٚ یہ زندگی ہندٮ٘ن معنی خیز تہٕ بصیرت افروز پہلوٗون کُن تہٕ اشارہٕ کران ۔ یتھکنۍ چھےٚ شاعری جذبہٕ تہٕ فِکرہٕ منٛز ہلونہٕ سِتۍ بیک وقت دل و دماغس معطر کران ۔ شاعری منٛز چھُ اَمیک شعوٗر جمالیٲتی حُسن تعمیر کرنُک بُنیادی وسیلہٕ ۔ دوٚیمین لفظن منٛز وَنوٗ زِ یتیلے فن آسہِ، تیلی ہیٚکہِ تتھ منٛز جمالیٲتی کشش آسِتھ تہٕ ہرگاہ نہٕ فن وۄتلیوٗمتے آسہِ، تیلہِ چھےٚنہٕ اَتھ منٛز جمالیات تہٕ بارسس یوان ۔

رسول میر چھُ نغماتی شاعری ہُند شاعر ۔ نغماتی شاعری ہُند خاصہٕ چھُ زِ اَتھ منٛز چھےٚ باقے شاعری مُقابلہٕ زیٛادٕ موٗسیقیت آسان ۔ یہ موٗسیقیت چھےٚ بُنیادی طور آوازن (خاصکر ترنُم آوٕر صدٲوی، نیم صدٲوی تہٕ غُنٲیی) تہٕ قافیہ نُما لفظن ہندِ تکرارٕ سِتۍ وجوٗد لبان ۔ اَمہ

شاعری ہُند یہ سازُت چھُ ییٚدِ سیوٚد اثر کرِتھ دِلس فرحت تہٕ سرور عطا کران۔ یتھکنۍ چھُ
اَتھ منز زبأنی ہُند صوتی آہنگے حُسن بنان۔ مگر شاعری منز چھُنہٕ ظأہری آہنگے یوت کأفی بلکہ
گژھِ اَتھ منز شعری مادہٕ تہٕ ضرور آسُن۔ حالانکہ یہ چھُ صحیح زِ کأشر نغمأتی شاعری ہُند اکھ
حصہٕ چھُ رُہ تہٕ، یتھ منز تہٕ ژھری گینگہٕ رابہٕ وراے بیٚیہٕ کینہہ چھُ لبنہٕ یوان۔ اَدے تہٕ چھُ امہٕ
قسمُک کلامہٕ جمالیأتی سوتھرس پیٹھ کم اثر ثأبت پیدان۔ مگر رسول میرنہٕ شاعری ہُند صورتحال
چھُ امہٕ لحاظ کنہٕ کور مختلف۔ اَتھ منز چھُ سازت تہٕ شعری معنہٕ پانہٕ وأنی ہم آہنگ تہٕ یم
دوٚنوے چھِ یک وقت قأرِیس یا بوزن وألس پیٹھ اثر انداز پیدان۔

ہی تہٕ مسول بیٚیہٕ یمبرزل برگےٚ ژٔنےٚ کُن وُچھان
چشمہٕ سیاہ، روخ وۆزألی، جامہٕ چھِتیے لُتیے

بادام چشمہٕ ینہٕ مژراوِن       تیٚنہٕ چھِم مژراوُن تہٕ لو لو
بے کام وزبان سوز ونے بوزنے بے گوش
چھےٚ برگ ونوا عاشقن بے برگ ونوأیی
زُلفہٕ کاکُل زنجیر چھی کنہٕ زال       اُلف یٚدُم قدچون ڈیشتھ دال
سروِ شمشاد ہمت عالیے لو       بوش حُسنُک روزی نہٕ کالیے لو
ڈُٹھ چأنی وۆزلی لعل یمن نتہٕ بدخشان
یم پأنی پأنس رٔتہٕ رنگی متی پان دیان چھی
چانہٕ حُسنُک چھُم جلوہٕ دردِل       ہمچوٗ مے گرد در شیشہٕ منزل
سوز ہماں جوش اشت ہماں       چھُمنہٕ ہمن ہمن وۆ لو
نغمأتی شاعری منز چھےٚ زیادہٕ پہن جذبأتن ہنز باوتھ آسان۔ جذبأتن ہُند تعلق چھُ

دِلس یتھ۔ دِلہ پیٹھ وُزھمژ آواز چھنہٕ دِلن اثر کرنہٕ ورأے روزان۔ لہٰذا چھےٚ نغماتی شأعری جذباتن ہندِس آہنگس تابع روٗزِتھ متاثر کران۔ مہجور چھُ اکھ پُرکار شأعر۔ سُہ چھُ جنونی لولہٕ جذبات پوٗرٕ شدژ پٔہ برپوٗر جوشہٕ سان ہنٛدِس فنس منز پیش کران تہٕ یمکنی چھُ سُہ پننٛ فطری آہنگ تعمیر کران۔ تیٚندِ لطیف تہٕ نوژگ جذبن ہنز برجستہ شعری باوتھ چھےٚ پننٛ مثال پانہٕ۔

زأنی وانکن بال ییلہٕ لاگہٕ شمار　　　　پچھ لگہٕ نس گنزرِنس لچھ تےٚ ہزار

امہٕ شایہ نو موکلن یایہ لو لو　　　　رِندٕ پوشہٕ مال گِندنے دژایہ لو لو

ہا یارٕ موختہٕ ہار گنڈ ہتھ بہ ہےٚ لو

متہ میانہ ہاہ روخسارٕ وُچھتھ بہ گےٚ لو

چشم آہو سورمہ دار　　　　ہر نہٕ ڈیشتھ بے قرار

از نظر شیرن رٹان　　　　کارِ ووگنُ دوٗرِ دان

سینہٕ چھےٚ آینہٕ آئیں دست و پا گلدستہٕ زن

زنہٕ چھاوان ہار شرٛاوُن ہیہ پھٹتیے لُٹتیے

سوٚنبُل متس مے ژٕھ زأنی　　　　تبلن دل سأنی بأرِیے

زنبُل کاکُل کمہٕ سنبأنی　　　　تی بوز سوندر مأرِیے

تیر لایان چھکھ بے کمان　　　　زخم سینس چھم بے نشان

مأری ہتی عاشق بے گمان　　　　چأنی غمن غمن وولو

لہجہٕ چھُ نغماتی شأعری منز اکھ غار معمولی رول ہناوان۔ یہ چھُ اکھ منز اکھ

زوردار شعری ہونرٕ ہنز کأم دِوان ۔ اکھ صحیح لہجہٕ تھاوَن وول شعر ہیکہٕ شأعری ہنٛدِ باقے حربہٕ پانہٕ ناونہٕ وَرأے تہٕ پُر اثر اَستھ ۔ یِتھٕ شأعری منز چھُ یُہے لہجے ہیچھ سأوِر پأٹھۍ متحرک کرنُک باعث بنان ۔ یہٕ شعری لہجہٕ چھُ اصلی جذباتن ہنٛدِ فطری تُکہٕ تژٕاوِ تُلہٕ ترنم لبان ۔ یُہے لہجہٕ چھُ نغمأتی شأعری مُکہٕ یَین قریب نِتھ تمن ہُنٛد میچھر تہٕ بُنہٕ وُن تأثیر اَتھ بخشتھ ہیکان ۔ رسوٗل میرنی شعری لہجہٕ چھُ مختلف شعری صوٗرتحالن منز رنٛگہٕ رنٛگہٕ حال کران ۔ تَبٕندی مُکہٕ یَین نزدیک یِم شعری لہجہٕ چھُ سحر کرِتھ ڈٲبتھ نوان تہٕ یِتہٕ کینٛژ کالس مسروٗر تھأوِتھ سیر کران ۔ اَتھ منز چھُنہٕ کُنہٕ شعوٗری شعر ژٲر ہُنٛد دخل بلکہ چھِ یِم پأنی پانے تَسنز وجدأنی رَوِ منز وُزان ۔

لالس وَنتے چھِس سوال    سالس اَنتے بالیے

ہَردیے تھاوکھ ناکِن تہٕ لولو

زار میأنی طوطس دُن تہٕ لولو

موٗت گوم یار فرزانہٕ وَلیسیے    کوٗت گوم تی کرٕ بہٕ زانہٕ وَلیسیے

روز دَما ہا جانانے

بوز کرٕتھس منز دیوانے

یِنہٕ آدن یار ڈیشامے    تَنہٕ یورنے آمے لُتیے

ژوٗرِ تھوٗوتھم اَرمانہٕ مَلہٕ نو

موٗرِ نار چھِم شُری پانہٕ مَدنو

لالہٕ روٗیس پیالہٕ کمیٕ بَریے لو    کالہٕ موٗیس شانہٕ کمیٕ کرٕیے لو

گژھ تہٕ وَلیسی لالہٕ چھِم دزٕے    مےٚ چھُ موٗرے للہٕ وُن نار

شۆب شاباش چانہٕ پۆت ژھایہ لولو      رِند پوشہٕ مال گِندنے دڑایہ لولو
نار للہٕ ؤن تھوٚوُنم موٚرِ لولو
ژوٚلم دِلبر دل ہیتھ ژوٚرِ لولو
ژِیوان روشہٕ ژھکہ نہٕ ہوشہٕ ڈلایو مدٕنو
بہٕ پِروان ہرتہٕ چشمن سورمہ چھلایو مدٕنو

رسول میرن چھے بلتھے کاشرین لغاتی شاعرن مقابلہٕ ہینہٕ طور اکھ اہم شعری ہونر اپناوِمُت۔ یہ چھُ تجنیس (HOMONYM)۔ اتھ ہونرِ منز چھ تمن لفظن ہُند تکرار کرنہٕ یِوان یِم صوتی طور پانہٕ وانی مُشابہٕ مگر معنوی طور اکھ اکس نِشہٕ مختلف آسان چھِ۔ یِمن لفظن ہِندِ ورتاوہٕ سِتی چھُ شعرس منز خارجی سوٚتھرس پیٹھ زیر بم تہٕ داخلی سوٚتھرس پیٹھ معنوی رنگارنگی پاد ییدان۔ امہ ہونرُک ورتاو چھُ صرف نغماتی شاعری منز کارگر روزان تکیازِ اتھی یوت منز چھ ژر موسیقیت پادٕ کرنچ ضرورت آسان۔ میر چھُ امہ قسمکین لفظن ہُند ورتاو ییٚنہٕ شاعری منز کھُلہٕ پاٹھۍ کران۔ رُم چھُ امہ حُسن کاری ہُند ماہر لبنہٕ یِوان۔ سُہ چھُنہٕ شعرس منز یِتھی لفظ صرف دوٚیہ پھِر تکرار کران بلکہ چھے تس منز امہ رنگ پیٹھ فنی صلاحیت زِ ترٚیہ، ژور تہٕ شیٚیہ پھِر تہٕ کینژن صورژن منز زِ زور تام چھُ تمی یِتھین لفظن ہُند مختلف شعرن منز تکرار کوٚرمُت تہٕ یِتھکنی چھن پننس فنس منز نفاسَت تہٕ نزاکت پادٕ کرِمژ۔

گُلن چھس ژھایہ سوٚنبُل، گُلن ہمسایہ بُلبُل
کتھن دیتنم تغافُل کرِتھ اقرار کوٚت گوم

رسول تس یارِ ہنز لولرے      وطن تراوِتھ دِتن دڑاو
سنہٕ چھس جگرس کیا سنہٕ کرے      دولہٕ ونیسی وٚنتس کونے آم

وَنَ زیبا نگارس وَن کیا گےٚ مےٚ یارس
وَن منز پان مارس کرس بومار کوٚت گوم

یِہ نا دلبر مارُس بَرِہِ مےٚ        پیالہٕ برِہس چھُم ارمان
بَرِ اژنےٚ دِین کِتھ بَرِہ مےٚ        کاکٕ بَرِہے گرِژھِ گُلستان

یِمن شعرن منز چھِ مختلف لفظ پانٹھ مکرر ییدی مِتۍ۔ گوڈنکس شعرس منز چھُ ’گُلن‘ لفظ دوٚیہ پھِر آمُت۔ دوٚیِمس شعرس منز چھِ زِ جور ’ وطن‘‘ تہٕ ’سَنہٕ‘ آمتۍ۔ ترٛیِمس شعرس منز چھُ ’ وَن‘ لفظ ترٛیٚیہ پھِر آمُت تہٕ ژوٗرِمس شعرس منز چھُ ’’ بَرِ لفظ شیٚیہ پھِر مُکرر سیدان۔ یِمَو ساروے لفظو منز چھُ یرتھ کانہہ لفظ بیوٚن بیوٚن معنہٕ دِوان۔

میٖر چھُ اکھ جمال پسند مجازی شاعر۔ تَسُند شدید احساس، لولچ حرارت، مُشاہدچ شِدت تہٕ زبانی پیٹھ قدرت چھِ نِسواٗنی جنکی دِل مہٕ وِنی جلوٕ تِہنز شاعری منز زیٖنت بناوان۔ سُہ چھُنہٕ حُسن ڈیشتھ دِلس منز ووتلیومُت نوشُ شعرن منز باوَن بلکہ چھُ سُہ برُبکہٕ جوٲنی ہندی حُسنہٕ اظہار سٕتیٚ سیوٚد شعر صوٗرژ منز خلق کران۔ یِتھکۍ چھِ اَتھ منز تِم سٲری امکٲنی احساسات آیِتن یِم تِمۍ یا نہٕ محسوٗس کٔرۍ مِتۍ آسَن یا یِمَن کُن نہٕ تَس ظعنے پھیوٚرمُت آسہِ۔

کالہٕ موٗیِس طاقاٚ نی جھس برُسَر        پھِلہٕ نافے موٚلمُت مُشکہٕ دفر
ہیٚنز یارٲن ژوٚ تنز کیوٚ دایہٕ لولو        رِند پوشہٕ مال گِندنے درایہٕ لولو
زالٲمِنتس تَل کٔنہٕ وٲلی یے لو        سو نہٕ دوٗرن چھےٚ موٚختہٕ جالی یے لو

پوخت٘ہٕ کارٕن کٔمۍ سنبأڈیے لو    بوش حُنکٕ روزی نہٕ کأڈیے لو

یمن شعرن منز چھُ بظاہر اُچھو وُچھمُت نسوأنی پأراوُک منظر ہاوُنہٕ آمُت۔ چھُ نہٕ یہِ محض امہِ تشبیہہ ہنز باوتھ مگر شاعرُنسُد احساس تہٕ اَندازِ بیان چھُ اتھ لولچہِ جذُژ ستی خوشبوُن نظارٕ بناوان۔ تیٚہر چھُ سراپا نگأری ہندِس فنس منز اَتہٕ بیٚٹھ ہنا ہیوٚر تہٕ کھسان۔ سُہ چھُ حُسنکی مجرد پرتوٚ شعرن منز یہِ ڈیٚپی زِ تہٕ گیٚنجہِ گنڈِتھ جمالیأتی لذژ ہندی یٚتھی ہوی سامانہٕ تہٕ فراہم کران۔

چھُ ووٚلمُت ارغوانس سوٚنبلو نال    زُلف زن بالہٕ یارس کارٕ پیٚتیے

سو نہٕ کیٚنہٕ دوٚرِ یار چھُم اُلہٕ راوان

بٕہٕ راوان کُل عالمس تہٕ لو لو

زُلفن منز باگ چھی دوٚرٕ پھٔلیے    ہمسایہ سوٚنبُل سُنی پوشن

اُکی سے شاخس کٔم گُل پھٔلیے    بوٚزِتھ عاشق ژٔلیے وَن

ہونچہِ پنجرس منز چھُم جاناوار

اتھ وسریم کیٚتھ شکریے لو

مہٕجُورُنسُد تخیلی قوت چھُ شاعری منز مُصوری ہنزٕ خوبصورت جلکیہِ پأدٕ کران۔ تیٚمہٕ زِ یمہٕ شعری تصویرٕ چھےٚ دلفریب تہٕ جاذبِ نظر۔

مُوکٕتس بیٚٹھ میلہٕ پھیوٚر    پوشہِ تٔنجہِ بیٚٹھ زٔن قمیوٚر

نہٕ بوٚمبوٚر چھےٚ ولوٚر نٕلان    کارٕ ووگنُ دوٚرٕ دان

عشقہٕ ہیجان چھےٚ ارغوانن منز

کاژٕ زوٚن زٔن دوٚن شہارن منز

نقش چھینس زُنار ناڈیے لو

بوش حُنکٕ روزی نہٕ کأڈیے لو

گمہٕ شبنم گُل روٗخس    زَن چھ عرق داںہٕ لَس
زوٗنہٕ پیٹھہٕ تارکھ پکان    کارِ ووگنٛ    دوٗرِ دان

یتھےٚ کٕنۍ چھُ سُہ شعرن منٛز ڈرامٲیی کیفیژ ووتلان یمہٕ تصوٗرکس خلوت خانس منٛز حرکت لُبتھ تجربکس واتناورس زُو زبتہٕ دِوان چھےٚ۔ یہ صوٗرتحال چھُ شعرس مقناطیسی اثر بخشان۔

جانانہٕ لُتیے شانہٕ کرُتھ زُلف خمن آیے
دیوانہٕ دِلس کیُت سُہ ہیتھ زنجیر بمن آیے

بھٹس گوم ہانکلہٕ دزرہ گوم بزرے    ژس گوم وانٛجہٕ یار ما آم
مےٚ دور سیٖنہٕ تےٚ تمٕ دارِ نزرے    وولہٕ ویٚسی وَنتسٕ کونےٚ آم

لوان دُچھمکھ درخواب یوٗسفنہٕ جمہ خمے
زُلیخا گیُہ بےتاب چاوے جامہٕ جمے

تیٚر چھُ چساوی سوتھرس پیٹھ شعر محسوٗس کرناوان۔ سُہ چھُ شعرس منٛز لفظن تشبیہہ ہُند رخ دِلبتھ تخلیص کرن وَتھ ہاوان۔ ہتہنٛز تشبیہہ چھنہٕ صرف بصری نوٗعیچ بلکہٕ چھےٚ یمہٕ رَلہٕ ملہٕ تہٕ باقی ژون عناصرن تہٕ زیرِ دِوان۔ مگر تشبیہہ براے تشبیہہ آسنہٕ چھنہٕ شاعری منٛز کانہہ وُقعت بلکہ گژھہٕ اتھ منٛز یمَن ہُند تخلیقی وَرتاو آسُن تہٕ اتھ صوٗرتس منٛز چھےٚ یمَن جمالیاتی اہمیت تہٕ حاصل سپدان۔ میرنہٕ کیٚنہہ شعر مثالہ چھےٚ۔

بہ فرش ناز ہم خواب وُچھم بر فرش کمخاب
بینیس مہتاب در آب گئیس بیدار کوٗت گوم

گمہٕ شبنمٕ گُل روٗخس    زَن چھ عرق داںہٕ لَس
زوٗنہٕ پیٹھہٕ تارکھ پکان    کارِ ووگنٛ    دوٗرِ دان

چھےٚ زٕری طاقیں ییا مُستتں نہٕ درشب پٕری
کالہٕ اڈٕبرس بیٹھ شوٗبان ماہ تابان اے صنم

یمٕ شعرن منز چھےٚ زٕور زوردار شیٚبیہہ ۔ یمہٕ چھےٚ مہتاب در آب ، گمہٕ شبنم گُل روخس ، زٕونہٕ بیٹھ تارکھ پکان تہٕ کالہٕ اڈٕبرس پیٹھ ماہ تابان ۔ یمن شیٚبیہن منز چھےٚ طلسمٲتی کیفیت تہٕ ییہے خاصیت چھےٚ یمٕ شعرن ہُند جمالیٲتی حُسن تعمیر کران ۔ "مہتاب در آب" شیٚبیہہ چھےٚ شعرُک فضا مُد نظر تھٲوتھ ، تخیلکس برٕدس پیٹھ کیتھ دلکش منظر نیٚہ ناوان ۔ اکھ منظر چھُ زٕونہٕ گاشُس منز رونلہٕ زٕونہٕ ہُند آبُس منز ۔ خوشیوٗن عکس بوزنہٕ یِن ۔ ہرگہہ اُتھ آبُس منز کانہہ چیز گرٛزھہٕ یا لاینہٕ ییہ ، آبچہٕ حرکژٕ سٟتی چھُ زٕونہٕ ہُند یہ عکس تہٕ متحرک لبنہٕ یوان تہٕ تیھکنٕ چھُ یہ اکھ نوٚوُے نظارا بنان ۔ ووٚن ییلہٕ نیٚندرِ منز آستھ مہتاب صوٗرت نازنین آبُس منز پیٚیہ ۔ بیدار گرٛزھہٕ تہٕ بیقرٲری ہندِس عالمس منز اُتھ کھوروایہ ۔ یہ سوٗرُے چھُ اکھ بیاکھ منظر پیش کران ۔ اُتھ شیٚبیہہ منز یہ تہہ دار کیفیت چھُ اُمیکُ تخلیقی قوت تہٕ اَمی سٟتی چھُ اُتھ شرس جمالیٲتی حُسن تہٕ پریٚدان ۔ شیٚبیہہ کٲری چھےٚ شاعری منز جدل کٲری ہُند گوڈنیُک تہٕ اکھ اہم حربہٕ ۔ میٖر چھُ اَمچہٕ اہمیژ نشہٕ پوٗرٕ پاٹھۍ باخبر اوسمُت سیٚتھےٚ کُنٕ چھہٕ باقے جدلیٲتی عناصر تہٕ رسول میرنہٕ شاعری ہُند جمالیات ووتلاونچ کٲم دِوان ۔ یمٕ منز چھہٕ تشبیہہ تہٕ استعارٕ بُنیٲدی حصہ بناوان ۔ اَتہٕ نس چھہٕ لفظ لُغوی معنہٕ پیٹھ ہیوٗر کھسِتھ مجٲزی معنہٕ اختیار کران ، یَمہٕ سٟتی شعرٕ کہ معنوی سرحد کُشادٕ سپدان چھہٕ ۔

گُلابکی پاٹھۍ زوٗلُم ہیٚیہ پانس داغ عشقنُ
گلٲس وٕنہٕ مسوٗل بال چھس تبدار امشب

اَمہِ شعرس منز چھُ گوڈنیُک ' گُلالہٕ ' لفظ تشبیہہ تہٕ دوٚیِم استعارٕچ کام دِوان ـ یم دوٕنوٚے لفظ چھِ دوٕن معنوی صوٗرتحالن کُن اِشارٕ کران ـ اکھ یہ زِ شعری کردار چھُ گُلالہٕ پوٚشکو پأٹھۍ عشقٕ داغ للہوان تہٕ دوٚیِم یہ زِ گُلالہٕ چھِنہٕ کانٛہہ پوٚش بلکہ تَمسُند محبوٗب تہٕ لہٰذا چھُ سُہ پننِس محبوٗبہٕ سندی پأٹھۍ لولہٕ داغ وہراوان ـ اَمہِ شٲرِچ یہ کیفیت چھےٚ اَکھ جمالیأتی پہلوٗ روشن کران ـ

میٖر چھُ اکھ ووستاد فنکار اوسمُت ـ تَس چھےٚ شاعری ہُنر بسیار صنعَتہٕ وِتھرٕ آسمٕژ ـ یمو شعری حرٛبو سٟتۍ چھُ سُہ پننہِ کلامُک جُدلیأتی نظام تشکیل دِتھ اَکھ مجٲزی سوٚتھُر وُسوار کران تہٕ یتھکنۍ چھُ سُہ ورگہٕ باوتھ کرِتھ تجربہٕ پننہِ طور کامِل صوٗرتس منز وانناوُن ممکن بناوان ـ

یارٕ اکھ ارمان روٗدُم عشقہٕ بیچارٕ پرٛژھوم !
بوٗزی تھےٚ رزِ پان کھوٗلُن آو زٕن اَبا ونے

مرگہٕ واوُن ژھیتہٕ کوٚرکالُک ژونگ
سُہ چھُ شوٗبان پیٹھ رَنگہٕ زوٗرِ لولو

دُچھ آفتابن چون ژندن موکھ تہٕ ڈوٗلُس رنگ
گژھ کاژ توٚے زوٗن چھُس سٔرسام نگارو

شمعَن فونوٗس ژٹنم جاے		دِما پوٚنپوٗر مارس پان
یارس پننہٕ تھاہ نارس لاے		ہا جگر گوش ہیہ نایے لو ـ

کھٹتھ سِنس اندر لو نالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر
جامہٕ زن سرٕ دِ قدس پان وٕلے یو مدنو ۔

زنجیر واوُس کمئ چھےٚ کرمژ، نقش ہیو برآب
کیا یاد روزان ساد لوکن وعدٕ وفائی

یمن شعرن منز چھہٕ فکرٕ ہندی سنبر تہٕ احساسکی سدر تبسھ ۔ یم ہمہٕ وقت یکتن معنوی اِمکانن پوشہٕ تھاوِتھ چھہٕ ۔ یہٕ بسیار پائس خصوصیت پٔھے یمن شعرن ہند ابہام ۔ اُمی ستی چھہٕ تخیلکی بیون بیون گوشہٕ منور سپدان ۔ یوہے وصف چھ یمن شعرن ہنز زندگی تہٕ تہٕ جمالیاتی بھرٕ رتہٕ ۔ یتھےٚ کنٕ چھ میرٕ ن یہ شعر جمالیاتی وانن وارگ (AESTHETIC APPROACH) اکھ مثالی شعر ۔

نہٕ کیتھ وُنہٕ نمٕ اُنہٕ گرٕ اُدٕ لال فروشن
کنہٕ منز نیران جوہرے ، بال مرٕیو

یہ چھےٚ اکھ حقیقت زِ یوتام نہٕ شعرس منز لفظن ہندی ظاہری معنہٕ یکی حد پوٕر پاٹھی متعین سپدان چھہٕ ، توتام چھنہٕ اُکمی ساری امکانی معنہٕ منصور پدتھ ہکان ۔ یہ شعر چھ فکری تہہ داری ہند اکھ لوبہ وُن نموٗنہٕ ۔ اُتھ منز چھ بصارژ توشہٕ نادِتھ بصیرت دِنگ اکھ ماری موند اظہار ۔ یہ شعر چھ تہٕ وارِ یاہ کینہ تہٕ باوان یہ نہٕ اُکہٕ ظاہری رخہٕ تہٕ صاف پاٹھی چھ لبنے یوان ۔ یہ چھےٚ اُمہٕ شعرچ باطنی دانش یوتام رسائی حاصل کرنی سیٹھاہ دُشوار چھ ۔ اُتھ شعرس منز یوٗدوے پرتھ کانہہ لفظ اہمیت تھاوان چھ مگر یانترھ لفظ چھہٕ ہہ ساوی کیفیتٕ و کنہٕ غار معموٗلی اہمیژ ہندی حامل بنے متہٕ

یم لفظ چھ ہنہٕ کتھ ، اَنہٕ گٹہٕ ، لال فروش ، کنہٕ تہٕ جوٗہرے ۔ یمن لفظن منز چھ شعرک تمام اسرار مرکوز ۔ یم چھ کیتن تمن سوالن وُتش دِوان یم مختلف و سیع تصوراتن کُن اشارٕ کران چھ ۔ یتھکنۍ چھ اتھ شعرس منز یم لفظ علامژن ہنز کام دِوان ۔ اکھ سوال چھُ یہ زِ لال فروش کُس چھُ اصلی ؟ اَمیک اکھ جواب چھُ یہ زِ سُہ چھ موٗلِہ چیز کنن وول ۔ موٗلِہ چیز چھ لال ۔ لال چھ گہ ترٛاوان ۔ گہ چھُ اَنہٕ گٹہٕ مِٹاوان ۔ اَنہٕ گٹہٕ میٚٹہٕ چھُ پٔرتھ کانہہ چیز صاف بوزنہٕ یوان ۔ یتھکنۍ چھُ "لال فروش" آگہی ہنز علامت بَنان ۔ سُہ چھُ ہنہٕ کتھ ونان ۔ تمہٕ کتھ یمنہٕ اوٚتام صاف پأٹھۍ ویوٗد آسہٕ ۔ یتھےکنۍ چھ اَمہٕ شعرکیو یمو لفظو بیٚتھ وارِیاہ سوال ووتھان ، یِہنٛد جواب جمالیٲتی مسرژ ہندی ڈیر پھران چھ ۔ یوٗت زیادٕ اَمہٕ شعرکس سَنرس منز ڈُنگ پھٔے دِنہٕ یوان تیوٗت چھ آگہی ہندی جواہر زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اَتھس منز یوان ۔ یہ پھٔے اَمہٕ شعرچ جمالیٲتی اہمیت ۔ یہ چھُ زٕ شعرک داخلی حُسن تِہٕ یمہٕ پرٛو اَمہٕ کِن منتخب لفظن بیٚٹھ بیٚتھ اَمیک خأرجی حُسن تہٕ بنان چھُ ۔ یتھکنۍ چھےٚ شعرچ یہ خوٗبصورتی اَمہٕ کِس ہر بیٚتھ لفظس تہٕ اَچھہٕ جادوٗ بیانی منز مشترکہٕ پأٹھۍ پیوست تہٕ پوٗشیدٕ ۔

میٚر چھُ زندگی ہندِ سنٛرن تہٕ بأریکین تہٕ واقف اوسمُت ۔ تمہٕ پھٔے یمہٕ حقیقژ سنجیدٕ پأٹھۍ ژہنمژ تہٕ پتہٕ پننس فنس منز ظاہر کرِمژ ۔

مٕہ چھس اَز چھُم کمال        اَدنے روزِہم کأڑیے
وُدنا رووُم جمال        سائس آنتے بأڑیے

آے کأتیاہ گےٚ کیتۍ سمسارس
لرزِ موتہٕ طوطہٕ گےٚ کٔڑیے لو

بنگہ موتُن چاوِن کاڈِ سنگ واُنج کاڑاگےٗ
رنگہٕ بُلبل گرٛزھ وُباڈِ باڑ مہریے نے روش

مرٛزہ ٔنیندرے منز ہے کاڈِ پیٚنرِ آتش گونٛڈ نم
میٚنرِ رسول میرا اُژِماکاڈِ باڑ مہریے نے روش

یمَن شعرن منز زندگی ہنزِ ساروے کھوتہٕ بجرٕ حقیقژٕ ہُند یہ پُراثر باس چھُ یمَن شعرن جمالیاتی حُسن عطا کران ۔ اِنسانی زندگی ہِندِ خاتمُک یہ لمحاتی احساس چھُ لازِمن فردٕ ہندِ بو یَدِ بوٗ تلہٕ میٚنرِ کڈِتھ نوان ۔ یتھےٚ کٔنٔ چھِ یم شعر زندگی ہِندِن مختلف رنٛگن ہنزِ عکاسی کران ۔

درگُل چھُ پانےٚ بُلبل بہانے بُلبل تہٕ گُلستانہٕ ونیٚیے
تہنا چھُنہٕ در زُلف گرفتار میونےٚ دِل
در حلقہٕ یوٚہے سلسلہٕ دوِن عالمن آےٚ
خشمہٕ ہُتی ہے چشمہٕ کافر ہے حال تمی سُند نا مُسلمان
زُلفِ سیاہ مُشکہِ اذفر ہے کاڈِ بَر ہے گرٛزھ گلستان

آخری شعرس منز چھےٚ اکہٕ طرفہٕ خشمہٕ ہُتی پنٛزِ چشمہٕ کافر تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ تسندِن سیاہ زُلفن ہُند مُشکہِ اذفر۔ یم چھِ زٕ مختلف تہٕ متضاد صوٗرتحال ۔ اُکِس منز چھےٚ دے تہٕ بیٚیس منز کشش بےٚ دِیہ تہٕ پرٛ ییہ چھےٚ زندگی ۔ یتھکٔنٔ چھُ یہ رُلہ ہلہٕ صوٗرتحال اَمہٕ شعُک جمالیاتی حُسن بنان ۔
غرض مُشاہدچ وُسعت، احاسچ شِدت، جذبچ حرارت، خیالچ نزاکت، لفظ شناسی، بے تکلفی تہٕ خاصکر فنی پوٗختہ گی چھِ رسول میرنہٕ شاعری سو برجستگی بخشان زِ اکھ صدی کھوتہٕ زیادٕ وَق گُذرنہٕ پتہٕ تہٕ چھےٚ یہ وُنی کیٚس زِنٛدٕ لبنہٕ یوان۔